جیمو صوبس منز

# کأشرِ زبانِ و اَدبُک تواریخ

منشور بانہالی



ساہتیہ اکادمی

بدشت اندر بیابان خاستم من

بصحرای چمن آراستم من

رسد آخر بمن صاحب نگاہے

چہ غم از لالۂ صحراستم من

(رساؔ جاودانی)

جموٗ صوٗبس منز

# کاشرِ زبان و ادبک تواریخ

منشور بانہالی





ساہتیہ اکادمی

History of Kashmiri Language and Literature in Jammu Region (Kashmiri) By Manshoor Banihali. Sahitya Akademi, New Delhi. 2001. Rs.200/-



گوڈنیک ایڈیشن 2001

ساہتیہ اکادمی

ہیڈ آفس
رویندر بھون۔ 35 فیروز شاہ روڈ۔ نئی دِلی 110001
سیلز آفس
سواتی، مندر مارگ۔ نئی دِلی 110001۔

علاقائی دفترٕ
• جیون تارا بلڈنگ۔ چوتھی منزِل 23 اے/44 ایکس ڈائمنڈ ہاربر روڈ۔ کلکتہ 700053۔
• 172 ممبئی مراٹھی گرنتھ سنگرہالیہ مارگ۔ دادر ممبئی 400014
• گنا بلڈنگ دوسری منزِل 304-305- انا سلائی۔ تینام پیٹھ چنائی 600018
• سینٹرل کالج کیمپس، ڈاکٹر امبیڈکر ویدھی بنگلور 560001

Price Rs.200/-

ISBN 81-260-1223-4

Printed at Rajesh Printing Press, New Delhi-55 Phone : 3618487

# اِنتساب



ینۂ والبن تحقیق کارن ہندِ ناوِ

بگیر ایں ہمہ سرمایۂ بہار زِ منَ
کہ گُل بدستِ تو از شاخِ تازہ تر ماند

(اقبالؔ)

## نذرانہٕ

- ییٚنتہِ قٲبلِ احترام تہٕ شفیق ووٚدٕ ماجہِ مرحومہ مرسہ بیگمہ ، یٚیمہٕ بہٕ ڈٔری یاو دِلی عہ ستہ تہٕ اُچھن ہندِ گاشہِ روچھُس تہٕ یَسُندیٚ لوٗت شفقت وایثارکُ حق مےٚ پیٹھ ہمیشہ باقی روزِ

تہٕ

- الحاج خواجہ حبیب اللہ جوٗ تہٕ خواجہ علی جوگیری مرحومینن ، یِہندس دامنِ تربیتس منز مےٚ کتھہِ ہُند وطیرٕ ہیوٚچھ ۔

اللہ تعالیٰ کرِنٕ یمن سارِنٕے جنت الفردوس عطا۔ آمین

( منشور )

# ترتیب

صفحہ نمبر

# پیشِ لفظ

کٲشُر زبان چھےٚ ریاستِ جموں وکشمیرِ چ ساروٕے کھوتہٕ بڈٕ تہٕ تسلیم شُد علاقٲیی زبان یُس اکھ باگہٕ بڑی ترٕ تہٕ دۄ سوار ادبی سرمایہٕ ستہٕ پرٕ وِتھ چھےٚ کینٛہہ لُکھ چھہٕ کٲشرِ یکۍ دٲیرٕ محدود کرتھ ریاستس منٛز امیک علاقہٕ صرف کشیرِ ہُنٛز وادی تام تھٲوت محدود زانان ، یہ زٕن صحیح چھُنہٕ ۔

پیر پانٛژالہٕ بیٛارِ ئِ جیمس صوبس منٛز چھہٕ کٲشرِکی مختلف علاقہٕ تہٕ کٲشُر بولن والین ہنٛد اکھ بوٚڈ تعداد بسان ۔ یتیکی کینٛہہ علاقہٕ چھہٕ خالص کٲشر علاقہٕ ییٚتہٕ کٲشرِ تہذیب وکلچرکی مارٕ منٛدی انہار دریٛنٛٹھ چھہٕ گژھان تہٕ ییٚتہٕ کٲشرِ ہُنٛز تہذیب وثقافت تہٕ کاچرِ ہنٛز مخصوص آیہٕ رُژٕ ہرِتھ چھُ تھووٚمُت ۔ یمن کٲشر بولن والین علاقن منٛز چھُ ڈوڈہ ضِلعُک قریباً سورُے علاقہٕ ۔ اودھمپور ضلعکہٕ مہور تحصیلُک گول گلاب گڈھ تہٕ ریاسی دٔغار علاقہٕ ، رام نگر تحصیلکی کینٛہہ گام تہٕ کٹھوعہ ضلعکین بسوہلی تہٕ بلاور تحصیلن ہنٛدی بالٲیی گام شامل ۔ جیمس منٛز تہٕ چھہٕ کٲشری بسان ۔ بلکہٕ جیمہٕ نیبر کٹھوعہ تہٕ بھدرواہ علاقن ہمسایہ ہماچل پردیش ریاستس منٛز تہٕ چھہٕ درجن واد گامن منٛز کٲشری بسان ۱؎ ۔ جغرافیٲیی باگرن کنی چھہٕ ماسوا یے جوم ضلعہ تہٕ کٹھوعہ یم علاقہٕ ژندربھاگا وادی ہنٛدی نیبرٕ تہٕ نیم پہاڑی خطہٕ زنگی تہٕ زانہٕ یوان ۔ یتھ پیر پانٛژال بال شمال مشرقہٕ اندٕ اندٕ وندٕ ڈکھس چھُ ۔ تہٕ یمیچ جغرافیٲیی حدبندی کران چھُ ۔ کٲشُر بولن والی چھہٕ یتھ ساری ہے پانٛژال بلدس دُو پاسے بالہٕ اپارکی پاکھٹی بالہٕ یپارٕ تہٕ یمن

---

۱؎ وُچھو نقشہ ۱۸

علاقن منز پینٛز لسانی، تہذیبی تہ کلچر انہار ہیتھ بسان ۔

کشیرِ ہُند بالہ یپاری تولُق چھُ اکھ تواریخی عمل یُس سیٹھا پرون چھُ۔ پرٛونٛژہ تہ راز ویر راجوارٛن ہند باہمہ صدی ہندس نصفس تام کشیرِ ہندین جاگیرن ہند حٕصہٕ یتہٕ آسن۔ شاہی خان سنٛد کھتہٕ ہندی منز پینٛزلس بالیس پیٹھ سبقت پراوٕنۍ مڑوا تہ بانہالہ علاقن ہند یژ کال تام کشیرِ صوبس سیتی شامل آسن ۔ سہہ دیوٕسند کشتواڑ ترٛن۔ موغلن تہ ڈوگرن ہند کشتواڑ تہ بعدرواہ علاقن پیٹھ اثر و رسوخ قایم کرنٕ ہوی واقاتھ چھِ یمن تولقاتن ہنز وجہ باوتھ۔

بالہ یپاری کاشر بولن والی علاقہ چھِ دشوار پہاڑی علاقہ تہ کاشری چھِ یمنے کوہسارن منز باگ واقع لوکٹین قصبین، یمن اندی پتی گامن، سریٛن تہ دور پہاڑن پیٹھ بسان۔ یمن کاشرٛن ہند بالہ یپاری تولق چھُ پشتنی تہ آیہِ یُس وقتہٕ کس رفتارس سیتی بتدریج ہُرہُر تہ وہراو پراوان روٗد۔ کشیرِ منز یم ناگ تہ پشاچ یا درد آریایی قومن ہندی لوکھ وٲتی، تموے منز ترٛی کینہہ بالہ یپاری علاقن منز تہ سپدٕ یتہٕ آباد۔ درد آرین ہند غلبہ ہُریوٚو تہ کاشرِ زبان ییمیک بیشتر تولُق یمنے سیتی منسوب چھُ یوان کرنہٕ، پکیہ بروٗنہہ۔ چنانچہ کُنہ تہ زبٲنی ہنز ترقی تہ ووتھ بووس منز چھِ مختلف سیاسی، تجارتی تہ اقتصادی کیو مذہبی عوامل تہ خاص حصہ ادا کران تہ تیتھین عوٲملن ہندِ ورتاوک اثر پیوٚو یپاری تہ۔

کشیرِ منز پتہ کالہ کیو سیاسی لو قحطو تہ ژلیو ہولو آفاتو تہ وکالو تہ شخصی ڈوٗرکیو کینژو ناگفتہ بہہ تہ ناسہ تراسہ حالتو کنی تہ روٗدی کینہہ کاشرو کشیرِ پیٹھ یمن علاقن کُن ترٛکھی پناہ ہیوان۔ یمو منزٕ پتہٕ وارا زمینداری تہ مال وغایہ پالتھ یتی روزگارکی وسیلہ تلاش کران روٗدی تہ یتہٕ کس لسانی تہ کلچرل اشتراکس پشنے کران روٗدی۔ وارا لوکھ یم تجارت تہ کاروبارکہ غرضہ یور تران روٗدی تہ یمو منز تہ بسے پہ کینہہ لوکھ یتہٕ تہ کاشر زبٲنی ہند تہ کلچرک باڈو گوڈ ہران روزان کشیرِ

ہنز وادی ہندے پانژھ چھُ بالہ بیپارہ منز بیشتر علاقن منز تہ بر ڈنہہ کالہ لولہ مثنوی، جنگ نامہ تہ دلیلہ کتابہ پرنچ روایتھ روز مژ۔ امہ علاوٕ نعت و مناقب خوانی ہنز روایتھ تہ موجوٗد۔ خاندرن تہ شادی یا ہن منز تہ چھیہ گموٗرنچ تہ وٕنہ وننچ رواتھ۔ یمن علاقن منز روزن والی کاشر یم سیٹھا محنتی، جفاکش تہ چُست و چوبند چھہ، چھہ زراعت، مال، تجارت تہ ڈوٗیمن کسبن ہنہ پیشن سیتی تعلق تھوان۔ یہ تہِ چھیہ اکھ راے زِ یمن منز چھہ بیشتر لوکھ آرین ہندین تمن جنگجو قبیلن سیتی تعلق تھوان یمو ووِ پرٕ حکمرانن ہندس ظلم و جبرس سیتی کُنہِ قسمُک سمجھوتہ، نہ کرنہ کنہ یمن دوٗر دراز علاقن منز آباد سپدی۔ بہر حال یہ بحث اکھ طرف ترٲوِتھ چھیہ یہ کتھ باوٕنی لایق زِ ییٚتِکی کاشرِ روٗدی ییٚتہِ ماجہ زیوٕ ہنز ریشم رَزِ سیتی وابستہ۔ سنگلاخ کوہستانن تہ تھدین شینہ بالن منز باگ بُستھ تہ ییٚنہ کلچرہ تہ تہذیبی اظہار رچھان تہ پننہ ثقافتی علم لہراوان۔ یم دوٗر وار پہاڑی علاقہ چھہ کیٛنژن بجاین سرسبز چینکلو، تیری مرگو تہ حُسن فطرتکو لوٕیہ ونہو نظارو سیتی تہ پُر وتھو ییمہ کِنی ییٚتہ کنہ کیٛنژن علاقن کشیرِ ثانیہ یا نوکٹ کشیرِ تہ ونان چھہ۔ یمن علاقن منز چھہ کاشرِ علاوٕ وارہن جاین دویمہ پہاڑی زبانی بولن والی تہ موجوٗد۔

مختلف زبانن تہ بولین ہندین اثراتن منز باگ روٗزتھ تہ ثقافتی سمن بلن ہنز وتھ ہے آسنہ باوجوٗد کتھ پاٹھی چھہ یم کاشرِ پننس ثقافتی تہ ادبی سرمایس راچھ کران تہ صحراوی متھعن ہندِ نمانہ پنتہ امارکہ گاش شولاوان چھہ توجہ منگان۔ یہ تہ چھہ پزر زِ کشیر ہنز فردوس نظر وادی ہندو چھلیہ بہار، پوشہ نشاطو، انہ ڈلو، زمزمی ناگہ پوکھرو، لوٕنہ شہجارو تہ زمینی حُسنہ کیو نقش ونگارو لیتھ دوٗر علاقن منز چھہ کاشر زبانی ہندس لہجس تہ ورتاوس منز کُنہ کُنہ جایہ کم کاسہ تبدیلی آمژ۔ امیک باوتھ بل تہ وکھنہ چھہ تمثال، سدمت تشبیہہ تہ استعارس منز چھہ کُنہ کُنہ جایہ حوالہ جاتی پھیر ہاو۔ لیس اکھ ناگزیر کتھ چھیہ۔ تکیازِ پرتھ کانہہ زبان چھہ پننس ماحولس تہ وقتس سیتی پھیر

ہاوِ سیتی زانٛی یاب سپدان ۔ انگریزی ہش دُنیہِ ہیچ بڑ زبان تہٕ چھےٚ پننِس علاقایی تنوٗعس منٛز پتھو پھیرِ ہاوِ ونش تُترا ۔ مگر امہِ پتہٕ تہٕ چھےٚ کاشُر زبان پتھ خطس منٛز صرف پننٛی انہارے یوت برقرار تھوٚنس منٛز کامیاب بَلکہ چھےٚ یورِکس باگہِ بُریتس ادبی سرمایس تہٕ ڈوکھ دِلس منٛز کامیاب رُوزمٕژ ۔ یِیمیکُ اندازٕ تمن مقتدرِ قلمکارن ہُنٛزو شہ پارٕ تخلیقاتو تہٕ کینٛژن دویمین قلمکارن ہُنٛزو کاوِشو تلہ نِنہٕ ، یِہنٛد تذکرہٕ بروٗنہہ کُن چھُ کرنہٕ آمُت ۔

ادبی سوٚتھرِس پیٹھ تہٕ ترسیلہٕ کہ اعتبارٕ چھےٚ یورٕچ زبان کُنہِ لحاظہٕ عام معیٲری یا وُسی پایہ ۔ البتہ بالہٕ اپارِ وادی ہندین قلمکارن یُس مٲری موٚنداوُند پوٚکھ تہٕ سمن بل آیت چھُ ، تم سہولیژ میسر آسنہِ چھےٚ ییٚتہٕ کینٛہ قلمکارن باپتھ دوہ کوٚل اَنٛزلس برابر ۔ یہ خطہٕ چھُ دُشوار پہاڑی خطہٕ تہٕ ییٚتکی لکھٲری چھِ یمنے دوٗر وار علاقن منٛز چھکرِتھ تہٕ کاتہہ ادبی سمُت نہ آسنہٕ پتہٕ تہٕ گمنام گوشن منٛز بہتھ پننہِ مقدورٕ کاشرِ زبانٛی لول بران ۔ یِیمیکُ سلسلہٕ دوہ کھوتہٕ دوہ ہُرونے چھُ ۔ یِمن قلمکارن منٛز چھُ ساہتین بُزرگ کینٛہ نوجوان لیکھارین ہُنٛد اکھ حوصلہ افزا تعدادٕ یم ماجہِ زیوِ ہنٛز اہمیت چھِ محسوٗس کران ۔

رُوٗد سوال معیارُک تہٕ عبس آگہی ہُنٛد اتھ سلسلس منٛز چھےٚ یمن پتھ کھورِ علاقن ہُنٛد محلِ وقوع تہٕ پوٚت منظر تہٕ نظرِ تل تھاوُن ضروٗری ییٚتہٕ مختلف لسانی اثراتن ہُنٛد اثر رسوٗخ تہٕ موجود چھُ ۔

بالہٕ ییپٲری ہِن یمن علاقن منٛز چھےٚ کاشرین لُکہٕ یاٚکھن ، لُکہٕ کھن تہٕ ڈُپیٔ ہِن ہُنٛد تہٕ جان مواد موجوٗد ۔ یُس برابرٕ ونیکتام چھُ بروٗنٛہہ لیکان روٗدمُت ۔ بالہٕ ییپٲری ہِن علاقن منٛز چھُ ڈوڈہ ضلع ساتھ ریاستُک واحد ضلع ییٚتہٕ کاشرِ زبانٛی سیتی نزدیکی تولق تھوَن واجنہٕ بولہٕ موجوٗد چھےٚ

یمن منز پوگلی، کشتواڑی تہٕ سراَزی ہشہ بولہٕ شامِل چھیۓ۔ یمن منز کاشرِ زبانۍ ہندِ بٔن کینژن مؤلہٕ اظہارن ہند باسُت چھُ لگان۔ کاشرِ شاعری ہندِس پیشرو تہٕ علمبردار رۄحانی شاعر حضرت شیخ العالمؒ صابن تہٕ چھُ یتھ علاقس سیتۍ اکھ نسبی تولق رودمُت تہٕ یہندِس کلامس تہٕ للہ دیدِ ہندِس کلامس منز تہٕ چھُ یورکہن لسانۍ اظہارن ہنز یاگنے پاتھان۔ پیر پانژال بیلٹ چھُ بقولِ پروفیسر مرغوب بانہالی صاب کاشرِ ثقافت چہن ترزھن قدیم تہٕ کلاسیکی تراین ہُند اَچھدر۔ یمہ وراَے کاشرِ کلچرک کانہہ تہٕ مطالعہٕ اَڈلیوٗک تہٕ محض اَڈلیوٗک روزِ" یمہِ خطہٕ کہن دوٚیمہن علاقن منز چھہٕ پرٛونژھس منز پرٛونژھ شہر۔ موٗنجہ یل (منڈی) سورن (سرنکوٹ) پوشانہ تہٕ راز ویرِ منز بدھل، درہال، ہھتون تہٕ اُدھپور ضلعکی گوٗل گلاب گڈھ علاقہٕ خاص کاشرِ علاقہٕ یتہٕ تخلیقی ادب تہٕ موجوٗد چھُ۔ چنانچہ یمن علاقن تام رسائی ہُند مُشکلات آسنہ سبب چھ یمن پتھ پرستان تہٕ دورِ گوشن منز بہتھ کاشرس بے لوت لول برن وٲلی تہٕ آے کانٛہہ وٲلی یم وار قلمکار وُنیکتام تحقیق کارن ہُنزن نظرن ژھایہ رۄدِزِمتۍ۔ لہذا چھُ زیرِ نظر مسودس منز یمن علاقن منز کاشرِ زبان وادبس وۄن دِتھی یورکہٕ ذہنک تہٕ لہجک اکھ پرتو پیش کرنٕچ کوشش آمژ کرنہٕ۔ یتھ زن یتھ خطس منز روزن والین تہٕ کاشرس لول برن والین رہ مسافیرن ہندین وتہٕ پدٕ ہن ہندی نشانہٕ نہناوترین تہٕ تہٕ کاشرِ ادبی تواریخکی ورق یمن علاقن منز صحراوی واوِ بُزی گرٛتھ ہن تہٕ۔

یتھین چھہٕ یمہ کتھہٕ ہُند تذکرہٕ کرُن ضروری باسان زِ بانہٕ یپاَرم بیشتر کاشر قلمکار چھُ یتہٕ ماجہ زبوٚ علاوٕ دوٚیمہٕ زبانۍ تہٕ مقامی بولہٕ تہٕ

بوٗلنہٕ تہٕ ورتاوِتھ ہکان یِس باہمی مٲنزارس پوچھر دِنکۍ تہٕ ییٚتہٕ کرِ لیسانی
حُسنُک اکھ خاص وصف چھُ ییمہٕ کِنۍ یِمَن قلمکارن ہُنزن دہ ییمن تخلیقی
کاوِشن ہُند تہٕ کُنہٕ کُنہٕ جایہ اکھ ضمنی اشارہٕ دِینُ پیوٚو ۔ یوگلی بوٗلی یِس
کاشرِ چ اکھ نزدیکی بوٗلی چھےٚ، اٰخرس منز چھُ امیک تہٕ اکھ موٗ مختصر
جایزٕ شامِل آمُت کرنہٕ ۔

چنانچہ تحقیقکِ برچھنہٕ زانہہ تہٕ ینہ ہیکان سپدِتھ ۔ لہاذا ہیکہٕ نہٕ بہٕ
یہ دعویٰ کٔرِتھ زِ میٲنۍ کام کیا چھِ یتھ موضوعس پیٹھ حرفِ آخر ۔

بہٕ چھُس ساہتیہ اکاڈمی تہٕ کاشرِ مشاورتی بورڈکِس سابق کنوینٕرُ جناب
محمد یوسف ٹینگ صابٕنۍ تہٕ ازکِس کنوینر جناب پروفیسر مشعل سلطانپوری صابٕنۍ
بیحد شُکر گذار یمو یکے بعد دیگرے میٲنۍ یہ تجویز ساہتیہ اکاڈمی ہنٛزِ مشاورتی
کمیٹی برونٛہہ کنہٕ تھاو تہٕ کمیٹی یہ کام انجام دِنہٕ باپتھ بہٕ اہل زانِتھ اتھ منظوری
دِژ ییمیکُ بہٕ شُکر گذار چھُس ۔ یہ مسودہ ترتیب دِنس دوران یِمَن اہلِ قلم
حضراتن تہٕ دوستن ہندِ ہِن نگارشاتن تہٕ معلوماتن ہُندۍ استفادٕ کوٚر یِمَن
منز چھِ قبلہ پروفیسر مرغوب بانہالی صاب، ڈاکٹر مشعل سلطانپوری صاب، ڈاکٹر
شفیع شوق صاب، جناب بشیر بھدرواہی صاب، موحترم شاہباز راجوری صاب،
بشیریٹ پرونٛز ھوی، رِند بھدرواہی، اسیر کشتواڑی تہٕ ڈاکٹر اسد اللہ وانی ہوۍ
حضرات بطورِ خاص شامل ییہند بہٕ شُکر گذار چھُس ۔

بہٕ چھُس ساہتیہ اکاڈمی ہنٛز ڈپٹی سیکریٹری شریمتی رینو موہن جی ہُندۍ
شُکر گذار یمو یہ مسودٕ رٔچھِ کھالنس منز میٲنے پرتھ لحاظہٕ بٔنۍ تعاوُن تہٕ
خلوص آیہ تن تھوو ۔

منشور بانہالی

# جمٕی خطہٕ ۔ اکھ پوٚت منظر

باتھالہِ پیٹھ لکھن پور تہٕ کشتواڑ پیٹھ پرٛونژھ تام پھہلتھ جمٕی خطہٕ چھُ اکھ پہاڑی خطہٕ۔ یمیُک نمتھ ۹۰ فیصد علاقہ پہاڑی چھُ۔ یہِ خطہٕ چھُ پننیو رنگا رنگ ثقافتی انہارو کنہٕ اکھ بڈون حثیت تھوَن وول علاقہ یتیٚکی مختلف رسم و رواج لسنہٕ بسنکی طور طریقہٕ، پزھ تہٕ باہمی رواداری چھُ اکہِ مشترکہ تمدنُک حامِل یُس وُرکہ وادن ییٚتہٕ پرتھیومُت چھُ۔ اردو، کاشُر، گوجری، ڈوگری، پنجٲبی، بھدرواہی، سرازی، پاڈری، کشتواڑی تہٕ پوگلی ہِشو مختلف زبانہٕ تہٕ بولیٖ چھُ ییٚتہٕ کس ثقافتی کنژتس منز اکہِ وحدتُک رنگ پرووُمت۔ جمٕی صوبہٕ چھُ شمالی ہندوستانکہ اندٕ کوہِ ہمالیہ تہٕ شوالکِ بالن منز باگ واقع۔ رقبہ لحاظہٕ ریاستُک وٚہیِم بوڑ خطہٕ۔ ۱۹۴۷ءَس منز اوس یمہِ خطُک رقبہ ۲۳۲،۵۶۷ مربع کلومیٹرس ۱۹۷۱ء پیٹھ روٗزِ ۲۲۶۹۰۰ مربع کلومیٹر چھُ۔ ۱۹۸۱ء چہِ مردم شماری مطابق آس یمہِ خطچ آبادی ۲۷،۱۸،۱۱۳ یُس ریاستچ کُل آبادی ہند ۴۵ فیصد حصہ چھُ[1]۔ انتظامی سہولیتژِ موجوٗب چھُ یہِ خطہٕ شیٚن ضلعن منز بٲگرتھ آمُت یمن منز ڈوڈہ، اودھمپور، جموٗم، کٹھوعہ، راجوری تہٕ پرونژھ ضلع شامل چھُ۔ ارضی سوٗترِس پیٹھ چھ جمٕی خطس ریاستُک جنوبی خطہٕ یا ہمالہ بالک نبری خطہٕ تہٕ وَنان۔ یتھ اکھ کوہستانی تہٕ ناہموار ٹوپوگرافی چھیہٕ۔ جنوب کہٕ اندٕ چھہٕ یمہِ خطک حد پاکستان تہٕ پنجابس ستی رلان یُس اکھ مٲدانی حصہٕ چھُ۔ شمالکہ اندٕ چھُ یہِ کوہِ ہمالہٕ تہٕ شوالک بالہٕ سلسلس تام پھہلتھ۔ یہِ پہاڑی خطہٕ چھُ سطح سمندرٕ نِش وارا تھوٚد شمالکہ اندٕ چھُ پیر پنژال بالہٕ میک

---

[1] ہسٹری آف جموں ۔ سکھدیو سنگھ

سارِ وہے کھوتہِ تھوٚد بال ییُس کشیرِ ہنٛز وادی ہٕنٛدِ انٛدا اتھ ڈٕکھس چھُ۔ یہ کوہستانی سِلسلہٕ چھُ ٢٩٠ کلومیٹر زیوٗٹھ تہٕ ٥٠ کلومیٹر کُشادہ ییُس منظفر آباد پیٹھ کشتواڑ تام چناب بٕٹھہِ بٕٹھہِ چھٕہلِتھ چھُ[1]۔ اتھ کوہستانی سلسلس منٛز یگ علاقہٕ چھُ چناب بیلٹ ناوٕ تہٕ زانہٕ یوان۔

چناب دٔری یاو ییُس ہماچل پردیشہٕ پیٹھٕ یوان چھُ چھُ یٔمہٕ خطک سارے کھوتہٕ بوٚڑ دٔری یاو یتھ تٕہندِ بھاگا تہٕ ونان چھِ۔ یہ دٔری یاو چھُ یتھ علاقس دِوان توٗ درتی حسن منٛز باٰگرن۔ یعنے دریاے چنابکٕ ہٕری تہٕ نیم پہاڑی خطہٕ یتھ منٛز ضلع جوٗم، کٹھوعہ، ہیرانگر، رنبیر سنگھ پورہ، میراں صاحب، اکھنور، چھمبر تہٕ میرپورٕک علاقہٕ شامل چھُ۔ تہٕ (٢) وادی چنابکٕ ہٕبرِیٚم ماداٰنی علاقہٕ تہٕ نیم پہاڑی خطہٕ یتھ منٛز ضلع اودھمپور، ڈوڈہ، رازوری، پرونٛژھ تہٕ کٹھوعہ تحصیلکی بسوہلی وغارہ علاقہٕ شامل چھِ تہٕ یوہے چھُ سُہ خطہٕ یتھ منٛز کوشُر بولن والی بیشتر علاقہٕ شامل چھِ۔

از بروٚنٛہہ ترٛے ژورساس ؤری کیا صورتِ حال آسہِ ہے یٔمہٕ خطٕکِ تھ نِسبتھ چھُنہٕ اوکنی کینٛہہ وَنُن مُمکن۔ تکیازِ وقتہٕ کیو وِترٕ بنلہو چھُنہٕ ساتہٕ رہنمائی باپتھ کانٛہہ نِشانہٕ تھوومُت۔ کم کاسہ شواہد یم یونانی تاریخ نویسو پتھ کُن ریچھ تراوی متی چھِ تیتشیا ناکافی زِ تِہندِ مَدَتہٕ سیٚتی چھُنہٕ کانٛہہ حتمی فیصلہٕ کرُن مُمکن ونُنہٕ چھُ یوان زِ سکندر اعظم یٚلہِ دُنیاہ فتح کرنہٕ کِس جوش ارادس منٛز راوی تہٕ چناب کِہن علاقن تام ووت تہٕ یٚتہٕ پیوٚلس یٚتہٕ کِہن جنگ جوٗ تہٕ بہادُر لوٗکن ہٕنٛدِ ڈٕسی کاری ضرب کھیوٗن تہٕ فتح حاصل سپدنہٕ باوجود، یوٗک نہٕ سُہ زِنٛدٕ واپس گژھتھ سکندر اعظمس سٕتی یِنہٕ والین تاریخ نویسن ہِنٛدِ اطلاع موجب چھِ یتھ خطس منٛز تہٕ خاص ریاسژٕ مشہور آسمژٕ۔ یمن منٛز اکھ ابھیسار تہٕ بیاکھ کیتھی اوی آسی۔

[1] ہسٹری آف جموں۔ سکھدیو سنگھ

ابھیار اوس پرٛونٛژھ ریاستُک ناو تہٕ کیتھی اوٚی اٚمس دریاے تَوی یَس سیٛتؠ پھلٕتھ
ریاست ییٚمیک راز داٲنؠ سانٛکل (موجودٕہ) سیالکوٹ چھُ وننہٕ یوان۔ کیٛژھہ لکھ چھ اتھ
موجودٕ کٹھوعہ علاقہٕ تہٕ ونان۔ وہان ابھیار (پرٛونٛژھکھ) راجن کور سکندرس
اطاعت قوٗبوٗل تہٕ کیتھی اوٚیٚ ھندی راجن کوٚر مقابلہ یتھ منٛز تمو شکس کیٚیہ۔ مگر
اَتھ منٛز گوٚو سکندرِ اعظم از جان۔

جوٚم چھ ییٚمہ خطٕک سارٕ وٕٹھ کھوتہٕ بوٚڈ شہر یُس ربا سنٛز سرمٲلی راز داٲنی تہٕ چھ
رلوایتھ چھیٚیہ زِ یہ شہر چھُ ھتہٕ واد وٕری بروٚنٛہہ باہولوچن راجن " جامبونگر" ناوٕ آبادکوٚرمت
یتھ چھیکرس جوٚم ناو پیوٚو تہٕ یہ ہے ناو بنیوٚو بالآخر ییٚمہ ساری خطٕک ناوک سبب۔
سیاسی تبدیلین ھندس اکس زٕھٹس سفرس دوران اوچھ ییٚمہ علاقن مختلف شنز ووگنٛیز
۱۸۳۲ء، تام اوس یہ خطہٕ لوکچین لوکچین تہٕ توٚمہن خود مختار ریاستن یا راجواڑن منٛز تقسیم
ییم مہاراجہ گولاب سنگھن پننس عہدِ حکومتس منٛز اکس مربوط جغرافیٲیی وحدتس منٛز گنٛجہٕ
سکندرِ اعظم سندی وقتہٕ چھ جمس ڈوگر دیش ونان آمتہٕ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ یہ لفظ چھ
دوگرت لفظٕ منٛز دراُمت ییٚمیُک مطلب تہٕ آبہٕ تلاو یا آبہٕ نٛٹ گوٚو۔ وہان ییم ترٕ
آب تلاو چھ جمس تہٕ کٹھوعہ ضلعہٕ کین منٛز باگ "سروین سر" تہٕ "مانسر" ناوٕ کین آبہٕ
تلاون کُن منسوٗب۔ ییٚمہ کِہ نسبتھ یتھ علاقس دوگرت ناو چھُ پیومُت یُس پتہٕ مسلسل
وتھاوستی صرف دوگر یا ڈوگر روٗد۔ مشہور تاریخ نویس سُکھدیو سنگھ وَنُن چھُ زِ
لفظ ڈوگر چھُ ڈنگر لفظٕ منٛز دراُمت ییٚمیُک مطلب پہاڑی گوٚو۔ تہٕ ییٚمہ خطک ٹوپو
گرافی پیشِ نظر چھیٚیہ یہ تاویل وارہس حدس تام حق بجانب باسان۔

جمہ خطہٕ کِہ جنوب مشرقی اندٕ مادٲنی علاقن منٛز چھ ڈوگری، پنجٲبی تہٕ دٔییم
زبان بولن والی ییلہ زن شمال مشرق تہٕ شمال مغرب تہٕ جنوب مغرب اندٕ پہاڑی
علاقن منٛز گوجری، پہاڑی بولن والیو علاوٕ کاشرین ھندتہٕ وارہ تعداد موجود چھُ
غرض یتھ خطس منٛز چھ مختلف نسلن، فرقن، قبیلن تہٕ زبانن سیٛتؠ تعلق تھاون
والی لوکھ موجود ییم پتہٕ وتھ بیتہٕ کس ثقافتی سرماسس برتر کران رودی۔


جمّوٗ صوبہ
دریاے جہلم
دریاے چناب
راجوری
کشتوار
ڈوڈہ
سوندر
جنگلواڑہ
بھدرواہ
رام بن
رام نگر
بلاور
نیسام
بھرمور
پدم
ابرنگ
اُوماسی لا
جمّوٗ صوبکۍ ضلعہ :-
(١) جۆم (٢) ڈوڈہ (٣) اودھمپور
(٤) کٹھوعہ (٥) رازویر (٦) پرونژھ
آبادی :- ٣١١٨١٧٤٣ (١٩٨١ءچہ مردُم شُماری مطابق)
رقبہ :- ٥,٢٦٦٨٩ مربع کلومیٹر

# جموں خطس منز کاشُر بولن والی علاقہٕ

جموں خطس منز کاشُر بولن والین علاقن منز چھُ ڈوڈہ ضلعہ سارِوے کھوتہٕ بوڑ تہٕ باگہٕ بوٗرتٕ علاقہٕ یُس رقبہ لحاظہٕ یمہٕ خطُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ضلع تہٕ ریاستُک ترٛیِم بوڑ ضلع چھُ۔ ۱۹۶۱ء چہِ مردم شماری مطابق اوس یتھ ضلعس منز کاشُر بولن والین ہُند تعداد ۷۷،۵۴ فیصدٕ۔ ییتھ کالہِ چھُ یہِ ضلعہ کشتوار تہٕ بھدرواہ ناوِ دوٚن خود مختار ریاستن ہندِ حثیت یتہٕ اوسمُت۔ ۱۹۴۸ء یس منز آیے ڈوڈہ ہس بیوٗن ضلعچ حثیت دِنہٕ امہِ برونٛہہ اوس یہ اودھمپور ضلعُک حصہٕ۔ یہ ضلع چھُ کشتواڑ، بھدرواہ، ڈوڈہ، رامبن، بانہال، بھلیسہ تہٕ ٹھاٹھری ناوِکین شین تحصیلن پیٹھ مشتمل یمن منز کُل ۶۵۵ گام چھ۔ ۱۹۹۱ء کہ ضلعہ ستھرکہِ اکہِ رپورٹہٕ مطابق اَس یمہِ ضلعچ آبادی شیتے لچھ ییٹھ[2]۔ ڈوڈہ چھُ یمہِ ضلعُک صدر مقام۔ ۱۹۵۳ء برونٛہہ اوس یہ تحصیل رام بنُک اکھ حصہٕ۔ ڈوڈہ مرمت تہٕ کاستی گڈھ چھِ ییتکی کاشری علاقہٕ ڈوڈہ تحصیلکِس بالائی حصس یمکی حد ہنواڑ گامہ پیٹھٕ رامبن کِس زوٗن دھار گامس تام ماتہٕ چھ یوان چھ سراز ونان۔ یہ چھِ اکھ زٕ ییٹھ پہاڑی ٹیٹھ تہٕ کنڈی علاقہٕ یم لوٗکھ یُس بوٗلی بولان چھِ تتھ چھ سراٰزی ونان۔ سراٰزی مسلمان چھِ کاشُر بولتھ تہٕ ہیکان تہٕ سمجتھ تہٕ ہیکان۔ اتھ بولہِ منز چھِ کشتواڑی تہٕ بھدرٕواہی بولہِ ہندی الفاظ تہِ شامل۔ سراٰزی پاٹھی چھِ ماٰلس "بب"، ماجہِ "اٰمی" تہٕ لڑکس "منٹھو" ونان۔ سراٰزی بولہِ منز چھُ شعر ادب موجود۔ ڈوڈہ قصبس منز تہٕ اندی پٔکی گامن منز چھ اکثریت کاٰشرٕ بولن والین ہنز۔ دوٗر گامن منز چھُ کُتہِ کُنہِ رلہٕ ملہٕ کاٰشرٕ تہٕ سراٰزی بولن والی دیہان۔ سنہ ۹۰۰ھ یس منز ییٚلہ حضرت شاہ فریدالدین بغدادی صاحب

---

۲[1] شیرازہ۔ کاشر زبان تہٕ ادب جلد ۳۲ و ۱۷۲ [2] تفویر ضلع ڈوڈہ۔ اسیر کشتواڑی

یور وٲتِھ رٕٹو کٔمۍ ییٚتہٕ جنگل صاف کٔرِتھ بٔستی قٲیم ۔ یتھ پیٹھ پتہٕ یہ قصبہٕ بییوٚو ۔ تِہنٛد یور واتنہٕ سٟتۍ سپٕد یہ علاقہ روٗحٲنی تالیمہ سٟتۍ منوٚر ۔ ییٚتہٕ کوٚر رٕٹوٚ اکس ہندی گرس منٛز نیتھر تہٕ سیدکھ ترٛےٚ اولاد حضرت اخیار الدینؒ، حضرت انوار الدینؒ تہٕ حضرت اسرار الدینؒ ۔ ڈوڈہ قصبس چھِ فرید آباد تہٕ وٚمان ۔ ییٚتہٕ کِہن کٲشرِن منٛز چھِ سہروردی، اِندرابی، ٹاک، کِچلو، کرایہ پاک، تانترے، لاوےٚ، نہرو، کھوڑ، گنئے، وٲنۍ تہٕ گٕٹۍ وغٲرٕ کرامن ہندی لُکھ روزان ۔

بانہال چھُ ڈوڈہ ضلعُک خٲلِص تہٕ شوٚد کٲشُر علاقہٕ ییٚتہٕ ۹۵ فیصد لُکھ کٲشُر بوٚلِتھ تہٕ سمجھِتھ ہیکان چھِ ۔ بانہال چھُ کشیرِ ترٛیٚچ آسان تہٕ نزدیک وَتھ ییمہ کِنہٕ یتھ گیٹ وےٚ آف کشمیر تہٕ وَنان چھِ ۔ جواہر ٹنل ناوٕچ مشہور سرنگ چھِ ییٚتھی علاقس منٛز جٕمی خطس کشیر سٟتۍ رلاوان ۔ بانہالہِ ہنٛد تہذیب کلچر تہٕ زبٲنۍ ہُنٛد لہجہ چھُ اننت ناگ ضلع کِس ڈورو شاہ آباد تحصیلس سٟتۍ رلان ۔ یہ علاقہٕ اوس سکھ حکومتس منٛز کشیر صوبس سٟتۍ ۔ گلاب سنگھن کوٚر یہ جمس سٟتۍ شٲمِل ۔ ۱۹۴۷ء بردٕنٛہہ اُسی کوٗنڈ (قاضی گنٛڈ) کشیرِ ہندی ترٛواہ گام یِمتھ سٟتۍ شٲمِل ۔ ۱۹۸۲ء ییس منٛز بنیوو بانہال علیٰحدٕ تحصیل امہِ بروٚنٛہہ اوس یہ رام بن تحصیلُک حصہٕ ۔ فارسی زبٲنۍ ہُنٛد نامور شٲعر خواجہ احمد بانہالی، جمہُک بہلہ پایہ کٲشُر شٲعر عبدالرحیم اعمیٰ، نامور نقاد تہٕ شٲعر مرغوب بانہالی تہٕ طاؤس بانہالی چھِ ییٚتھی علاقس سٟتۍ توٗلُق تھوان ۔ بانہالہِ منٛز چھِ مَلک، لوٗن، نیایک، میٖر، شیخ، راتھر، گیری، شان، خان، چوہان، بیگ، تانترے، گنئے، پڑے، کامگار تہٕ درابی کرامن ہندی کٲشُر روزان ۔ کشیرِ ہندی پٲٹھۍ چھِ ییٚتہٕ تہٕ کینژن زاتن سٟتۍ کینٛہہ عرف جوڑتھ ۔ مثلاً لوٗقصان، گگر، ٹنگ، ڈانگر، ہٲنٛز وغٲرٕ ۔ بانہالہِ کِس پوگل پرستان کھروش، نیل، چملواس وغٲرٕ علاقن منٛز چھِ پوگلی بوٗلی تہٕ بولنہٕ یوان ۔ یوسہٕ کٲشرِ ہٕنٛز نزدیک ترین لُنٛڈ DIALECT چھِ یہ مانہٕ یوان پوگلی بولن والین منٛز چھِ شہمتھ، گنہتھ، نیایک، کٹوچ، بالی، بہری، منہاس

پاٚنچھ تہٕ سوٚمبری وٕنگاہِر کرامن ہندی لۆکھ روزان ۔ پوگلی منز چھُ ادب تہٕ تخلیق سپدان ۔ مشتاق پوگلی تہٕ منظور پوگلی چھِ امہِ بولہِ ہندی صاحبِ تصنیف شاعر ۔

رام بن تحصیل تہٕ سیری گامس منز چھِ رلہ ملہ ڈوگری ، رام بنی تہٕ کأشُر بولن وألۍ روزان ۔ شمال کہ اندٕ چھِ نیرہ ، ہالہ ، دندراٹھ ، راز گڑھ ، گاڑی ، کیت تہٕ شامٹھی بیترِ گام یمن منز کأشُر بولن والین ہنز اکثریت چھ ۔ یہندس کأشرس پیٹھ چھ سرازی بولہِ ہندُ تہٕ اثر ۔ یمن علاقن منز چھِ زرگر ، آہنگر ، بٹہٕ تہٕ راٹھر وٕنگاہِر کرامن ہندی کأشر لبان ۔ دۄہ یمن گامن منز چھِ رام بنی تہٕ بولہٕ ریوان ییتھ منز ڈوگری تہٕ پوگلی ہندی الفاظ تہٕ چھِ رَل ۔ رام بن تحصیل تہٕ اندی پتہٕ چھُ وۄنی کأشُر بولن والین ہند وارا تعداد ہُریومُت ۔

کشتواڑ چھ اکھ یوڈ پہاڑی تحصیل تہٕ کأشرِ کلچرُک اکھ سرس علاقہٕ ۔ کشیرِ ہندس تواریخس منز چھُ یمہِ علاقُک خاص ذِکر ۔ کینژن محققن ہندٕ وَنُن چھُ زِ آریَن ہندی کینژ قبیلہ یوسہٕ لنڈ دریاے سندھ یپاری ترٛ سو وأتۍ گوڈٕ کشیرِ تہٕ پتہٕ آیہٕ کشتواڑ تہٕ امی قبیلہٕ کیو لوکو ٹھوٚو یمن علاقن ییٚناو ۔ دپان ییتھ کالہِ چھ وارا راجہ ییتھ علاقس منز پناہ ہینہٕ آمتی ۔ یمن منز ہرش ، سُتہ زرزر یکھشا خر کشیر ہندُ آخری حکمران سُہدیو تہٕ مسلمان حکمرانو منز لیعقوب شاہِ چک تہٕ ایہِ چک شامِل ۔ کشتواڑ رُود ژیر کال تام اکھ خود مختار ریاست تہٕ علم وادبُک مرکز ۔ ییتہٕ چھ فارسی ، عربی پرناونکی تہٕ خطاطی ہنز تربیت دِنکی انتظامات تہٕ آسی متی ۔ فارسی عالمن ہندی وارا قلمی نوسخہٕ تہٕ چھِ اتہٕ کینہ زیارت شریفن ہندین متولی حضراتن نش موجود ۔ ییتہٕ چھِ وارا ذاتی کتب خانہٕ یمن منز ترے ہتھ وری برونہمہ کتاب موجود چھ[1] ۔ کشتوارکی راجہ چھِ پانہٕ تہٕ فارسی زبانی ہندی شاعر رُودی متی ۔ سنہ آہمہ صدی ہجری منز ییلہ مشہور روحانی بزرگ حضرت شاہ محمد فرید الدین صاب رح بغدادی

---

۱۔ جموں میں اردو ۔ ڈاکٹر ظہور الدین

یہ ر تشریف آور سپدٕ تہٕ یتھ سارِسے علاقس منز آیہ رٗوحٲنی بیداری
تہٕ روا داری لۆگ وۆتھ بۆو۔ حضرت شیخ العالمؒ صاأبن چھ یتھ علاقس
سیتی خاص نسبی توٗلُق تہٕ تہندی بُزرگ آسی ییٚتہ کی روزن وٲلۍ ۔
تہندس کلامس منز چھُ ییٚتہٕ کین لسانی انہارن ہنز ترایہ موجود۔ ییٚتہٕ
چھِ حضرت فریدالدین بغدادی تہندِ عیالکُ تہٕ تہندین دۆن فرزندن حضرت
اخیارالدین تہٕ حضرت انوارالدین صاأبن ہُند روضہٕ شریف۔ تہندِس ترٛیمس فرزند
تہٕ مادر زاد ولی حضرت اسرارالدین صاأبنؒ روضہٕ شریف چھُ چوگان مادانہٕ
رِکس شمالس منز۔ یمن بزرگان دینن ہُندِ فیض و برکت سیتی چھُ یہ علاقہٕ
آباد۔ ییٚتہٕ چھُ پرتھ وٕری یہِ ییہُند ودٕ رسہ مناوہٕ یوان یتھ منز سارِنے
فرقن ہندی لۆکھ شریک چھِ سپدان ۔

کشتواڑ قصبہٕ چھُ کوہس پیٹھ اکھ خوٗبصورت وادی ہُندِ نمانہٕ ۔ یتھ
علاقس منز ییٚنہٕ وٲلۍ بیشتر کٲشری چھِ وادی کشیرِ ہندِ جنوٗلی علاقہٕ پیٹھ یور
آمتی۔ کشتواڑس منز چھِ کٲشرُ بولن وٲلۍ روزان۔ تہٕ دۆر وار گامن منز
چھ کشتوٲڑی بولن وٲلۍ۔ یوسہٕ کٲشرِ ہِچ اکھ لُنڈ چھیٚہ زانہٕ یوان تہٕ یتھ منز
کینہہ مولہٕ کٲشری لفظ موجود چھِ۔ کشتواڑکس پاڈر علاقس منز چھِ مسلمان
کٲشرُ بولن تہٕ غٲر مسلم پاڈری بولن۔ البتہ چھِ یم کٲشرُ تہٕ سمجھتھ ہیکان۔ ممی
کشتواڑی چھُ امہِ علاقُک گوڈنیُک شاعر۔ دوٚیمین سرکردٕ شاعرن منز چھ
بہاوالدین بہائیؔ، کامگار کشتواڑیؔ، نشاط کشتواڑیؔ، جانباز کشتواڑیؔ، قادر
بیرواڑیؔ وغیرہ حضرات شامل۔ کشتواڑکین کٲشرن منز چھِ کامگار، آگو
کرایہ پاک، باغوان، بٹ، سیٚف، زرگر، کلّم، واتی، سیہہ، گیری،
لون وغیرہ کراٚمن ہندی لۆکھ روزان۔ امہِ علاوٕ چھِ گگر، شال، براری
مندل، وانٹ، واتہٕ، ڈوٚمب، منٹھ تہٕ مرکبان وغیرہ نچہ ناو تہِ گینٛترن

کرامن سیتی جوڑتھ ۔ یم ساریے گرامہ تہٕ ریتڑہ چھیہٕ جنوبی کشمیرکین روزن
والین ہٕنزن گرامن سیتی رلان ۔ کشتواڑس منز چھُ کاشُر گیوِنُک سیٚتھاہ رجحان
یُتھ کِہ چھُ یِرگیوِنُک مالین ۔ کاشرِس گیوِنس منزاوِن غلام نبی ڈولوالن (جانباز
کشتواڑی) مرحومن "چلنت" ناوُک اکھ نوو لہجہ یارسس ۔ تہندزٕ صاحبزادی
جہاں آرا ڈولوال تہٕ چھیہٕ اکھ ناو دار گلوکارہ ۔ یتھ علاقس منز چھ بییہ ترٛ دارا
کاشرؠ گلوکار یم پبلسٹی ادارن تام رسایی نہٕ آسنہٕ کِنی پردن تھاویہ چھےٚ ۔

بھدرواہ چھُ کشیرِ ہنٛزِ لولاب وادی ہنٛدی پاٹھی سرسبز جنگلن تہٕ
کوہسارن منز باگ آری موند علاقہ ۔ یمیہ کنی یتھ لوکٕٹ کشیر (کشمیرِ صغیر)
تہٕ ونان چھِ ۔ یتیکی بیشتر کاشر چھِ اننت ناگ بیترِ علاقو پیٹھ یور ترٛی رمتی
پتھ کالہ اوس بھدرواہ اکھ خودمختار ریاست ۔ یتھ منز چمبہ علاقہ تہٕ اوس ۔ بھدرواہس
منز روزن والی چھِ کاشُر بولن تہٕ انٛدی پٔتی گامن منز چھِ بھدرواہی ۔ یُہ بولن
والی ۔ کاشرؠ تہٕ چھِ بھدرواہی بولتھ تہٕ سمجتھ ہیکان ۔ بھدرواہن دیتی کاشرِ
زبانی رسا جاوِدانی یِس ہیو نامور تہٕ بہلہ پایہ کاشُر شاعر ۔ بشیر بھدرواہی،
وفا بھدرواہی تہٕ رِند تہٕ چھِ اَتکی اہم کاشرِ شاعر امہِ علاقہٕ چھِ بییہ ترٛ دارا
نوجوان شاعر ۔ کشتواڑی تہٕ ڈوڈہ ہکی پاٹھی چھُ بھدرواہی کاشرِکیٚ لہجہ ہنا
پھیور ۔ عام بول چالس منز چھِ یم منزی منزی دہ گتی فعل تہی ورتاوان
مثلاً "سہٕ چھُہنہٕ یوریتھ کتھے یوزن تہٕ (سہٕ چھُہنہٕ یورچ کتھے بوزن) ، بییے
چھُہنہٕ سمجھے تہٕ یون تہٕ کیا چھکھ کرن (بییے چھُہنہٕ سمجھے یون تہٕ کیا چھکھ کرن)
یتھے پاٹھی چھِ یم "زانہٕ" تہٕ "سنا" لفظ خاص خوبصورت استفہامیہ اندازس
منز ورتاوان ۔ یُتھ کہ چھُ یمن "زانہٕ" لفظ تکیہ کلامے ۔ مثلاً "زانہِ کوت گوو؟
(خبر کوت گوو؟) ، زانہٕ کیا زِ آو نہٕ! (خبر کیا زِ آو نہٕ!) وغارہٕ یا سنا گاڑی ییا؟
(اما گاڑی ییا؟) وغارہ ۔ کینژن کاشرین لفظن منز چھُ بھدرواہی وغارہٕ

بولین ہندر تہ اثر پیوو مت مثلاً عمہٕ (ماج) ہندُن (ہنہ کرنی) تالُن (بیون کڈُن یا تراوُن) وغارہٕ۔

بھلیسہ تہٕ ٹھاٹھری تحصیلن منز تہٕ چھہ کاشر زبان۔ یم تحصیل اُسی گوڈٕ بھدرواہ تحصیلس ستی۔ وونی چھہ یم بیون تحصیل۔ یمن تحصیلن ہند کاشرُ لہجہ تہٕ چھُ بھدرواہ تہٕ کشتوارس ستی رلان۔ طالب بھلیسوی چھ بھلیسہ علاقک بزرگ شاعر، سلیم بھلیسوی چھُ تُہند فرزند یُس اکھ خوش آواز کاشرُ گلوکار چھُ۔ تکین بڈالوی چھُ ٹھاٹھری تحصیلک نمائندٕ کاشرُ شاعر یمن علاقن منز چھہ بییہ تہٕ کاشرُ لیکھن والی شاعر یہند تذکرٕ بروٗنٹھہ کُن سپدِ بھدرواہ، بھلیسہ تہٕ ٹھاٹھری علاقن منز چھہ زیتی، خطیب، رفیقی، سہروردی، بٹ، لون، راتھر، پڈر، موغل، دیپائی، کوکہ، فراش تہٕ ٹھوکر وغارٕ کرامن ہندی کاشری زبان امہٕ علاوٕ چھہ سوہن، ہاپچھ، کاو، کھول، ڈانگر تہٕ وانٕد بیتر ناو تہٕ کینژن کرامن ستی جوڑتھ۔ بھدرواہکی کاشری چھہ باقی ضلعہ کیو کاشرو کھوتہٕ جان تالیم یافتہٕ۔

بسوہلی اوس پتھ کالہٕ اکھ خودمختار ریاست۔ وونی چھُ اودھمپور ضلعک اکھ تحصیل۔ فن مصوری منز چھہ بسوہلی آرٹس اکہٕ بیون سکول ہیتھ۔ ازتہٕ چھہ لندن، فرانس تہٕ امریکہ کین میوزیمن منز اتہٕ چہ تصویرہٕ موجود۔ بسوہلی ہُند شاہی محل چھہ متعلق ہندٕ فنِ تعمیرک مثالی نموٗنہ یُس وونی اتہٕ وُجارٕ چھُ گومُت۔ بسوہلی ہندِس بنی علاقس منز چھ ترےٚ ہتھ تام کاشر گرٕ یمن منز چھہ بیشتر خوجہٕ ناو زاتہٕ لیوان۔ بنی اندی پکھ علاقن منز چھُ کوہمائی، چیندھیاڑ، سرجن حلوک، ڈتان تہٕ لوانگ ناوکی گام یمن منز بیشتر کاشر بولن والی گرٕ چھہ۔ امہٕ علاوٕ چھُ دوربان پیٹھ یمن یم پیٹھ ونان چھہ کاشری گرٕ بسان۔ یمن منز فتح پور، یکھائی، ڈگن، وانگل، بنڈار، پٹر، پوڈ تہٕ بانچل

وٚغاٚیرٕ ناوِن ہندی پینڑٕ چھِ یِمَن منٛز فی چایہِ وُہو[٢٠] پیٹھہ ترٛہن[٣٠] تام کاشرِ گرٕ چھِ۔ یِم کاشرِ چھِ جاۓ پٮ۪ہن جَب رٔچھان تہٕ زمینداری کران۔ یِہنٛز کاشرِ زبانۍ پیٹھ چھُ پہاڑی بولیٖن ہُند اثر جاۓ۔ یِم چھِ کاشُر تہٕ ڈوگری آسانی سان بوٗلِتھ ہیکان۔

بِلاوَرِ کٹھوعہ ضلعہٕ کِس بلاور تحصیلس منٛز چھِ ملہار تہٕ اَندی پٔتۍ علاقن منٛز قریباً وُہ[٢٠] پٔنٛژ[٢٥] گام یِپارۍ کاشرِ چھِ روزان۔ یِہُند لہجہ تہٕ چھُ بھدرواہ تہٕ بسوہلی ہندٕ بن ہمسایہ کاشرِ ن سٟتۍ رلان۔ یِمَن کاشرِ ن منٛز چھِ گنے پترے، راٹھور، ڈار تہٕ ریشی وغاٚیرٕ کرامَن ہندی لوکھ۔ یِمَن علاقن منٛز چھِ کشیرِ ہندی پیر صاحب اکثر یِوان روزان۔ یِیتہِ یِمَن وارا مُرید چھِ۔ دینی تعلیمہِ لحاظہٕ چھِ یِمَن علاقن ہندی کاشرِ وارا پِسماندٕ۔

رام نگر۔ رام نگرس منٛز یِہ دوے جاۓ پٮ۪ہن ڈوگری تہٕ گجرُی زبان بولن واۓلۍ چھِ روزان مگر اتہِ کٮ۪ن ہیرِہ من علاقن منٛز چھِ بھدرواہ کِس جنوبی علاقس لرِ لوٚر کاشرِ بستی تہٕ موجوٗد۔ بنارا گامس منٛز چھُ تقریباً ساد ہتھ[١٢٥] گرٕ تہٕ اَتھ اَندی پٔتۍ لوذرا گامس منٛز تہٕ چھُ یِہوے ہتھ ڈوڈ ہتھ گرٕ کاشرُ ڈوڈہ بسارا گامس منٛز چھِ کاشرِ ن ہنٛز اکثریت۔ امہِ علاوٕ چھِ بندوٗل، جھکھیڑ، گھنیٹر، کدورا گامن منٛز تہٕ کاشرِ بسان۔ یِم کاشرِ تہٕ چھِ جاۓ پٮ۪ہن جَب تہٕ چارواۓی پالن۔ یِہُند لباس تہٕ چھُ پہاڑی طرزٕ کُے۔ پننٛز ماجہِ زبوٚ علاوٕ چھِ یِم ڈوگری تہٕ گجرُی تہٕ بولان۔ یِہنٛزٕ زبانۍ پیٹھ تہٕ چھُ یِمَن بولیٖن ہُند اثر۔

کوٗل گلاب گڈھ چھِ اودھمپور ضلعہٕ کہ مہوٗر تحصیلکۍ اَکھ اہم کاشرِ علاقہٕ یہ علاقہٕ چھُ ہاتھالہِ مغربس منٛز مہومنگت علاقس پٔتۍ کنۍ یِیمکۍ حد کوٗلگامہِ تحصیلس سٟتۍ پورٕ تہٕ شوپیٖنَس علاقس سٟتۍ کم جاۓ رلان چھِ۔ یِیتیُک لہجہ تہٕ چھُ کوٗلگامہِ کُے

البتہ چھُ یہندس لہجس پیٹھ پہاڑی اثر۔ کینٛہہ پرانۍ لفظ مثلاً کار ( گردن ) ڈونۍ زاڈلِ ( ڈونۍ چھاتی ) وغارٕ تہِ چھِ ییٚتہٕ موجود۔ یمن علاقن منٛز چھُ قریباً ۷۰ فیصد لُکھ کاشُر بولان تہِ سمجھان ہیکان۔ گولاب گڑس منٛزٕ تۄہ گام خالص کاشُر بولن والۍ۔ یمن منٛز لار، ستروَل، اڑیس، ہقوی، ٹکن سارڈھ، جیسلان، ملاس، کھوڑ، ڈیول، تہوچ، چیسوت، بدٔر۔ کمن کوٹ، سنگلی کوٹ، شکاری، کنٹھی، شجرو، چلاتہِ بدھن وغارٕ گام شامِل چھِ۔ کُول کین کاشرِ گامن منٛز چھِ ڈکوا، ڈیڈا، مہاکنڈ، ٹھٹھارکہ، سنگلدان، واڑم، مہیلا تہِ بیم واسا ییتہٕ گام شامِل۔ یمن علاقن ہندۍ کاشرۍ چھِ سادٕ تہِ مہمان نواز۔ گولس منٛز چھِ اکھ کاشر ادبی تنظیم تہِ۔ یتھ ستی ییتکۍ کاشرۍ قلم کار وابستہ چھُ۔ خوجہ غنی وانۍ چھِ ییتکۍ بزرگ شاعر۔ بییہ تہِ چھِ کینٛہہ نوجوان کاشرِس منٛز پننین خیالن ہُند اظہار کران۔ ییمیکُ تذکرٕ بروٚنٛہہ کُن سپدِ۔

**راجوری:-** راجوری چھُ اکھ تۄندِ بون قصبہٕ۔ یتھ کالہِ آسی راجوری اکھ خود مختار ریاست۔ ۱۹۶۰ء بروٚنٛہہ اوس یہ پرُونچھ راجوری ناوُک اکھ بوڈ ضلع۔ امہِ پتہٕ آو راجوری تہِ نوشہرہ علاقہٕ یوٚن کڈتھ الگ ضلع بناونہٕ۔ راجوری ضلعس چھِ شیٚے تحصیل۔ سندربنی، نوشہرہ، تھنہ، بدھل، کالاکوٹ تہِ راجوری۔ ضلعس منٛز چھِ ۳۸۱ گام۔ اکثریت چھِیہ مسلمانن ہنٛز۔ یمن منٛز گوجر، کاشُر تہِ پہاڑی بولن والۍ چھِ۔ تھنہ منٛدی نزدیکی شاہدرہ کِس خوبصورتھ بالہٕ تھونٛگن منٛز باگ چھُ مشہور روحانی بزرگ بابا غلام شاہؒ سنٛز زیارت شریف۔ ییم یتھ علاقس منٛز بارہمہِ صدی منٛز تشریف آوری سپدۍ تہِ یہ علاقہٕ کوٚرکھُ روحانی فیض وبرکت ستی منوّر۔

راجوری منٛدی کاشرۍ چھِ پلووم، شپین، کُلگام تہِ ژودُر تحصیلو پیٹھ یور

آمتی۔ پہنٛد لہجہٕ چھُ مرازی۔ رازٕ ویر خاص تہٕ بہروٹ چھِ کاشرِ کلچرکی خاص
علاقہٕ۔ قصبکس شمالس کُن چھ بالہٕ واہی واہی کینٛہہ گام یمن رلہ ملہ کاشُر
تہٕ پہاڑی بولن چھہٕ۔ بدھل، درہال، بہروٹ، تھنہ منڈی، وودھاس، سموٹ
چسوت، پھلنی، دراز، مورہ تہٕ گراج چھہٕ تم کاہ گام یتیٚتہٕ کاشرِ چھہٕ، کُنہٕ
اکثریتس تہٕ کُنہٕ اقلیتس منٛز روزان۔ رازٕ ویرٕ ہندِس کاشرس بیٹھ چھُ پہاڑی
ہنٛد وارا اثر۔ بدھلس منٛز آسی گوڑٕ وارا کاشرِ روزان۔ حبیب میر چھُ اتیک
پرون شاعر ننان۔ تناہباز رازٕ ویری تہٕ فدا راز ویری چھہٕ رازٕ ویرٕ علاقکی
سرکردٕ کاشرِ قلم کار تہٕ ادیب تہٕ توٚتہٕ پُے ہندی ترجمان۔ دوٚیم حوصلہ
افزا ناو چھہٕ شبیر راتھر تہٕ قیوم نیایک۔ بہروٹس منٛز چھُ "کاشُر
مرکز بہروٹ" ناوچ فعال ادبی تنظیم موجود۔ رازٕ ویر ہندین کاشرین علاقن
منٛز چھہٕ ڈار، راتھر، نیایک، شال، رینہ، لون، میر، ماگرے، تراٹھ
تہٕ خان بیٚسترِ کرامن ہندی کاشرِ لسان۔

**پرونٛتھ** :۔ پرونٛتھس چھہٕ تواریخی اہمیت حاصل۔ پتھ کالہٕ اوس
پرونٛتھ اکھ خود مختار ریاست۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ آو یہ رازٕ ویر علاقس سیتی رلاوتھ
اکِ ضلعکہ حیثیتہٕ تشکیل دنہٕ۔ ۱۹۶۰ ہس منٛز آو یہ بیون ضلع بناونہٕ
ووٚنی چھُ یہ ریاستک لوکٹ ضلع یتھ منٛز ۱۷۸ گام چھہٕ۔ پرونٛتھ چھُ
اوٚڑی (وورِ) تہٕ ورمٕلہٕ بیٹھ بیرو تہٕ بڈگام علاقن مقابل بالہٕ پارٕ واقع
وورِ بیٹھ چھُ پرونٛتھ تام صرف ۳۴ میل وتھ۔ اکھ وتھ چھیٚیہ لال پور تہٕ
توسہ مادانہٕ کِنی تہٕ بیاکھ پیدل وتھ چھیٚیہ شپین کِنی۔ یم وتہٕ چھیٚیہ ووٚنی ییند
گاڑِ وتھ چھیٚیہ تقریباً پانٛژہتھ کلومیٹر پیٚچھی۔ موٚنجہ بل (منڈی) سورن
(سرنکوٹ) سیڈھی (خواجہ سرٹھی)، چنڈک، گگرٹیاں، ساوجیاں، چھلا ڈانگری
تہٕ خاص پرونٛتھ شہرس منٛز چھہٕ کاشرِ لسان۔ موٚنجہ بل (منڈی)، منشان درا،
دراسان کلا، فاضل آباد، سیکلو، سلان (بھیلباز) چھہٕ اہم کاشر

علاقہٕ مشہور کاشُر شاعر ظریفؔ شاہ دپان اوس پرُونٹھ کے روزن وول۔ یُس کشیرِ والیس ترنہٕ وزِ اپھروٹ بالس پیٹھ ۱۸۵۶ اِس منز فوت سپد۔ تحسین جعفری چھُ ۷۰ء برونٹھ پرونٹھک اہم کاشُر شاعر۔ بشیر احمد بٹ چھُ تِہ پے ہندِ بن شاعرن منز اکھ اہم۔ پرونٹھ کِس کاشُر بولن والین علاقن منز چھ بیر، بانڈے، شال، گتے، گچھے، ڈار تہ خانؔ وغیرٕ کرامن ہندی لُکھ لیسان۔ پرونٹھک کاشُر کلچر چھُ بلکل کشیرِ سیتی رلان۔ اوّت وأتھ چھُ باسان زنتہٕ پَن یان ورُملس منز۔ پرونٹھُک قلعہ چھُ مشہور تاریخی یادگار یُس ووٚنی خستہ چھُ سپدمت۔ پرونٹھکی کاشری چھ کمرازی لہجس سیتی رلان۔ تہٕ اتہٕ چھِ کینژہ الفاظ بیٚیہٕ کیو دوٚیمیو علاقو کھوتہٕ جادٕ ٹیکسالی۔

جیمہٕ خطہٕ کیو بیمو علاقو علاوٕ چھُ شمال مشرق کہ انڈ بھدرٕواہ تہٕ کٹھوعہ ضلعہٕ کہ بسوہلی تہٕ بلاور علاقن ہمسایہ بالہٕ اپاری ہماچل پردیش ریاستس منز تہٕ کاشر علاقہٕ موجود یمن منز تحصیل تسیا تہٕ کیلار علاقن ہندی وارا کاشری بولن وألی گام چھ یمن منز چوعب (چمبہ) قصبہٕ ٹکری، باندل، ہمگری بتنگ، جوتر، کہار، جسور، جوالنش، سبندل، برمور، اشلے، اگروہون تہٕ گلیل بیترِ شامل چھ۔

۱۹۴۷ء کہن وسادن دوران ترِی یم کاشری بھدرٕواہ تہٕ بھلیسہ علاقن منز تہٕ کینژہ کال پتہٕ ترٕ بیٚیہ ہماچل پردیشس منزے والیس۔ یہند کلچرل تہٕ زبأنی ہند لہجہ تہٕ تل تراڈ چھیہ عأن یمدٕر واکہن لوکن ہندے پأٹھ۔

# کٲشر زبان تہٕ اتھ ستی توٗلُق تھوَن واجنہٕ بولہٕ

کٲشرِ زبٲنۍ ہُند آگُر یَدِ کَڈلس نیبتھ چھُ تمَن بے شمار تہذیبی تہٕ تمدنی لہرن دھیان تھوُن، یِمو پانہٕ وٲنۍ باہم رلِتھ تتھ موٗلہٕ لِس سرمالیس زاینُ چھُ دِیُتمُت یتھ پتہٕ ٹٲرۍ ہندِ سیراتہٕ کِنۍ اَسی کٲشُر تمدنُ پچھِ ونان تہٕ یَیمِچ ترجمان کٲشر زبان چھِیہٕ۔ کٲشرِ ہُنٛد مرکزی علاقہٕ چھُ وادی کشیر تہٕ اَندۍ پٔکۍ علاقہٕ۔ بالہٕ ییپارِ جمی خطس منز مشرتہٕ چھِ بیتہٕ کس پر بتھ قِلحس منز کٲشرُ بولن وٲلۍ روزان۔ کُنہٕ جایہٕ اکثریتھ منز تہٕ کُنہٕ جایہٕ کم۔ امہِ علاوٕ چھُ ریاست ہماچل پردیشس منز تہٕ کٲشُر بولن وٲلۍ وارا گام موجود۔ کٲشرِن ہُند اکھ بوڈ تیداد چھُ سرحدا پارِ مظفرآباد تہٕ اتہٕ کہو، اَندۍ پٔکۍ علاقو علاوٕ سندھس تہٕ پنجابس منز تہٕ روزان۔ کٲشِر چھِ ہندوستانٔچن مختلف ریاستن، شہرن تہٕ دُنیہِ ہِکِن مختلف مُلکن منز تہٕ کاروبارکہِ غرضہٕ روزان یِمن منز امریکہ، برطانیہ تہٕ عرب مُلک وغیرٕ شٲمِل چھِ۔ سٲرِس ریاستس منز چھِ کشیرِ ہندۍ پانٛژھ جمی صوبہ کِن بیشتر علاقن منز کٲشرُ بولن وٲلۍ ہُبلکہ چھِ کٲشرِ زبٲنۍ ہُنز کینٛہہ بولہٕ تہٕ بولنہٕ یوان، یِمن پیٹھ پہاڑی بولین ہُند اثر چھُ بیومُت ییمہِ کِنۍ یِمہٕ کٲشرِ نِشہٕ ہِن کھنڈ بیوٚن چھ[1]۔ عبدالاحد آزادن چھ کٲشر زبان اکھ کروڑ النسانن ہُنز زبان مٲنۍ مٕژ (کشمیری زبان اور شاعری۔ عبدالاحد آزاد) جارج گریرسن چھُ ۱۹۱۱ء چہِ مردم شماری

---

[1] آزادن چھُنہٕ پتہٕ معلوماتک حوالہ دیمُت

مطابق ریاستس منز کاشُر بولن والین ہُند تعداد ییمہٕ حسابہٕ دیُمت :-

(۱) شوٗد کاشُر : ۱۰۳۹۹۶۴

(۲) کشتواڑی : ۷۶۶۴

(۳) پوگلی : ۸۱۵۸

(۴) رام بنی : ۲۱۷۴

(۵) سراجی : ۱۴۷۳۲

(۶) ریاسی ہنٛز بولہٕ : ۲۰۲۵۲

۱۰،۹۲۷۴۴

۱۹۷۱ء چہِ مردم شماری مطابق اوس ریاستس منز کاشُر بولن والین ہُند تعداد ۱۹۵۹۳۷۵ تہٕ ۱۹۸۱ء یس تام ووت یہ شمار ۳۰۷۶۲۹۸ ییُس پنٛچن وُہن وٕریٛن دوران وارا ہُرلومُت چھُ۔

کاشُر زبانی ہُند اگُر، درجہ بندی تہٕ لسانی ورگہٕ باگے وُنی راوسٕ تہٕ متعین کرنس نہٕ بتھ چھِ کشیرِ منز تہٕ کشیرِ نیبر وارا کام سپٕز ہنٛز۔ محققین حضراتو یوٗد وے اتھ بارس منز مختلف نظریات تہٕ رایہ پیش چھیٛ کرِ منٛز مگر وُنیکٕ تام چھنہٕ کانٛہہ راے بالکل حتمی مانہٕ یوان ییمہٕ کنہِ یہ زبان اَز تہٕ تحقیق کارن ہندِ توجہک مرکز چھِ۔

کشیرِ منز ییمن مختلف ذاتن تہٕ قبیلن ہندی لُوکھ پتھ کالہ کھیلن تہٕ کھیچن منز وآتی، یمن منز چھِ آسٹرک، چینی، پارتھی، سیتھی یونانی، ترک، بوٹہٕ تہٕ گجری شامل۔ ناگن تہٕ پشاچن ہُند تہِ چھُ ذکر لیکھہٕ پاٹھی کرنہٕ آمت۔ بیاکھ قبیلہ یُس کشیرِ ووت چھُ کھش قبیلہ یُس مغربی ایشیا ہس منز اکھ طاقتور حکمران قبیلہٕ تہٕ رُوٗدمُت اوس۔ سنسکرتس منز چھُ امہِ قبیلہٕ کین لُوکن کھش وَنان ییمن پہاڑی منز گٔمتی تہٕ کاشرِ پاٹھۍ

کھاہ چھِ وَنان تہٕ اَز تہِ چھِ امہِ ذاژ ہندی وارا لۄکھ یاتھالہِ تہٕ رازوریس منٛز آباد[1]۔ ویدک آرین یروٛتہٕ یِم لۄکھ ہندوستان آے تمن منٛز چھِ آسٹرک تہٕ دراوڑ تہِ شٲمل۔ دراوڑ بنیے یِہ شہری تمدٕنکی تأمیر کار تہٕ آسٹرک وٲتی گامن گُٹھن منٛز تہِ آیے مختلف علاقن منٛز چھکرنہٕ آسٹرک لۄکن ہنٛز پے اکھ کھٲنجی تہٕ وٲتہِ کٔشیر تہٕ یِمیُک ثبوٗت اسہِ کٲشرِ زبان نہِ فراہم چھِ کران تہٕ یتھ زبٲنی گریرسن باتسگلی ناوِ ناگ زبان تصوٗر چھُ کران۔ یتھے پأٹھی ہیکنہٕ دراوڑن ہُند تہِ کشیرِ تہٕ امہِ کِہن علاقن منٛز واتُن تہِ ناممکن اُسِتھ۔ تکیازِ وارہن کٲشرِن بنیادی لفظن چھ دراوڑ زبٲنی سٕتی تہِ واٹھ۔ آسٹرک لۄکن چھ سنسکرت زبٲنی منٛز "نِشاد" وَنہٕ آمُت۔ ناگن متعلق چھُ وَنہٕ یِوان زِ یِم آسی یأژ ہتھ قبل مسیح منٛز کشیرِ بیٚٹھ گاندھارہ تہٕ امہِ اَپارِ علاقس منٛز تہِ آباد تہٕ یِہُند توٚلُق چھُ جنوبی ہندوستانہٕ کِہن یِمتے دراوڑ تہٕ آسٹرک قومن سٕتی اوسمُت پیشاچن ہُند توٚلُق تہِ اوس آریأئی قبیلس سٕتی۔ یِم لۄکھ گے پہاڑی علاقن منٛز آباد یِمہ کنِہ۔ یِمَن آریأئی تمدّن کِہن مرکزن سٕتی توٚلُق تہٕ واٹھ ژھیۄن یِم بنیے یہ جفاکش تہٕ سخت جان تہٕ مٲدانی علاقہٕ کِہن آرین ہنٛز برتری کرِتھ تہِ تسلیم۔ مٲدانی لۄکھ یِم تہذیبس منٛز یروٛتہٕ اَسی دِیت یِمَن بالأئی علاقن منٛز روزن والین لۄکن پیشاچ ناو۔ یِمیُک مطلب ژیۄل مازکھینہٕ وٲلی تہٕ غٲر مہذب گوٚو۔ امہِ پتہٕ رۄدی یِم لۄکھ پشاچ ناوے لۄکن وِنِدرٕ۔ یَتھ کنتھِ پیوٚو امہِ سبہٕ پھیوٚر دِیُن یتھ زن یِہ سورُوے پوٚت منتظر تظرن تل روزِ۔

کٲشرِ زبٲنی ہُند نسبی توٚلُق وُتِراولس منٛز چھیٚہ گوڈنیچ کوشِشِ کٔتھہِ

---

[1] انہار۔ کٲشرٕ ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۸۹

صدی ہندِس آخرس منز سپدان یێلہِ کیٚنہہ یوٗرپی محقق شمالی ہندوستان کین
علاقن منز ییتہِ چھین پہاڑی زبانن ہُند مطالعہ کرنکہ غرضہ آیہ۔ اُتھی دوران
آو ۱۸۹۸ءیس منز جارج گریرسن سنز سربراہی منز ہندوستٲنی زبانٕہ ہٕنز
ہندِ سروے ہُک اکھ بوٚڈ پروجیکٹ درِ دس تہٕ یُس ترہن وٕری ین
تام محنت تہٕ جال فشانی سیتی کام کران روٗد تہ لسانی زاوی جارن زول
دوان روٗدی۔

لسانی ماہرن ہنز اکثریت چھہِ کاشُر زبانی درد زبانن منز زانان
ییلہ زَن کیٚنہہ اکھ ہند آریائی تہٕ مانان چھہِ۔ امیچ درجہ بندی ہند سوال تُل
گوڈ نیتھ گریرسنن (۱۸۵۱ء - ۱۹۴۱ء) یمی وۄن نہٕ کاشُر زبان پچھے
اکھ خاص ٹٔیتھ یتھ کھوان تکیا زِ امیچ وارا خصوصیتہ چھہِ دردِ زبانن ہٕسیتی
رلان۔ درد چھِنہٕ بقولِ گریرسن کانہہ لسانی اصطلاح بلکہ اکھ جغرافیائی
اصطلاح یمیک تعلق تمہ پہاڑی علاقس سیتی چھُ یُس وُنی کین ہندوستان
پاکستان تہٕ افغانستانس منز شامل چھُ۔ یہ علاقہ چھُ پانژ ہتھ میل
ذیوٗٹھ تہٕ اکھ منز چھِ ژور اہم کوہ مالہ یوان۔ پیر پانژال، مغربی ہمالہ،
قراقرم تہٕ ہندوکش۔ گریرسن چھُ وَنان زِ دردستان لفظس چھُ وسیع
معنے لہٰذا چھُ یمن سارِنے آریائی زبانن دردی وَنُن مناسب یم اَتھ
علاقس منز بولنہٕ چھِ یوان۔ گریرسن چھِنہ پشاج لفظ ورتاوان تکیا زِ یہ لفظ
چھُ رێتھ پاٹھی استعمال کرنہٕ آمُت۔ یتھ زَن گوڈے وضاحت آیہ کرنہٕ
گریرسن نہٕ وَنتہ کنی چھہ درد زبانہٕ ہُند یوٗرپی لسانی خاندانک ترێیم
لنگ بناوان۔ یتھ اکہ پاسہٕ ہند آریائی زبانن ہُند لنگ چھُ تہٕ بییہ پاسہٕ
ہند ایرانی زبانٕہ ہٕنز۔ سُہ چھُ لیکھان:

"... نہٕ چھُ یمن زبانن ہند آگُر ہندوستانی تہٕ نہٕ ایرانی بلکہ چھہ یم

آریائی زبانن ہُند اکھ ترٛیِم لنگ بناوان یُس پتہٕ آریائی گوڈٕ پیٹھٕ تیلہٕ الگ گوٚو ییلہِ زن ہندوستٲنی زبانو بروٗنٹھے لتجہ وہراو سپُدمت آسہٕ مگر ایرانی زبانن اوس وُنہٕ پتُھ الگ خدوخال رٹنے۔




سُہ چھُ کاشرِ چہ امہِ بولہِ وارٕ باگنہِ ہنٛز بنیاد زبانٕ ہنٛد داخلی گرتھ زانان نہ کہ امیکُ لفظہٕ راش۔ تکیاز ہمہٕ وقتی تبدیلین ستی چھُ پرتھ کُنہ زبانہِ ہُند لفظہٕ راش بدلان روزان مگر امیکُ گرتھ یا کرٛشیز چھُتہٕ متاثر سپدان۔ امیکُ جُملت، صوتیات تہٕ صداوی نظام چھُ برقرار روزان۔ تمہِ کنہِ چھُ پتہٕ وُنہٕ زہ لفظیات رنگہِ چھیٚہ کاشرٕ اکھ رلہٕ ملہٕ زبان۔ امیچ بُنیاد چھیٚہ درد خاندانٕچ اکھ سو زبان یتھ ستہٕ نہ زبانٕ ستی رشتہٕ داری چھیٚہ۔ اتھ پٮ۪ٹھ ہندوستٲنی کلچرک تہٕ زبانٕ ہُند سۆن اثر پیومت تہٕ امہٕ کِہ لفظیاتُک بیشتر حصہٕ چھُ وسطی ہندوستٲنی آگر کھوان یُس زن شمٲلی ہندوستان چین زبانن ستی رلان چھُ۔ وسطی گوٚیہ تام امہِ بنیادٕ ہُند توٚلُق چھُ یتھ منٛز امیکُ صوتیات، لہجہ، جُملت تہٕ عروض شٲمِل چھُ، چھُ سورُے دردی امہِ کنہِ گرتھ امہِ زانٕتہٕ ییٚلہِ امی ترایہ کرتہٕ ین نہ یہِ زِ یہ کاشہہ سنسکرتی زبان زانہٕ۔ گریرسن اتھ نظریس خلاف رُدٕ یہ نظریہ تہٕ زور لبان زِ کاشرٕ زبان تہٕ چھ ہندوستان چین دوٚیمین زبانن ہندی

کاشرِ ادبُک تواریخ۔ ڈاکٹر شفیع شوق۔ ناجی منور ص ۱۶۔ ۲۰

پأٹھۍ اکھ ہند آریٲئی زبان البتہٕ روٗد یہ تٔھر یہ صرف اُتھۍ حدس تام محدوٗد ترِ کٲشُرِ زبانۍ ہنٛد لفظیات چھ عام پأٹھۍ سنسکرت زبانۍ ستۍ رلان لہٰذا چھِ یتہٕ اکھ ہند آریائی زبان۔ گریرسن چھُ دردی گرۄپس منٛز ترٛے ساتی گرۄپ شٲمل کران۔

۱۔ کٲفر گرۄپ: بشگلی۔ وایلا۔ اسجنڈا (گورابتی تہٕ پشائی۔ دہ گاتی۔ دردی۔ تراہی)

۲۔ کھوور گرۄپ: چترالی یا ارنیا

۳۔ درد گرۄپ: شنا، کٲشُر، سراج، رام بنی، کوہستانی بیترِ

کٲشُرس تہٕ چھُ کیٛنہہ علاقہ وار بولہِ تھوان یمن منٛز چھِ پانٛژھ بولہِ اہم کشتواری، پوگلی، سراج، رام بنی، کٲشُر خاص

ہند یورپی

ہند ایرانی

پشاچ یا درد



کافر:۔ قبیلچین زبانن منز کتھ تلان چھُ گریرسن لیکھان زِ یمین منز چھ "ڈ" لامس منز تبدیل سپدان ۔ یتھِ کنہ یمن مشرقی ایرانی زبانن ستی کانی مشر چھ ۔ مگر یمو زبانو چھُ اندی پتی زبانن ہنداثر تہ قبول کورمت ۔

کھوریں:۔ متعلق چھُ گریرسن لیکھان زِ کھور چھ خاص قسمچ درد زبان مگر یہ چھیہٕ کم کاسہ دو یمین زبانن مقابلہ اکھ آزاد مرتبہ تھوان ۔ یہ دوے اکھ کافر قبیلس ستی تہ کینہہ چیز رلان چھ درد زبانن نش چھیہٕ اکی تھدی بالن یہ ترتبہ کرمت تہ یمن ستی چھس سیٹھا کم مشترکہ ۔ تمام درد زبانن اندر چھُ کھوار ایرانی گھاچیا زبانن نکھہ یم ہندوکش کس شمالس منز بولنہ چھ یوان ۔

درد:۔ قبیلس متعلق بحث کران چھُ سُہ لیکھان زِ درد قبیلس منز چھ خاص دردستانچ زبان شامل یتھ منز گلگتک شنا بولن وول علاقہ گریز، چلاس، سندھ بتھر تہ سوات کوہستان چھُ اتھ منز چھنہ ہوتز انگر تہ چترالک علاقہ شامل ۔ کاشر ورائے چھ درد علاقچ زبان ونکین اتھی علاقس تام محدود ۔

کاشر:۔ کاشر چھُ کشیر منز بتھرِ تہ ہمسایہ بتھرن منز بولنہ یوان ۔ یہ دوے امیک تروک درد چھُ، مگر اتھ پیٹھ چھُ ہند آریائی زبانن ہند وارا اثر پیومت یم جنوبس کن بولنہ چھ یوان یہ چھیہٕ واحد زبان یتھ منز ادب چھُ ۔

گریرسن چھُ کاشرس تہ شنا زبانی ہندس لفظ وترس ستان تہ مقابل کرتھ ناوان زِ یمین کتھ حدس تام چھ ہشر وارہ ہم لفظ یم گریرسن درج چھ کرمتی ہم چھ کُنہ تبدیلی ورائے للہ دید تہ حضرت شیخ ہندس کلامس منز نظر

گرٛھان مثلن ہستو، تتو، ننو، دٕش بیتر۔ گریرسن سنٛد وَنُن چھُ پیٚتنِ جایہِ سیٹھا اہم زِ ماہر لسانیاتہٕ سٕندِ خاطرٕ چھیہٕ کاشُر زبان سیٹھا اہم زبان تکیازِ یہ چھیہٕ واحد آریایی زبان یتھ یہ صورت چھیہٕ زِ تجزیاتی زبانہٕ پیٚٹھٕ پییس ترکیبی زبانی ہُنٛد رۄپ دِتھ۔ ہندوستانٕچ پرانی زبان چھیہٕ ویدک سنسکرت یتھ زبردست ترکیبی صلاحیت اُس۔[۱] کاشُر خاص چھُ کشیرِ ہنٛزِ وادی تہٕ بالہٕ یپارِ ی باتہال علاقس منٛز بولنہٕ یوان۔ اَتھ چھیہٕ ترے لہجہ مرازی (جنوبی علاقہ) کمرازی (شمال جنوبی علاقہ) معیاری کاشُر (سرینگر تہٕ اَندی پکی علاقہٕ)۔ یمن علاقن ہندِس کاشرِس چھیہٕ کیٚنژو لفظو تہٕ لہجہ وراے ہیٚیہ کانٛہہ ہِن۔ مرازی چھہ وارہن لفظن منٛز "ر" بدلہٕ "ڑ" ورتاوان تہٕ کراوہتن (فعلن) منٛز چھ "ا" حذف کرٕتھ ژھوڑٕ اوتھ بران۔ مثلاً پران، کران، گران، بدلہ پرن، کرن تہٕ گرن وغارِ ورتاوان۔ سورُے ادب چھُ معیاری کاشرس منٛز۔ بالہٕ یپاری ہن علاقن منٛز چھُ باتہال خاص کاشُر علاقہٕ۔ امہِ علاوٕ چھہٕ کشتوار، بھدرواہ تہٕ ڈوڈہ علاقن منٛز تہٕ کاشرِ زبان وادٕچ دٕر روایت موجوٗد۔ دۄیمین علاقن منٛز چھ گول گلاب گڈھ تہٕ راز ویر ہنٛد علاقہٕ یپاری مرازی لہجک اثر چھُ البتہ چھُ یمن جاین دۄہمِن زبانین ہُنٛد تہٕ اثر۔ پرٛونٛتر ھکین کاشرِن ہُنٛد لہجہ چھُ کمرازی لہجس سیتۍ رلان۔ یمن سارِنے علاقن منٛز چھُ تخلیقی ادب موجود۔ باقی رام نگر، بسوہلی بلاور تہٕ ہماچل پردیش علاقن منٛز یم کاشرِ روزان چھہٕ تِم چھہٕ مرازی علاقو پیٚٹھے اور ترٛی متۍ تہٕ ہیٚنٛز زبان چھیہٕ دۄیمِن زبانو وارا حدس تام متاثر کرٕمٕژ بالہٕ یپاری روزن والین علاقن منٛز روزن وٲلۍ کاشرِ چھہٕ ماحر زبو علاوٕ دۄیمین زبانین منٛز تہٕ یوٚچ پوختہ صلاحیت تھوان یُس ہیٚنٛز سماجی روا داری تہٕ ذہنی صلاحیتُک منٛداکھ خاص وصف چھُ۔

---

۱؎ کاشر زبانی ہُنٛد آگرٕ تہٕ گریرسن — موتی لال ساقی (انہار، کشمیر یونیورسٹی۔ گریرسن نمبر)

گریرسن سنزِ اَتھ بولہِ وارباگتیہ پیٹھ چھ مزید تحقیقچ بیٚیہِ تہٕ کاٗفی گنجایش تہٕ وارا پچھ ییکھنہٕ تہٕ آمُت ۔ ناموٗر لسانی ماہر مارگنسٹیرن چھُنہٕ درد زبانہٕ ہِن انڈِک لسانگ اکھ الگ شاخ زانان بلکہ ہند آریایی لِنگ کیٚ اکھ شاخ ۔ تمہٕ سنزِ ونُن چھُ زِ دشوار جغرافیایی حالاتو کِنی چھ یِمن زبانن ماداٗنی علاقن ہندین لوٗکن سیتی کم تولُق روٗد مُت ۔ یِمہِ کِنی یِمن منٛز قدیم ہند آریایی اتھاریِنہٕ اصلی شکلہِ منٛز رٲژھرتھ روٗد ۔ سُہ چھُ ونان:

" دردی چھِ محض سہولیتہٕ باپتھ اکھ اصطلاح یُس ہند آریایی چین کینژن ژھینہٕ گامژن پہاڑی زبانن کُن اشارٕ چھِ کران ۔ قدرِ ژھینہٕ روزنہٕ کِنی تہٕ پٹھانین ہندِ لو حملو کِنی چھیٚیہِ یِمہِ وارِ بیٚون گیمژ تہٕ مختلف حدن تام ماداٗنی علاقن (منٛزدیش) ہنزن ہند ۔ آریایی زبانن ہندِ لوٗرِ لیشنہٕ بُچیتھ روزِ منٛزترین چھِ یِدوٗن روٗزتھ پینٛ پاٹھۍ وۄتلنُک موقعہ میوٗلمُت [1]"

درد زبانن منٛز چھ "شنا" سۄ زبان یتھ سیتی کاشُر زبانہِ ہُند لسانی تولُق جادِ قریب چھُ باسان ۔ دۄشونی مابین چھُ لفظن ہُند اکھ قابلِ توجہ تعداد سرٛوٗد ۔ مگر تمہِ پتہٕ چھ صوتی تہٕ نحوی اعتبارٕ دۄشونی منٛز باگ کیہٕ بین موجوٗد ۔ کاشرِ زبانہِ ہُند ساختیاتی نظام وُچھتھ چھُ یہ نتیجہ تیران زِ کاشِر زبان چھیٚیہِ تژھی قدیم یژھ خۄد سنسکرت زبان چھیٚیہِ یہِ تہٕ چھُ اندازٕ سپدان زِ دردٕ زبانہٕ ہِن ہُند اثر رٹنہٕ بروٚنٹھ تہٕ آسہِ ہے اَتھ پننۍ اکھ بُنیاد یُس از تام برقرار چھ روٗزمژ تہٕ یہے چھیٚیہِ سۄ بُنیاد یتھ پیٹھ زمانس سیتی سیتی اتھ پیٹھ مختلف زبانن ہندی اثرات وۄپان گے تہٕ باسنے گیٚ ۔ یِہِ ٹیکہِ من اثراتن مٹاوان تہٕ لوٚہن اثراتن جاے دوان تہٕ یہ چھِ یہے بنیاد یُس از تام وۄنہٕ وینہٕ کہٕ ترسیلُک وسیلہ

[1] کاشرِ ادبٕچ تواریخ ۔ ڈاکٹر شفیع شوق ناجی منور ص ۲۳

بُنِھ رُوز تہٕ اسہِ تام واتٕر ۔ البتہٕ رُوزِ یہ محکوم آسنہٕ کِنۍ حکمران قومن ہنٛزن زبانن
ہُنٛد اثر رٹان ۔ دردٕ زبانن ہنٛد اثر اوٚک طرف ترٛاوِتھ یمن دوٚیمین زبانن
ہُنٛد اثر امہِ کِس لفظیاتس پیٹھ جاے پیوٚو، تِمن منٛز چھ سنسکرت تہٕ فارسی
زبان سرِ فہرس ۔ سنسکرت زبانۍ ہنٛد اثر چھُ پرانِس کاشرِس پیٹھ
تیوٗت سوٚن زِ کیٚنہہ محقق چھِ اتھ سنسکرت چی اکھ شاخ زانان ۔ حالانکہ
یہ اثر چھُ تہٕ لفظیات ورٲے امہِ کِس بناوٹس پیٹھ کُنہہٕ زِنٛگی نظرِ گژھان ۔ ترٛوٚداہم
صدی پتہٕ آیے کاشر زبان پوٚرٕ پٲٹھۍ فارسی اثرس تَل ، ییلہِ کشیرِ منٛز شہمیری
حکومت ہیٚچ بُنیاد پیٚیہٕ تہٕ فارسی بنیہ یہ کشیرِ منٛز دربٲری زبان ۔ فارسی پرٕنۍ
تہٕ لیکھن بنیوٚو باعزت روزگار حاصل کرنُک اہم شرط ۔ علم و ادب علاوٕ رٲژ
کاشرِ زبانۍ زندگی ہنٛدِس پرتھ شعبس منٛز فارسی لفظ ۔ یمن منٛز پلو پوشاک،
کارکسب تہٕ کھین چین وغیرہ چیزن ستی وابستہٕ الفاظ چھِ ، تہٕ زبان روز
ادب و ثقافت کین شعبن منٛز ٲسۍ لفظ راشس ہُورہٕ کران ۔ یمیُک
سلسلہِ اَز تہٕ جٲری چھُ ۔ امہِ علاوٕ رُوز یہ پنجٲبی ، ہندوستٲنی تہٕ انگریزی
زبانن ہُنٛد تہٕ متاثر سپدان ۔ جدید ٹیکنالوجی ہنٛد زیر اثر چھ اتھ منٛز
واریاہ انگریزی الفاظ تہٕ جاے رٹان تہٕ یہ عمل چھیہ ہُرونے ۔

گریرسن چھُ پوٚگلی، سراجی تہٕ رام بنی کاشرِچے بولہِ مانان ۔ یمن منٛز
رام بنی بولہِ پیٹھ ڈوگری یُک اثر چھُ تہٕ باقی دوٚن بولین پیٹھ مغربی پہاڑی
غالب چھیہ کامِہ ۔ کشتواڑی بولہِ متعلق چھُ گریرسن لیکھان زِ یہہ یا زِ
چھیہ کاشرِ بیچ اکھ صحیح بولی ۔

کشتواڑ چھُ بقولِ پروفیسر مرغوب بانہالی کشیرِ ہندٕے پٲٹھۍ کاشرِ
کلچرُک اکھ محافظ خانہٕ باسان۔[۱] اَتیک لُکھ لُکھ چھ اکہِ خاص کاشرِ انہار
کشتوارکِس مرکزی علاقس منٛز چھُ کاشُر۔ بولنہٕ یوان ییلہِ زن اَندی تہٕ دوٗر دوٗر

۱؎ کشیر بالہِ اپار ۔ پروفیسر مرغوب بانہالی

علاقن تام کشتواری لوٗلی بولنہٕ چھیہٕ یوان ۔ یمن منز بھنڈارکوٹ ، پلمار ، متا پوچھال ، لچھ گوہلا ، لچھ غفارہ ، ڈوٗل ، ترگام ، بندرابن ، ڈوگہ ، سنگرام باٹا ٹھاکرائی ، ناگسین ، کشیوان ، شاہن بھتہ ، چھیپا ، سزار تہٕ چیرجی ہندی مواضعات وغارٕ شامِل چھُ ۔ کینژن تحقیق کارن ہُند ونُن چھُ زِ کشتواڑی بولِہ منز چھِہ پرانہٕ تہٕ اصل کاشرِکی کیشہ مولہ اتھار موجود ۔

پروفیسر حاجنی صابن وَنُن چھُ زِ مشہوٗر بودھ عالم ناگسین چھیہٕ پنٕز اہم تصنیف " ملندہ پنہہ " کشتواری زبانی منزٕ سوال وجواب کِس طریقس پیٹھ لیچھمٕژ یتھ منز امہِ مذہب کین کینژن اصولن ہنز وضاحت چھِن کرٕمٕژ تہٕ یس پالی تہٕ سنہالی منز ترجمہٕ چھیہٕ آمٕژ ۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ یہِ تصنیف چھیہٕ ۲۰۰ قبل مسیح ہس منز لیکھنہٕ آمٕژ اگر یہ پزٕ چھُ تیلہِ چھیہٕ یہِ تصنیف بالہِ یپارِ کی علاقچ اولین کاشرِ تصنیف ۔ حاجنی صابہ چھِہ ناگسینس کاشُر زانان ییلہِ زنہ عشرت کشتواڑی تسُند کشتواڑی آسُن قیاس چھ کران تہٕ یہِ حوالہٕ دِوان چھِہ زِ کشتوارُس منز چھُ ازتہ ناگسین ناوُک علاقہ موجوٗد ۔ بہر حال یہِ تاویل کتھ حدس تام چھےٚ پزٕ چھُ فی الحال خارج از بحث ۔ رود سوال کشتواری بولہِ منز کاشرِ زبانی ہُند موٗلہِ اتھار آسنُک تہٕ کاشر زبٲنی سیتی امیکہِ منز آسنُک اتھ سلسلس منز چھُ وارہن لسانی زاوی جارن ہچھیوٗر دِیُن ضروٗری ۔ مشہوٗر لسانی ماہر پروفیسر جارج گریرسن چھُ کشتواری بولہِ ہنز شناخت کرناوان لیکھان :

Kashmiri has one true dialect Kashtwari spoken in the valley of Kashtwar (Commonly known as Kashtwari) lying to the south-East of the valley of Kashmir. Kashmiri has also overflowed the principal range into

the Jammu province of the state , and in the valley between the southern hills of the range between the water shed and the valley of Chinab. There are a number of mixed dialects such as Pougli Siraj of Doda and Rambani (GRIERSON 1919: 233)

گریرسن سُند وَنُن چھ زِ کشتواری بولہِ سیٹھ چھُ پہاڑی ، چپالی تہٕ تبتی بولِن ہُند تہٕ اثر ۔ امیک بیشتر صوتیات تہٕ لفظیات چھ معیاری کاشرس سٟتۍ رلان ۔ یمیٚ کِنۍ سٕہ اتھ کاشرِتۍ اکھ پٕز بولی چھُ ونان ۔

پزٕر چھُ یہِ زِ کشتواری بولہِ ہُند جاد ورتاو چھُ ییٚتہٕ کین ہندین منٛز نظرِ گژھان ۔ مسلمان چھِ عام پأٹھۍ کاشُر ورتاوان یتھ سیٹھا فارسی زبأنۍ ہُند زۆر اثر چھُ ۔ کشتوار قصبکۍ ہندۍ تہٕ چھ کأشر بولان تہٕ دوشوے فرقہٕ چھِ کشتواری سمجھتھ ہیکان تہٕ بولتھ تہٕ ۔ کشتواری زبأنۍ منٛز چھ تم وارا لفظ موجود یم پرون تہٕ اصل کوشُر چھُ مانٛنہٕ یوان مثلاً شو تدٕ (ڈُبھ) سپُن (خاب) پیارہ (ٹماٹھ) ویہہ (زہر) سو تدر (خوشبوٗ) گوگل (گوگجہِ) مولہ (مجُو) سیٖرہ (کلہٕ) زن (منٛزی) پاسُر (ووٹ) تہٕ مازُن (لرِٛتھل) بیٚترِ الفاظ ۔

کشتواری تہٕ پوگلی درمیان چھیٚ وارا مشترک خصوصیات ، البتہٕ چھکھ کُتہٕ کُتہٕ جایہ کراوتین منٛز پھیرہاو تہٕ موجود ۔ کشتواڑی بولہِ منٛز چھِ ضمیرِ فاعلی حالت "بہٕ" بجایہ "یو" بنان تہٕ پوگلی بولہِ ہُند "شُٹو" لفظ "یوزِ تو" لفظکۍ پأٹھۍ ورتاونہٕ یوان ، البتہٕ چھُ پوگلی زبأنۍ ہُند "مہُن" لفظ زیٚادٕ

"موہنیو" بنان "و" لفظ امرِ ئنگی ورتاوِنہ کیتھ مِثالہ چھیۓ حضرت شیخ العالمرؒ سُندِس کلامس منز تہ موجود ۔ مثالے یہ شعر ۔

آنگن ناہ کران چھُ ہولو | بایو میا ہو تہو ستُو تو
یِمی یِیتہ وووو تمی تتہ لولو | ہون چھُو کران وَو یا وَو

کاشُرِ زبانی ہُند "چھُ" لفظ چھُ کشتواڑی یس منز اکثر "تھُ" بنان مثلاً "تہ کر چھکھ آمُت؟" "تہ کیلی تھکھ آمُت"

گریرسن چھُ فونیاتی سطحس پیٹھ کشتواڑی بولِہ دردک زبانَن نزدیک زانان تہ وَنان :

One of the typical character of modern Dardi language is the frequent hardening of the original sonnet letters , so that " G " become " K " , " J " becomes " CH " , " D " becomes " T " and " T " and " D " or " V " becomes " P"

(Grerison 1919 :

اَتھ سِلسلس منز چھیۓ یِم مِثالہ ڈکھ کران :

| وٲدی منز | کشتواڑی | وٲدی منز | کشتواڑی |
|---|---|---|---|
| دِکہ | تکہ | بوے | پوے |
| گنٹھ | کنٹھ | بیہئ | پیہئ |
| گونٹھ | کونٹسہ | بوچھ | پوچھ |
| دار | تار | گاسہ | کاسہ |

وغاءرِ یمَن منز پ ، ب ، ک ، گ تہ ت دالس منز تبدیل چھُ سپدان ۔

کشتواڑی زبانٕ ہنٛدی کیٚہہ دوٚیم الفاظ یِمن لِسانی طور وکھتے کرنچ ضوٗرورتھ چھیٚ چھہِ یتھپاٹھٕ :

| کٲشُر | کشتواڑی | کٲشُر | کشتواڑی | کٲشُر | کشتواڑی |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| ناٗنی | داٗزی | واٗجہ | اینگچی | ترٛوٚسٹ | منجہ |
| پوپھ | بۄجی | ہیٚیر | پیرڑی | یچوٚنچہ | ڈوکلو |
| پیتنچی | مندری | رَیٚپے | بدلی | اَٹھ | اہٹھ |
| ترٛانگچ | کھۄوڑ | کنٹھ | گبرہ | زۄن | زوڑہ |
| ڈوٗن | چھۄوڑ | گیٚیہ | گرتی | موٚٹ | پچ |
| ناٗج | ہاٗل | ترٛھاوٕل | ترٛہلی | وغارٕ | |

یتھے پاٹھٕ چھُ گریرسن کشتواری بولہِ ہندِس فونیمیاتی نظامس منٛز فونیم "ہٕ" "ہ" شامِل کوٚرمُت مگرامہِ VOICED "h" فونیم چھہ غاٗر موجودگی چھہِ اَتھ بولہِ منٛز محض لسانی خاصیت یَس اَتھ کاشرِ لتہٕ ہنا بیوٚن ہیٚو چھہِ کڈان :-

| وادی ہندِ کوٗشُر | کشتواری بولی (الفاظن منٛز گوڈنکس تلفظس پیٹھ فونیم "ہٕ" "ہ" موجودگی تہٕ غاٗر موجودگی) |
| --- | --- |
| ہوا | ادا |
| ہوٚنگن | اڈنگن |
| ہاپُت | آپُت |
| ہرُد | ارُد |
| ہوٗن | اوٗن |
| ہفتہٕ | افتہٕ وغارٕ |

منٛز باگ فونیم "ہٕ" "ہ" موجودگی تہٕ غاٗرموجودگی

| کشتواڑی | کأشُر وادی ہُند |
| --- | --- |
| گاتہٕ | گہتہٕ |
| زار | نہر |
| کأنی | کہأنی |
| اِمتان | اِمتحان |
| دوم | دہأمُم وغأرٕ |

الفاظن منز آخری مقامس پیٹھ فونیم "ہ"، "ہ" ہچ موجودگی یا
غأر موجودگی)

| کشتواڑی بولی | وادی ہُند کأشُر |
| --- | --- |
| کا | کیاہ |
| بتا | بتاہ |
| گوتا | گوتاہ |
| دوا | دواہ وغأرٕ |

کینژن کِراوٕہن ہنز مِثالہٕ:

| کأشِر | کشتوأری | کأشِر | کشتوأری |
| --- | --- | --- | --- |
| تھوٚد ووٚتھ | اُش وتھ | اَپُرٕ مہ وَن | اَپُرٕ مہ زَب |
| پھترِ بہہ | پُنہِ تلس بہہ | رٕود چھُ پیوان | رٕود تھُ پیون |
| ژیر مہ کرٕ | اتکھ مہ کر | چون ناو کیاہ چھُ | ژوٚن ناو کیا تھُ |

کینہہ دوٚیِم الفاظ:-

| کأشُر | کشتواری | کأشُر | کشتواری |
| --- | --- | --- | --- |
| چھانُن | زاڑُن | لوسُن | وِرلگن |
| سران کرُن | ناوُن | ہُچھٹراوُن | ٹھانُن |

تواریخچہ کِس اُکِس زبھچھٹس سفرس دوران ییتہٕ اتھ بولہٕ پیٹھ کینژن خارجی اثراتن تہٕ دوٚیمین بولین ہُندٕ اثر پیون اکھ ناگزیر کتھ چھ تیتہٕ چھ امہٕ بولہٕ ہندین لُکہٕ باتھن منز کیٛہہ تِتھ مٲری مُندی انہار درینٹھ گژھان یِمن ہُندٕ مطالعہ تل کٲشرِ زبٲنی ستی امیک اثر ہیوٚن واٹھ آسنک پاس چھُ لگان ۔ یِمن کینژن لُکہٕ بٲتن ہندی نموٗنہٕ چھہٕ پیش۔

استان گرتھ ہوسلامے تے کھڈلو جوگا تہٕ ماے

گونگا نوا دل جاییٔ تہٕ میریٔے گونگا نوا

تہٕ میریٔے گونگا نوا

اسمانی پکان کوتر جوڑی اُکس زپی توس یوٚڑی

تہٕ میریٔے گونگا نوا

تھدے سیاتے پوتے ناگے چھکرونے آبے

تہٕ میریٔے گونگا نوا

---

گرئی بیے گریٔے برمنزہ گریٔے مھولنی فرماش کوں کریٔے

سٲنی البیلی بزمنز گریے پوٚے سنی فرماش کون کریٔے

دکوری تہٕ درایکھ یِمہٕ گرہٕ منز۔ چاپلس مٲلی سُند تہٕ باے سُند فرماش کُس کرِ (وہ تی پوٗرہ)

کشتواری بولہٕ منز چھُ الفاظن ہُند وارا سرمایہ موجود یتھ لسانی طریقہ کارس پیٹھ وکھنے کرنچ ضرورتھ چھہٕ یتھ زن اکی ساری انہار بروٗنہہ کن ییتہٕ۔ کشتواری بولہٕ منز چھُ وہ تی ادب تہٕ تخلیق سپدان۔ پدری ناتھ پلماری، سوہن لعل گنجو، چندر کشتواری، لسہ جورانا، متانہ، غریب، جگدیش راج، ہن موہن قیصرا، الفت کشتواری، قادر بیرواڑی، عشاق کشتواڑی وغارہ چھِ کشتواڑی تہٕ بٲنی ہندی معروف شاعر۔

# سرازی یا سراجی

سراز ( سراج ) چھُ ڈوڈہ تحصیلک بالائی تہٕ وسیع پہاڑی علاقہٕ یمیُک حد پرستان ( پوگل ) پیٹھ محالہ گندو تام چھِ ژانتہٕ یوان[1] ۔ کینہہ چھ ننوارٕ ڈوڈہ گامہٕ پیٹھ رام بن کس زوٗن دھار گامس تام اَمکی حد مانان ۔ سراج چھِ دراصل کاشتر "سراز" ناوٕچ یدلےٚ مژ تشکل تکیازِ ڈوگری منز چھ "ز" حرف اکثر "ج" تلفظ ژٕنگی ادا یوان کرنہٕ ۔ مثلاً "زمانہ" ہس چھِ یم "جمانہ" تہٕ "زبان" "جبان" ادا کران ۔ وہان سراج یا سراز چھ اکھ پتھ کالہ محفوظ پہاڑی علاقہٕ روٗدمُت تہٕ مختلف لسانی گروٗپ چھُ پننین علاقن منز بدنظمی موجب یور آمتی تہٕ ییتہٕ بسے متی ۔ کاشر یم گاری ، سنزان ، بجارنی تہٕ بھاگوا دٕتہٕ یور ترٚی چھِ کاشر بولان ۔ یتھ پیٹھ وونی کم کاسہ وٕ پراتژ تہٕ چھُ ۔ یم لوکھ دلیسہ کنی آل پیرن کنی یتھ بھرت تہٕ گرٕ تہٕ تام بسے یہ رتم تہٕ چھِ کاشرے بولان ۔ وہان کشیرِ ہند نامور شاعر عزیز اللہ حقانی صاب روٗد ییٚر کال تام گنڈنہٕ علاقس منز ییٚتہٕ تمو کینہہ تراٹھ تعلیم تہٕ پرناوی ، یمن منز چھِ مولوی عبدالقدوس تہٕ خواجہ عبدالخالق شامل یم شاعری تہٕ آسی کران ۔ البتہ پہندہ کاشر کلام چھُنہٕ رژھرتھ ۔ یمہٕ علاقہٕ کس اودھیناپورٕ گامس منز چھُ رسُل میر صابن یور ترنک تہٕ قیام کرنک تہٕ ذکر پاٹھان ۔ لال ڈرمن چھ بھرت پہاڑن منز اکھ سوٚتر مادان یُس کشیرِ منز یاد چھُ تازہ کران ۔ تقریباً ژتہٕ جی میل زیچھر تہٕ وہ میل کُشادہ ییتھ پہاڑی تہٕ کنڈی پچہِ منزیس مقامی زبان بولنہٕ چھیہٕ یوان اتھ چھ سرازی یا سراجی بولی وَنان ۔ ییتکی ساری

---

۱۔ سراج ۔ محمد اشرف زرگر ۔ انوار فریدیہ ص ۱۱۷

فٲرمُلہٕ چھِ سِرٲزی بولان یێلہِ زَن مسلمان سِرٲزی بولہِ علاوٕ کٲشُر تہٕ بوٗلِتھ تہٕ سمجِتھ چھِ ہیکان ۔ گریرسن چھُ یێمہٕ علاقہٕچن بولِین وون دِوان سِرازی بولہِ کٲشرِ زبأنی ہندِس زُمرَس منٛز شٲمِل کران تہٕ وَنان:

It (Siraji) might with almost equal correctness be classed as a Dialect of Kashmiri or as a Dialect of Western Pahari , but I have put it in the former class , because it possesses certain characteristics which does not belong to the later.

(Gererison 1917 :433)

گریرسنَن چھُ پننس تحقیقس دوران بیشتر اِستفادٕ گرام تیلی لیس لِتھہ کوٗرمُت ۔ یێمۍ گوڈٕ " دی لنگویج آف دی نار درن ہمالیاز " ناوٕ رِکتاب منٛز اَتھ بولہِ نسبتھ مُحقِقانہٕ نظرچھیٚ ترٲومٕژ ۔ یتھ بروٗنٹھ کُنۍ گریرسنن پوٗرٕ واش کوٚڈ ۔ سِرٲزی بوٗلی کتھ حدس تام چھ کٲشرِ زبأنی سیتۍ ہتر اَتھ سلسلس منٛز چھیٚ وارا کتھٕ بجت طلب ییم لِسٲنی مٲہرن ہُند توجہ چھِ منگان ۔ سِرٲزی زبأنی ہندی وارا الفاظ چھ معمولی چھیرِ ہاوٕ پتہٕ کٲشرِس سیتۍ رَلہٕ وُنی باسان تہٕ امہِ کِس سِرازِس نزدیک باسان ۔ مِثالے

| کٲشُر | سِرٲزی | کٲشُر | سِرٲزی |
| --- | --- | --- | --- |
| اکھ | اک | پأنٛژھ | پنٛژھ |
| ترٛے | ترائی | شےٚ | شیا |
| ژوٚر | ژور | نو | نو |

| کأشُر | سرٛاَزی | کأشُر | سرٛاَزی |
| --- | --- | --- | --- |
| کھور | کھر | مول | بب |
| اُچھ | اَچھی | زنان | زنان |

ضمیری اِسمن ہنٛد یوٚت تام تولُق چھُ یہ بوٗلی چھ بیٚیتہٕ چین دوٚمبِن مقٲمی بولین لرِ لوٚر ہیوٗ باسان یٚیمیکُ اندازٕ یمو مِثالو تَل چھُ نَنان:

| کأشُر | سرٛاَزی | پوگلی | کشتواڑی | بھدرٕواہی |
| --- | --- | --- | --- | --- |
| بہٕ | اوٚں | اوٚں | یوٗ | اوٚں |
| اَسۍ | آہ | اَس | اَ | اَس |
| ژٕ | تہٕ | تہٕ | تہٕ | تہٕ |
| توٚہۍ | توٗہ | تُسٕ | توٚہۍ | تُسٕ |
| سُہ | اوتنگ (سُہ) | سُہ | سُہ | تے |

گریرسن یِتھ یُتھنٛیاتر پیٹھ سرٛاَزی بولہِ کٲشر زبٲنی ہنٛز شاخ چھِ قرار دِوان سُہ چھُ "د" "ت" لیس منٛز تبدیل گژھن۔ درمیٲنی "ت" یُگ ڈنٛجہِ روزُن۔ ہاے مختفی تہٕ ہاے مخلوطک ورتاو گوڈٕنیکہ "د" الگ تراوٕنہٕ یُن تہٕ کراوہتن ہندٕین گرداتن سٟتی ضمیری لاحقن ہُنٛد کھُلہِ ڈُلہِ ورتاو بیٚیترٕ۔ امہِ علاوٕ چھُ امہِ کین مصمتن منٛز درٕد اثراتن تحت اتھ منٛز وارا تشاتہٕ میلان "ژ" ہُک تہٕ "ز" ہُک عام ورتاو وغارٕ مِثال: کٲشُر "دنٛد" لفظ چھُ سرٛاَزی بولہِ منٛز "دنٛت" ینان۔ امیکُ آخری "د" چھُ "ت" یَس منٛز تبدیل سپدان۔ سرٛاَزی "بھوتو" بمعنی "سُہ اوس"۔ "بھوتو" لفظس چھُ منٛزی "ت" برقرار روزان۔

"ژ" تہٕ "ز" حرفن ہنٛد عام ورتاو

| سِراٰزی | کٲشُر |
|---|---|
| ژھرڑو | ژھاوُل |
| ژدر | ژور |
| چرنا | ژونُن۔ کھون |
| زبُن | وُنُن |
| زب | زبان |
| ژاڑ | ژری |

ہائے مختفی تہٕ ہائے مخلوط ورتاو

| سِراٰزی | کٲشُر |
|---|---|
| دوئی | زٕ |
| ترائی | ترٕے |
| اُچھی | اچھ |
| گانچھو | گرٕھان چھِ |
| میزرے پُٹھ | میزس پیٹھ |
| گھوڑو | گُرُ |

گرئیرسن چھُ مزید لیکھان زِ تالوی "ن" تُک آزادانہٕ ورتاو چھُ اتھ ڈوگری بیس تہٕ مغربی پہاڑی قریب انان تکیازِ یہ حرف چھُنہٕ کٲشرس منٛز موجود ہے۔ اسم تہٕ تہنٛد ورتاو تہٕ چھُس ڈوگری طرزس پیٹھے تہٕ ضمیرن تہٕ فعل مستقبلن ہنٛدس بناوٹس "اِلوا" ہُک طرز چھُس لامحل پہاڑی بولین ہنٛدے پاٹھی زیادٕ۔ سُہ چھُ وَنان:

The above is sufficient to give a general idea of the mixed character of Doda Siraji

( Gererison 1919 : 433 )

امہِ تلہٕ چھُ ننان زِ گرئیرسن لۄد وے امہِ بولہِ منٛزِ لب ولہجس، لفظُو ترس، گرداتن، کراوتین، ترکیباتن، صفاتن تہٕ بولگلی اکتستوارٕی تہٕ کٲشرِس ستی تقوبل کرنہٕ بہحاظِ واشراوتھ بحث چھُ کورمُت مگر منٛزی چھُ سُہ پانہٕ تہٕ ڈلہِ ملِس منٛز ہیوٗ پیوان زِ یہ مالونا کٲشُر کنہٕ مغربی پہاڑی۔ اتھ زبانی منٛز تالوی "نٛ" (ن + ڈ) آواز چھیہٕ مغربی پہاڑی یا ڈوگری زبانن ہنٛز یوسہٕ نہٕ کٲشرس منٛز دریٛنٹھ چھِ گرٕھان۔ یتھے پاٹھی چھُ سُہ سِراٰزی

بولہِ منٛز تاتٕری "ٹ" منٛز تبدیل گرٛزھن تہ "ر" "ڑ" لیٚس منٛز تبدیل گرٛزھن۔ مثلن "پَر" بجایہ "پَڑ" تہ "تھٕہنٛد" بجاے "ٹٕھینٹا" ورتاوُن مغربی پہاڑی ہندٕس اثر زانان۔ ڈاکٹر اسداللہ وانی چھُنہٕ سرٲزی بولہِ ہٕندِ کأشرِ اکھ لنٛڈ آسُن حق بجانب زانان۔ تٕمسنٛد وَنُن چھُ زِ سرٲزی بولہِ منٛز چھِ صرف ۵۰ فیصد کأشرِن الفاظن ہند حصہٕ۔ (۲) کأشرِس منٛز یِمن مصوتن ہُند ورتاو چھُ سپدان تِم چھِنہٕ کأشرِس منٛز نظرِ گژھان۔ (۳) تالری "ٹ" چھُ پہاڑی بولین ہنٛز خصوصیت یُس سرٲزی بولہِ منٛز جایہِ موجوٗد چھےٚ۔ (۴) سرٲزی بولہِ ہندِن ضمیرن ہُند تأثیر تراو چھُ کأشرِ لسٕہِ بدٕون۔ (۵) سرٲزی چھُ پہاڑی بولین خاص کر بھدرواہی بولہِ لرِ لوٚر پکان یُس اکھ خالص پہاڑی بوٗلی چھےٚ وغیرہ۔

یِتھ سلسلس منٛز چھِ یِتھ کتھِ کُن اشارٕ کرُن ضروری باسان زِ ڈوڈہ ضلعٕچین مختلف بولین مابین چھُ کینہہ مشترکہ ہشر موجوٗد تہ سرٲزی بوٗلی ورلے چھِنہٕ یہ خصوصیت کشتواری تہٕ پوگلی بولہِ منٛز تہٕ موجوٗد۔ تاہم یُوتام ڈاکٹر وانی سُنٛد سرٲزی بولہِ ہٕنٛد کأشرِس مقابلہ بھدرواہی بولہِ سٕتی زیادٕ قریب وَننُک خیال چھُ یہ کتھ زَن چھِنہٕ پوٗرٕ پأٹھی نکھہِ وسان۔ ییٚمیُک اندازٕ ییٚمہ مثالو تلہٕ ہیٚکہِ تَنتھی۔ یِمَن منٛز سرٲزی بولہِ ہنٛز تراے کأشرِس کُن جایہِ ہِن چھِ باسان:

| کأشُر | سرٲزی | بھدرواہی |
| --- | --- | --- |
| سُہ اوس گومُت | سُہ چلے گورو | تے ژِلی جورُو تھیو |
| کتاب چھِ میزس پیٹھ | میزے پیٹھ کتاب چھی | میزے پڑ کتاب اے |
| تِم چھِ ژوریاے | تے ژور بھراو چھے | تیسرے ژور ڈھلا اَٹ |
| ژونگ چھُ دزان | دیٚو بلاں چھُ | دِیو بلتے |

| کاشُر | سِرآزی | بھدرواہی |
| --- | --- | --- |
| حمید چھ گرتھان | حمید گان چھُ | حمید گاتے |
| بہٕ چھُس پران | اوُں پڑِ رؤہ چھہٕ | اوُں پڑھا ہوز واین |

یُو تام سِرآزی بولہِ منز ضمیری لاحقن ہُند تولُق چھُ گریرسن چھُ لیکھان :

Prominal Suffixes are freely used and give Siraji its chief title to be classed as a form of Kashmiri rather Than of Western Pahari or Dogri Punjabi linguistic survey .

(Gererison 1919 Linguistic Journey of India
Vol. 1/III Part –2 page 450 )

یِتھے پاٹھی چھُ سُہ فعل امدادی تہٕ فعل وصلی یس متعلق ونان زِ زمانہ حالس منز چھُ کاشرِس منز "چھُ" موجود۔ یِہٕمیکُ لیلہٕ ورتاو سِرآزی بولہِ منز تہٕ درینٹھی چھُ گرتھان۔ سِرآزی بولہِ منز چھُ لکہٕ ادب تہٕ موجُود او سمُت رُحم گراتال چھُ سِرآزی بولہِ ہُند اکھ معروف لکہٕ شاعر گژھ ریومت۔ ازکل چھہٕ سِرآزی بولہِ منز ادب تہٕ تخلیق سپدان۔ ٹھاکر حریقت سنگھ، جگدیو سنگھ بشیر احمد شاہ، لال دین بٹ، تلک راج شرما تہٕ امرچند وغاٖیرہٕ وارا سِرآزی قلمکار یمو سِرآجی ادبی کنجُ ناوہٕ اکھ ادبی تنظیم تہٕ تشکیل دِژ منز چھِیہٕ۔ بہر حال سِرآزی بولہِ چھہٕ مزید وارا مطالعہ کرنچ ضرورتھ تہٕ لسانی سوتھرِس پیٹھ چھہٕ اَمِکی مزید اتھار بدٕ کڈنچ ضرورتھ۔

# پوگلی

پوگلی بوٗلی چھیہٕ کاشرِ زبانی ستی ہشر تھوٗن واجنی نزدیک ترین تہٕ اہم بوٗلی یُہندۍ بیشتر لفظ وٕ تہٕ لب ولہجہ کاشرِ ہیوٗ باسان ۔ پوگلی بوٗلی چھیہٕ تحصیل بانہال کِس شمال مشرقس منز پوگل پرستان ، مالیگام ، ہی وگن ، دھنستہ ، بھٔردار ، نیل ، چملواس ، چکنار واد علاقن تہٕ شمال مغرب کہ اندٕ نیجہال تہٕ چنجلو گامہٕ کہن بالاۓ حصن منز بولنہٕ یوان ۔ جنوب مشرقہٕ اندٕ چھیہٕ یہ بوٗلی کھروش ، شگن ، ترگام ، ترنہٕ ، سروگتی ، ناچلانہٕ ، احکوٹ تہٕ ترا پناڑِہ گامن ہندِس اکِس زیٹھس تہٕ تنگ پہاڑی علاقس منز بولنہٕ یوان ۔ امہٕ علاوٕ چھیہٕ یہ بوٗلی تحصیلِ رام بن کہن کنگا ، پرلوت ، گاندری تستارسو ، باتلی تہٕ رموڑ ( بٹوت ) کہن گامن منز بولنہٕ یوان ۔ پوگل پرستان علاقن ہندی بیشتر لوکھ چھہ وٕنی رام بن قصبس تہٕ اَندۍ پٔکی علاقن منز منتقل سپدۍ متی ییتہٕ وۄنی یم مستقل پأٹھی لسان بسان چھہ ۔ ٹیکہٕ چھُ پوگلی بولن والین ہُند اکھ خاص تعداد اودھمپور ضلعہٕ کس رینائی تحصیلس منز تہٕ منتقل سپدمُت ۔ ییتہٕ یمن پوگل پرستان کھوتہٕ جاےِ آسایش تہٕ کاروبارُک موقعہٕ بہم چھُ ۔ پوگل پرستان یودوے اکھ دوٗر دراز پہاڑی علاقہٕ چھُ مگر اَتہٕ چھُ گوڈٕ بیچھ لیکھ پرِ ہند رعیت رودمُت ۔ مولانا احمد بانہالی ( ۱۸۵۳ء - ۱۹۲۰ء ) چھہ امہٕ علاقُک اکھ باشعور شخصیت اَسمتی ، یم پیدل سفر کٔرتھ لاہور واتی تہٕ تتہٕ زیرِ تربیت رُودی ۔ دینی تعلیمہٕ پتہٕ فارغ التحصیل سپدنہٕ پتہٕ آے تم یتھ علاقس منز واپس تہٕ ییتہٕ کرکھ یتھ علاقس منز علمی بیداری پأدٕ ۔ ییمِ کس نتیجس منز از ییتہٕ "کشفیہ مرکز تعلیم" ناو اکھ فعال علمی ادارٕ کام چھُ کران ۔ پوگل پرستان علاقس منز چھُ اَز تہٕ بے شمار

ستیرِن قلم کاتب موجود۔ تہٕ جیمہِ کین بیشتر اُردو اخبارن منز چھہٕ یورٕ کی کاتب
کام کران ۔ خار کتھ چھیہٕ پوگلی بولہِ منز۔ یتھ بولہِ کیا زِ آو یہ ناو دِنہٕ ؟
اتھ سلسلس منز چھہ مختلف تاویل تہٕ قیاس آرائی یتھ وُنکنیس زِ چھیر
دِنکُ موقعہ چھُنہٕ تاہم چھہِ یہ کتھ وننہٕ ضروری زِ یتھ کالہِ چھہٕ پوگل پرستان
کین بقدرِ بالن پیٹھ خوبصورت تہٕ طلسماتی پریین ہندِ موجود آسہٕ نچہ
دلیلہِ مشہور۔ یم لوکن برکم آسہٕ دوان ، یمہٕ کنہِ یہ علاقہ مشہور سپد
تہٕ امہِ علاقہ کہِ حوالہ پیوو یتھ بولہِ پوگلی ناو یعنے پوگل پرستانچ بولی۔ شاید
چھُ اوسے کشیرِ ہُند نامور رومانی شاعر رسُل میرن تہٕ یمن علاقن منز
پتہٕ لس معشوقس وُنی دِتی متہٕ تہٕ یمہٕ آیہ یمن علاقن کُن سون ظلون پھیورمُت

میٔے دوندہ وُزم پراران وندے پوگل تہٕ پرستان
بہاری وُچھکھ پہاڑی ڈینگی کونگی ماوتے پان

پوگلی بولہِ ہندی چھہِ بقول پروفیسر مرغوب بانہالی ترے لہجہ لسانی اعتبارٕ
بروشہرکُن یوان ۔ یاتے پوگلی مالیگامکُ لہجہ ، پرستان تہٕ پٹرویک لہجہ یُس
پوگلی تہٕ رام بنی ہُند درمیانی لہجہ چھُ تہٕ ترِیمہ تیل چملواس تہٕ کھڑدشُک لہجہ
یتھ منز کاشرِ کی پورٕ انہار دِ ریٹھ چھہ گرتھان۔ پوگلی منز چھہِ بقول تہندِ ۷۰
فیصد الفاظ کاشرِ کی بیئیلہِ زن باقی ۳۰ فیصد سنسکرت ، ڈوگری تہٕ پنجابی
زبانن ہنتی ہشر چھہِ لگوان ۔ یوگلی بولہِ کُن اشارٕ دوان چھُ گریرسن
لیکھان :

KASHMIRI HAS ALSO OVERFLOWED THE PIR PANCHAL RANGE INTO THE JAMMU PROVINCE OF THE STATE AND IN THE VALLEY BETWEEN THE WATER SHED AND THE VALLEY of Chinab, there are a number of mixed dialects such

as Pougli , Siraji of Doda and Ramban . The first of these two represent Kashmiri merging into Dogri.

( Gererison 1919 :233 )

پنٕز چھُ یِہٕ زِ پوگلی بولِہ منٛز تہٕ چھُ کِشتواڑی تہٕ سِراجی ہٕنٛزی۔ یوٗتین ہنٛدے پٲٹھۍ غٲر مُسلمن ہنٛزِ زبانہِ پیٹھ ڈوگری زبانہِ ہنٛد تۄر اثر ییٚلہِ زن مُسلمانن ہنٛزِ زبانہِ پیٹھ کٲشرِیُک غالب اثر چھُ۔ شاید چھُ اوے رٕکی گریرسنس یہِ بولی کٲشرِس منٛز شروٗپے منٛز ہِش باسان۔ پوگلی بولِہ ہنٛد بیشتر لفظ وۄتُر چھُ کٲشرِیمن منٛز امہِ زبانہِ ہنٛدی بیشتر اسم تہٕ صفت شٲمِل چھہِ مثلاً اُچھ، کنَ، کلہٕ، جاییے، ترنگ، اسمان، سفید، کرمُن، رتیوٗل، لبدُر، چاے، یتہِ وغارٕ ساری الفاظ چھہِ کٲشرِکی پٲٹھۍ ورتاونہٕ یِوان۔

کٲشرِس منٛز چھُ وُچھنہٕ آمُت زِ کینٛہہ موٗنث الفاظ یِم "ج" حرفس پیٹھ اند چھہِ واتان تِہنٛدُ مذکر چھُ "ل" حرفس پیٹھ اند واتان۔ ییٚلہِ زَن پوگلی بوٗلی دۄشوٕنی صوٗرتن منٛز اَتھ منٛز "ل" ورتاونُک رواداری چھہِ البتہٕ چھُ امہِ کِس موٗنثس منٛز یاے مخفی تہٕ سِتی لگان۔ مثالے

| کاشُر | پوگلی | |
|---|---|---|
| موٗنث | مذکر | موٗنث |
| وٲج | وول | وٲلی |
| کٕج | کلُ | کلِ |
| ژھاوج | ژھاوُل | ژھیلی |
| پیہج | پوٚہل | پہلۍ |
| کرٲج | کرال | کرٲلی |

وغارٕ

یِتھے پأٹھۍ چھِ پوگلی منٛز "گوٗگجہ" بجاے "گوٗگل" لفظ ورتاونہٕ یوان یُس کأشرِس منٛز ووٚنی ترک چھُ کرنہٕ آمُت۔ مزید برآں یِہ زِ پوگلی بولِ منٛز چھُ "ہاکہٕ" بجاے "کرٛم تہٕ کرم" لفظ ورتاونہٕ یوان۔ تہٕ یِم دوٚنوے اِتہار چھِ حضرت شیخ العالمؒ صأبن ہندس کلامس منٛز قأبلِ توجہ ؎

| | |
|---|---|
| اَکِس گوٗگل بیٚیس کرٛم | کھأسی زِ تھأونِ نِشتم نِشتے |
| رِتن ویٹھۍ گوٗگل ٹیٹھۍ گے | علم پٔرِتھۍ زونکھ اُسی گے ویٹھۍ |

پوگلی بولِ منٛز چھِ وارا امدأدی کرٛأوتی، لازمی مصدر تہٕ نسبتی صفات موجوٗد یِم لِسأنی اعتبارٕ وارا دلچسپ تہٕ اہم چھیٚہ۔ یوٗدوے اَزکل کٔنِس کأشرِس منٛز یِم الفاظ وِہدی چھِنہٕ مگر یِتھ کالہٕ کِتھ بہلہ پایہ کأشرِن گوٚ تماتن ہندس کلامس منٛز چھِ یِم اِتہار پوٗرٕ پأٹھۍ درینٛٹھۍ گژھان۔ بلکِ چھُ بیشتر جاین یِہ کلامہٕ پوگلی مفہومہٕ کِتھ نظرو رأے سمجھنس منٛز تھوٗس یوان۔ مثالہٕ پأٹھۍ پوگلی بولِ ہندۍ یِم کیٚنہہ الفاظ، یِم مختلف گوٚ تماتو یِتھ کالہٕ ورتأوِمتۍ چھِ۔

| پوگلی | کأشرُ مفہوٗم |
|---|---|
| سواس یا ساس | سواہ یا سوٗر |
| زاگُن | پرارُن، انتظار کرُن |
| کانٛژھ | کانٛہہ |
| کانٛژھ نا | کانٛہہ تہٕ |
| کینٛژھ نا | کیٚنہہ نہٕ |
| پیٚشن | وُچھُن |
| مست | مس گرٛتھُن |
| دوٚزخنہ بیت | دوٚزخنہ خوٗف |
| دیلو | ژونٛگ |
| چھوٗت | سفید |

راتھ تہٕ میے کنہٕ بیٹھ بوٚرُم    اوس ساس تہٕ سپُنس سوٚن

(حضرت شیخ العالمؒ)

ہرموکھ برتل زاگے مدہ لو    یی دِپہم تی لاگیو
شیرِ دیہم گولاب لاگے مدہ لو    یی دِپہم تی لاگیو

آیس کمہ وِشہ تہٕ کمہ وتے    گژھ کمہ دِشہ کو زانہ وَتھ
انتہ دایے لگِھے ستتے    چھِٹلس پھٹکس کانژھ تہٕ نویتھ

(للہٕ دید)

اَہَنو ڈلوٹھ کہنژھ نا الوے    گہہ سِتھ لے پرٛیُشتھ

(للہٕ واکھ)

موڈ زانتھ پشتھی تہٕ کوٚر    کوٚن شرٛتہ ووٚن زڈ بیچھ آس

(للہٕ واکھ)

لابندہ مست چھُکھ لوٚلس تہٕ مہُس
سیوٚد وُچھکھ لاگتھو وانی    (شیخ العالمؒ)

جنتکہٕ طمع پرتہٕ دوزخہٕ بییے    دیہ پچھی کران عبادت
کسُ بییہ ترسے کُس بے غرضیے    کس آسہٕ دِلس تیتھ وشتھ

(شیخ العالمؒ)

سوٚدرہٕ مالر چھے پرتہٕ لوٚن دیوا    تیتھ سِن درمِستی پرمارکھ

(للہٕ واکھ)

سے رنگر تھا وچھان گرمی    یُس کرہِنس تھالس چھوٚت کری

(شیخ العالمؒ)

پوگلی بولہِ ہنٛدی کیٚنہہ دوٚیِم الفاظ:

| کاشُر | پوگلی | کاشُر | پوگلی |
| --- | --- | --- | --- |
| بٔہ | اوں | پگاہ | ریٚچگی |
| ٲسۍ | آس | گاٹکیٚتھ | چنٛدُرس |
| سُہ | سۂ | ہاپُت | شوٗپُت |
| چوٚن | تیٚوٗن | پوٚژ | ٹُکرُڑ |
| تسنٛدُ | تتیٚسو | گانٛٹھ | گرپٕزی |
| صبح | رٕچی | کھٔڑ | لوٚو |
| شام | ورتہِ | گبُ | گیہٕ |
| کلہٕ | لوٚٹ | ژھاوُل | کَٹلہٕ |
| ڈٕکہٕ | ترِک | ماس | ملیش |
| دٔنٛد | دانت | ہا منٛزِ بوٚے | ہانٛتزُ بارُن |
| کنٛگھ | گوٚلمہ/گولم | پیٚتُرِ بوٚے | پیوٚچ بارُن |
| ژوٗنٛٹھ | ژوٗوہ | تاپھ | تاپ |
| ڈوٗن | اوٚچھوٗڑ | ژوٗن | ژوٗسُ |
| سفید | چھوٚت | تارکھ | تارگن |
| وۄزُل | اُژُل | | وغٲرٕ |
| گوٗدوم | دامر | | |

(۱) پرستان تہٕ میٹرو (۲) تہٕ کھرِدِش، تیل تہٕ چیلواس کِس پوگلی لہجس منٛز تہٕ چھ کم کاسہٕ پھیر ہاو۔

| کاشُر جملہٕ | کھرِدِش لہجہ | پرستانی لہجہ |
| --- | --- | --- |
| تھوٚد وۄتھ | تھوٚد اُٹھِ | اُب کھرڑتے |

| کاشُر جُملہٕ | کھردِش لہجہ | پرِستانی لہجہ |
|---|---|---|
| پیھر بہہ | پچھر بمہ | پچھر بِلسہ |
| پلوکتہٕ تھُھوتھ | پلوکور رٕچھیتھ | ڈڈکور رٕچھیتھ |
| سُہٕ دراو | سُہٕ لِن گو | سُہٕ ژلی پیئے |

یتھپاٹھۍ ژٕ ہٕ کشتوارس منٛز مسلمانن ہٕنٛز کشتواڑی بولہٕ پیٹھ کاشرِ یُک ژوٗر اثر چھُ یتھے پاٹھۍ چھ مسلمانن ہٕنٛز پوگلی بولہٕ پیٹھ تہٕ کاشرِ یُک زیادٕ اثر لبنہٕ یوان ۔ گریرسنُ ونُن چھُ ز " چھ لفظ چھُ درد زبانن ہٕنٛز اکھ خاص پرٕ ہنتھ ۔ تہٕ یہٕ ورتاو چھ کاشرِ کی پاٹھۍ پوگلی بولہٕ منٛز تہٕ یکسان پاٹھۍ نظر گژھان ۔ پوگلی بولہٕ ہندی کینٛہہ جملہٕ :

| کاشُر | پوگلی |
|---|---|
| اَز چھُ تارکھ اسمان | از چھ تارگن اسمان |
| اوٗن کیا زانہٕ پروٗن بتہٕ کیا گوو؟ | اوٗن کُت زانہ پروٗن بتہٕ کُت گو؟ |
| روٗد چھُ پیوان | روٗد چھ پیتہ تہٕ |
| زوٗن لوٗسی | زوٗسن گِ دارٕی |
| افتاب کھوٚت | دوٗس اکسوٚت |
| سُہٕ اوس شُلے گومُت | سُہٕ اوٚتھ ہگے گیومُت |
| تہٕ تہٕ ژٕ گئے ژور | دِہ تہٕ دِہ گیو ژور |
| سُہٕ گوو | سُہٕ گوو |
| تہٕ کرآکھ | تہٕ کرآس |
| چاے چینیہ تھا | چاے پیچ تھا |

پوگلی، کشتواری، سراژی تہٕ بھدرواہی بولین ہندی کینٛہہ مُشترک الفاظ :

| کأشُر | پوگلی | کِشتواڑی | سراژی | رام بنی | بھدرواہی |
|---|---|---|---|---|---|
| یِہ | اوٚں | تو | اوش | اوش | اوش |
| أسی | اَس | أسی | اَہ | اَس | اَس |
| کُنِکھ | گولم | گولم | گولم | گولم | گولم |
| سہہ | گوشال | سہہ | سہہ | گوشال | شیر |
| واو | واو | واو | بات | ہوا | بات |
| بیٚنہِ | بیٚنژ | بیٚنژ | بہن | بیتی | بیٚن |
| ژھاوُل | کٹلہ/ژھیلِر | ژھیلو | ژھیڑو | کٹلہُ | ژھیڑو |

پوگلی بولِ منز چھُ وونی ادب تہ تخلیق سپدان۔ کشیرِ ہند نامور شاعر پیرمست کوریس پوگل پرستان علاقس منز پیرِ مریدی سلسلس منز یوان اوس چھُ پوگلی بولِ ہُند گوڈنیکُ شاعر باسان۔ تمہ چھِ پوگلی منز کینہہ بہترین شعر وُنی متی، تسُند اکھ غزل چھُ وارا مشہور ییمیکُ مطلع چھُ ؎

پاہ نہ یوٚلس داہ کیتو چھم یمہ مدنوارہ ہے لب!
تُن تہ ہیون اوٚتھ وعدِ گیومُت یمہ مدنوار ہے لب

ترجمہ: پاہ نہ وُچھکھ دود کوتاہ چھُم مدنوارو ولو
ژے ییٚلے ستین وعدٕ کورُمت چھُتھ مدنوارو ولو

خشک سالی موجب ووٚتھ اکِ وُری یہ اتھ علاقس منز زنتہ ڈراگ مشکورُن چھُ امر صورتِ حالچ ییمہِ آیہ تصویر کشی کرنہٕ منز۔

زرچی[1] پیٚوم چاے ورنہ[2] کتُ کھالم زہلی گو عالم دوہ بایا[3] ہتو
ترجمہ: ضُبحس یوٚد وے ژھری چاے چیمو تہ مگر شامس کیا کھیمو۔ افسوس سورُے ڈُنیاہ دوہ خوشک سالی ہیتی۔

---

۱؎ زرچی = ضُبحس ۲؎ ورنہ = شام ۳؎ دوہ بایا ہو = افسوس بابا کیا کرو

مرغوب باتہٲلی صٲبن تہٕ چھ پوگل علاقس منٛز قیامس دوران کینہہ شعر وُنی مِتہٕ۔ مشتاق پوگلی، سنطور پوگلی، ذوالفقار وغیرٕ چھ پوگلی بولہِ ہُند صاحبِ تصنیف شاعر۔ دویمین شاعرن منٛز چھ مولانا اسرکی بشاط عبدالرؤف راہی، محمد حسین بیلوی، فاروق ناڈم ہیوٚو وارا بزرگ تہٕ نوجوان شاعر، یِم اَتھ بولہِ وہراو تہٕ وسعت دِنس منٛز سرگرم چھُ۔

# رام بنی

رام بنی بولہِ متعلق چھ گریرسن لیکھان زِ یہِ بوٗلی چھ ڈوگری تہٕ کاشُر کِ ملتراہ وجودس منٛز آمٕژ۔ یہِ بوٗلی چھ رام بن کین اَندی پکی گامن گُھٹن منٛز بولنہٕ یوان۔ پزر چھُ یہِ زِ رام بنی چھنہٕ کشتواڑی یا پوگلی بولہِ ہندکہ پاٹھی کانٛہہ مخصوص بوٗلی۔ یہِ چھیہٕ اکھ رلہٕ ملہٕ بوٗلی۔ یتھ منٛز پوگلی، کاشرِ تہٕ ڈوگری زبانٕکی ہندی الفاظ شامل چھِ۔ رام بن قصبس منٛز یِم ہندو بسان چھ تِم چھِ ڈوگری بولان تہٕ مسلمان چھ ٹھیٹھ کاشُر زبان بولان۔ امہِ علاوٕ چھِ یِم ڈوگری تہٕ پوٗرٕ پاٹھی بولتھ تہٕ سمجھتھ ہکان۔ رام بن تحصیل کِس شمال مشرق تہٕ جنوب مشرقس منٛز تہٕ چھِ وارا کاشُر بولن وٲلی گام البتہٕ چھِ کُنہ کُنہ جایہِ یہنزِ زبانٕ پیٹھ سرٲزی بولہِ ہُند کم کاسہٕ اثر۔ یِمن علاقن منٛز یِم باقی زٲژن ہندی لوٗکھ روزان چھِ تِم چھِ رام بنی بولان۔ پیرا تہٕ ندرکوٹ کین بالائی علاقن سناسر وغیرٕ علاقس منٛز تہٕ چھ رام بنی بولہِ ہُند ورتاو لبنہٕ یوان جنوب مغرب کہ اندٕ چھِ بیشتر پوگلی بولن وٲلی گام موجود یِم کاشُر تہٕ پوگلی دوشوے زبانٕ بولان چھ۔ رام بنی بولہِ ہندی کینہہ اتھار

| | |
|---|---|
| ماجہِ آنی تروٗٹ | سہٕ گوڈ |
| اَمن منجہٕ کیسہ | سہٕ گوڈ |
| سہٕ آو | نسال |
| سہٕ آو | لاہش |

| | | | |
|---|---|---|---|
| تمُل | تون | ہیٗے کھیٗبہ ترٗوٹ | ہے کھبیہ منجہ |
| اِکناکھ | گوٗلمہ | ہیچھر ہہہ | چگرڑے یوہ |
| گاو | گاوٗن | ٹھوٗد وٗدٹھ | اُیرڑے اُکھڑ |

23.6

# لہجک تہٕ لفظٕ راشک پھیرناو

پرتھ کانٛہہ زبان چھےٚ وقتس تہٕ ماحولس سیٖتۍ مختلف صوتی ، معنوی تہٕ مارفیمی پھیرناو وسیٖتۍ زاتی یاب سپدان ۔ یوٗزٕ امہِ سیٖتۍ چھُنہٕ امہِ کِس ترسیلس یا بنیادی کریکٹرس منٛز کانٛہہ فرق پیوان ۔ زبان کیٚتھٕ کِنۍ چھُ پتہٕ اگر رلتھ دوران ، ڈہراولیان تہٕ ورتاو بدلاوان چھ اکھ لیٚیار پاسُل سماجی عمل ییٚتھ منٛز سیاسی آگرٕ خاص حصہٕ چھےٚ اداکران ۔ گتہ کنہ چھیٚہ اجتماعی ہجرت تہٕ عامل بنان ۔ مدعا چھُ کأشرِ زبأنۍ ہُند بالہٕ یور ترُن ، پنُن وجوٗد برقرار تھوٗن تہٕ مقأمی ماحولُک اثر قبوٗل کرُن ۔ پروٚنژھ علاقہٕ ورأے بالہٕ یپارِمِن علاقن منٛز بیشتر کأشِر چھےٚ وادی کشیرِ ہندیو جنوٗبی علاقو پیٹھٕ یور ترٛأے متۍ ۔ یِمہٕ کِنۍ یِہندِس لہجس پیٹھ مرأزی اثر چھُ ۔ البتہٕ یوٚویمن یور وأتھتھ یٚیتہٕ چِہنٛز مختلف زبأنۍ تہٕ بولۍ ہُند اثر یِمہٕ کِنۍ یِہُند لہجہ متأثر سپُد تہٕ اکھ منٛز کم کاسہٕ پھیرناو سپدی ۔ یِتھ پأٹھۍ کشیرِ منٛز سرینگرُک لہجہ ٹکسأل چھُ ماننہٕ یِوان یِتھے پأٹھۍ چھُ بالہٕ یپأرِمِن علاقن منٛز باتہالہ علاقُک کأشُر لہجہ جاےٚ پرٛیٚون باسان ۔ البتہٕ چھےٚ بالہٕ یپأرِمِن علاقن منٛز کیٚنہہ تھۍ مشترک الفاظ یِم کشیرِ کھوتہٕ مختلف چھُ بولنہٕ یِوان ۔ یِتھے پأٹھۍ چھ زبأنۍ ہندس لہجس منٛز تہٕ کیٚنہہ پھیرناو موجوٗد ۔ مثالے سرینگرکس کأشرِس منٛز چھُ کیٚنژن لفظن منٛز تکرأری "ر" موجوٗد یِلہِ زن بالہٕ یپأری یِتھۍ الفاظ "ر" حرفہٕ تہٕ تکرارٕ ورأے جاےٚ خوشوٗنی اَدا ترٕ

ورتاونہٕ چھہٕ یوان۔ مثالے

| سرینگرُک لہجہ | بالہٕ یپارِمی لہجہ |
|---|---|
| اُنہرارے | اُنہرا ے |
| ٹاسرارے | ٹاسرا ے |
| پھسرارے | پھسرا ے |
| تھتھرارے | تھتھرا ے |

| سرینگرُک لہجہ | بالہٕ یپارِمی لہجہ |
|---|---|
| سرٕون | سوٗن |
| غرٕش | غش |
| ہدٕکاری | ہکاری |
| سرٕنڈٕ | سنڈٕ |

کشیرِ ہندِس ٹکسالی لہجس منز چھُ سارِنے کراوٕنین لفظ منز باگ "ا" حروف موجود ییمہ کنی یہند تلفظ ترِ یچھر سان ادا چھُ یوان کرنہٕ۔ ییلہِ زَن بالہٕ یپارِ "ا" حرف کرِتھی یہٕ ترِ ھُوڑاوتھ چھُ ورتاونہٕ یوان مثلاً

★ سرینگرُک ٹکسالی لہجہ: اَسان، گنٛدان، کرٕن، گران، کھیوان، وُچھان پران، ترٕلان، ہتلان، کتان، ہیوان وغاِرٕ

★ بالہٕ یپارِ چھہٕ یم الفاظ اَسُن، گنٛدن، کرن، کھیٚوَن، وُچھن پرن، ترٕلن، کیٚتن، ہیٚوَن آیہٕ ورتاونہٕ یوَن۔ ییتھے پاٹھی چھ کینہہ دوٗیم الفاظ ییمن منز "ا" حرف کرِتھی "ی" بدلہٕ "ے" چھُ ورتاونہٕ یوان مثالے:

| ٹکسالی لہجہ | بالہٕ یپارِی لہجہ |
|---|---|
| کراٚنی | کرٕنۍ |
| گرٕھاٚنی | گرٕھنۍ |
| وناٚنی | وننۍ |

| ٹکسالی لہجہ | بالہٕ یپارِی لہجہ |
|---|---|
| وُچھاٚنی | وُچھنۍ |
| ترٕلاٚنی | ترٕلنۍ |
| وغاِرٕ | |

بالہٕ یپارِی ہن علاقن منز چھہٕ مراز کِ پاٹھی "ر" حرفہٕ بدلہٕ "ڑ" یا "ڈ" ورتاونہٕ یوان، ییُس لقول محترمہ فاطمہ بیگم جی بالہٕ یپارِ مس شاٹس شہرس منز ہورکاو ہیوٗ توٚن چھ کڈان۔ ییم الفاظ چھہٕ:۔

| ٹکسالی لہجہ | یالہ پیاری لہجہ |
|---|---|
| گُر | گُڑ |
| شُر | شُڑ |
| زُر | زُڑ |
| ژُر | ژُڑ |
| ترُ | ترُڑ |
| درۄر | درۄڑ |
| اَن پر | اَن پڑھ |
| اتاری | اتاڑی |

| ٹکسالی لہجہ | یالہ پیاری لہجہ |
|---|---|
| مُری دِیا دُم | مُڑی دِیا دُم |
| پھۄر | پھۄڑ |
| مۄر | مۄڑ |
| ژھۄر | ژھۄڑ |
| کۄر | کۄڑ |
| لۄر | لۄڑ |
| لیکھاری | لیکھاڑی |
| لار | لاڑ |

کینہہ لفظ چھِ تِتھی ییمن ٹکسالی زبانی منز "ڈ" حرف چھ ورتاوٕنہ یوان ۔ یالہ پیاری چھِ یہ "ر"، "ڑ" حرفس منز تبدیل سپدان،

| ٹکسالی لہجہ | یالہ پیاری لہجہ |
|---|---|
| کھڈکڈی | کھڑکڑی |
| لڈٲیی | لڑٲیی |
| یڈ بُرِتھ | یڑ بُرِتھ |

| ٹکسالی لہجہ | یالہ پیاری لہجہ |
|---|---|
| گاڈی | گاڑی |
| ووڈِ نوٚن | ووڑ نوٚن |

سرینگرس منز چھِ کینہہ لفظ جاے فصاحت سان ورتاوٕنہ یوان ییلہ زن یالہ پیاری یِم پھۄر انداز ورتاوٕنہ چھِ یوان ۔ مثالے یِم کینہہ لفظ:

| ٹکسالی لہجہ | یالہ پیاری لہجہ |
|---|---|
| خاب | خواب |
| گاش | گواش |
| زال | زوال |

| ٹکسالی لہجہ | یالہ پیاری لہجہ |
|---|---|
| سال | سوال |
| تھاڑ | تھواڑ |
| دان | دوان |

| ٹکسٲلی لہجہ | بالہٕ پیٲرمی لہجہ |
|---|---|
| کان | گوان |
| ترلیش | ترٲش |
| ساد | سواد |
| زار | زوار |
| کاد | کوٗاد |
| پنچاٹھ | پنچاتھ |
| رٚب | گارہ |
| کامیے | کامٕژ |
| ژٕری چھوکھ | شٕری کھیجی |
| زنانہٕ موٗمنیو | کورِ موٗہنیو |
| ڈوٗنی فینڈ | گول/ڈوٗنی ژھپ |

وغارٕ

رازویر، بھدرواہ تہٕ کشتوارکی کینہہ مشترکہ الفاظ :

| ٹکسٲلی لہجہ | بالہٕ پیٲرم لہجہ |
|---|---|
| دوٗترٕ | کورِ ہُندہ نیچوٗ (زُر) |
| پوٗترٕ | نیچوِ سُندہ نیچوٗ (زُر) |
| دیوٹر | کورِ ہُندہ نیچوٗ |
| دیوٹری | کورِ ہُنز کوٗر |
| دوٗنکھ | دھوکھ |
| سوٗیچ | سوچ |

بھدرواہ تہٕ کشتوارکی کینہہ کٲشری الفاظ یِمن منز پہاڑی زبانہِ ہُندا اثر چھُ :

| | |
|---|---|
| کھیر | کھیژر |
| اہہ | ٲج |
| باہ ہتھ | باہ شتھ |
| گنجاش | گنجٲیش |
| گنڈے نہ کھسُن | فِکری تہٕ کھسُن |
| دوہن اُچھن ترلیش | پسند تریُن/ٹاری نہ کھسُن |
| تھوتھرٕن | ہوٗتُرن |

کینہہ الفاظ چھِ تم تِہوٗ ترتھ ہنا ورتاوان ۔

| | |
|---|---|
| مسے | وُونی |
| ہتھ روپے | ہتھ روپیہ |
| چرکٹ | چالاک |
| کنُڈ | پیٲم |
| دُلتہٕ دِیُن | ٹھ دِیُن |
| کٲپی | کاپی |
| گُڈی | گاڑی |
| چھُٹی | چھٹی |
| ادری | اوڑی |
| تُوری | توڑی |

"زرا" لفظ چھُ بھدرواہ تہٕ کشتوارکین لوکن ہٕنز تکیہٕ کلام - امہٕ
علاوٕ چھہٕ یمہٕ "زانہ" تہٕ "سنا" الفاظ ٲکِس خوبصورت استفہامیہ اندازس
منز ورتاوان - مثلاً

زرا یہٕ اخبار دیہ یوکنٕ ، زرا وقت وُچھ کیا ووت ؟
چھیٕ حال چاے زرا - وغیرٕ

یتھے پاٹھی چھہٕ یمہٕ "زانہ" تہٕ "سنا" الفاظ استفہامیہ اندازٕ ورتاوان "سنا"
لفظ چھُ ادبی زبانی منز تہٕ ییتہٕ ورتاونہٕ یِوان مثالے

زانہٕ کوٚت گوٚو ؟ (خبر کوٚت گوٚو) زانہٕ کرییہ ؟ (خبر کرییہ)

"سنا" لفظ چھہٕ یمہٕ "اما" کِس مفہومس منز ورتاوان - یِمیُک اندازٕ
یمو شعرو تل کرتہٕ ہیکہٕ یتھو -

چھنا ہترن لتن اُزکین زمانس شفقتچ امید
سنا ترس یہٕ بیگانس عدوس دشمنس ونہٕ کیا (رسا جاودانی)

سنا کیاہ میون دلبر سوٚے محفل بے نقاب ییہ تا
بہٕ وُچھہس رویہ تابان اکھ تباسے ماہتاب ییہ تا (نشاط کشتواڑی)

خبر سنہ کُس نیم تَس دِلنوازس کرہم ما اوتَس مے ازافشائے رازتس
(اُلفت کشتواڑی)

شوق دِتہٕ زیر سناکمُہ یہ بشیرو سارس ووجہ بیٹھ ووچ مے کھاجاے مگر ماربھ گوس
(بشیر بھدرواہی)

مے سوزالیس پنیٕ کنیٕ خاب بُری بُری واہِ کھاسین منز
سنا تمی عطر مندی مشکن سُہ ووزلوا تہ ما چھم پے ؟
(بشیر بھدرواہی)

کُنہ ساتہٕ چھہٕ اکثی لوکھ فعل استمراری منز "لوکمٕت" لفظ ہُریمانہٕ ورتاوان

تہ کُنہ چھ دوٗگنی فعل نہی ورتاوان (DOUBLE NGATIVE) مثالے

تہٕ کیاہ سہ چھُکھ لوگمتہٕ کرن یعنے (تہٕ کیا چھُکھ کرنہٕ لوٗگمُت ؟)

سہٕ چھُ لوگمت چاے چیون۔ (سہٕ چھُ چاے چیوان)

زاتہ کوت لوگمت چھُ گڑتھن (خبر کوٗت چھُ درامُت ؟) وغاٸرِ

یا یم کیہنہ جملہ

مٹے چھُنہٕ سمجھے یون تہٕ (میے چھُنہٕ سمجھے یوان)

سہٕ چھُنہٕ یوڑِ ح کیتھے نہٕ یوزن (سہٕ چھُنہٕ یورِ ح کیتھے یوزان)

سہٕ چھُنہٕ کیتھے نہٕ ہکن (سہٕ چھُنہٕ کیتھی ہکان) وغاٸرِ

کشتوارس منز چھِ باضے یتھ ہوی جملہ تہٕ نظرِ گڑھان،

وَدنی بہہ (وہ دتی روز اکھڑا روز (باتہالہ ہندلہجہ)

اُڑمن یام (ایورپھن)

| | | |
|---|---|---|
| کوٗت کرشہٕ گرٗ ھکھ ؟ | (کوٗت گرشھک) | بھدرِواہس منزتہٕ چھِ یم جملہ یتھے پاٹھی ورتاونہٕ یوان۔ |
| کوٗت کرشھن دراکھ ؟ | کور دراکھ | |

راز ویر چھ ساٸرے گنتی کاشرِ پاٹھی پرنہٕ یوان البتہٕ چھ یم ۲۶ ہس شٹےوہ تہ ۷۷ ہس (ستہٕ تاجی) ستتاجی وتان۔ یتھے پاٹھی "باہ شٹھ" بدلہ "باہ ہتھ" تہٕ "آٹھ شتھ" بدلہ "آٹھ ہتھ" بیترِ ورتاوان اتہ کین کینژن لفظن منز چھُ پہاڑی اثر ٹاکارہ۔

| کاشر لہجہ | راز ویر لہجہ | پہاڑی |
|---|---|---|
| ہمسایہ | گما ندری | گواندڑی/گمانڈی |
| واٸرکارہ | چنگہ بلہ | چنگا بلا |
| زرُہ | دوٗتر | دو ترا |

راز ویر علاقہٕ کین لینزن دوہمین جُملن ہندی نوٗمونہٕ ، یم ژُکہٕ سو تھرس

پیٹھ ورتاونہٕ چھہ یوان :

| | رازویر لہجہ |
| --- | --- |
| بہٕ گوٚس شُلے ہُشیار | ییے آسے شُلے جاگ |
| یہ کتاب نہٕ | یہ کتاب گرٹھ ہٕیتھ |
| دروازس دِ قُلُف | دروازس دِ جندرٕ |
| بَتہٕ نہٕ سیٚتی | بَتہٕ گرٹھ ہٕیتھ |

وغیرٕ

بالہٕ پیٲری ہٕنٮ علاقن منٛز چھہِ مشترکہٕ پاکھڑ کینٛہہ تِتھی الفاظ ورتاونہٕ یوان یم کٲشِرِ اپارِکہ لہجہ کھوتہٕ مختلف چھہ۔ کینٛہہ نوٗمونہٕ :

| کٲشِرِ متہد تلفظ | بالہٕ پیٲری | کٲشِرِ متہد تلفظ | بالہٕ پیٲری |
| --- | --- | --- | --- |
| رنزِ کوٚٹ | لوم | کال | کوٲل |
| کرِ | بَتہٕ | کوج | گاٲجو |
| میہک | باس | کُٹھ | متڑو/اکمرٕ |
| دوہس | دیوار/اٹھ | دیر | وڑ |
| زربول | زَرُل | دوٚٹ | وُرٕ |
| گرہت | گروٚن | ہٕنٹی۔ مُنہٕ گگر | ماٲن |
| رُسی گرُٹھن | پکنی گرٹھنی | دوکھٕ | اوکھٕ |
| شیتہٕ ژادر | شیتہٕ شادے | ژُرٹھی لوٚو | شال |
| ورِکتی | ورِ کیوم | وغیرٕ | |

# مولانا احمد باتھالی

کأشرِ شعر وادبک ابتدایی نوٚم چھُ اسہِ بانہالہِ علاقس منٛز پاتھان تہٕ مولانا احمد بانہالی صاب چھ یمہٕ خطکہِ گوڈنکی شاعر نتان۔ احمد صابنُن صحیح زاسنہٕ چھُنہٕ مولوم۔ تِمہٕ اَسی بانہالہ قصبہِ پیٹھ تقریباً ترٛے کلومیٹر دوٗر کوسکوٹ گامس منٛز روزان۔ تہند مول مولوی محمد جوٗ اوس امہِ گامہٕ کِس تمہِ وقتہٕ کِس رئیس خوجہ ہمزنُن رفیق خاص۔ احمد صاب اَسی فارسی تہٕ عربی زبأنی ہندی نامور عالمِ دین تہٕ روٗحانی بزرگ آسنہٕ علاوٕ اکھ تھدِ پایہ شاعر تہٕ۔ تہند بیشتر کلامہٕ چھُ فارسی زبأنی منٛز یتھ منٛز تہندی نعتِ شریف تہٕ مناقب وغأرٕ شأمل چھ۔ تہند اکھ مشہور فارسی نعتِ شریف چھُ یتھ کال تام کشیرِ کیو جمی کین کأشرین علاقن منٛز وردِ زبان روٗدمُت تہٕ اَز تہٕ چھُ درٗودِ شریف پرنہٕ وِزِ یہِ نعتِ شریف تہٕ ذوقہٕ شوقہٕ سان پرنہٕ یوان یمیُک صرف کینہٕ شعر نوٗمونہٕ یتھہ پأٹھۍ چھہِ:

سیدا روئے والضحیٰ داری
موے واللیل از سجے داری
طایے طاہا طرازِ خلعتِ تو
وز مُدثر مبین ردا داری
نقش نصراً من اللہ ہت بہ نگین
از فتحنا بہ کف ردا داری

بہ شب قدر لیلۃ المعراج

بہ وصال کہ با خدا داری

اُکِس دوٚیمِس فارسی شعرس منٛز چھُ سُہ پنُن تعارُف

یِیمہِ آیہِ کرنا دان: ۱

احمد ابرام نام من کہ اندر با نہال

شاہِ بغداد پادشاہم من غلام داغدار

بر درت امید وارم اوفتادم در وبال

بر ضعیفان کُن کرم اے صاحب ذوالاقتدار

مولانا احمد صاب چھُ محمود گامی سند ہم کال او سمت۔ کاشرِ زبانٕ ہندِس نامور روٗمانی شاعر رسُل میرس تہٕ چھُ احمد صابُن شرفِ تلمذ حاصل روٗدمُت یُس ڈورِ شاہ آبادٕ پیٹھ یِتھی باہناله منٛز احمد صابس گرس منٛز، تمن تِش زیرِ تربیت روٗدمت چھُ۔ رسُل میرس اوس اِمس وستادِ گرامی سندِ علمی بجرُک تہٕ شاعرانہٕ عظمتُک سیٹھا اعتراف۔ دیان رسُل میر اوس احمد صابس سیتی پوگل پرستانس تہِ پھیورمُت۔ یِتہٕ کٕہن کینژن بزرگن ہُند وَنُن چھُ زِ احمد صاب آسی کاشر پاٹھی تہٕ شعر ونان مگر یہ تہُند کلام چھُنہٕ رتہٕ ھرتھ۔

پروفیسر مرغوب بانہالی صابُن وَنُن چھُ " از بروٗٹھہ ستھ ورِی کوٗرمیہٕ پے ہیوان تہٕ وُنی دِوان سیٹھا تشار دِتہٕ پتہٕ احمد صابُن سہ فارسی بیاض پتہٕ کُس ذاکدار ثناء اللہ سندِ گرِ حاصل۔ یِیمکی کیہٕ ورق مییٚہ بانہالہ منٛز حاجی غلام احمد صابس

۱۔ کتیر بالہ اپار ۔ پروفیسر مرغوب بانہالی

رٔنش لبٕۍ میتۍ اُسی ۔ پروفیسر غلام محمد شادؔ صاحبس نِش تہٕ چھُ اتھ موضوٗعس متعلق مولُل مواد موجود ۔ مولانا احمد صاحبٕنٕ سٕہ کوشُر کلام ییتھ نٔسبتھ تہندِس فارسی کلامس منٛز اشارٕ پاتھان چھُ تہٕ یِمکی کینٛہہ شعر مٔنۍ گوڈٕ تہٕ لوکٕنُ نِش بوٗزی میتۍ چھہِ ییٚوک نہٕ مٔنۍ ژھاںٛڈ دِنہٕ باوجود تہٕ دُسی یاب سپدِتھ ہٕ ۔ تہندِ اکِہ منقبت شریفکی کینٛہہ شعر چھہِ حسبِ ذیل ؎

چھُس یہٕ لاچار سیٹھا جان وندے پیرٕ یتم
پوس بر خاک تہٕ پٔزر چھم اتھ رٹم یا غوث
ونہٕ کیا غم چھُ تمُس آسہِ ترٕیے ہیوٗ پیرٕ یمِس
ییس ونان آسہِ ہر لحظہٕ دمادم یا غوث
پیرِ پیراں مددے حضرت میران مددے
شیأاللہ براحوال فقیران مددے

مولانا احمد صاحب سپدی ۱۳۰۱ھ منٛز رحمتِ حق تہٕ آسہِ پینہٕ پنسی آبائی گامس منٛز اوسودٕ کرنہٕ ۔ تہندُ کوشُر کلام چھُ تحقیق طلب ۔

## ظریف شاہ

ظریف شاہ سٕنزِ آبائی جایہ نٔسبتھ چھیہٕ متضاد رایہ پیش آمژٕ کرنہٕ ۔ وَنہٕ چھُ یِوان زِ سُہ اوس پرٛونٛژھک روزن وول تہٕ ڈوٗفی گام موہنجہ بل (منڈی بل) کِنۍ اوس اکثر کشیرِ ژأن

---

ؑ کشیر بالہ اپارٕ ۔ مرغوب بانہالی

روزان ۔ عبدالاحد آزادَن چھُ لیوٗکھمُت زِ ظریف اوس پرٛونٛژھ کھ روزن وول ۔ ولی اللہ مُتُس نِش اوس یوان گرٛژھان ۔ اَکہِ روایت موجوٗب اوس سُہ ولی صابنُ سلوٗکُک رہبر تہٕ ۔ اکثر اوس گوٗنی پوٗرٕ مسیدِ منٛز اعتکاف بہان ۔ امہِ مسجدِ مندِ شرقہٕ کہ انٛدہٕ چھیہ تسنٛز جایہِ اعتکاف وُنہِ تہٕ ظریفنی یاد تازہٕ کران ۔ پرٛونٛژھ گرٛژھ وُن اپھروٹہ بالس پیٹھ سیُد رحمتِ حق ۔ آزادن چھُ تسُندَ ناو ظریف خان لیوٗکھمُت ۔ (کشمیری زبان اور شاعری حصہ دوم ۔ آزاد)

کشمیر یونیورسٹی ہندِ طرفہٕ شایع سپدی مُتس احوال نامس منٛز چھُ لیکھتھ زِ ظریف خانن چھِ "ہی مال" مثنوی ہندی کینہہ نعت تہٕ غزل لیکھی متی ۔ خان صاب اوس ولی اللہ مُتی سنٛد دوس پرٛونٛژھ اوس اکثر تران ۔ دپان پرٛونٛژھ ترانی گوٚو اکھروٹہ بالس پیٹھ ۱۸۵۶ء منٛز رحمتِ حق ۔ تسنٛز جائے چھیہ حاجی بل بابا رشی ماوُنہٕ آمٕژ (احوال نامہ ۱۵۶) ۔ مرحوم حاجنی صابنُ وَنُن چھُ زِ ظریف اوس صفا پورُک روزن وول ۔ مگر سارِ وہے تذکرٕ تہٕ پیسو بسُمول آزاد چھُ تسُندَ ناو ظریف خان لیوٗکھمُت ۔ یتھ ولی اللہ مُتی سنٛز مثنوی "ہی مال" بجائے خود تردید چھیہ کران ۔

"ہی مال ناگرائے" مثنوی چھیہ ولی اللہ مُتی اپیچھٕ یُس وُدہن گامُک روزن وول اوس ۔ تمہِ چھُ اتھ مثنوی منٛز پنٕنہ ین ترٛین ہمکال شاعرن ہنٛد سیٹھا احترامہٕ سان تذکرٕ کوٚرمُت محمود گامی ، عزیز اللہ خان تہٕ ظریف ۔

محموٗد گامی یس چھُ سُہ بہلہٕ پایُک شاعر تہٕ ووستاد مانان ۔ عزیز اللہ خانس نسبتھ چھُ وَنان زِ سُہ چھُ تسنٛدِ س

۱۔ صحیح ناو چھ اپھروٹ

ماَلِ سُنٛد دوس تہٕ تسُنٛد (ہتٕ سُنٛد) موٚرشِد۔

ظریفس متعلق چھُنہٕ سہٕ کینٛہہ پوٚر گژھنہٕ کڈان البتہ چھُ تسُنٛد ناو ظریف شاہ لیکھان نہ کہِ ظریف خان تہٕ تس چھُ پننٕ وتہٕ ہاوکُ زانان۔

ولی صاب چھُ یمن ترٛیشوٕنے شاعرن اکے کاروانکی تیز گام رہرو زانان۔ تذکرن اندر چھُ ولی اللہ ستن مثنوی سیتی تہ عزیز اللہ خانن تہٕ ظریفن ناو لازمی ہیتہٕ یوان۔ مثنوی ہی مال منز چھِ ظریفنٕ وہ بیتہ شامل۔ یم بقولِ آزاد ظریفس تِتہِ خاہی کرُتمہ مثنوی منز مناسب جاین درج کرنہ موکھ لیکھناو ناوِ ہتی چھِ سہٕ۔ ظریفن چھُ پننہ مثنوی منز یمہ آیہ یمن ترٛیشوٕنے رفیقن نسبتھ ذکر کوٚرمُت سہ

حضوصن کاشرن منز مردِ نامی ۔۔۔ چھُ کیا کم این زماں محمود گامی
ہیٚنے کوٚرُم تمی سیٹھا شاہ آباد کشاد ۔۔۔ سہ اوسے کاشرن منز مردِ استاد
عزیز اللہ خانا مرد دانا ۔۔۔ چھُ بیا کھا صاحبا شیرین کلاما
سہ حکیم الحمد للہ بابہ نے یار ۔۔۔ سیٚے چھم ہادی بہٕ چھُس تمی سُنٛد طلبگار
دِنے تاریف رہبر وہ وآتی ۔۔۔ ظریف رہبرم گژھ کن دواتی
ویدا کھا یتھ شینٛے لنش ونہٕ نے چھم ۔۔۔ پنٛن تہ شاہ ظریفن انہ نے چھم
ونا نی درد دل چھس شاہ ظریفن ۔۔۔ اناتی آہ دل چھس شاہ ظریفن

(دہی مال۔ از ولی اللہ متو۔ چھاپ ۱۳۵۷ھ)

غلام نبی آتش سُنٛد ونُن چھُ زِ ظریفن کر لعتیہ وتہٕ وُن لیکھنٕچ رواییتھ قایم تہٕ تس بروٚنہہ چھُنہ کانٛسہِ شاعر سُنٛد لعتیہ ونہٕ وُن

---

۱۔ شیرازہ سنہ ۱۹۸۴ء، شمارہ ۳ (ظریف خان تہٕ تسنز شاعری۔ آتش)
۲۔ یہ تہ چھپیہ اکھ رایہ زِ ظریف اوس ہتٕ سُنٛد زیٹھ بوے۔

یدس آمُت ۔ آتش صأبن چھ مختلف قلمی نوٕسخو منٛز ظریف شاہ سٕندی کیٛنہہ غزلہٕ تہٕ نعت نقل کٔرِ متی ۔ یِم غٲرمطبوعہ چھِ ۔ آسہن یِم نعتِ شریف چھِ رسالت مآبن ہٕنٛد عقیدت تہٕ حُبہٕ سیتی سرشار یِمن نعت شریفن ہٕنٛد کیٛنہہ شعر چھ حسبِ ذیل :۔

لولاک نأزل ترے تیپأنۍ | افلاک سورے سال گاہ چیون
ملکو کوٚرہے پچاکر تونۍ | سونۍ یکھتا وندہٕ ہوے کرون

○

سوزِ چھُم روزِ ہٕچالِن چارسوئیس | زُو وونی دمہٕ دمہٕ آم سوران

○

دیدار ہاو ہا چھُس آرزوئیس | والیٚل موئیس وندہا پان

○

گأل مرگن کم کم جوانو | مأل ماجہ تمہ رٕچھی متی آسی

○

مۄدی گندر رٕۄدی مونڈخانو | ہا مسافیر میانہٕ پانہٕ ہو

○

نورِ ییلہٕ ہوو تم تمۍ در داتن | گوم وُستخانن کٔرتھ سور

○

ظریف الفت تھاو دیوانن | تمہ سیتی سپدکھ باحضور

○

یِمن شعرن منٛز چھِ سأل گاہ ، چارسوئیس ، مونڈخانو ، وُستخانن تہٕ الفت تھاو دیوانن ہٕشن ترکیبن منٛز واریاہس حدس تام بالہٕ یپارِم لہجُک اتھار ہیٚو باسان ۔ یِمہ کِنۍ

ظریف شاہ سُند بالہٕ یپارِم آسُن خارج از امکان ہیکہٕ اٰسِتھ شاہبازِ راٹھرین ہمایُن وَنُن چھُ زِ ظریف شاہ تہٕ سائیل چھ پرونٛس علاقس سٟتی تعلق تھوَن وٲلۍ زٕ ہمکال تہٕ کہنہ مشق شاعر آسمتۍ، یِہُند کلامہٕ گاٛل کھالُن چھُ گومُت۔ تاہم ہیکہٕ ظریف شاہ سٕنٛز زا جایہ نسبتھ وُنہٕ کانٛہہ رائے حرفِ آخر آسِتھ ظریف شاہ سٕنٛدِ دِسی یابب کلامہٕ تل چھُ نَنان زِ تس چھیہٕ ٹھدِ پایہٕ شاعرانہٕ صلاحیتھ آسمٕژ۔ ظریفن کوٚر گوڈنِکہٕ پھیرِ یہ محسوس زِ کٲشرِ ناخواندٕ زنانن منٛز چھُ عشق رسولؐ جذبہ پأدِ کرنہٕ خاطرٕ تہٕ اخلاقی اصلاح باپتھ نعتیہ وَنہٕ وُن اکھ موٗثر ذرٟیہ۔ یُس تمۍ مہارژ تہٕ کمالہٕ سٟتی رٹھِ کھول۔

## عبدالرحیم اعمّا بانہالی

عبدالرحیم اعمّا چھُ جمّوں صوبس منٛز کٲشرِ شاعری ہنٛز سعہ آولین تہٕ معتبر آواز یٚمۍ یِتھ خطس منٛز شعر وادبہٕ کس اٚکس پائیدار تہٕ وُسوار ادبی روایتس کُن دیُت۔ سُہ چھُ کتوٚہمہٕ صدی ہندِس نصف اولس منٛز یتہٕ چھہٕ ادبی سنگرمالہٕ پیٹھ نمودار سپدن وول سُہ گوڈنیکُ تابناک تارکھ یُس تتہٕ تمی پوختگی تہٕ تخلیقی سحرکٲری ہنٛدِ کانٛہہ سُدرہ ہیتھ شولان چھُ تہٕ یُس اٚندۍ اٚندۍ دوٚر دوٚرتام امتحان خٲلی چھُ باسان۔

اعمّا عبدالرحیم چھُ اکھ روایت ساز تہٕ پوختہٕ کار شاعر یٚمۍ مختلف شعرہٕ صنفن منٛز پننۍ جوہر ہاوی تہٕ یِتھۍ تخلیقی وَتھِ ہنٛز گرزِ پتن طوفانی جوش جلال تہٕ فنی کمال ہیتھ ژھوہ چھُ ماران

تہٕ فکرِ فنٕک اکھ پُر بہار تہٕ رشک انگیز گلستان چھُ شوٗلناوان۔

عبدالرحیم زاو ۱۸۵۹ء مَنز بانہالہ قصبس مستقل ناگام گامس مَنز اَکِس سفید پوش زمیندار رمضان گنائی سٕندِ گرِ ۔ تسنٛد بُڈ بَب غفار گنائی اوس اسلام آباد کہ سرنٛل علاقہٕ پیٹھ یِتھ یِتہٕ بسیومُت ۔ ناگام گامس نکھہٕ ڈونگوم گام اوس امہِ وِزِ بانہالہ علاقس مَنز یِتہٕ چیٖن کم کاسہٕ علمی تہٕ سیاسی سرگرمین ہُنٛد خاص مرکز ۔ بانہالِ ہنٛدِس مشہور لعنت گو شاعر احمد بانہالی صابُن زامُتر خوجہ صمد جُو اوس یتھی گامس مَنز روزان یُس مہاراجہ رنبیر سنگھنٕ وقتہٕ وزیرِ وزارت تہٕ مہاراجہ پرتاپ سنگھنِ وقتہٕ مشیرِ مال اوس ، اوس بکمالِ شان یِتہٕ یِنٛزٕ دربار سجاوِتھ یتھی گامس سیتی تعلق تھوَن وول مولوی رُسل شیخ صاب یُس اکھ معروف دینی عالم اوس ، اوس یِتہٕ دینی درس دِوان ۔ دپان یہ اوس مشہور درسگاہ تہٕ کشیرِ مہدی ناماوار شاعر رُسل میرن اَسہ شاہ آبادہٕ ڈوٗرِ پیٹھ اَنِتھ پننٛیٚن زٕ[2] فرزند اتہٕ زیرِ تربیت تھاوِ ہیتی[1]۔

۱۲

عبدالرحیم اوس شرُی پانٛژ ؤرِ پیٹھے سیٹھا ذہین، تیز طرار

---

[1] بانہال میں اس وقت ایک مشہور جاگیردار شعرا کے بڑے قدردان تھے وہاں ان دنوں محمود گامی اور رسل میر کے جانے اور دادِ سخن پانے کا بھی ذکر ملتا ہے ..... رسول میر کے دو صاحبزادے فتح میر اور اشرف میر باپ کی وفات کے بعد بقیدِ حیات تھے ۔ فتح میر تو اپنے آبائی گاؤں میں ہی فوت ہوا مگر اشرف میر ڈولی گام ( وانی گام ) بانہال میں ملکِ راہیِ عدم ہوا ۔ جہاں وہ درس وتدریس کے سلسلے میں گیا ہوا تھا ۔ رسل میر کلچرل اکاڈمی ۱۹۶۰ء صفحہ ۷ ۔ ۸

[2] فقیدا بانہالی چھُ امہ صابن زامِنہٕ ۱۸۵۹ء وَنان ۔ یتھہٕ زٕن مرغوب صاب ۱۸۳۹ء قیاس چھِ کران ۔

صحتمند تہٕ حاضر جواب۔ چنانچہ یہ اوس ماکی ویژھے ہُند وَق۔ امہِ کنی آو
عبدالرحیم تقریباً پنداہن ؤریین ہُنزِ وانسہٕ منز تربیت باپتھ اُتھو
درسگاہس منز سوزنہٕ۔ ییتہٕ تمی اُمس لایق ووستادس نِش
قرآن پاک پرنہٕ علاوہ مروجہ فارسی نصاب، پندنامہ عطار، گلستان
بوستان تہٕ پنژ گنج ہشہٕ فارسی کتابہٕ پَرِ۔

یہ چھیہ تقدیرچ عجیب ستم ظریفی زِ عبدالرحیم سُند کھسہ وِنی
یاون گرِ بکہٕ منز شِتلی بیمارِ منز مُبتلا۔ امہِ وزِ آس تس تقریباً
اکوہ ؤری وانس۔ یہ وبائی بیمارۍ یوددے تس از جان ہیچ
نہٕ نِنھو مگر اُچھ گاشس نیولنس ضرور مُوہتھ۔ تہٕ یتھ پاٹھی
بنیوو عبدالرحیم گنایی "اعما عبدالرحیم"۔ یہ اوس تسنزِ زندگی
ہندِ سارِ وہے کھوتہٕ الم نصیب واقہ۔ تسند ظاہری دنیا تہٕ یہ
رنگا رنگ نگارخانہٕ موٗتریوو تس باپتھ تیژہے ہَن یتھ ییتھ اُکس
اُنی ہتر لوٗر ہیکہ ہے اِستاد رٹزِتھ۔ عبدالرحیم بنیوو بییہ
سُند داد خواہ بیتنہٕ بجایہ بییہ سُند دستِ نگر۔ تسند بوارمالو تہٕ
دِلچسپو از کاریو ہُنز تعتن تہٕ منقبتن ہندس صورتس منز قرٕ یاد رچ
وتھ تلاش کرِنی۔ دیان اتھی دوران کرِلوو شہ پنہٕ شفیق ووستادن
دٔہ سپارہٕ قرآنِ شریف تہٕ حفظ۔ لوٗت لوٗت ہیوتُن اعما صاب
موضوعِ بحث بنُن تہٕ تسنزِ شاعری ہند شوہر ہیوتُن باہالہٕ تہٕ بیر
کشیرِ تام واتُن۔ خوجہ صمد جو رٕودُس دربارۍ شاعر سُند
اعماہ تہٕ برابر سرپرستی تہٕ حوصلہ افزائی کران تہٕ فخرٕ سان کشیرِ ہُنزن
شعرِ مجلسن منز شرکت کرنکہٕ عرضہٕ سوزان۔ آمی صابنز زیرک
مزازی تہٕ زٕود حِسی نسبتھ چھِ وارہ واقہٕ مشہور تہٕ۔ دیان اکہٕ

دوہ ییٚلہِ خانیار سرینگر پٔڈھ خوجہ غولام محی الدین گونٛدر پنٛژ سالہ
پٔتھ ہیتھ خوجہ صمد جُوٗن گرٕ آو ۔ اَتھ دعوتس منٛز اوس اعما صاب تہٕ موجود
شہر کیو پٔرھیو لیوٚکھ اعما صابس مخوٚلہِ کرٕنۍ ۔ تِمو ووٚن ہاہِ پھرٕن
وارِس نفرس لوٚتی پاٹھو زِ ییٚلہِ سۄ مجلسہِ منٛز پٔرھن تھیو پھیرِ
تہٕ اعما ہندِس پیالس پھِر تھیو بدلہ اَہنٛمہٕ یُتھ زن آمی سِنٛز زیرکی
ہُنٛد زوٗم پھٹراونہٕ ییہِ ۔ حسبِ ہدایت آو اعما صابنس پیالس
تھاوِ بدلہ اہنمہ پھرنہٕ ۔ سارِوے پٔرھیو تلُ تھیو مگر اعمی صابن
تُل نہٕ پنُن پیالہ ۔ پٔرھو لگۍ اَکھ اَکِس کُن عارنگی سان وُچھنہِ
تہٕ دوہ پہہس اعما صاب تلیو حض تھیو جل جل ۔ حمد حض پرو ۔
اعما صابن تُلُن نہٕ پیالہ البتہٕ تلنۍ اتھ ہیورکُن تہٕ ووٚنُن "الحمدللہ
ہونہن منٛز چیوا اہنمہ" پٔرھی گٔے یہ بوزِتھ خجل زدٕ ۔ اَکھ کاہِ
گاٹُل ووٚتھ تہٕ ووٚننس "اعما صاب! توٚہہ کیتھ توٚر فکرِ زِ پیالس
منٛز چھُ اہنمہ ۔" درجواب ووٚنکھ ۔ "عقل حض گٔے اَسی بد
نصیب خاکسارن نش ۔ پیچھ روٗد قسمتھ ۔ قسمتھ حض گوٚو ہاپُت
یُس اکثر سرنڈکین نکھس چھُ گرٛھان کھٔستھ ۔" اعما صابنٕ
اَکہ کیتھہِ تمن ہوٗنی تہٕ دوہ یمہِ کیتھہِ سرنڈکی ونٕن گوو تمن سخ
ناگوار ٹُلی کر مرنس برابر ۔ تہٕ تِم روٗدی امہِ طنز آمیز مخول چھ وگہ
نژکال تام وہتراوان ۔ وہان ییٚلہ اعما صابس پتہٕ پرژھنہٕ
آو زِ تس کیتھ پاٹھو سپُد مولوم زِ پیالس آو اہنمہ تراونہٕ ۔ تہٕ
تمۍ ووٚن زِ تھیو چھُ پیالس پھرنہ وِزِ آواز دوان ییٚلہ زن
آنٛی مس چھنہٕ آواز یوان ۔

عبدالرحیم اعما سُند خاص کارنامہ چھُ تسنٛز عشقیہ

مثنوی "گلبدن" یوس تمۍ اکھ اردو داستانِ پیٹھ پانٹہٕ وہرِ چھپیہٕ۔ چنانچہ ساٛنین اکثر مثنوی ین ہُند تعلق چھُ عربی یا عجمی قصن سیتۍ۔ مگر اعمی صٲبنہٕ اتھ مثنوی چھپیہٕ اکھ پننی خاص ارضیتھ۔ مثنوی ہنٛد اصل مول چھُ لکھنوکس "مراد علی" ناوِ شاعرسنٛز اردو مثنوی "گلبدن" یس اعما صٲبن کٲشرس منز پھرٲتھ کاشرِ زبٲنی ہُند اکھ شاہکار بنوو۔ امہِ کس تصنیفس نسبتھ چھِ تمۍ یِمہٕ آیہٕ اشعار دِوان۔

سو جتور نوکتہ دانا اکھ ذکی اوس
نزاکت سنج مثلِ رودکی اوس

مراد اوس تخلص تہٕ علی ناو
تمی عشقک قصہٕ کوٗرمت چھُ اتمام

سُہ ہندی تتھ کرُن کاشُر ہیوتُن تام
چھُ کھووُمُت تتھ مرادن گلبدن نام

مثنوی ہندس آغازس منز چھُ شاعرن فارسی نثرس منز امہِ قصک تلخیص بیان کوٗرمُت تہٕ اد پتہٕ چھُ منظوم قصہٕ (مثنوی) شروع کرنہٕ یِوان تہٕ تقریباً سواد ہتھ بیٹھی شعر مناجات و نعتِ شریفکۍ تہٕ نگی وتنہٕ آمتی۔ گوڈٕ ٹسی لاگتھ اکھ زٕ شعر چھِ خالص فارسی یَس منز۔

خدایا نونہال حاصلِ من  نشاں تا گلبدن گردد دل من
مرادات ثمر ہائے دلم دہ  صفائی لطف درآب و گِلم دہ

حسبِ دستور چھ مختلف واقعاتن ہنٛز سُرخی تہٕ عنوانات فارسی نثرس منز تہٕ پتہٕ چھ یمو واقعاتھ کاشرین شعرن منز

واتہراونہٕ آمِتۍ۔ مثنوی "گلبدن" چھُ اَکِس شوٗر لولہٕ داستانس وِچھاطہٕ کران۔ یِمیُک اختصار یِتھہٕ پأٹھۍ چھُ۔ لکھنوٗکِس اَکِس نواب احمد علی سُنٛز پری پیکر صاحبزادی گلبدٕن چھےٚ نوٗہال ناوکِس اَکِس سےٚتۍ ہٕٹِھ پٮ۪ٹھہٕ خوبصورت تہٕ عقلمند پأٹھۍ گرٕی زادس پیٹھ فریفتہٕ سپدان یُس حِکمت تہٕ چھُ زانان۔ احمد علی چھُ بیمارٕ سےٚتۍ قریب المرگ سپدان تہٕ حکیم چھِ لٔس لاعلاج زانان بالآخر چھُ یِہ ہےٚ جوان سال حکیم تہٕ پأٹھۍ گرٕی زادٕ نوٗہال لَس رو بصحت کران۔ اَتھۍ دوران چھےٚ گلبدٕن اَمِس پیٹھ فریفتہٕ سپدان تہٕ دوشوے چھِ باہم وفاداری ہُند عہد و پیمان کران۔ مگر نواب احمد علی لَس چھُ یہٕ رشتہٕ ناگوار باسان تہٕ سُہ چھُ پننہِ صاحبزادی ہِنٛز کتھ حیدر آبادکِس اَکِس امیر زادس حکاکس سےٚتۍ گنڈان لَس گلبدنہٕ ہِنٛز مرضی خلاف چھُ آسان۔ گلبدٕن چھےٚ حیدر آباد سوزنہٕ یِوان۔ مگر سوٚ چھےٚ بیمارٕ ہُند بہانہٕ لأگِتھ پننس عصمتس رٲچھ کران روزان۔ اَتھۍ دوران چھُ نوٗہال تہٕ دیوانہٕ وارٕ اتھ شہرس منٛز واتان تہٕ بیچھِہ وُنۍ بٔنِتھ اتھ گرس منٛز واتان تہٕ پتہٕ لَس معشوقس سےٚتۍ ملاقاتھ کران۔ اکہٕ دوہہ ییلہٕ حکاکس اصل کتھِ ہُندِ پے چھُ لگان تہٕ سُہ چھُ لَس خنجر تُلِتھ قتل کران یہٕ واقعہ وُچھِتھ چھےٚ گلبدن لَس خنجر اتھہٕ منٛز نوان تہٕ پانہٕ تہٕ خودکشی کران۔ حکاک چھُ سےٚٹھا پریشان گژھان تہٕ دوشوٕنی لاشن پُراسرار پأٹھۍ گرٕ ہےٚ اندر اَکِس صندوقس منٛز دفن کران مگر کینہہ کالہٕ پتھ چھُ راز وارٕ وارٕ واشگاف گژھان تہٕ معاملہٕ چھُ شہرکِس قٲضس تام واتان۔ صندوق چھُ قبرِ منٛز

تیٚبر کڑناونہٕ یوان ۔ صندوق چھُ اچانک پرواز کران تہٕ لکھنوٗکس تھفہ باعث منز واتان ییٚتہٕ یموگوڑٕ تلیچھے عہد و پیمان اوس کوٚرمُت ۔ ٹکہٕ ارساتھ چھُ یہ وچھِتھ تہٕ خاطر جمع گژھان ۔ لاشہٕ چھیٚ بغلگیر آسان تہٕ کوشش باوجود چھینہٕ ییٚون سیدان ۔ بالآخر چھہ تم اکسے صندوقس منز اوسہٕ دیوان کرنہٕ ۔ تہٕ ییتھپاٹھی چھیٚ یہ شوٗرٕ داستان اکس حآران کُن تہٕ المناک انجامس پیٹھ واتان ۔

اعمیٰ عبدالرحیم چھُ اکھ زبردس خلاق تہٕ قادرالکلام شاعر سُہ چھُ اکھ شیرین، ٹھیٹھ کاشر تہٕ فصیح و بلیغ لہجہ ورتاوان مُنٛزِ منٛزِ چھُ سُہ برمحل فارسی تلمیحاتو، استعارو تہٕ تشبیہاتو سٟتی پننٛ شعر ووتر جاذبِ اثر آفرین تہٕ پُرکشش بناوان ۔ اعمیٰ عبدالرحیم چھُ فارسی زبانی ہندس مشہور نابینا شاعر روٗدکی تہٕ انگریزی زبٲنی ہندس بہلہ پایہ ناپنا شاعر جان ملٹن سندی پاٹھو فکر و خیالک تہٕ عشق و محبتُک اکھ مُشک آمیز تہٕ رشک انگیز گلستان شولہٕ ناوان ۔ مثنوی "گلبدن" چھ کاشرس ادبس منز سٟے درجہ، تہٕ روتبہٕ تھوان یُس مقبول شاہ کرالہ وار سنزِ مثنوی "گل ریز" حاصل چھُ ۔ اعما صاب چھُ امہِ لولہٕ مثنوی ہندِ سہارہٕ ہیتھ زندگی تہٕ انسٲنی نفسیاتہٕ کہن تاہ درتہہ مسٲلن تہٕ ژاوِی جارن زبو دِوان ۔

فنی سوٗتھرس پیٹھ چھہِ یہ مثنوی اکھ کامیاب تہٕ شاہپارہٕ تخلیق ۔ یتھ منز منظر نگٲری تہٕ کردار نگٲری ہندی سٲری گوٗن تہٕ وصف چھُ کیٚنہہ مثالہٕ ۔ مثلاً گلبدنہٕ ہنز سراپا نگٲری ناسبتھ کیٚنہہ شعر مصرعہ :۔

تنسندُے قدرُ وچھتھ گومت الف دال
سپنمُت ادس حسم شمشاد درحال

خط فرقش دراں موٹے مسلسل
درختاں زنہ گئے منزٔاس وُتر مل

ڈیکہ تس زوُنہِ کھوتہ اوس روشن
سو پیشیانی دُچھتھ خورشید توشن

ترا برو تمسندی محراب پاکان
بخوبی سجدِ گاہ دردِ تاکان

خنجر تستہ تیتھے تس تیز فتنٔ اوس
گژھان عشاقنے فی الفور کھشرٔ اوس

شکم چوں تختہ سیماب وقاقم
ز ناف آب حیات اندر طلاطم

سراپا اُس چوں گلدستہ تاز
تتہ حورا بہشتی اُس باساز

نوتہالہ سندس مٲلی سندی وپداکھ :-

متے میانے رٹتھ نالہ متیے یو
کتے پیوہم سوتیتھی پیوسے وسیے یو

تزر چونے سو زرمیونے مزر تراو
مزرِ چشمہ کرِزآتش ہزر پراو

روٗٹھ جنگل ژوٗٹھ اُخرا اتھہ واس
ہوٗلے روزہی نہ لے تے کیشہ ہیوی پاس

تمثیل در تمثیل :-

بسان قیس با صد آہ و فریاد
رسیدہ در دیار لیل چوں باد
دیار احق صفت سرمست شیدا
بزاری دوت زنہ در شہر عذرا
بہ تلخی اوس چوں فرہاد مسکین
مشوس لیل کران در ہجر شیرین
بدردِ ہجر لیلیٰ اوس محزون
برہنہ پا و سر مانند مجنون

رنگ تغزل :-

بہار آو چاو چانے بو نیبر زل دلیرہ بمبرو
فوجس یا مثھ لجس داوس گجس چانے شرہ بمبرو

اعمٰا صابن غزلن چھُ زبردست فنّی جلاو تہٖ مابعدکیو دارہو شاعرو چھُ تہندٕ استفادٕ کوٚرمُت باسان۔ عبدالرحیم اعمیٰ سپدی ۱۹۱۴ہس منز رحمتِ حق۔ پروفیسر مرغوبؔ بانہالی صابن وتنُ چھُ زِ تمو چھُ اعمیٰ صابنہٖ فارسی نعتیہ کلامُک اکھ نادر قلمی نوسخہ یدِ کوٚڈمُت۔ یُس تسُنزِ شاعری ہندی بیبیہ تہٖ اتہار برونہہ کنُ انِ۔ موصوفو چھُ اعمیٰ صابس نسبتھ اکھ مونوگراف تہٖ ترتیب دِیمت یُس ساہتیہ اکاڈمی ڈسی ۱۹۹۹ء منز شایع سپُد۔ اعمٰا صابس نسبتھ سپدِ کاشُر ادبی مرکز بانہالہ کہ طرفہٖ تہٖ حال جاہلے امہٖ تنظیم ہندی "گولاب" رسالُک اکھ خصوصی نمبر

اِجرا۔ "گلبدن" مثنوی ہُند یُس نُسخہٕ موجود چھُ یہ اوس پیر نورالدین ساکنہ محلہ استانِ عالیہ مخدوم صاحبُن تلشہٕ، ایُس شیخ غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب سرینگر سبنٕز فرمائیشہ پیٹھ سٹیم پریس لاہورِ پیٹھ شائع چھُ آمت کرنہٕ۔ اتھ پیٹھ چھُ چھاپ وُری ۱۳۴۱ھ درج یُس مطابق عیسوی سنہ ۱۹۱۸ء چھُ۔

## محی الدین۔ محی کشتواڑی

محی الدین "محیؔ" چھُ کشتوارِ کِس اُکِس تَھقِس علمی تہٕ روحانی خاندانس سٟتی تولُق تھاوان۔ یتھ شعر و ادبُک ذوق گوڈٕ پٮ۪ٹھے ورا ثتس منٛز پاتھیومت اوس۔ امہِ خاندانُکی اکثر بزرگ چھُ کشتواڑس منٛز دربارِ اسراریہ ہٕکی سجادٕ نشین تہٕ عقیدتمند رُودمتی۔ محیؔ چھِ امی خاندانُکی اکھ صوفی منش تہٕ بزرگ شاعر۔ حضرت شاہُن ہٕنٛز مدحت سرائی چھُ امہِ خاندانہ کیٛن شاعرن ہُند اکثر موضوعِ سوخن رُودمُت۔ محیؔ سُند بابہٕ صاحب ضیاءالدین ضیاؔ چھُ فارسی تہٕ اردو زبانٕ ہندی اکھ ہُنر ور شاعر آسنس سٟتی سٟتی تھدِ پایہِ روحانی بزرگ تہٕ آسمتی۔ اکھ مشہور عالم دین غیاث الدین یہ چھ کشتواڑس منٛز امہِ خاندانُکی مورثِ اعلیٰ اُسی رٟمتی۔ کشتواڑکی راجہٕ بھگوان سنگھ ییلہ کشتواڑک علاقہ فتح کرنکہِ غرضہٕ دِلہِ پیٹھ روانہٕ سپدی تمو کوٚر آگرہ کِس مغل دربارس منٛز غیاث الدین تٟمِس وکیل مقرر تہٕ کشتواڑ فتح کرنہٕ پتہٕ ییلہِ تم واپس واتی تمو سوٗز اُمے غیاث الدینُن فرزند حافظ ابوالقاسم تہٕ کوٚر کھُ کشتواڑُک قاضی مقرر۔ کینٛہہ کال اتہِ روزنہٕ پتہٕ گوٚو حافِظ صاحب واپس دِلہِ تہٕ

شاہجہانہ ہندس دورِ حکومتس منز آو شہ ۱۶۶۵ء یس منز حضرت شاہ فریدالدین صابن عیتی تہندس روحانی مشنس سیتی دوبارہ کشتواڑ ییتہ تم پیتہ حضرت شاہ اسرارالدین تہ شاہ اخیارالدین صابن قرآن واحادیث پرناونہ باپتھ اتالیق مقرر آیہ کرنہ۔ حضرت شاہ اخیارالدین ترِ کشتیرِ تہ تموکور حافظ ابوالقاسم سند فرزند حافظ عنایت اللہ سُن خلیفہ مقرر۔ تسُند فرزند حافظ عبدالعزیز اوس فارسی تہ عربی یک اکھ جید عالم۔ حافظ عبدالعزیز سُند فرزند حافظ غفور چھ امہ خاندانک گوڈنیک مشہور فارسی شاعر اوسمت۔ حافظ غفور سند فرزند ناصرالدین ناصر تہ چھ فارسی تہ عربی علاوٕ سنسکرت زبانی ہند تہ شاعر اوسمت۔ ناصرن چھ سنسکرت زبانی منز لیکھنہ آمت تاریخ کشتواڑکہ قلمی نوسخک ترجمہ فارسی زبانی منز کورمت۔ تمیٔ چھ راز تیغ سنگھ ہنٛن باغن تہ محلاتن تاریف کرٕمتی۔

زہے ستودہ مکانی و دلکشا باغے
کہ از بیان صفاتش زبان بود الکن
نظیر چشمہ خورشید چشمۂ صافش
فوارہ ہیچو شارع و حکمش سہل یمین
سخن سرائی ناصر چوں نغمۂ بلبل
چہ جانفزاست بنام اندریں گلشن

(تاریخ کشتواڑ، سید نجم الدین ص ۵۸)

ناصر سُند زیٹھ فرزند سعدالدین اوس اکھ عالم باعمل دینی بزرگ یمو فارسی زبانی منز "شمایل النبویہ" ناوچ سیرتی تصنیف چھیہ کرمژ۔ ناصر سُند دوٚیم فرزند ضیاء الدین ضیا آسی فارسی تہ اردو زبانی ہندک

اکھ باکمال شاعر تہٕ روحانی بزرگ۔ مُلہمات السالکین ، روضتہ العارفین تہٕ کلیاتِ ضیائی چھیہٕ یہندۍ اہم تصانیفہ۔ "مُلہمات السالکین" چھ فارسی منظوم تصنیف۔ یتھ منز روحانی اسرار و رموزن وکھنے چھ آمژ کرنہٕ۔ "روضتہ العارفین" چھیہٕ فارسی نثری کاوش۔ یتھ منز حضرت شاہ فریدالدین تہٕ تہندین صاحبزادن ہندین روحانی کمالاتن ہُند ذکر چھُ۔ یہ تصنیف کرٕ تمو ۱۲۵۹ء منز کمل۔ ییمیک اشارہ تمو پننس یتھ شعرس منز چھُ دیمُت ؂

ماہِ ذی الحجہ بود سال سعید روضتہ العارفین بہ فضلِ الہٰ

یافت تمام رفت از ہجرت یکہزار و دو صد و نہ پنجاہ

ضیاء الدین ضیا ہن چھُ حضرت شاہ فریدالدین صاحبنس وصال حق سپدنس پیٹھ زوردار فارسی مرثیہ وُنمُت۔ تمو چھُ کشتواڑکہ فطری ماحولچ تہٕ چوگان مادٕ ایخ خوبصورتی تہٕ مولانا وُنمُت۔ شاہ صابنس رحلتس نسبتھ چھُ ونان ؂

شاہ فریدالدین امام الاتقیا رفت از دنیا بہ جنت العُلاء

چونکہ اکمل بود اندر قال و حال نیز در تاریخ افزوں شد کمال

ضیاء سپدی ۱۳۱۱ھ مطابق ۱۸۹۲ء رحمتِ حق۔

محی سُند صحیح زا ہٕ چھُنہٕ مولوم۔ تسُند والد ضیاء الدین ضیا یُس کشتواڑکس ابوالقاسم سُندس خاندانس سیتی تولق تھوان ووٚل امہ خاندانُک زورِ م شاعر اوس ، اوس اکھ صاحبِ دل بزرگ تہٕ تسُندِ علمی فیضانُک اوس محی یس پیٹھ سیٹھاہ اثر۔ محی چھُ جیمِ خطس منز گنوہمہ صدی ہندِس آخرس منز کاشرِ زبانی منز وقتلن ووٚل شہ شاعر ییمی کاشرِ علاوٕ اردو تہٕ فارسی یس منز تہٕ طبع آزمائی کرٕ۔ محی یس اوس تصوفس

سیتی تہِ لگاو۔ تہٕ تسند یہ رنگ چھُ تسندس کلامس منز تہِ درینٹھ گژھان[1]۔ تمی سندِ اردو تہٕ فارسی کلامکی کینہہ شعر ؎

چشم الفت میں روشنائی ہے ۔۔۔ پرتوِ نورِ والضحائی ہے
خود تماشا ہے اور اہل تماشائی ۔۔۔ سرِ حق نورِ مصطفائی ہے

کشتواڑکس چوگان علاقہٕ کس تعریفس منز ونہٕ آمتہِ اکہِ مخمسُک اکھ بند ؎

دل کو بھاتی ہے چناروں کی ہوا ساون کی
آج شب کاٹیں چوگان میں جا ساون کی
میری جاں مہرتھا دیکھیں گے فضا ساون کی
جھوم جھوم آتی ہے گھنگھور گھٹا ساون کی

کشتواڑ چہ فطری خوبصورتی نسبتھ کینہہ فارسی شعر ؎

خوش دلکش دیارِ کشتواڑ است
بہر ماہ نوش صد تو بہار است
بہ قندیل ہوائش لوحش اللہ
کہ در چوگان بزیر شش چنار است

تمی سند فارسی زبانی منز ترتیب دِتمت کلیات چھیہ غیر مطبوعہ کاشرِس منز چھُ تسند خاص کارنامہ۔ تسنز منظوم تخلیق "گلشن اسرار" ییس محی الدین مسکینن مائلس ضیاء سنز "روضۃ العارفین" ناوچہ نثری کتابہِ ہُند منظوم کاشُر ترجمہ چھُ کورمُت یتھ منز تمی حضرت شاہ فریدالدین رح تہٕ تسندین صاحبزادن ہندین زندگی تہٕ کشف و کراماتن ہُند ذکر چھُ کورمُت۔ امہِ علاوٕ چھہِ اتھ منز

---

[1] کشمیر میں اردو ۔ عبدالقادر سروری

محی ہندی کیشہ لعت تہ مناقب تہ شامل۔ "گلشن اسرار" ناوٕ چہ اتھ کتابہ منز چھ کُل پانژ ہتھ تہ اکنمتھ شعر یمن منز ۱۳۱ شعر لعتہ تہ منقبتہ رنگی چھ یہ۔ یہ تخلیق یس محی ین ۱۹۰۱ء منز مطابق ۱۳۲۱ھ تحریر کرٕ چھ یمیتہ کس کاشرس ادبس منز اکھ میلہ پچہ ہنز حیثیت تھوان۔ یہ تصنیف بیس غار مطبوعہ آس کر ۱۳۸۹ھ مطابق ۱۹۶۹ء یس منز تکمیہ پوٹہ شاہ اسلام آبادکی سیّد غلام احمد صابن۔ حکیم سیّد شاہ تہ نظام الدین (سجادہ نشین دربارِ اسراریہ) ہنٰز فرمائشہ پیٹھ چھاپ۔ تعارف سان چھپیہ یہ تصنیف کل کمتھن صفن پیٹھ مشتمل۔ محی سُند شعر وو تر چھ سیٹھاہ سہل تہ سادٕ شہ چھ تِرھو چھپن بحرن ہُند استعمال کران۔ البتہ چھُ شہ حسب روایت فارسی لفظن تہ ترکیبن پھرِ پھری ورتاوس منز انان۔ محی ین چھُ الہ پلہ سے شعر ورتھ تومُت یمیُس زنہ محمود گامی ین خدیجہ نامس منز بختیار چھ کورمت۔ مثالہ پاٹھی یپلہ حضرت شاہ فریدالدینؒ صابن فرزند سعید عطا سپد پتھ بشارت چھپیہ دِنہ یوان ۷

ترتیمہ وری یے از فضلِ خدا
خائب دُچھکھ رسولِ خدا

دوہ پہ ماکھ میانہ فرزند خوش روز
سانہ زیائی بشارت بوز

خالقن کورتے اولاد عطا
سرِ اسرار نورِ ہُدیٰ

پاک ذُریت نورِ جلی
خاص محبوب شبیہ ولی

---

۷ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت - اسیر کشتواڑی

گۓ بیدار ڈیشتھ یہ خواب
حمد پۆر کھُ بسوۓ وہاب

بیۓیہ مرتبہ خوش دل تہٕ شادان
محو یکسان دریاو رحمان

شاہِ جیلان ڈیوٗنٹھکھ درخواب
موختہ پھولا دیوٗتھکھ خوش آب

فرموو یکھ اے پورِ دل بند
ذاتِ پاکن بخشوٗی فرزند

سرِ حق نوٗن درشکل انسان
میانہٕ اظہارِ محبوبِ سبحان

وارث علم نبی و علی
ناوکرۍ زلس اسرارِ ولی

..........

بعدِ مدّت ڈیشتھ یہ خاب
درصدف آو سُہ دُر خوش آب

سُپد یام از عالمِ ارواح
جلوہٕ گر درعالم اشباح

لصف شبَن زنہ مہرِ مبین
درشب شمعہ زنہ صبح یقین

نوٗن دراو از برج حمل
آفتابے بے مثل و بدل

ذکرِ شہادت وارٕ کوٚرُن
کلمہ ببانگ بلند یوٚرُن

یمن شعرن منز چھُ تمۍ خابٕی دُوچھکھ بدلہٕ "خاب دُچھکھ" زبانٕی بدلہٕ "زبان" میانہِ فرزندٕ دوپہس بدلہٕ "دوپکھ میانہ فرزند" ہوۍ لفظ ورتاوان۔ یم امہِ علاقہ کہ لہجک پھیر ہاو ناوان چھہِ۔ تسندِ شاعری منز چھُ طنز و مزاح تہ شامِل مگر تسند شاعری ہُنز غالب ترازے چھیٚ تصوّف تہ اولیا کرامن ہُنز مدحت سرائی کرنہٕ زور ورزی۔ تمۍ سندِ اکہ منقبت شریفکۍ کینٛہہ شعر چھہِ یتھہٕ پاٹھۍ:

حضرت اسرار لدنیس یو لگے
پاک دین نورِ یقینس یو لگے

واقف اسرار رب العلمین
سرِ جز المرسلینس یو لگے

سروِ نازس شان محبوبی قبا
پاک چشم نازنینس یو لگے

مصحف اخلاص چونے روے خوے
سورہ یاسین سینس یو لگے

ثنائی بغداد کوٚر ہتن گشتوار
پاک چائس سر زمینس یو لگے

چھُس غلامِ محی الدین چون غلام
وارثِ شاہ محی الدینس یو لگے

———

اے دلبرِ مصطفٰے!
اسرارِ پاک اے نازنین
وے نورِ چشم مرتضٰی
محبوبِ ربّ العٰلمین

اے کعبہ روشندلان
وے قبلہ گاہ مُقبلان

تاج ولایت برسرت
تخت ولایت درخورت

رخت ہدایت بردرت
سرسبز چوں خلد بریں

تمی ییس اَسی ترٚے فرزند۔ حافظ سراج الدین، حافظ بہاؤالدین یہائی تہٕ سیف الدین۔ یہائی الدین یہائی یُس اکھ قادرالکلام شاعر تہٕ اوس سیُد عاّنِ جواّنی ہندس عالمس منٛز رحمتِ حق۔ تمی سیُد پاتہٕ ۱۳۳۶ھ بمطابق ۱۹۱۷ء ییس منٛز رحمتِ حق۔ تموچھ کشتواڑی بولہِ منٛز تہٕ کلام موزوں کوٚرمُت۔

## سیّد غیاث الدینؒ غیاث

سیّد غیاث الدین غیاث صاّبن ہُند زاتہٕ چھُنہٕ مولوم۔ تمٕ چھُ وُہمہٕ صدی ہندس ابتداہس منٛز کشتواڑکس راجوارٛس منٛز کلی مانڈ (ڈوڈہ) ہس سیتی توٚلق تھاوَن واٚلی اکھ بُزرگ دینی عالم تہٕ شاعر اسمتی۔ یمن عربی تہٕ فارسی زبانن

ہِنْد مطالعہ اوس تہٕ درس وتدریس تہٕ آسی دِوان ۔ غیاتؔ مرحوس نسبتھ چھُ ونہٕ یوان زِ تمواوس کأشُر علاوٕ فارسی تہٕ اردو زبانٕن منٛز تہ کلام وۄنمُت یُس رژھرتھ چھُنہٕ ۔ اکھ فارسی مرثیہ یکُ مطلع یُس تمو پننِس اکس عزیز سٕندِس رحلتس پیٹھ وۄنمُت چھُ ، چھِ یتھپأٹھۍ ؎

دوش دلبندم دریغا بود خنداں درکنار
آہ امروز از فراقش دیدہ گریاں زارزار

غیاتؔ مرحوم سٕندِ کأشِر کلامُک چھُ اکھ نۄمونہٕ دِسی یاب یُس یتھ پأٹھۍ چھُ ؎

فند کرِتھ ژُل سُہ دلبند جائے رٕژ اندمزار
کریوٗتھ ژالُن زیوٗٹھ دۄرہر تا قیامت ناگوار
میون از دل ہیئے قرار و صبر و آرام و شکیب
طوطہ باشو دلفریبو سۭتی مُشراوُن قرار
آیہ گأتیاہ یتھ جہانس سیم تن ییٚیہ نازنین
ہیتھ تمنا شرٛ دِلِ مزارن درایہ ترأوتھ کارزار
لس نہٕ پروا کأنسہِ ہنٛدے یِچھِیہٕ یک وتے یمیت
آیہ لایسقہ موتس ہوش دار و گوش دار

غیاث الدین سِنٛد ۱۶ ، فروری ۱۹۳۵ ء منٛز قریباً دُوسَتھن وُرین ہُنٛز وٲنسہِ منٛز رحمتِ حق ۔

---

ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت ۔ اسیر کشتواڑی

# حافظ بہاالدین بہائی

حافظ بہاءالدین بہائی صاٮٔبن ہُند زاسہٕ چھُنہٕ مولوم تم چھِ کشتواڑکس نامور عالم دین تہٕ اردو تہٕ فارسی شاعر محیٰ کشتواڑی سندی فرزند تہٕ امہِ خاندانکی پاٮٔزرِ تم شاعر پہند بڈی بب ضیا کشتواڑی مصنف "روضۃ العارفین" تہٕ اُسی فارسی زبانٕ ہُند اکھ ناماوار شاعر تہٕ نثر نویس آسنہٕ علاوٕ اکھ صاحبِ کمال رُوحانی بزرگ۔ بہائی صاٮٔبن کوٚر قرآن پاک کرس منزٕ حفظ تہٕ بییہ پرکھ فارسی تعلیم تہٕ۔ امہِ پتہٕ کرُ تمو حکمتس منزٕ تہٕ خاص رسائی حاصل تہٕ سپُد وارٕہ مشہور شاعری ہُند شوق اوسکھ خاندانی وراثتس منزٕ پاتھیومت تمو چھُ کاشرِ زبانٕ علاوٕ اردو تہٕ فارسی پاٹھی تہٕ پننہٕ کلام موزون کوٚرمُت۔ بہائی پیوٚ لوکچارس منزٕ اکہ دوسہِ بیچھ وُسی ییمہِ رِکی تمن دو چھتی نرٕ تہٕ اتھ تاکارٕ سپُد تہٕ تم اُسی پتہٕ پتہٕ شاعری کام کھورِ اتھہٕ سیتی کران۔ اتھ نسبتھ چھکھ پننُ اکھ فارسی شعر تہِ دوٚپمُت سہ [1]

ایں دست من از خاک است ہم خاک شود روزے  
ایں نام من از دیواں ہم پاک شود روزے

بہائی صاٮٔبن چھِ فارسی تہٕ اردو زبانٕ منزٕ مختلف موضوعات پیٹھ وارا کلامہٕ دوٚپمُت۔ یوٚت ام تہنزٕ کاشرِ شاعری ہُند تعلق چھُ اتھ نسبتھ چھُ اتھ علاقس منزٕ تمن نسبتھ اکھ خاص حُسنِ طوٚن

[1] ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت۔ اسیر کشتواڑی

ظٕوُن موجود ۔ مگر تہندٕ کأشُر کلام چھُ تلف سپُدمُت یتھ وۄن
دِ پنچ صٕو رۄرتھ چھِ ۔ دیوان بہائی سپُد ژُوہ داہَن وَرِ یٚن ہُنز
لۄکچہ وٲنسہ منز یِمہ عالمہ رۄخصتھ مگر تہندِ کلامچ پوختگی
وُچھتھ چھےٚنہ تہُنز یِژرِ جاہِ لۄکچہِ وٲنسہ منز رحلت سپدُن
قرین قیاس باسان ۔ تہندِ کلامُکی چھِ صرف کیٚنہہ لۄمۄنہ دُسی یاب
یِم تہُنزِن تخرٕنِ شاعرانہ صلاحیژن ہُند باس چھِ دوان ۔ اگر
تِمن وُمبرِ وفائی آسہ ہے کرِ منز تہ تِم آسہ ہن اکِس صاحب
طرز تہ منفرد شاعر سِنزِ حٲژ یِتہ وۄتلے متہِ ۔ تہندِ کلامُکی
یِم کیٚنہہ کم کاسہ نۄمۄنہ دُسی یاب چھِ تِمن چھِ پننی اکھ خاص تہہ تہ
سَرٕیہہ تہ فنی تابانی ع

ژِہ ولیٚیی کرتہِ جانانس کنن آہستہ آہستے
پھُولے لجمژ چھِ بُتانس لگن آہستہ آہستے

زبادِ صبح خوش دلکش چھِ کیا سرسبزِ لبِ خنداں
پھولن ہر سو گلستانس چمن آہستہ آہستے

پےٚ بخشش موئے باقی پھران ساقی بہ پیمانہ
یعشوہ دِلِ چھُ مشتاقن نوان آہستہ آہستے

بہ تُربت گر گذر سازی یہ زیرِ پائے رنگینیت
پھن خاک شہیدان سمن آہستہ آہستے

بہائی عاشقِ شیدا بہ امیدِ کرم محکم
چھُ دامن شاہ خوبانس رٹن آہستہ آہستے

“پھولے لجمژ چھِ بُتانس لگن” چھُ بہائی سُند مقامی اظہار
تسُندس کلامس چھُ ماری منز سلاست تہ روانی ۔ تسنز ترکیب

پچھ فارسی آمیز آسنہٕ باوجود عام فہم تہٕ دلنشین۔ یہائی صآبنہٕ بیٚیہ اکہٕ غزلہٕ ہندی کینٛہہ شعر۔

بر روح ترے کیاہ اے جانِ من موے پریشان یک طرف
دیوانہ حسن پیٹھ شُبان چھی خط ریحان یک طرف
از چشم شوخ کافری ڈیشتھ اداے ساحری
سامر پریشان یک طرف آذر پریشان یک طرف
چھےٚ سینہٕ آئینہ حلب شرمندٕ ڈیشتھ جان بلب
یاقوت و مرجان یک طرف لعل بدخشان یک طرف
دیوانہ بلبل گے فدا جانانہ ڈیشتھ مرحبا!
حسنک گلستان یک طرف انارِ پستان یک طرف
لوگُتھ جفائی چھُم نہ راہ اتھ بارِ ہجائی ترےٚ یگانہ
یک دست دامان یک طرف یکدست گریبان یکطرف

# رُحم وونی

رُحم وونی چھُ اکھ کُہٕ شاعر یُس قریباً ہتھ وری برونہہ ڈوڈِ تحصیلکس سراز علاقس منز زاو۔ سہٕ اوس سراز علاقہٕ کہ گامُک اکھ گربہٕ وول یمہ کنہٕ سہٕ عام پاٹھۍ رُحم گربہٕ وول ناوہ اتھ علاقس منز مشہور سپد۔ رُحم وونی اوس بظاہر اکھ موڈ تہٕ ناخواندٕ شخص مگر تس اُسی اکھ قطری شعرٕ وُزنی تہٕ بیٚیہ اوسُس سیٹھ تیز یادداشت۔ سہٕ اوس اکثر منلی گٹہٕ (تنگ بیزار) تہٕ کنہ ٹوپ دِتھ امہٕ علاقہٕ کین مختلف گامن کُن تہٕ منزی منزی گرژھان

تہٕ لوٗکن پیٛنِ شعر بوزٕ ناوان روزان ۔ تسندٮ۪ن لکہٕ باتن منٛز چھیٚہ گٔھٹ تہٕ سرآز وغارٕ علاقہٕ کین نواحی گامن منٛز بسن والین ہنٛز سماجی زندگی اتہٕ کین رِواجن تہٕ بولہٕ واقعاتن ہنٛز عکاسی موجود ۔ سُہ چھُ اَکھ اکھ مقبول گوٚتماتھ رٔودمُت تہٕ تسندُ کلامہ چھُ لوٗکن ہنٛز زیوٚ تہٕ سینہٕ بہ سینہٕ یِتہٕ کال تام بروٚنہہ پکان رودمُت ۔ "بلبہٕڑ ناٖمہ" تہٕ "سینہٕ ودل" ناٖمہ ہمش تسنٛز رچھہٕ طنزیہ نظمہٕ چھہٕ از تہٕ اَتہٕ کین کینٛژن بزرگن زبانٔ یاد ۔ رٔحمٕ وٲنۍ چھہ عشق وعاشقی ہنٛز دلربٲیی تہٕ کرٕمنٛز تہٕ کوہستٲنی علاقہٕ کہ فطری حُسنکی گوٚن تہٕ گیوٚمتۍ ۔ مثالہِ پٲٹھۍ تسندی کینٛہہ طنزیہ تہٕ ہجو شعر یِم تمہِ گٔھٹ تہٕ ڈوڈہِ کین لوٗکن کُن مخاطب کرِتھ ؤنۍ متۍ چھہٕ ؎

روشن اکھ تے پوشن بہار
کن تھو بہٕ ونے ڈوڈہِ ہندی شار

اسہ دوٚپ دو سلی چھ دنیا دار
پوٗز ییتہٕ وچھکھ تھری دستار

زوچہ لوٗکنٕ تے رس لبسیار
کن تھو بہ ونے ڈوڈہِ ہندی شار

گرِڈہِ کہو وازو کیا کرٕ کام
سارِنے دِتہٕ ہے اڈی بتہٕ ترام

وازہ اوس دو سلی بییِہ اکھ کھار
کن تھو بہ ونے ڈوڈہِ ہندی شار

---

شادِ پیٹھ گھٹہ کیو نوٗی شرح کرٗیے
یتھ پوشہ واٗلی نوٗ سٗری یے زانہہ
نوِ سانہِ شیخ صاحبن کرٗیے
داماہ رٹتھی ہوم کنیٗ دراو

اکھ انہن بنگرِ تے چوڑ وار کرٗیے
یتھ پوشہ واٗلی نوٗ سری یے زانہہ
گٹہِ منز درایے کم کم پٗریے
تتہِ با عاشق چھی حیران
عاشقن مزاقا چھِ گران کھٗریے
یتھ پوشہ واٗلی نوٗ سٗری یے زانہہ

پلہہ ٹ نامہ چھُ رحم وانین معروف تکہ یا کہ یُس یتہ سارِہس علاقس منز مشہور چھُ ۔

ہنگہ منگہ میو تٗوی پلہور روٗو
گوٗ افسوس کمٗ کھٹتھ تھوٗو
پلہوٗر میون اوس سخ مشہور
کاٗبل ہند ہارِ ییہ لوہور
کوکر مسرِ بیچھ کمٗ گلہ لوٗو
گوٗ مو افسوس کمٗ کھٹتھ تھوٗو

رحم وانین واراہ کلامہ چھُ سرازی بولہِ منز تہ یُس یتھ علاقس منز عام تہ مشہور چھُ تہ کھاندرن کھوٗ ندرن منز تہ گیونہ یوان چھُ ۔ رحم وانی ہندِس کلامس منز یوٗد وے کانہہ علمی توٗ زھ یا ہُنر تہ موجود چھُنہ، مگر تس ندیہ کلام چھُ اتھ یتھ کھورِ

تہٕ دوٗر دراز پہاڑی علاقس منٛز کاشرِ زبانی ہندین انہارن ہند

اکھ سرسری توٚشر ضروٗر دوان ۔

# ستار ڈار

ستار ڈارُن ژراستہٕ چھُنہٕ مولوم ۔ سُہ اوس باتہالہِ قصبہٕ

کِس جنوٗبس منٛز واقع ڈار پورہِ دتہٕ گلمرگ، منٛز روزان

سُہ اوس اکھ جان اوسودہ حال زمیندار تہٕ شاعری ہُنر اَس

تس لوٚے خوٚے ۔ ستار ڈار اوس باتہالہِ ہندس مشہور نابینا

شاعر اعمیٰ عبدالرحیمن ہمکال تہٕ امہِ حسابہٕ چھُ سُہ وُنہِ ہندی

ہندِس گوڈنکِس دہلس تام حیات اوسمُت ۔ ستار ڈار چھُ

اکھ ٹکہٕ شاعر تہٕ تمیٚ چھہِ وارا طنزیہ تہٕ ہجو کلامہ وُنی متی یِم

تِژ کال تام زبان زدِ خاص و عام روٗدی متی چھہِ ۔ وپان تس

اسی کینٛہہ خاندان سال کُرتھ لوٗنہِ تہٕ پننس منٛز لفس خلاف

ہجو وننہٕ وان ۔ یِژھ چھیٚہ وارہ متالہ ۔ تمہِ چھہِ یِیتہٕ کِس ہِیٚس

اُکِس ٹکہٕ شاعر غفار خوٗش ستی ہجو شاعری ہندی یِتھو مناظرہ

کٕرِی متی ۔ وپان ستار ڈار مرحوٗمن چھہِ کینٛہہ لعتِ شریف تہٕ منقبت

تہِ وُنی متی ۔ مگر تسنٛد یہ کلامہ چھُنہٕ چھُنہٕ رژھ تھ ۔ تہنٛدِس

اُکِس علم دوست ژرِس سیف الدین ڈار صابس نش سپدیٚیہ

تہنٛدِ اکِہ لعتِ شریفکی تہٕ غزلہِ ہندی یِم کینٛہہ شعر مصرعہ

دٔسی یاب یمو تسنٛدِ موزوٗن طبیعتُک باس چھُ لگان سُہ سپد

۱۹۱۴ء یس منٛز فوت ۔ کینٛہہ لعتیہ شعر مصرعہ ۔

کرمیانہٕ نے وادن دوا    قرئ یاد رس یا مصطفیٰ!

از رنج و غم کرتم رہا | فری یادرس یا مصطفےٰ
چھُس ڈیڈِ تل نالان ستار | تس رحمتک چھُی انتظار
چون اُمتی شوٗ یا گدا | فری یادرس یا مصطفےٰ

---

اُمی عشقہ ترٛاوٕن کوٚر ہیئے ترٛہل
ربہ اکہ یہ نیونس آرٕہ بل
لابر عشر منزی ترٛ رلی
چھُے شہرِ حسنچ افسری
غافل ستار ڈار ہتہ او کُن
در دِل کھٔتھ گرتھ اِیہِ سخن
اللہ ہو پر اندری
چھُے شہرِ حسنچ افسری

*

# غفار جوٗ

غفار جوٗ چھُ بانہالہ ہندس یوٗنہ کوٹ گامس منز روزان۔ تو لوٗ تحصیل ہندس دول تہ ستار ڈارن ہم کال اُکھ شاعر اوسمت تہ یِمو دوٗ شوے شاعرو اسی سال کُرتھ بنہ یوان تہ یِمن منٛز لٔگ خلاف ہجو ونناونہ یوان۔ دوٗ شوٗنی درمیان چھیہ چشمک تہ روز ہمیشہ۔ غفار چھُ حاضر جواب اوسمت تہ تس چھیہ اکھ مناسب شعر وٕزنی اسمژ۔ تسند لعتِ شریفکی

اکھ شعر یُس تموٗ اَکس مناظرس منز وونمت چھُ ۔

تہٕ یہے تھی شاعر غفارس روے ہنٛیٚہ پچھے نہ کتھ کرٕ یٚس
شرمسارس تہٕ دۄنہ کاٹھہ چارٕ کٔرتم یا رسول اللہ ۔

## علی شاہ

مولوی علی شاہ صاب مول مولوی جعفر شاہ اوس اکھ عالم دین تہٕ حافظِ کلام اللہ ۔ یُس کشیرِ منٛد کونڈ علاقہٕ ہیٚتھ لویت یِسہٕ اوس آمُت ۔ تسند بایکھ بوۓ احداللہ شاہ تہٕ اوس عالم یُس ہیٚتہٕ کٔس تو گام گامس منز امامت اوس کران ۔ اُمی اوس پیدل حج بیت اللہ شریف کوٚرمت ۔ تسندِس رحلتس ہیٚتھ چھُ اکھ شاعر یمیہ آیہ تعارف کرناوان ۔

مولوی زمانہ احداللہ عالم و فاضل و مکرّم بود
نجم الدین محمد عربی نصف اللیل چوں غروب نمود
سال ہجری ہزار و سہ صد دان
نیز افزوں برائے سی دو بود
حاجی نیک خو سعید ازل ......
بود مشہور در قرآن و درود
شب دوشنبہ بود دوم شوال
مُرغ جانش چو یافت جائے خلود

مولوی علی شاہ اوس مولوی جعفر شاہ سُند زیٹھ فرزند

---

سُو اسمی عبدالرحیم مہتو گراف مرغوب بانہالی

سُہ آو ملارٹہِ کس میر کمال الدین اندرٰ آبی صابس نِش باہنغ وٲنِسہ منٛز تربیت حٲصل کرنہٕ خاطر سوزنہٕ۔ سُہ اوس اعماصابن ہمعصرٕ تہٕ میر منشی تہٕ۔ فارسی پٔھٹھ تہٕ اوس کلامہ ونان۔ تسنٛد صرف اکھ شعر چھُ بطورِ حوالہ ؎

فقط چھم چانہٕ کرٕ ہیچ برانت باسان وتھ رٲیِ ہنٛز
علی شاہ ورنہٕ گوٚو درقید برہم یا رسول اللہ

# مولوی عبدالحلیم حلیم

حلیم بانہالی صاب چھُ بانہالہ ہند اکھ بزرگ شاعر یُس اعمٰی عبدالرحیمن ہمکال اوس۔ حلیم صاب زاو ۱۸۸۹ء یس منٛز بانہالہٕ کوسکوٹ گامس منٛز اکس دین پسند تہٕ علمی گرس منٛز۔ مرٛوج عربی، فارسی درس اوٚس گرس منٛزے پوٚرمت۔ ڈوٚتر ہن وٕرین ہنٛزِ وٲنسہِ منٛز سُید ملازمتس دوراہے رحمتِ حق۔ تم اُسی امروزِ بانہالہِ ہندِس ٹرِل پرائمری سکولس منٛز مدرس تعینات۔ حلیم صابس چھُ شاعری ہند اکھ فطری وجدان حٲصل اوسمت۔ تہند پورٕ کلامہ چھُنہٕ دُستیاب۔ البتہٕ تہندِ اکہ نعتِ شریفکی کینہہ شعر چھِ تہندِ شعر ٕ ترچِ وضاحت کران ؎

لگے تیوٚ چھسے یردر شفاعت کر شفاعت کر
ترٕ چھکنا امتک یا ور شفاعت کر شفاعت کر۔
شفاعت چانہٕ از یاری گژھ ہو آزاد اُسی ساری۔
لبو امان از ہر ستر شفاعت کر شفاعت کر۔
جوانی گے بہ ناسازی کرتھ اٰمہٕ خر دغابازی

اعمٰا عبدالرحیم مولوٗ گراف۔ مرغوب بانہالی

بُجر آو بیٹھ بال و پر شفاعت کر شفاعت کر
تمنا چھُم دِلس وار اہ مدینس واتہٕ لاتا لا
حلیمس چھے نہ مال و زر شفاعت کر شفاعت کر

پروفیسر مرغوب بانہالی صابُن وَنُن چھُ زِ تمو چھیہٕ واریاہن صنفن منز طبع آزمائی کٔرمژ۔ تہٕ اکِس نظمہِ منز چھکھ ابجدس اللہٕ کھوٗل کران کینژہ صوفیانہ کتھ بیان کرِمژ۔ مولوی حلیم صاب سُپد ۱۹۷۱ء یس منز رحمتِ حق۔

# قاسم میر

قاسم میر چھُ بانہالہِ کِس لامیر گامس سیتی تولق تھاوان وول اکھ نیم خواندہ شاعرا وسمت یمہِ کٔنہ فی البدیہہ کینژہ شعر چھِ اُمی وَنِمتی۔ قاسم میر زاو نومبر ۱۹۳۰ء منز تہٕ نژھن وٕری ین ہنٛز وٲنس پراوتھ سپُد یُمِس منز رحمتِ حق۔ دیپان تمیٚ اوس پتھن کینژہ کلامہٕ قلمبند کرنو مُت یس ۱۹۶۲ء یس منز تسند مکانہ نارٕ تٕزی سیدنہٕ سیتی تلف سپُد۔ تمیٚ چھِ پننین دلی جذباتن یمہِ آیہِ واشَس کوٚرمُت۔

نادِن ییٚے تھاوم گوش جانانہٕ ییٚے مو روش
نوٗرے تہٕ چھکھ پُر نوُر پردن اندر مستور
دردن ییٚے اوٚن نم جوش جانانہٕ ییٚے مو روش
میر قاسمن یوٗتہٕ تو و نوِ رنگ دِلک سوز
بلبل سپُد خاموش جانانہٕ ییٚے مو روش

# احقرؔ بھدرواہی

احقرؔ صابن پور ناو اوس خواجہ عبدالغفار۔ سہ زاو ۱۸۷۸ءس منز بھدرواہس اکس شریف، معزز تہ علم دوست خطیب خاندانس منز۔ تٔمسندی ابتدائی حالات چھِنہ پور پأٹھی وننہ۔ دپان سہ اوس بھدروا قصبس منز اکھ لوکٹ موکٹ سٹیشنری وان یکھاوان تہ امہٕ علاوٕ اوس سیٹھاہ کام ترکران۔ احقرؔ صاب چھُ بھدرواہ علاقس سیتی تولق تھاون وول گوڈنیک کوشر شاعر زانہ یوان۔ احقرس اوس اکھ فطری شعر ذوق تہ تٔمسندین کلامس منز چھُ تصوّف تہ لولہ شاعری ہندی رنگ اظہار درینٹھ گژھان۔ کأشرِ شاعری منز چھُ احقرسند ستن ورقن پیٹھ مشتمل "غزلیات بزبانِ کشمیری" ناوک لوکٹ کتأبی پمفلٹ چھاپ سپدمت۔ یُس منشی عبدالغفار، محمد عبداللہ خطیب تاجرانِ کتب و سٹیشنریز و آفتاب عالم پریس ہسپتال روڈ لاہور پیٹھ چھپومت چھُ۔ ییمہِ تل یہ کتھ چھپیہ ننان زِ یہ کلامہ چھُ ۱۹۴۷ء برونٹھ منظرِ عامس پیٹھ آمت۔ اتھ پمفلٹس منز چھِ آٹھ غزلہ۔ اکھ مناجات تہ اکھ منقبت شریف شامل یُس حضرتِ اسرارالدین ولی صابن ہندس شان عقیدتس منز چھُ ونتہ آمت۔[1] امہِ مجموعہٕ شعرکس آخرس پیٹھ چھاپ سپدی مہتہ اشتہارتل چھُ ننان زِ احقرؔ صابن چھِ بییہ تہ زٕ بیون بیون شمارہ چھاپ کرنٕ یتی مگر تم چھِنہ بدس۔[1]

احقرسندس کلامس منز چھیہ سادگی تہ سلاست آسنس

---

[1] کہکشاں۔ مولفہ رند بھدرواہی

ستی پننہ اکھ مقامی رنگ تہ موجود۔ کینہہ شعر مصرعہ چھ مثالہ رنگی پیش ؎

چھم تمنا دلس گرٕھ لاران　　یارن چھ ولس عشقن مس
کرسا تباہ اسرار وتہ گارن　　یارن چھ ولس عشقن مس
ٹولہ لوٹلہ عاشق چھی یوان لارن　　تالیمار پراران بیہ بیہ ما
دیدار دن ماتر وہ میدوان　　یارن چھ ولس عشقن مس

احقر چھ اکھ پوختہ کار شاعر تہ تسنز شاعری منز چھ فکرو فنکی ہتھدی امکانات موجود۔ یُس چھ مختلف تہ سخت زمینن منز تہ پننی شاعرانہ تجربہ بدٕ کڈن تہ پننہ فنی جود شولناوان۔ احقر چھ باتھالہ ہندس مشہور نابینا شاعر اعمی عبدالرحیمن ہمکال تہ یہ چھ عجیب اتفاق زِ اکھ اکس نش وارا دور آسنہ باوجود تہ چھ یم باضے اکسی زمینس منز پننہ امارچ پھلے شولہ ناوان ——

مثالہ پاٹھی اعمی صابن یہ شعر ؎

بہار آو چاو چانے بو یمبرزل دلبرہ یمبرو
پھوٹس کمہ یاو تے یکھفاتہ موے تاصبن یرہ یمبرو

احقر صابنی غزل (کینہہ شعر) ؎

نگارو بے وفا ڈُنی یا جدایی دٕ دٕن کرن یمبرو
میے چھم غم ہردٕنے واوے کھرن ماگل ہرن یمبرو
چھِ پھولمتی لولہ باغن پوش گل وبلبل چھ ہم آغوش
چھون پھلیے یون موے نوش زیون کمسن مرن یمبرو
زیے لوگمت غافلو بے زان پورتھ ناکل تفس فان
تمے چھی باخو دا دانا چھ یم عقبلے سرن یمبرو

چھُ بُلبُل نالہٕ زَن احقر گلُو ترِو برز میٚنس سر

بہارس چھُوی خزان اُخر ہتھرِن گُل بیٚیہ ہرن بمبرد

لفظ "رِچھوَن" بمعنی چھُنا چھُ احقرن مقامی اظہار۔ یِمیک مطلب گاٹہِ یا کٹھٕ اتھ لے کرُن گوٚو ۔ احقر صابنِس کلامس منٛز چھِ عشق و محبتکی جذبات اکہ خاص آیہ ترٛھہ ماران۔ منٛزی منٛزی چھِ تہند فارسی تشبیہ تہٕ ترکیبہٕ تہندس مقامی اظہارس پُرکشش بناوان۔ احقر صابنی کینہہ شعر مصرعہ چھِ حسبِ ذیل ؎

الحمدللہ سہ میون دلبر میٚ از ہنا بے نقاب ڈیوٗ تھم

وچھام تٔلیِ تٔلیِ سہ اوس غنچہ تہٕ از میٚ پھولمت گولاب ڈیوٗ تھم

○

وچھن چھُ قدرت کریم احقر عجب زمانس چھِ رنگ بدلن

سہ آفتاب وجود اطہر یہ از میٚ زیرِ سحاب ڈیوٗ تھم

○

ژ وٚرِ دِل نیوٗ تمہٕ مارِ مُتی یے

لتی یے ییہ نا سُہ میون دلفگار

مورِ نار تھوٚی تم میہ نارِ تتی یے

لتی یے ییہ نا سُہ میون دلفگار

نازنین مرچبیتہٕ وندے سینہٕ پٔنتے!

دلو دلبر وکیہٕ ہاون رواچھا

دوٚرِ دوٚرِ شرُی یان گوٚرتم صنایے

دوٚرن چھِہ ماران گرائے لولو

پھدر دا اکھ مشہور شاعر رسا جاودانی یمہ وزِ ادبی دنیاہس

منز نون ہوتن ئرن ۔ احقر صاب اوس امہ وِزِ بچہ گۆ دوہہ گذاران تمۍ چھِ پنجابی تہ گوجری زبانی منز تہ زُو زیتہ وار کلامہ وونمُت یُس چھاپ تہ سپدمُت چھُ ۔ مگر کوشُر اوس تسند خاص مائی دان پننس کسیس نسبتھ چھ پننس اکس پنجابی شعرس منز یمہٕ آسیہٕ زان کرنا وان ؎

بھدرواہ وچ غفار درزی گیت گاوندا درد فراق والے ......
رنگ رنگ دے بوٹے یا وندا اے کپڑے سیوندا بہت چاک والے

احقر بھدرواہی سُپد ۱۹۵۲ء منز رحمتِ حق ۔ تسند وارہ کاشُر کلام چھُ ضایع گومُت یُس اکھ نقصان چھُ ۔

# کامگار کشتواڑی

خواجہ غلام رسول کامگار کشتواڑی ، یم کامگار کشتواڑی ناوٕ مشہور تھ چھِ تھاوان ، زایہ ۳ ذیقعدہ ۱۳۰۵ھ مطابق ۱۷ جولائی ۱۸۸۸ء یس منز کشتواڑکس اکس اوسودحال تہ علم دوست کامگار خاندانس منز خوجہ غلام محمد سندِ گرِ ۔ یم چھِ یتھ علاقس منز اکس بہلہِ پایہ بزرگ شاعر ، علمی ادبی شخصیت تہ اکس سماجی کارکُن ہندِ حیثیتہ اکھ خاص پرزنتھ تھوان تہ اکھ محترم المقام شخصیت زانہ یوان ۔ یم آسی اکھ آزموده کار ادیب ، شاعر تہ شیرین قلم خوشنویس آسنس سیتی سیتی اکھ شیرین بیان عالم دین تہ پرہیزگار شخصیت ۔ تہندس نفاست و وجاہتس تہ رویس منز آسی اکس خوش لوٹھ تہ باوقار کاشرِ سندی انہار پرپو تھٲن ۔

کامگار کشتواڑی سُند بڑیب خواجہ محمد سخی کامگار آو پتھان

دورِ حکومتس منز ناسہ ترا سہ حالاتن دوران اسلام آباد کشیرِ پیٹھ کشتواڑ تہ بسیوویتی۔ خوجہ محمد سحی ہندِس واحِد فرزند ولی محمد کامگار سُند نیتھر سپد کشتواڑ کِس خوجہ خضر گنائی ین گرِیس ییتیک اکھ بازتھ خاندان اوس۔ خوجہ ولی محمد اوس علم اوبک وارا قدر دان۔ تمی لیکھنو ییتہ کِس اکِس نامور خطاط تہ عالم الحاج مولانا عطاالله صابس اتھ بیون بیون پارن منز قرآنِ شریف۔ یہ قلمی نُسخہ چھُ ترین چرمی جلدہ واجنبن سیپارن منز موجودؔ۔ المجہ آخری سیپار پیٹھ چھُ اُمی سے مولانا عطاء الله صابن یہ شعر درج۔

مالک ہٰذا لکتاب جیلی    خادم اہل علم خواجہ ولی

فی الخلائق بہ کامگار علم    سر الله لہ لبین کرم

یتھے پاٹھی لیکھنو اُمی نواب بھوپال کِس فرزند سندِ خاطرِ فقہ ہچ کتاب مولانا حمایت الله صابس اتھ تہ آتھ تہ چھُ آخرس پیٹھ اُمی سِنز ذکر یتھپاٹھی۔

| | |
|---|---|
| از پئے آں مخلص والا نثار | نام معروفش ولی کامگار |
| ہفتم از ماہ رجب تاریخ بود | بر رخ لینگ آنسان ختم شود |

کامگار کشتواڑی صابن وَنن چھُ ز مختلف کتابہ یمہ کشتواڑکین عالمن تہ ادیبن ہندین ذاتی کتب خانن منز اخلاقیات تہ حکمت ہوین موضوعاتن پیٹھ قلمی نوسخن ہنز شکلِ منز موجود چھہ تہ یم نوسخہ چھ لگ بھگ ساری خوجہ ولی محمد صابن لیکھناومتی۔ خوجہ ولی سُپد ۱۳۰۸ھ منز رحمتِ حق۔ یتس تہ اوس اکے فرزند یس غلام محمد ناو اوس۔ دپان غلام محمد مذکور تہ اوس سٹھا دیانتدار ییمہ کِنی سہ تمہ وقتکی گورنرن گرگل کِس سرحدی علاقس منز ملازم خاص بناوِتھ سوز۔ کشتواڑچ کامگار

مسجد یس اَرِتھ گوڈ پنج مسجد چھیہ زانہہ یوان تہ چھہ اُمی خوجہ غلام محمدن
تامیر کرمژ۔ عزیز اللہ صاب تامی اکی شاعرن چھ امہ مسجدِ ہند سالِ
تامیر نظموومت یس امہ مسجدِ ہنز لبہ منز کھنتھ چھ لیکھتھ۔

بانی بنیان ایں مسجد شد از بہر خدا
خاکِ راہِ مصطفےٰ خواجہ محمد کامگار
سالِ ہجرت یک ہزار و سہ صد وہم نہ فزوں
رفتہ از عہد نبی آں سرور والاتبار

اُمسی خوجہ غلام محمد کامگارُن واحد فرزند چھ خواجہ غلام رسول
یُس کامگار کشتواڑی ناوِ مشہور چھ۔ کامگار کشتواڑی آو تقریباً ژون
وَری ہنز واُنسہ منز اکس جید عالم مولانا سیف اللہ صابنس مکتبس
منز داخل کرنہ ییتہ اُمی کم ہیے کالس دوران اردو، عربی تہ فارسی
زبانین منز مہارت حاصل کرُ۔ پنداہن وُریِن ہنزِ واُنسہ منز آو
یمن خاندر کرنہ۔ امہ پتہ ہتھی یم فارسی کس اکس ذہین طالب علم
تہ خوشنویسہ سندی حثیتی ییتہ کشتواڑ کیو بھدرواہس منز متعارف
سپدی۔ ۱۹۶۳ بکرمی منز کرُ یمو تمہ وقتکہ کمشنر بندوبست آموخت
سندِ حثیتی ییتہ بندوبستس منز بحیثیت امیدوار شامل تہ پتہ آیہ
اودھمپور تحصیلس منز شجرکش ہندِ حثیتی ییتہ تعینات کرنہ۔ پتہ گے اتھی
محکمس منز منصرم، گرداوار، آفس قانون گو عہدن پیٹھ ترقی پراوان
۱۹۴۸ء منز پینشنگ گوش اسلوبی سان اکتاجی وُریِن تام سرکاری خدمتھ
انجام دنہ پتہ ملازمتہ نش سبکدوش۔ دورانِ ملازمت دِتہ کامگار
صابن اودھمپور، کھروش (بانہال) رامبن، کوٹلی میرپور تہ لداخ
ہیوین علاقن منز خدمتھ انجام۔ سرکاری ملازمتس دوران تہ روٗدی رتم

سماجی تہ دینی کامن منز بے لوٗث پاٹھی حصہ نوان ۔ یلی کہ آیکھ یمن کامن ہنز سرپرستی تہٕ پُشترٕ ۔ ۱۹۴۷ء چہِ شورشہٕ دوران آیہٕ تم اتحادی بورڈکی صدرٕ بناونہٕ تہٕ دِتکھ بے گھر لوٗکھ بساونس منز وارا مدد ، ۱۹۵۳ءیس منز آیہٕ نیشنل کانفرنسکی بلاک صدر تھاونہٕ تہٕ ۱۹۵۷ء یَس تمام رُودی اَمی ٹھتی یتہٕ عوامی خدمت کران ۔ کامگار کشتواڑی اَسی مدبر ، شریف تہٕ نفاست پسند عالم تہٕ شاعر ۔ تمی ہنٛز وری ین تمام محکمہ مالس منز نوکری انجام دِتس دوران آو نہٕ کُنہِ پاٹھی تہٕ تہنٛزِ دیانت داری تہٕ نیک اطواری پیٹھ زانہہ کانہہ حرف ۔ نامور نقاد جناب محمد یوسف ٹینگ چھِ تسندین اوصافن تہٕ فنِ خوشنویسی ہنٛسیتھ یتھہٕ آیہٕ اظہارِ رایے فرماوان :-

" جامع مسجد کی خطاطی اور خوبصورت کتبہ نگاری دیکھ کر میری آنکھیں چندھیا گئیں جیسے یہ کسی مغل بادشاہ نے تعمیر کی ہو ..... مجھے کشتواڑ جیسے دور افتادہ علاقہ میں اس لطافت ونفاست کے رقصِ طاؤس کی توقع نہیں تھی ..... میں نے بڑے اشتیاق سے ان کُتبات کے خطاط کا نام جاننا چاہا ۔ تو میری آنکھیں یہ سن کر پھٹی کی پھٹی رہ گئیں کہ یہ بھی کامگار کے وجود سے خارج ہونیوالی کرنوں کا ایک قرینہ ہے[۱] ۔ "

کامگار کشتواڑی صابن چھُ کاشر زبانی علاوٕ اردو تہٕ فارسی پاٹھی تہٕ کلام موزون کوٗرمُت مگر تمن چھُ کاشرس منز اُکس ترجمہ کا ہِ سندِ ٹھتی یتھہٕ خاص پر ہنٛز نیتھ حاصل ۔ بقولِ پروفیسر مرغوب بانہالی " کامگار صاب اوس اکھ لبیدر شخصیتک مالک ۔ سہ اوس

---

[۱] شیرازہ (اردو) کامگار نمبر ۱۹۸۷ء " کوہستان کا کاہن " کامگار کشتواڑی از محمد یوسف ٹینگ

اکھ جان عالم تہٕ فاضل شخص اکھ رُت خوشنویس تہٕ اکھ اعلیٰ پایہ لغت گو شاعرٕ" کامگار صابنہٕ چھپے متہٕ تہٕ غار مطبوعہ قلمی کامن ہُند تفصیل چھُ ییتھ پاٹھۍ :- (۱)

چھاپہٕ متۍ کام :-

| | مُصنّف | |
|---|---|---|
| (۱) مثنوی رموزِ بےخودی | علامہ اقبالؔ | کاشُر منظوم ترجمہٕ |
| (۲) قصیدہ لامیہ (ریشی نامہ) فارسی | بابا داؤد خاکی | کاشُر ترجمہٕ |
| (۳) مولود برزنجی (فارسی) | علامہ برزنجی | کاشُر ترجمہٕ |
| (۴) چہل حدیث (عربی) | " | کاشُر ترجمہٕ |
| (۵) قصیدہ وردالمریدین | بابا داؤد خاکی | اردو ترجمہٕ (۳۲۳ شعر) |

چھاپ گژھنے مسودٕ :-

- قصیدہ جائیہ (فارسی) از علامہ لوحیریؒ — کاشُر ترجمہٕ
- قصیدہ بے نقطہ (فارسی) حضرت اکمل الدین بدخشیؒ — کاشُر ترجمہٕ
- قصیدہ خمریہ (عربی) سیّد عبدالقادر جیلانیؒ — فارسی، اردو تہٕ کاشُر ترجمہٕ
- انتخاب بوستان (فارسی) شیخ سعدی شیرازیؒ — کاشُر ترجمہٕ
- ارمغان مدینہ (طبع زاد) خواجہ کامگار کشتواڑی مرتبہ خواجہ عطا محمد دسہ لسانی لغمہٕ ربانی) ییُس دُون ہتَن آٹھَن صفن پیٹھ مشتمل چھُ۔
- قصیدہ بردہ حضرت امام ابن سعد اصفہانیؒ منظوم اردو ۴۴ صفحہٕ
- روضۃ العارفین (فارسی) ضیا کشتواڑی — منظوم اردو ترجمہٕ
- حکایات و روایات (فارسی) — اردو منظوم ترجمہٕ
- تذکرہ فریدیہ (طبع زاد) کامگار کشتواڑی — منظوم اردو
- چہل اسرار (فارسی) میر سیّد علی ہمدانیؒ — اردو نثر

(۱) خواجہ غلام رسول کامگار۔ مونوگراف۔ پروفیسر مرغوب بانہالی

کامگار کشتوارِ ی صابن ییمَن قلمی کارنامن سام ہینہٕ تَل چھُ تتان زِ تِہنٛز ترجمیٖح کام چھیٚیہ نمتھ فیصد تہٕ تخلیقی کام جاذِ سے جاذِ دٔہ فیصد۔ بشیر احمد تاج ابنِ رسا یِم کامگار صابنۍ بٔنیتھ چھِ، تِمو چھ تِہنٛزَن ترٛہ داہن لوکچن بجین کِتابن ہُند ناو ہیوٚتمٕتۍ۔ یِمن منٛز شیٚیہ چھاپ چھیٚیہ سپٕر منٛز تہٕ باقی چھ کینہہ کشتوارس منٛز تِہندس دولت خانس منٛز اشاعت باپتھ موجوٗد۔

"قصیدہ لامیہ" چھُ تِہنٛد گوڈنیُک ترجمہٕ یُس تِمو حضرتِ بابا داود خاکیؒ سِندس فارسی "رِیشی نامہ لامی" پیٹھ کاشرِس منٛز نظموو۔ یہٕ ترجمہٕ یُس ترٛہ داہن صفن پیٹھ مشتمل چھُ کوٚر الحاج مولانا غلام نبی یِم محلہٕ مِلک یار فتح کدل سرینگرکۍ روزن وٲلۍ چھ ۱۳۶۹ھ منٛز چھاپ کٔرتھ شایع ترجمیٖح زبان چھ ساد تہٕ عام فہم۔ ترجمکِس آخرس پیٹھ چھُ کامگار صابن "خاتمہ دعاے ترجمہ" عنوانس تحت منظوم دعائیہ شار دِتمٕتۍ تہٕ ترجمہٕ اند واتناوک تاریخ تہٕ پننہٕ شجرٔ نسبُک تہٕ حوالہ دِتمٕتۍ۔

کامگار صابنُ دوٚیِم اہم کارنامہ چھُ علامہ اقبال سٕنٛز فارسی مثنوی "رموزِ بے خودی" ہُند کاشُر منظوم ترجمہ۔ کتابہِ ہندِ آخری شین صفن منٛز چھُ ترجمہٕ کارن ترجمُک تاریخ تہٕ "کاشرِ باین کُن" عنوانس تحت پننۍ خیالات نظماوِمٕتۍ۔ یہٕ ترجمہٕ سپُد ۱۳۷۹ھ منٛز شایع۔ کتابہِ ہندس آخرس پیٹھ چھُ خواجہ عزیز الدین اتھ ترجمس نسبتھ پننۍ تأثرات باوِمٕتۍ۔ اتھ ترجمس نسبتھ آو تِمن ریاستی کلچرل اکادمی ہندِ طرفہٕ "خلعتِ فاخرہ" اعزاز دِنہٕ۔ ترجمکۍ کینٛہ اقتباس:

## ملتِ اسلامیہ کہ دربارک تحفہ

چھُکھ حقن تۄمن اندر کوٚر مُت پسند، کاٹیتا تکُ دور یتہٕ گو چانہٕ بند
چھےٚ فلک منتِ غبار کوٚرے کٔرُ، عالمامشتاق چانہٕ روٗے کُے

ترجمہٕ زبان چھےٚ سلیس تہٕ پرٛیہٕ وُنی۔ کامگار صابن بیاکھ ترجمہٕ چھُہ علامہ حضرت برزنجی ہندِ فرمودہ مولودِ الٰہی یکھ منظوم کاشُر ترجمہٕ یُس صنفِ تورکن کنۍ منسوب چھُ آمُت کرنہٕ تہٕ ژوٚر وُہن صفن پیٹھ مشتمل یہ چھُ عربی زبانۍ پیٹھٕ پانتاوتہٕ آمُت۔ امِ کِس آخرس پیٹھ چھُ شاعرن پننہِ اکھ نعتیہ سلام تہٕ شایع کٔرمُت۔ تِہنُد بیاکھ ترجمہٕ چھُ چہل حدیثک منظوم کاشُر ترجمہٕ۔ امِ علاوٕ چھُ یمو حضرتِ علامہ بوصیری سُند قصیدٕ جایہ تہٕ حضرت اکمل الدین بدخشی سُند قصیدہ بے نقطہ تہٕ ترجُو مُت یم وُتہٕ چھاپ چھےٚ سپدی متہٕ۔

کامگار صابن آسی تٔژوٚر نکاح کٔرِ متہِ۔ مگر تمن سینز اکے کوٗر ۱۹۸۳ء منز کوٚر امہِ دخترِ نیک اختر (فاطمہ بیگم) تہٕ تِہنْد علم دوست گرٕ وآلی خواجہ عطا محمد صابن کامگار صابنین فارسی، اردو تہٕ کاشرٕ ہن نعتن ہنز "ارمغانِ مدینہ" ناوٕ اکھ مشترکہٕ سوٚمبرن شایع۔ دون ہتن آٹھن صفن پیٹھ مشتمل اتھ سوٚمبرنہٕ منز چھ اکھ ہتھ ژیجی تخلیقات اتھ منز چھُ تِہندِ کاشر کلامُک تعداد ییتھپاٹھۍ: ۱۲ شعر ۵ ۱۲۴ تہٕ امہِ علاوٕ چھ اتھ منز ژوٚ ۴ ٹاٹھ نعت شریف شامل باقی شعر یمن منز حمد باری تعالیٰ تہٕ نعت وغارٕ چھِ، چھِ فارسی تہٕ اردو زبانۍ منز۔ فنی سوٚتھرِس پیٹھ یوٚدوے تِہندس اتھ کلامس منز کُنہِ کُنہِ جایہ ٹٲٹھ نزاوک سپو رہ آسن خارج از امکان چھُنہٕ مگر کُلہم پاٹھۍ چھُ تِہُند کلامہ اُکس صاحب دل تہٕ دردمند روحانی تعمیر کارُنہ امارہ محسوس کرناوان۔

پروفیسر
بقولِ مرغوب بانہالی:

"کاشرِ ادبہٕ کِس اُمس روشن تہٕ اَنگہٕ سند کاش روزِ توت تمام لولہٕ والین دِلن کاشراوان یوت تام حمد، مناجات، نعت، مرثی تہٕ بے تکلف تنظمن موضوعی صِنفو زٕنگی اہمیت قایم روزِ"

کامگار صابنی کینہہ نعتیہ شعر توٚموٚتہٕ:

گرٕ ژھکنا صُبحہٕ کے واوو مدینس　　ونکھا احوال میانی شاہِ دینس
لگے لولا کہٕ کے مہراز قہہ ربان　　شابُن پھٕھے تھف کُرِتھ جبرِیل زینس
منادی رحمتچ کُرزو الجلالئن　　عذابس گے کمی دیو لعینس
دُعا مقبول گرٕ تھِ ناکامگارس　　ستایہہ نابہاریہ باغِ دینس

ہ

شاہہٕ بڈُت اہنتہن آنسرورن تشریف اوٚن
رحمتکی پیغمبرن، دین پرورن تشریف اون
شرک ترٕوٗل تثلیث گوٚل توحیدٕکے گلزار پھوٚل
اوٚبرُ ژوٚل از کوہِ فاراں ماہ رخشان دراو توٚن

ہ

والشمس خدس الف قدس لام زُ کاکُل
تس میم دہن، سیم تنس ہیم نہ بالکُل
خوشبوے تہٕ خوشروے تہٕ خوشخوے مدنیک
والیل تسند مُشکِ ختن موے چوٗل سنبُل

ہ

یام ڈیٖو ھُم اُچھو موٗے رسولِ عربیؐ
جلوہ افروز سپٕن روٗے رسولِ عربیؐ
نوٗرِ صُبحس مٔنٛے وُچھُم سورۂ والیل لیکھتھ
موٗیہٕ تلواوس نیٚپن روٗے رسولِ عربیؐ

صفحہٕ تہٕ قرآن سطرٕ روٗے نبیؐ زُلفِ نبیؐ
زن ژٕ ندر عطف یہ مہروٗے رسولِ عربیؐ
جاٗے دیٚیشمن چھُ شوبن سورہٕ مازاغ کمَن
قاب وقوسین زٕ ابروٗے رسولِ عربیؐ

رویت ذاتِ نبی رویتِ حق چھُ فی الحق
پارٕ جسمِ نبی موٗے رسولِ عربیؐ
تہندِ مُشکیٚ چھِ کران کاسہٕ گدٲیی عنبر
بند موژران ییٚلہِ گیسوٗے رسولِ عربیؐ

شوقہٕ ستی یہ پکھا گنبدِ خضرٕ وُچھ ملہ
چھُم تمنّا تہٕ ہا سوٗے رسولِ عربیؐ
کامگارس چھُ ہٕٹس طوق دِلس شوق سیٹھا
غٲبی وُچھہٕ ہا قد دلجوٗے رسولِ عربیؐ

کامگار صابس آو فارسی زبٲنی ہند اکھ ممتاز عالم آسنٕکس اعزازس منز ۱۹۷۵ یس منز مُلکہٕ کِس صدر جناب فخرالدین علی احمد سٕندِ طرفہٕ خلعتِ فاخرہ ، اکھ توصیفی سند تہٕ نقد ینامہ دِنہٕ تہٕ تمن آو

ترٚین ساسن ہندٕ سالانہٕ وظیفہٕ تاحیات مقرر کرنہٕ۔

کامگار کشتواڑی سپدی جنوری ۱۹۸۴ء یس منز رحمتِ حق۔ مقامی ادبی تنظیمو کوٚر تمن خراجِ عقیدت پیش۔ ریاستی کلچرل اکاڈمی کوٚر یہندس اعزازس منز ارد و شیرازُک اکھ خاص نمبر جاری۔ حالے حال وُہیت ۱۹۹۹ء یس منز پروفیسر مرغوب بانہالی صابن تمن پیٹھ اکھ مبسوط مونوگراف ترتیب۔

# رسا جاوِدانی

خواجہ عبدالقدوس رسا جاودانی چھُ اکھ بہانہٕ پایُک، روایت ساز، نوزُک خیال تہٕ جمال پسند شاعر یُس کشیرِ منز کاشُر تہٕ اردو شاعری منز اکھ اہم تہٕ معتبر آواز زانہٕ چھُ یِوان۔ رسا صاب چھُ اکھ نہو دکھیل شاعر یس زبان و بیانس پیٹھ پورٕ دسگاہ حاصل چھُ۔ تسندس کلامس منز چھُ فکر و فنُک پوچھر، مشاہدُک سنتر، علمی اُبر ترُر تہٕ اکھ فکری استدلال آسنس سیتی سیتی عشق و رومانیُک اکھ گداز تہٕ مُدرٕ لے، یتھ منز ڈٕہتھی رنتہٕ وول سوز موجود چھُ تہٕ یُس تسُ جاوِدانیت تہٕ قبولِ عامُک شرف چھُ عطا کران۔ رسا سندِس کلامس منز چھِ اکھ سیتی جمالیاتی بیھپرتھ، یتھ منز فطرتُک شوتر پتھ ونستان متنُک چھُ باگراں تہٕ حسن و جمالکی رنبہ ڈٕنی یاون رنگ اظہار تہٕ نادوی حار کاڈھ چھ کڈان تہٕ تشبیہہ چھِ پیراوان یُس چھُ تنگ نظری یوتہٕ بالاتر تھٔون انسانی قدرن ہندٕ پاسدار، اکھ دیدہ ور، خالص موٚحیتُک تہٕ

حُسنِ عرفانُک شاعر۔ تسنٛدی شعر چھِ موختہٕ مارن ہنٛدِ انمانہٕ پیٹھ
فطری تاپانی ہُندگاہ ژھٹان۔

رسا جاودانی چھُ بالہٕ یپارِ چِھمی صوبس منٛز کاشرِ شاعری
ہُند سرکردٕ پیشرو تہٕ علمبردار۔ سُہ چھُ ییٚتہٕ کہ تہذیبُک تہٕ
کلچرُک اکھ محافظ تہٕ مضبوط قلعہٕ زانہٕ یوان۔ رسا اوس بدٕرواہ
ہمسِس خوبصورت تہٕ بیٚیہ کھورِ علاقس سیٚتی تولق تھوان۔ جناب
محمد یوسف ٹینگ چھِ یمن ہسبتھ یمہِ آیہٕ اظہارِ رائے فرماوان
"اُمی علاقن دِیت اَسہِ عبدالقدوس رسا جاودانی یُس یِتھ
شاعر۔ یُس مہجورس ہمکال آسہٕ باوجود خالِص فنی معیارن پیٹھ
زیادٕ پاسہٕ تہٕ پوختہٕ چھُ ثابت سپدان۔ رسا جاودانی یس ہے
کلامس تروٚر پہن راد آسہِ ہے سُہ آسہٕ ہے پننہٕ وقتُک سارِ
وہے کھوتہٕ تھود شاعر مانہٕ یوان۔"[۱] رسا جاودانی چھُ اکھ
زبان شناس تہٕ خوش دگر شاعر، سُہ چھِ بٕہ لنس ماحولہٕکس تنوظرس
منٛز اکھ مانوس ترکیب سازی کران تہٕ لسانی رنگینی ہُند مظاہر
کران۔ یہِ رنگ چھِ تسندس کلامس منٛز زو آپاری باگرتھ۔ تس
چھِ بالہٕ یپارِ کاشرِ شاعری منٛز سُہ مقام حاصل یُس
کشیرِ منٛز رسُل میرس حاصل چھُ۔

رسا جاودانی یس اوس عبدالقدوس ناو۔ سُہ زاو ۲۵ مارٕچ
۱۹۸۵ بکرمی مطابق ۱۱ اپریل ۱۹۰۱ء منٛز بدرواہکس اکس
اوسود حال تہٕ علم دوست شخص خوجہ منوٚر جُو دیو ستند گرٕ
تسندِ بب احمد جو دیو اوس کاڈپورٕ اسلام آبادٕک۔ روزن وول
یُس تجارت کہ غرض یور یوان اوس تہٕ آخر بسیو ویٚتہٕ کے لیکین در

---

۱۔ کوشش ہنٛدی پوشِ۔ بشیر بدرواہی

بیٚیہِ سپُد تسندِس کاروبارس وارا ہُرَر تہٕ بھدرٕ واہ تفلیس منٛز
کرٕی تمۍ پننہٕ زور پأٹھ دُکانہٕ تعمیر۔ رسا آو اَتھی اوسودٕ حال
ماحولس منٛز پالنہٕ۔ تمۍ پرٕ ابتدأیی تألیم بیٚیہِ کِس مُقامی مدرسس
منٛز بیٚیتہٕ لِس کشیرِ ہندِس اکِس فأضل ووستاد احمد شاہ رفیقی
سٕنٛز تربیت حأصل سٕپٕز۔ دپان رسا اوس سٹھاہ ذہین تہٕ لِس آیہ
دوٚیہ پھیرِ ڈبل پرموشن دِنہٕ تہٕ تِمہ پأٹھۍ کٔر تمۍ شیٚن وٕرِین منٛز
أٹھ جمأژ پاس۔ تمۍ کوٚر پتہٕ پنجاب یونیورسٹی پیٹھٕ منشی عالمُک
امتحان تہٕ پاس۔ تمۍ آسی لوکچارس منٛزے بیٚیلہِ ماجِرِ ہُند انتقال
سپد کھٕ۔ امہِ پتہٕ آکھ سا کامِن وٕرِین ہنٛزِ واٴلنہِ منٛز خاندرکرنہٕ۔
بقولِ رسا صأب "مےٚ آو تمہِ وقتکہِ رواجہٕ مطابق سٹھا لوکچہِ
وأنسہِ منٛز خاندر کرنہٕ۔ یہ اوس تیوتاہ لوٚکُٹ زِ میلہ تراناپالِس
کھورمس میٚے پیٚنیہ پننہِ ماج یاد تہٕ لوٚکُس وَدنہٕ۔ تمن دوہن
آسی مہرازس ترانپالِس کھأنتھ ہو وٕرِ توان" رسا صأبن کٔرۍ
زٕ نیچِو۔ گوڈٕنیُک آسنہِ لِس زائکھٕ زٕ[2] تسٕنٛد بشیر احمد تاج تہٕ
خیرات محمد (بشیر احمد تاج سپد کیٚنہہ کال برونٛہہ بحیثیت بی ڈی او
ریٹائر تہٕ محمد خیرات لیُس پاکستان گوٚو تہٕ بنیوٚو لاہور یونیورسٹی
ہند وائس چانسلر)۔ دوٚیمہِ آشنہِ سپدے یکھ ترٛے[3] اولاد۔
رسا جاوداںی یتھ گرس منٛز زایہ سُہ اوس اوسودٕ حال تہٕ مالدار گرٕ
اوٚکِنۍ آیہ تمِ لولہِ منتہٕ لاے کٔرِتھ پالنہٕ۔ بدقسمتی سان سپدی کیٚنہہ تِتھۍ
حالات یِمہِ کِنۍ امہِ گرٕچ خوشحالی تہٕ کاروبار متاثر سپد۔ بھدر واہس
منٛز کھوٚت زوردار سیلاب۔ یمہِ منٛز گوٚو جُونہٕ دُکانہٕ تہٕ ڈٕہتھ
نی۔ یوٚدوے یمہِ دُبارٕ شیرنہٕ آیہ مگر کیٚنہہ کال پتہٕ سپدٕ یمِ

اُکس نارٕ وٲری دالس منز خاکستر۔ امہِ پتہٕ کوٚر رسا جاوِدٲنین تعمیری لکڑِ ہُند کارُوبار شُروٗع یتھ منز تس سیٹھا خسارٕ سپُد تہٕ تسنز مالی حالتھ سپٕز سیٹھا ابتر۔ بالآخر سپُد سُہ ۱۹۲۷ء منز دٕہ روٗپیہِ ماہوار وظیفس پیٹھ بھدروٛہکس ہائی سکولس منز فارسی ووستاد تعینات۔ یتہٕ سُہ ساری ہے وٲنسہٕ تن دہی سان پرناوان روٗد تہٕ ۱۹۶۰ء منز سپُد امی مدرسہٕ منز ریٹائر۔

رسا جاوِدٲنی اوس لوکچارس منز گرٛی سوارِ تہٕ گیونُک سخ شوقین۔ سُہ اوس خوش لحن تہٕ گیون مجلس تہٕ اوس منعقد کران یمنٕ ادبی سفر کوٚرُن وارا ۵ کم وٲنسہٕ منز اردوٗ شاعری پیٹھ شُروٗع۔ تس ٲسی جگر، حفیظ جالندھری، سیماب اکبرآبادی تہٕ پنڈت برج موہن کیفی ہوٚین شاعرن ستی تہٕ قلمی مراسم تسُند کلام اوس "رتن" تہٕ "رنبیر" ناوٕکیو ریاستی رِسالو علاوٕ پاکستان پیٹھ نیرن وٲلس "مخزن" رسالس منز تہٕ چھپان۔

رسا جاوِدٲنی ین ہیوٚت ۱۹۴۷ء پتہٕ کأشرس کُن توجہ دِیُن۔ یِہ سُہ بقولِ تہند کشتوار حضرت اسرارالدین ولیؒ صابن ہندس زیارتِ شریفس پیٹھ حاضر اوس گومت۔ تمہٕ وُچھ خاب، یتھ منز تمس پتہٕ ماجہ زیوِ منز شعر ونہٕ نُک ترغیب دِنہٕ آو[1]۔ امہِ پتہٕ گوٚو سُہ کأشرس کُن جاذب تہٕ وُچھ تلیٚو وَنہٕ اکھ خاص لہجہ ہیتھ۔ تس اوس نظامی، حافظ، خسرو، میر تہٕ غالب ہوٚینٕ عظیم فارسی تہٕ اردوٗ شاعرن ہُند خاص مطالعہٕ، یمہِ کِہ بدولت انہِندِس شعر وٕنُتس اکھ ووستادانہٕ مہارت تہٕ طرحدٲری حاصل سپٕز تہٕ یہند

---

[1] رسا جاودانی نمبر۔ کلچرل اکاڈمی

اَتھ تہِ تسندِس کلامس پیٹھ پیوٚو۔ رسا ہن کوٚر وتھ تکھ روأیتی اسلوٗب
رچھِس ستی عٔستی امرکس دأخلی احوالس منز تہِ اکھ نوٚو جسی نزاکت،
رٕومأنی حُسن تہٕ تتھ دألی پأدٕ۔ فارسی زبأنی ہندیو لطیف ترکیبو تہٕ
استعارو ستی کوٚر تمی کأشرِ غزلہٕ کِس آہنگس منز اکھ کلاسیکل نیرنگی
تہٕ جمالیاتی جلاو پأدٕ۔ کأشرس منز چھُ رسا رُسُل میرنہِ شاعرانہ عظمتُک
معترف تہٕ تسنزِ فنی سحرکأری ہُند پرستار ؎

ہندوستس شیراز پھیرِتھ رسا آو
سیراوس میر مادانے مدٕ نو
بروٚنٹھ گوٚو رُسُل میر نازنین چالے
موٚت رسا دراو پوٚت تھاۓ مدٕ نو

رسا چھُ اختصارس منز جامعیت پأدٕ کران تہٕ تھوچ کیو
زیچھِ بحرن منز بہتہٕ اوٚسلوبیاتی اعجازُک جود دوٚتلاوان۔ سُہ چھُ
مرغوب خأطرِ تشبیہہ کأری کٔرِتھ تتھی پٔریہ وٕنی انہار وتلاوان ییم
دِلس منز نقش چھِ ثبت سپدان۔ مثالہِ پأٹھی ییم کینہہ شعر ؎

گرِ دٕراد کمہِ تام ترایے لو لو
آسہِ گۓ کم کم رایے لو لو
عشقہٕ جوٚے آو لبوٚمت میون دل
آب گوٚو سٔری پیٹھی سفیتس کیا وٕنے
دلس منز جأنی تا شوقن کرمِ میٖہ جاۓ
سرس منز تہٕ تتہٕ لوٚگ نیلوفرس آۓ
سر بٔفتن آسہِ خم کوٚرمُت وُچھتھ جوٚے جمال
داغ چونے بر جگر لالن گلأبن آسہ ما؟

٥

ژٕ لوگتھ سورمہٕ چشمن منٛز کوٚر تھم دِل ؤبالی
ژٕ چھی گیسو پریشان منٛز گیٔ شہار تالی
ژٕ چھکھ بلقیس وٕتِج سبھا چھےٚ روتبہٕ عالی
سلیمان جاہ تٕ تیاہ ژٕ یہ چھی برتل سوالی
ژٕ یہ ہیو کانہہ ہرتہٕ چشما اگر تس دولہٕ وچھِ ہے
پھرِتھ تھر فلسفس کرِ عقلہٕ وَنہِ ہے غزالی
کورُن دعوا جمالک ژٕ تِس از خوشس خیالی
اُتھی بیٹھ کرٕ ہواون گولابس گوشمالی

٥

رادھایہ جگرس کان تارتھ بان مارِتھ گوکھ
گوپالہٕ کرشن کاتہٕ ژٕ کر یاد پیہے لو
بازارِ مصرس منٛز گیٔیس آوارٕ زلیخا
اے یوسف کنعانہٕ ژٕ کر یاد پیہے لو

٥

ناز مسول پانہٕ زلفن شانہٕ والن آسہٕ ما     یتھ پریشان تو ے تھاون خیالن آسہٕ ما

٥

سبھا اوِیل چھ رشتہٕ دون دِلن ہند     کران لم لم ژٕ چھکھ آمن پَن کیاکیا

٥

یہ ماگ سوٚرِتھ تہٕ پھاگنس منٛز اگر شہ میون لوٚٹھ یار ییہ ہے
منٛز لولہٕ باغس گولاب پھولہٕ من سلےہ تہٕ زن بہار ییہ ہے

٥

شبنمن کرٕ اشکباری لو بہارس چھا خبر     بلبلو کرٕ نالہٕ زاری لالہ زارس چھا خبر

رسا جاودانی لیس چھُ غزلکہِ مزازک پوٗرِ پوٗر شعور حاصل عشقکُ ستنبر تہٕ علمی جودت چھ تسندس کلامس اکھ پوشونٛ جوش تہٕ توش عطا کران۔ سُہ چھُ لوٗرِ فراوانی سیتی سیتی فکرِ واستدلالکی ٹُنکہ تہٕ گنُز معنہٕ البساوان تہٕ تسند فنی ترسیل چھُ مشرقی زبانن ہندین بہلہٕ پایہ کلاسیکی شاعرن ہندس فکری باڈوس سیتی ہمسری کرنکی امکانات ہاوان ۔

جلوٕ چونے مندٕ چھاوان آفتابس دلبرو
چھکھ زلیخایے کران تعبیر خابس دلبرو

دوہن اُچھن مس کھاسی وۄتھے کھوتے تو آبس خمار
مدٕ تہٕ مستی پایہٕ دِ گے جامِ شرابس دلبرو

*

بے سنگ دوتھم سنگہ والیجہ تنگہ گاتا چھے
امہ رنگہٕ دوان عاشقن چھا پام نگارا

*

برونٹھ گوٚو رسُل میر نازنین چالے　　　موت رسا گوس پوت ترہایے لولو

گریہ اوٚبرس نالہ زن بلبل گلس خندہ کرن
کارِ گہس مشر موزورن کاروبارس چارٕ کیا

رسا جاودانی ین اوٚن کاشرِ شاعری منز قصیدک تجربہ گوڈنکہ پھری بارسس۔ تہند قصیدٕ "بحدرِ واہ" لیسُ کمو پیٹہٕ نین آخری ایامن دوران لیوکھ چھِ تہنز بے لوت ادبی دیانتداری تہٕ حبِ وطنکُ یِکلا صہ بوٚرت لوتہٕ لوٚت۔ یتہٕ وُہن شعرن پیٹھ مشتمل یہ قصیدٕ چھُ اکھ موتہٕ ہارکہِ انمانہٕ ییمیکُ پرتھ کانہٕ شعر خوصہ وحبتکُ گاہ چھُ ترھٹان پھُ ذوق تہٕ سودا ہندین بہلہٕ پایہٕ اردو قصیدٕ نگارن

ہندبن قصیدن ہنز ہمسری کران۔ بقول پروفیسر مرغوب باتہالی ۰ یہ
چھُ کلھم کأشرِ شأعری منز قصیدٕ عنواتہٕ پراون واحد واحد نظم
ہکیانزِ فارسی تہٕ اردو زبأنی مقابلہٕ چھُنہٕ کأشر زبأنی ہندس ادبس
منز قصیدک وجود سے ۵

رِسا جاودانی سُند بے لوت تہٕ سوٗن وطن دوستی ہُند امار تہٕ
تسند جوہر دار کلأمِ صنعت گری زانتہٕ موکھ چھ یہٕ قصیدٕ من وعن پیش
یوان کرنہٕ یُس یتھپأ ٹھو چھُ :-

# بھدرواہ

یا متھ ہیے قلم تلُ تہٕ لیو کھُم نام وطن
یُس رشکِ ارم غیرتِ فردوس و عدن
یعنے کہ بھدرواہ یمیک دردل داغ
حورن بہشتن تہٕ فرشتن تہٕ رُحن !

قلمن ہیے وٕنُم گو زِ قصیداہ تہٕ ونکھ
یؤدوے یہ غزل کانِ گہُر چھون ذہن !

تنہٕ بون بھدرواہ امیک کیا چھُ ونُن !
دَم خم چھُ زھوکن مثلہ تہٕ تشبیہ دِوَن !

فردوس ونکھ تہٕ ما چھُ اتھ ہیو جنت
خلدس چھِ مایم کو یہٕ تہ یتھی آنگن، وَن
پوٗز بوز یتیک خاک دتن پیٹھ پیومُت
زن سو رمہٕ یمیک تلُ چھُ کرن اُچھ روشن

حق کتھ چھے میے کتہِ کھلی تہِ ییتکی چھم باسن
شہوارٕ ، گہر پارٕ تہٕ زن لالِ یمن

شہلتھ چھےپوان تیتھ چھُ ییتیکُ یارِ ہوا
ییٚن یور جگر سوختہٕ بیمار تبن

یم جوٗیہ سراسر تہٕ یقیناً چھےپُرِ و
من تحتھا الانہار چھُ قرآن وَنن

کیلاش کونڈک آب مُصفا تہٕ شہُل
ییتھ منز چھِ کران سران نہ چھکھ پاپ ہن

یا یکھ تہٕ وُچھکھ پانہٕ ییتکُ سونتھ چھُ کیُتھ
یا یکھ تہٕ وُچھکھ پانہٕ وتن کیتھ ساون

یا یکھ تہٕ وُچھکھ پانہٕ وَنَن کتھ یاوُن
یا یکھ تہٕ وُچھکھ پانہٕ وَنن کتھ جوبن

خوش خلق تہٕ خوش اخلاق چھِ لیکین ییتکی
خوش خوے خوش اطوار ییتکی سیمین تن

وُچھکھے تہٕ ییتکی مالِہ یمن منز چھہ بہم
وَنہٕ وگیہٕ گیوان راگ تہٕ دِوتا چھِ نژن

گلمرگ تہٕ لولاب مستی یام وُچھکھ
کنہ سر تہٕ سوٚج دھار چھتر وار بگن

اے میانہِ گلستانہٕ تہٕ روزم پھولہِ وُن
آباد تہٕ خوشحال سدا چانی چمن

سرسبز تہٕ شاداب تہِ تھوی نے مولا
پچھے میون دُعا کیانہِ بے چھکتا مسکن

نُنہٕ باتہٕ دلا راہ ہے چھُم چون طمع
محبوبہٕ دل افروزہ پُھُسے لول برن

معشوقہٕ طرحدار ژے پھرِ پھرِ وُچھتھی
عشقس چھُ لگن آے، ہُرَن منہٕ کا من
عشقس چھِے وُچھتھ نازو ادا تیزن رِیہہ
رِیہس چھِے وُچھتھ چاۓنی قضا مائے گژن

ماموں تہٕ پُرامُن بُوِن چاۓنی قضا
مشہور نکو نام ژہٕ طرفن طرفن
لیُس چون یہی خواہ تمیُس صد رحمت
لیُس چون بد اندیش تمیُس ژھانبھ اُچھن

دل میون چھُ بجرِین کُنیخ ماپچھے کمی
دُر دانہٕ سہٕ ہٹا چھم مگر چھیُس سوچن
مس پیالہٕ اگر زیادٕ برے من پھیرِ
ژوٗرموختہٕ گجرکھ وٗالی گرے گوٗ بنے کن

یالِکھ تہٕ وُچھکھ میانہٕ کلامک جوہر
تاباش کرکھ پانہٕ ونکھ گونا فن
ژرباز بہٕ ماچھیس تہٕ وُڈا وکھ کوتر
یوٗ دآسہٕ ہیند ماز تہٕ کھوٗ تمتُ سیخن [۱]

قصیدہ علاوٕ اُنی رساہن مسدس، مخمس، ترجیع بند تہٕ غزلہٕ مستزاد کی
تجربہٕ تہٕ بارس۔ یمن منز کیٛنہٕ تجربہٕ اکہِ میلہٕ کنہٕ ہنز خصُوصیت چھِ تھوان [۱]

---

[۱] یہ قصیدٕ اوس ۱۹۸۹ ہس تام غٲر مطبوعہ۔ یُس جناب محمد یوسف ٹینگ صاحبن ریاستی کلچرل اکاڈمی ہندِ ژھٕپی رسالہ جاودانی ستئ "نیرنگِ غزل" شعر نمبرُن نوٚ سرٕ شایع کرنہٕ ورِزِ اتھ منز شامل کٔرِو۔

پیہ تازُون پاے لیندِ داد ہران چھُس　　لول بران چھُس
زاتھہ پیہ نالس ماے جگ آیہ پران چھُس　　لول بران چھُس
خاصا دیم کاتھہ داد جوہر دار کلامس　　یمہ فکرٕ چھا عامس
پیٹھ آسمانس تارکن یوچھ نہ جران چھُس　　لول بران چھُس

رسا جاوِدانی ین کرٕ پننہِ کلامچ گوڑنیچ سۆمبرن ۱۹۵۴ء یس منز "تحفہ کشمیر"، ناوِ کس اکس کتابہ چھپس منز شایع۔ تہنز دۆیم شعر سۆمبرن "نیرنگ غزل" ناوِ ۱۹۶۱ء یس منز شایع۔ یتھ ادبی حلقن منز سیٹھا پذیرائی حاصل سپز۔ رسا جاودانی یس پاتھو ابتداہس منز غولام نبی ڈولول ہیوہ جادو بیان گلوکار یمی تسنز شاعری ہنز دلربا آواز کشیرِ ہندین طرفن تام واتنووٕ تہ اتھ تو س شعرٕ لہجس تہ موسیقی ہندس نیرل اتھارس پوٗر کاشر ہوے شمار لول۔ رسا جاودانی چھ پننہِ کاشرٕ شاعری نسبتھ پننہ اردو شاعری جادٕ محبوبہ خاطرٕ اسنک اشارٕ دوان[1] چھ رسا ہس دستگاہ یوٗد کاشرس منز زبان محبوب چھس ہندوستانی رسا جاودانی سُند گوڑنیک کلامہ سُید ۱۹۴۷ء یس منز "لالہ صحرا" ناوِ شایع یس پتہ ترمیم تہ اضافہ کرتھ "نظم ثریا" ناوِ چھاپ سپد۔ مگر یہ چھیہ اکھ واضح حقیقت زِ رسا جاودانی سُند اصل مقام چھ تسنزِ ماجہ زیوِ کاشرِ شاعری منزے یدنیران یمیلہِ زن اردو ہس منز تس سہ پذیرایی حاصل سپز نہ۔ بقول جناب محمد یوسف ٹینگ "رسا صابس آس ہندوستانی زبانی ہنز کوم محکم تہ توے اوس سہ اتھ پننی محبوب زبان زانان ..... مگر زمانن ہوو زِ امی دوہ پرایہ کوٗرہ تس وفا۔ تتہ چھ سہ مُشراونہ آمت مگر کاشرس منز چھُ تہ روزِ تہ سبز تہ ساد ر وار"[1]

---

[1] گوشِ ہندی پوش۔ بشیر اطہر روا ہی

کأشرس منز بۆدوے رسا جاودانی سُند کلامہ، تمہ ہیا تیمی ہو غزلو اکہ قصیدہ تہ کینژہ نعتِ شریفہ علاوہ دُسی باب چُھنہ مگر یہ سورُے کلامہ چھُ پتہ فنی بُرتر تہ فکری وڈِھوار کنہ بے مثال تہ باگہِ بۆرُت۔ رسا جاودانی سُند کینژہ کلامہ چھُ وُنہ غار مطبوعہ نعتِ شریفن ہندی کینژہ یتھی غار مطبوعہ نۆمونہ چھہِ یتہ کُنی ؎

شب اکہ اُسی تہ آسی پننس حبالس
اسہ ڈیونتھ جلواہ خالس منز

بخت اوس بیدار اُچھو نِندرِ خالس
اسہ ڈیونتھ جلواہ خالس منز

نورک تاج اوس پرسر حبابس
لولاک شوبان لس گوہر

تتہِ اوس ووشلان مُنھ افتابس
اسہ ڈیونتھ جلواہ خالس منز

تمیٔ وُچھنہ میایس گوتہ ہس توابس
ربہ بیٹھ تہِ ژتہ تراو افتابن

شلہ ہنز باش گے دلِ بیتابس
اسہ ڈیونتھ جلواہ خالس منز

اسہِ اوٚن نہ ایمان کانسہِ کذابس
اسہِ پھوٚو نہ نبیس کانہہ ہمسر

اسہِ ووٚن نہ قلزم زاہتہ تہِ حبابس
اسہ ڈیونتھ جلواہ خالس منز

موٗ رسلن منز چھُ تھدِ پایہ رسولِ عربی
لامکانس چھُ شرف پلیے رسولِ عربی
روزِ تس یاد پنٕنۍ اُمتِ عاصی ہر دم
روزِ محشر گٔژھِ نسا منز اوٗ رسولِ عربی

ترٛیے بر دوش گیسو پریشان وُچھِے
رتھن کٔن نہٕ عالم اوٗ ویران وُچھِے
ارسطو، فلاطون یہ آں علم و حکمت
یہ دانش ترٛےٚ تس طفلِ نادان وُچھِے
وندےٚ سر ترٛیہ پادن رسا جاودانی
دلس تس سیٹھا چون ارمان وُچھِے

رسا جاودانی سٕید ۲۷ مئی ۱۹۷۹ء رحمتِ حق۔ ریاستی
کلچرل اکاڈمی کور تہندِس اعزازس منز اکھ خاص نمبر جٲری

رسا جاودانی سٕنز "نیرنگِ غزل" ناوٕ شعر سوٚمبرنہٕ ہندِس گوڈٕ
دُسی لابسے منز درج تسنٛد یہ فارسی شعر چھُ تسندِ فکری جود تہٕ تہٕ دلگدازی ہنز ییمہ
آپہ غمازی کران ؎

بدشت اندر بیابان خاستم من
بصحرای چمن آراستم من
رسد آخر بمن صاحب لگاہے
چہ غم ار لالہ صحراستم من
(رسا جاودانی)

یا یتھے پاٹھۍ چھُ تسُند یہ کأشُر شعر تہٕ ییہے صدائے بازگشت ہیچھ :۔

چھُ کنعانس اندر بے قدر و قیمت یوسف معنے
ییے اتھ مولنا دلس کیٚتھ مصرکۍ بازار آسُن گوٚژھ

۵

## عبدالغفار رنگین

عبدالغفار رنگینؔ اوس ڈوڈِ قصبکۍ روزن وول۔ آٹھمہِ جمأژ تام اوسُن پوٚرمُت۔ سُہ اوس تجارت پیشہ تہٕ شعر و شاعری ہندٕ اوسُس شوق۔ وپان پننہِ کلامہِ اوسُن "گل رنگین" ناو ترتیب دِتھمُت یُس چھاپتھ ہیوٚک نہٕ۔ سُہ اوس نعت و غزلیات ونان۔ ۱۹۹۰ ءیس منز سپُد قریباً دوٚن ہتھ وری وأنس پرآوِتھ فوت۔

اتھ علاقس منز چھُ سُبل جو گاٹھوان، احد جو زرگر، نصراللہ منشی تہٕ آمدی کھار ہیوٚہن کینژن پراٹھن تہٕ لکہٕ شاعرن ہندۍ ناو تہٕ بوزنس تل یوان۔ یِہند کلامہِ ژُرہر تھ چھنہٕ۔ آمدی کھار چھ ڈوڈہ ہکہٕ بھیلی گامُک اکھ نا خواندٕ لکہٕ شاعر اوسمُت۔ یہندۍ وارا شعر تِژ کال تام لۆکن زبأنی یاد آسی۔ ڈوڈ ہس سیتی تولق تھون وول بیاکھ لکہٕ شاعر چھُ

غلام رسول کھوڑ یئس اکھ بزرگ تہٕ فی البدیہ شعر ونن وول مزاحیہ شاعر چھُ تہٕ مختلف سماجی موضوعن پیٹھ چھُو طنزیہ شعر وٚنی متی۔

## سبحان جوٗ کیلوٗ

سُبحان جوٗ کیلوٗ (۱۹۰۲ء — ۱۹۸۱ء) اوس بھدرواہ علاقہ کہ تھنالہ گامُک روزن وول۔ دپان سہٕ اوس خوش آواز تہٕ گیونُک اوسُس شوق۔ پانہٕ تہٕ اوس شعر ونان تہٕ پننُ کلامہ اوس پانے گیوان۔ سُبحان جوٗ کیلو سندس کلامس چھُ اتہٕ کین لوٗکن منز جاے چلے جاو روُد متُ۔

## غافل بھلیسوی

غافل بھلیسوی تہٕ چھُ بھلیسہ علاقُک اکھ بزرگ لُکہٕ شاعر اوسمت۔ تسند پورٕ ناو چھُ غلام قادر راتھر اوسمت تہٕ سہٕ چھُ پننہ تاجرین وٕری ینٛ ہنٛز لوکچہ واٗنسہ منز رحلت کٔرِتھ متُ۔ تمٕ چھِ یتھ ہوی شعر وٕنی متی ؎

کُلی مکہٕ سایہ سستی دہو گوناہ لوتے
بند رہتے گر ہتہ بیدار
صبرُک دامن رٹھتو یتے
بند رہتے گر ہتہ بیدار

غوٗلام غاٗفِل نا لولہٕ ہتے
زندگی زان تن ہندرے خاب
یکھ تو سہزرہ چہ پزر چہ وتے
نندرہہتے گرٛھتہٕ بیدار

## سبحان شاہ

سبحان شاہ چھُ کشتوارُک اکھ بُزرگ شاعراوس مُت۔ یمہٕ ہنتہٕ ہیوٗر واٗلس چھِ پراٗومتر۔ سہ اوس درویش مٲنش تہٕ پابندِ صوم وصلواۃ۔ تمیٚ چھِ منقبت تہٕ نعتِ شریف وٲنی ہتہ یمن منز تمیٚ پننہٕ آیہ پننہٕ عقیدٕن تہٕ جذباتن ہنز باوتھ کرنچ کوشش چھہ کرمٕژ تسندِ کلامُک فنی ڈھچر چھُ پرن واٲلس تھوس انان۔

## دینا ناتھ رفیق

دینا ناتھ رفیق چھُ سانہِ ریاستُک اکھ نامور شاعر تہٕ ادیب۔ یمَن ادبی دُنیاہس منز پننی اکھ پرزنتھ حاصِل چھِہ۔ دینا ناتھ رفیق زایہ ۱۹۰۴ ہس منز پرٛونژہس منز۔ دٕہمہِ جماژ ہُند امتحان پاس کرتھ پتہ سپُد محکمہ تعلیمس منز ووستاد تعینات۔ مطالکُ شوق تھوٚوکھ جاری تہٕ ۱۹۵۹ ہس منز سپُد امرِ محکمہٕ منز بحیثیت ہیڈ ماسٹر ریٹائر۔ ریٹائر سپدتھ پتہ رودی

ییٚر کال تام سناتن دھرم سبھا ہائر سیکنڈری سکولس منز صدرِ مدرس۔ یِہنز اردو بیاض چھےٚ "سُنبل و ریحان" ناوِ چھاپہِ سپٕز منز۔ دینا ناتھ رفیق چھےٚ اکھ کہنہ مشق تہٕ بسیار پاسل شاعر یِمی اردو علاوٕ کاشر پاٹھی تہٕ کلامہٕ موزون آسی کران۔ یِہنٛد پوٗرٕ کاشُر کلامہٕ چھُنہٕ دستیاب۔ البتہ یِہنٛدِ کلامکی ترٛے نموٗنہٕ یِم چھاپہِ چھےٚ سپدی متی چھہ نقل، یِم یِہنٛدِ شعرٕ ووٚترٕ تہٕ وضاحت چھہ کران

یارٕ روٗس گومت چھُس آوارہ
پروردگارا بوز تم زار

وائے نخ دزان چھُس ہجرک نارہ
پروردگارا بوز تم زار

یِمِس پیٚتہٕ مےٚ زُو جان گومُت
تونت ترُین تو ولم سینس پیٹھ

سُے مےٚ ہنگہٕ منگہ گوم ییٚزارٕ
پروردگارا بوز تم زار

لُو کہ کتھن مےٚ ترٛاہ آس نہ ایوان
معشوق وفادار چھِنہٕ آسان

بیٚٹھم کتھ دلس وٕ دو زوار وارہ
پروردگارا بوز تم زار

بِنہٕ پیٹھ دلبر روستہٕ بیٚو ٹھُم
کنڈٕ ین پیٹھ چھُم پتی تن

تن کنڈٕ ین پیٹھ من بیمارٕ
پروردگارا بوز تم زار

—



کس گُلس چھکھ ترٛے جایہ جایہ گاران
یمبرزلہ پان کیا زِ ماران چھکھ

فری یادی بتھ خون چھکھ ہاران
یمبرو پان کیازِ ماران چھکھ

دنیا سوروی نہ انان یاری
ماشوقن ہنز پترس ترلیش

زٲنتھ اپزٕرے اُشہِ پھیرِ ہاران
یمبرو پان کیاز ماران چُھکھ

دلدارن پتہٕ گوکھ دیوانے
حُسنکس پوشس اوقات کیا؟

نالہٕ مٔتی چُھکھ کران ناپائیدارن
یمبرو پان کیاز ماران چُھکھ.

# غلام قادر میر

غلام قادر میر چھِ راز ویرِ سۭتی تولق تھوَن وٲلی اکھ رِوٲیتی شاعر۔ یمو غزلہٕ تہٕ نعتِ شریف وٕنی متی چھِ۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہ چُھکھ کلامس مشرفتی ڈٕبجر تہٕ۔ یمہند کینہہ نعتیہ شعر مصرعہٕ:۔

کفر والحادک ہوا چھم نادِ طوفانس اندر — اکھ نظر کری تو مے کُن یا رحمۃً للعالمین
زہد وتقویٰ چھم نہ کینہہ تے چھم نہ کانہہ زادِ سفر — چاٗنی ستھ چھم روزِ محشر یا رحمۃً للعالمین
چھے سیاہ رو بے عمل تے دآدی لد غمناک میر — ڈیڈِ تہنزے واتہٕ کر یا رحمۃً للعالمین

# تحسین جعفری

تحسین جعفری (۲ جنوری ۱۹۰۸ء) چھُ پرٛونتھ علاقس سۭتی تولق تھوَن وٲلی اکھ نامور شاعر، ادیب، مؤرخ تہٕ اکھ دیندار

شخصیت ۔ پوٚرٕ ناو اوسکھ سرفراز حسین تہٕ مٲلِس اوسکھ محمد خان ناوُس۔ تعلیم یافتہٕ اوس تہٕ اردو، فارسی تہٕ عربی زبان تہٕ زانان اوس یِہندی پرٲنی بزرگ یِم صوبہ سرحدکہٕ مہمند علاقکی پٹھان آسی تہٕ مشہور افغانی قبیلہ کِس یوسف زئی خاندانس سیتی تعلق آسی تھوان، اَسی تقریباً ستتھ وٕری برونہہ نامولوم وجوہا تو رِکنہٕ نقل مکٲنی کٔرِتھ کشیرِ منٛدس خانپور علاقس منز بسے رٕتی امہٕ خاندانُک اکھ فرد جعفر خان آو کشیرِ بیٛٹھ پرٛوٚ نترٛتھ۔ اُمس آسی زٕ نیچوِ فتح خان تہٕ گلہ خان۔ فتح خان سپد حویلی تحصیلہٕ کِس منگناڑ گامس منز آباد تہٕ گلہ خان بیٛو مینڈر تحصیلہٕ کِس سیلاٹی گامس منز۔ تحسین زاو اتھی منگناڑ گامس منز تہٕ فتح خان اوس تسٕند بڈٕ بب۔ تحسین جعفری سٕنز موج یس سکہ دہد ناو اوس، آس کاشرٕ کوٗر۔ سوٕ آس پرٛوٚنترتھ کِس اُکِس مشہور پلیسہ افسر غلام رسول وارہٕ سٕنز کوٗر یُس رسل وارہٕ ناوِ اتہٕ مشہور چھ اوسمت۔ تسٕند مام محمد جو وار اوس پرٛونترتھ کِس حکمرانن ہندین شاہی محلاتن ہٕنٛز روشنی ہُند انچارج۔ یُس اتہٕ محمد جو روشنی والا ناوِ مشہور اوس۔ تحسین جعفری سٕنز آشنہٕ آس موتچہ بل (منڈی) کِس خوجہ اصغر علی پانڈے سٕنز کوٗرِ۔ شہ اوس اتھ اکھ بوٚڈ صاحب حیثیت رئیس۔ یِہندِ گرٕک سورُے ماحول اوس کاشُر۔[1]

تحسین جعفری چھ اکھ بیار پاسٕل ادیب تہٕ شاعر یِمن اردو، پنجابی، گوجری تہٕ کاشر زبانن پیٛٹھ تھوٚد دسگاہ حاصل چھ اوسمت ۔ اردوٕ منز چھ "سچی کہانیاں"، جغرافیہ پونچھ،

[1] پوشہٕ تھٕر - تحسین جعفری

بہتر پیاسے، سرمایۂ نجات، مسلک شبیر اور اقبال، سفینۂ نجات تہٕ چراغ مصطفوی ناوٕ تصنیفاتہٕ۔ ۱۹۴۷ ہندٕ لو ریاستہٕ کیو ناسہ تراس حالاتو پیٹھ توٚر تحسین سرحد اپور تہٕ سپد راولپنڈی منز مقیم۔ ویپان رٹھم اسی اتہٕ محکمہ اطلاعات کہ "ہفت روزہ کشمیر کی مدیر تہٕ ۱۹۹۵ ہس منز سپدے یہ فوت۔ تحسین جعفری سندی پورٕ حالات چھینہٕ وپدکہٕ۔ البتہٕ تہندٕ کاشُر سوٚمبرنہٕ ہُند اکھ مسوٗدٕ یُس "پوشہٕ تھر" ناوٕ چھپیومُت چھُ، چھُ دُسی یاب سپدمُت یُس تہندِس شعرٕ ووٚتر سمجھس منز مدد چھُ دِوان۔ طاوٗس بانہالی ین چھُ اتھ کلامس وٕتھرٕ نے کرٕ ہتہ تہٕ اکمی قنی گون کاشرٕ اوٚتر تحسینس چھُ کاشرٕ زبانی ہُند امار رٕمس رُمس منز بسِتھ یمیُک اظہار تمیٚ اتھ سوٚمبرنہٕ منز یمہ آیہٕ چھُ کوٚرمُت:

"پوشہٕ تھر شایع کرنُک اکھ مقصد چھُ یہ تہٕ کہٕ نسلاً بعد نسل گژھہ میانِ اولاد یہ حقیقت زانٔنی تہٕ یاد تھوٚونی زِ اسی چھہٕ کاشُر خواہ کُنہ تہٕ روزو۔ اسہٕ پترٕ تہٕ پنٕن وطن کشیر مُتراوُن"

تحسین صابنس کلامس منز چھہٕ مناجات، نعت شریف، غزلہٕ، ٹھکھہ تہٕ نظمہٕ ہوی تجربہٕ شامل۔ یمن منز اکھ دوٚ سوار فکری اعتماد تہٕ قنی پوٚچھر درپیٹھ چھُ گژھان۔ کینہہ شعر نوٚموٗنہٕ:-

| | |
|---|---|
| یا الٰہ العالمین رب انام | ذوالجلال ولایزال و ذوالاکرام |
| کُن دٕوٚپتھ سوٚرے جہان یاد اوٚرتھ | راتھ دوہ ارض و سما یاد اوٚرتھ |
| بے نوا تحسین تہٕ چھُ وومیدوار | چھکھ تہٕ رحمان و رحیم اے کردگار |

ترلبتھ ہتین پیالہٕ برٕ برٕ چوٚیمٕی آبِ حیات
وحدتکٕ مس بٲگراوان آو اکھ عالی جناب
رحمت للعالمین فخرِ رسولانِ، سلف!
یٰس لقب طٰہٰ تہٕ بیٚیہ یٰسین درامُ الکتاب
(نظم: گاشہٕ آگر)

چھُ پرتو چانہٕ نورکُ ماہ تابان تہٕ چھکھ مہرِ منوّر یا محمدؐ
چھُ سبحان الذی اسریٰ لعبدہ ثبوتِ شانِ اطہر یا محمدؐ
(نظم محبوب داور)

کھکھہت ایٚخ پوٚرہ وٚدٕہ تھاوِتھ ہنر ییٚلہ درایہ زوٚن
لیچھ ٹُدنے تارکھ ہُند گاش زِ تہٕ ہیتھ آیہ زوٚن
مہرِ نیا زکن سارِ پوٚرِ یتھ بُتھ چھٕلِتھ سرانا کرِتھ
مشرقکُ دروازہ مُترٕ راوتھ یوان لمہ ترایہ زوٚن
لولہٕ نظرو یم وُچھن تحسینہ پریتھ انانسہ
چھے تمن بے لوث انسان ہنز ہے ہم پایہ زوٚن
(نظم: زون)

پریتھ اکس پننٕی فکر پریتھ اکھ اسیر حرص و آز!
ییٚ یرٕ ژھان پریتھ کاشہ زِ کھیا ولیو تو ہی ننن تس رتھ تہٕ ماز
ییٚ چھُ دستورِ زمانہ ییٚ اصولِ زندگی
کوترن ستی چھُ وٚڈان کوتر تہٕ قازن ستی قاز
زون دل سوزِ جگر لفظن اندر تحسینہ بر
شاعری چھے قالبِ بے روح بے سوز و گداز

# نشاط کشتواڑی

نشاط کشتواڑی صاب چھُ اکھ بزرگ شاعر، معتبر تہٕ مقتدر قلمکار۔ یمو تقریباً "پتہٕ موٚ" تمہٕ توٗ وُری یو پیٹھ زبانہٕ وادیس سگہٕ وَنَس منٛز مصروٗف چھِ۔ یم چھِ سیٹھاہ مُدبر، کم گو تہٕ شریف النفس شخصیت۔ عمر رسیدٕ آسنہٕ کِنی چھِ وونی وارا لوٗت بولان۔ یہندُ کلامہٕ چھُ اردوٗہس تہٕ کاشرس دوٚشوٕنی زبانٕن منٛز موجود۔ یہندُ ضخیم اردو کلیات چھِ "تصویرِ خیال" ناوِ چھپیومُت، یتھ ریاستی کلچرل اکاڈمی ہندِ طرفہٕ ینامہٕ توٚر تہٕ بیٚیہ اکھ خلعت تہِ دِنہٕ۔ نشاط کشتواڑی چھ کاشرِ زبانی ہندی اکھ کہنہٕ مشق تہٕ قادر الکلام تہٕ رِوایتی پاسدار شاعر۔ یہندِس کلامس منٛز چھِ سلاست، بیانی کیفیت تہٕ تخاطب موجود۔ یتھ اکھ مقامی لہجہ تہٕ لوٗیہٕ وُن اتھار چھُ۔ انسانی محبت تہٕ ماۓ تہٕ مِلتراار قدرَن ہُند شوٗزر تہٕ فطری حسین ترجمانی چھ یہندِ کلامُک محور۔ یم چھِ اکھ عقیدتمند عاشق تہٕ وارا نعتِ شریف تہٕ منقبت تہِ چھکھ وُنی رٔچی۔ یمن منٛز جذبُک وفور سوٗن تہٕ گوٚن عقیدہٕ موٗجود چھُ۔ پننِس طنزیہ کلامس منٛز چھکھ سماجی بدعاتن کِنھ کُڈی مٕنٛزِ تہٕ بچن خاطرٕ چھکھ وارا اصلاحی تہٕ مزاحیہ تعلمہٕ تہِ لیچھمٕت۔

نشاط کشتواڑی صاب یَسُند پوٗرٕ ناو خواجہ غلام رسول چھُ ترایہ مئی ۱۹۰۹ءیس منٛز کشتواڑس منٛز۔ یہُند جدِ امجد خوٚجہ غفار جوٗ ییُس اسلام آباد کشیرِ حضرت ریشی بابا سٕندِس زیارتس نزدیک روزن وول اوس آو تقریباً" زٕ ہتھ وُری بروٚنہہ کشتوار[۱] تہٕ بنیوٚو

---

۱ مراسلہ جناب نشاط کشتواڑی

پیٹھ تُس بکین دٔر ۔ نشاط صابٕ چھِ امہِ خاندانکِس پانژِمِس
پُشتس سیتی تعلق تھوان ۔ پننِس جمأژ تام تعلیم پرنہٕ پتہٕ
کرِکھ مولانا حبیب ناوِکس اَکِس دینی مبلغس نِش فارسی تہٕ عربی
ییس منز جان مہارت حاصل یُس پرونژھ پیٹھ ییتھ اتہٕ ۔ بچپن
دینی درس اوس دِوان ۔ ۱۹۳۸ ءَ ییس منز ترٛوٗن اکھ سٹیشنری
دُکان تہٕ اخبارٕن ہُنز ایجنسی تہٕ رٹِن ۔ یہ وان چلووٗن قریباً پنژاہن[25]
وُری یِن تام تہٕ پریس سیکھس سیتی تہٕ تھووٗن لَے ۔ اخباری نامہٕ
نگارٕ سندِ حیثیتہٕ تہٕ رُود کام کران کشتواڑس منز یلہٕ ۱۹۴۰ ءَ ییس
منز جامع مسجدِ شریفک تعمیر شروع سپُد یم آیہ امکی سیکریٹری ترٛاونہٕ،
تہٕ امیک تعمیر اند واتتھ کوٚرکھ اکھ تفصیلی رپورٹ مرتب کٔرتھ شایع۔
ہُنزی رُودی سیاستس سیتی تہٕ وابستہ تہٕ مسلم کانفرنسکی رُودی
کارکُن ۔ مگر ۱۹۴۷ ءَ پتہٕ رُودی سیاستہٕ نِش لوٚب ۔ نشاط صابن
رُود کینژن نامور ادیبن تہٕ شاعرن سیتی قلمی توسل تہٕ کینژہ کال
برونٹھ کرِکھ "خطوطِ احباب" ناوِ یم چیٹھہ چھاپ کٔرتھ شایع
یتھ منز مختلف ادیبن، شاعرن تہٕ صحافین ہندٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ ہندٕ
ناوِ ۱۴۱ چیٹھہ چھِ ۔ یمن چھِ ڈاک ٹکٹہٕ جمع کرنُک تہٕ شوق رُود مُت
تہٕ یتہٕ مِن پنژاہن[25] وُری یِن ہُنزن ڈاک ٹکٹن ہند چھکھ اکھ البم
تیار کوٚرمُت[1]۔

نشاط کشتواڑی صابن کوٚر تقریباً وُہن وُری ین ہُنز وانسہِ
منز اردو شاعری پیٹھ پنُن ادبی سفر شروع ۔ سیماب اکبر آبادی ییس
یم پنُن ووستاد ماناں آسی تہٕ بذریعہ ڈاک آسی تمن پنُن کلامہ

---

[1] ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت ۔ ولی محمد اسیر کشتواڑی ۔

اصلاح باپتھ سوزان ۔ منزی اوس یہند کلامہ کینژن ملکی جریدن منز تہ چھپان ۔ ۱۹۴۲ء ییس منز کرکھ ینہٕ گوڈنیچ اردو تصنیف "مظلومِ کربلا" چھاپ ۔ ۱۹۹۳ء ییس منز کرکھ یمہ اضافہ کرتھ "مناقب الاولیا" تاو چھاپ ۔ ۱۹۷۲ء ییس منز کوڑکھ اکھ گلدستہ لغت شایع یتھ منز اکھ حصہ کوشر تہ بیاکھ اردو پاٹھر چھ ۔ امہ پتہ رودی وزیر وزارہ دو کلام شایع کران ۔ ۱۹۸۸ء ییس منز کوڑکھ پنن سورے اردو کلامہ ژون ہتن تہ اژ ہٹھن ۴۶۸ صفن پیٹھ مشتمل "تصویرِ خیال" تاو اکس ضخیم کلیات کس صورتس منز شایع ۔ اتھ کلیاتس چھ شیہ جز (غزلیات، منظومات، بادہ وطن، تحفہ اطفال، طنز و مزاح، گریہ و تبسم) یم سوٗمبرن چھہ تہند اکھ زیٹھ ادبی سفرچ نشاندہی کران تہ تہندس ادبی قد و قامتس بد کڈان ۔ اتھ منز چھنہ البتہ تہندسہ نعتیہ کلام ییس گوڈ چھاپ چھ سپدمت ۔ پروفیسر جلیل احمد حیدرآبادی، ڈاکٹر حامدی کشمیری، ڈاکٹر ظہورالدین و ممتاز نقاد حضراتو چھ اتھ کلیاتس منز موجود کلامس ویژھنے کرٕ منز پننی رایہ باوہ منز ۔ پروفیسر عبدالقادر سروری ین تہ چھ "کشمیر میں اردو" تاو پننس ادبی تواریخس منز نشاط صابنہ شاعرانہ روتبک تہ غزل گوئی پیٹھ یہند مہارتک تہ دسترتک ذکر کوڑمت ۔

نشاط کشتواڑی صاب چھ کاشر زبانی ہندی اکھ سرکرد شاعر تہ ادیب ۔ یہند شاعرانہ تجربہ قریباً نصف صدی ہند و حاطہ کرتھ چھ ۔ یہندس کلامس منز چھ غزل، نظم، ٹکھ، مرثی، تضمین ترجمہ تہ قطعات ہیو تجربہ شامل یمن منز اکس پوختہ کار شاعر سند قداوار وجود دریٹھ چھ گژھان ۔ یم چھ اکھ شوتر دل عاشق تہ

پیغمبر صأبُن ہُند محبت چھُکھ دِلس سٕنہتھ یمیُک اندازٕ پہندیو نعتو تمار
اردو کیو کأشری نعتِ شریفو تل چھُ ننان ۔ اولیائے کرامن ہندی
چھہ خاص معتقد ، صحابہ کبارن ، اولیاء کرامن ، پنجتن ، اہلِ بیتن
تہٕ شہدائے کرامن ہنٛز چھکھ وٮ۪ژھ وأنجہ مدحت سرائی کرٕمٕژ
یہندس کلامس منٛز چھُ طنز و مزاحُک تہٕ اکھ خاص حصہ موجود
یتھ منٛز سمأجی بدعاتن ہنٛز نشاندہی چھکھ کرٕمٕژ تہٕ سیاسی
شاطرن خبر چھکھ ہیٚژمٕژ یم عوام الناسس استحصال پچھ
کران ۔ نشاط صأبُن شعر لہجہ چھُ آیہ دار ، لوٚت تہٕ ترنم دار
یتھ منٛز نشہٕ رٕپُن مقامی لہجہ تہٕ لفظہٕ گرُت رنگ چھُ باگران
یمو چھُ اردو تہٕ فارسی زبأنی ہندین کینژن بہلہِ پایہِ شاعرن
ہنٛزن غزلن ترجمہٕ کوٚرمُت تہٕ کأشرِ زبأنی ہندین کینژن
نامور شاعرن ہندس کلامس تضمین تہِ لیوٚکھمُت ۔ نشاط کشتواری
سندِ کأشرِ کلامُک سوٚمبرن سپُز "موختہٕ ہار" ناو ۱۹۹۶ ویس
منٛز شایع ۔ اَکِس ہتس پانٛژاہن صفحن پیٹھ یہ سوٚمبرن چھہ
پانٛژن حصن منٛز بٲگرتھ ۔ پیٚنہٕ کمہٕ لیکھتہٕ پتہٕ چھُ شاعرن
اکھ مناجات تہٕ "شکوہ تہٕ فریاد" ناو اکھ دعایہ نظم لیچھمٕژ امہ
پتہٕ چھہ کتاب ہُند گوڈنیُک حصہ یتھ منٛز ترُواہ نظمہٕ تہٕ ژور
طرحی غزلہٕ یم ۱۹۶۲ء اخبارِ خدمت" سرینگرُکین طرحی مشاعرن
منٛز وِزِ وِزِ چھپان روزمٕژ چھہ ۔ یم غزلہٕ چھہِ یمن طرحن منٛز ۔

ولولہ باعزالو تہ بہارک شان پأدا کر (مہجور)
چھُ جانن جان جانانہٕ میوٚنے (عارف)
لوٚس تہ کنزس دردِ دِلس رأحتی خوٚداسون (آزاد)

یمن مـتانہ یارن جان نثارن ہنز کتھا کری تو (راہی)

دوٗیمس حصس منز چھِہ نہ توٗ غزلہِ تہ اکھ پابند نظم

تہ تریمس حصس منز چھ ٹکھ تہ مذاق " عنوان دتہٕ

آمتی۔ امہِ علاوٕ چھ حضرت شیخ سعدی سٕنزن تہ رُسل میرنین

کینژن غزلن پیٹھ مزاحیہ پیروڈی یمن منز طنز چ زیرِ

لہر تہِ موجود چھِہ۔ سوٗ میر نہ مندس ژوٗرمس حصس منز چھ مرزا

غالب سٕنزن ترین تہ علامہ اقبال سٕنزن ژوٗن غزلن تہ دوٗن

رُباعین تہ جوش ملیح آبادی سٕنز اکہِ غزلہِ ہُند ترجمہ۔ تہ ترجمہٕ

چھ سیٹھا آسان تہ زُو دار۔ مثال ؎

گندُناشترِن ہندے چھ یہ دُنیا مےٚ بروٗنہہ کنے

سپدان چھ دوہ تہ رات تماشا مےٚ بروٗنہہ کنے

ابنِ مریم شنا بنیا کانژھا

میانہِ دادِیک دوا کریا کانژھا

پانژمس حصس منز چھ کینہہ ژُ مصرعی تہ ٹکھ یمن منز

بیشترن عنوان تہ چھ ہتلاً قوٗران خان" "ادب ژوٗر" "مجبوری"

امہ پتہ چھِہ کینہہ مکالماتی نظمہ " سہہ تہ ہاپُت" "شہبازہ تہ بلبل"

تہ " دردک سودا"، ہتہ اصلاحی نظمہ موجود۔ مثالہ

" قوٗران خوان "

مسلمانا کلام اللہ پران اوس۔ بظاہر اتھ کلامس پیٹھ مران اوس

مگر خبرے آسس نہ کیا پران چھُس غریبن پیٹھ ستم برپا کران اوس

"چراغِ بدمست"

اکھس منز ترونگ ہیتھ نیران چھُ تورا
وُچھان گوٗ کاتہہ کِتابا کانٛہہ رسالہ
کوٗرُن نقد تمے منز حرفہ حرفے
بتیوو اکھ شاعرا تے اکھ ادیبا

امہِ سوٗمبرنہِ ہندِس آخری حصس منز چھِ "خلیجک جنگ" اتھ مانہٕ نظم موجود تہٕ امہِ علاوہ چھ شاعرن پنٛنِس زُرِ سندٕ قطعہ تاریخ ولادت تہٕ منظوم کوٚرمت۔ یم چھ قطعہ تاریخ استخراج کرنچ تہٕ مہارت ہاوان۔

نشاط صابٕن کلٲم چھُ ووسوار سادٕ تہٕ شیرین تیٚمہ منز حسن و عشقچ ترجمٲنی سیتی سیتی اخلاقی، اصلاحی تہٕ سیرتی موضوعات ہندی گاشری تہٕ آنگی روشن چھہٕ۔ کینٛہہ شعر نموٗنہٕ:

نورِ الفت چھُم لُبتھ سینس اندر
شمع چھُم روشن مے آئینس اندر

آسیتھ پُر منز اگر عشقچ نماز
تاج لیکھ عشقکیس دلس اندر

○

سبزہ زارن منز شبان چھُکھ زن گلاب
یا شبان چھُکھ تارکن منز آفتاب

○

یس درد آسہِ جگرس تس زانٛہہ قرار آسیا
مجنون زانٛہہ تہٕ وارے درعشق تار آسیا

عرقِ جبین دلبرِ موختس چھُ مند چھاوان

تِم قطرِ قطرِ جوٗرِتھ اکھ موختہٕ ہار آسیا

تتھٕ کاںٛہہ صاحبن چھہ کاشرِ پن نعت شریف تہٕ منقبتن

ہُند اکھ بیاکھ گلدستہٕ شیرِ پارے کرِتھ چھاپنہٕ خاطرٕ تیار

تھوٗومُت یُس کاشرس لیکھتہٕ ادبس پُشنے کرِ۔

٭٭

٭

## احد بٹ پروٗنتر ھوی

احد بٹ صاب چھُ پروٗنترٕ دٕ علاقُک اِکھ صاحبِ دل

بزرگ تہٕ قادرالکلام شاعر یُس ۲۷ راپریل ۱۹۱۱ء منز موضع

راجپور منڈی منز کھتھٕ یوٗو۔ سُہ اوس اکھ سادٕ تہٕ نیک

سیرت شخص تہٕ پننہِ وقتچ کم کاسہ مروّجہ فارسی تعلیم اَسین

پرمژ۔ احد بٹ صابس چھیہ اکھ فطری شعرٕ وزنی آسمژ۔ دیاںن

وارا کلام چھُن وٗمُت یُس رٔتھرِتھ چھُنہٕ۔ ۱۳ جنوری ۱۹۸۹ء

یس منز شُد سُہ رحمتِ حق تہٕ آو پننہِ لسنی گامس کونڈن اعظم

آبادس منز اوسوٗدکرنہٕ۔ احد بٹ صابُن اکھ نعتِ شریف چھُ نقل

یُس تستر فکری بصیرژ، عقیدُک تہٕ فنی پوختگی ہُند ترجمان

چھُ۔ یہ نعتِ شریف یُس میہ بشیر بٹ صابنہِ وساطت ستی میوٗل

چھُ احد بٹ صابنہِ اتھہ لیکھتھ ؎

| | |
|---|---|
| عربکہ عجمکہ ساںنہِ تاجدارو | میابنہِ غمخوارو لول ہو آم |
| ہول گوم جگرس ہاو دیدارو | میابنہِ غمخوارو لول ہو آم |
| والضحیٰ روی چون نورِ انوارو | والشمس قدکیا چھُوی شوبان |

والیل موے چھُے نبہ چے تارو
میانہِ غمخوارو لول ہو آم

وٚنڈ چھی قندہ ٹھٚلی زن موخته ہارو
چشمن وندِ ہے تَرٛ وتے جان

عاشق پانہ چھُے ملک الجبارو
میانہِ غمخوارو لول ہو آم

جبرئیلؑ سوزنے خدمتگارو
دٚوہیم معشوق یوٚری کھارون

جنتچ حورِ چھے پیالہ بردارو
میانہِ غمخوارو لول ہو آم

اتہِ بروٚنٹھ حال ون بینیا دارو
اترٛ اور رٛوٚدس بہ ترٛ غارزان

ترٛ کرم کرتم چھُس شرمسارو
میانہِ غمخوارو لول ہو آم

مسکین احمد بٹ چھُے عایدارو
تارِ دِم یارن باین سات

سٕتھ چھیم رٕچھتم دوزخِ نارو
میانہِ غمخوارو لول ہو آم

## عبدالجمال ڈٚونی گامی

عبدالجمال ڈٚونی گامی صاحب چھُ پیروٚنٹھ ضلع کس حویلی تحصیلس منٛز سیتی تولق تھوون والی اکھ بزرگ تہ قادرالکلام شاعر یِم چھِ ییٚمہ پیٚتھرِ ہندی تقریباً گوڈنکی شاعر تان۔ عبدالجمال زاو ۱۹۱۴ء یس منٛز تحصیل حویلی منٛز منڈی علاقہٕ کس ڈٚونی گامس منٛز۔ دیہان سۭد اوس اکھ عبادت گذار شخص عربی تہ فارسی ترٛ اوسُن پوٚر مت۔ ۲۸ جون ۱۹۹۴ء منٛز سپُد رحمتِ حق لہ

عبدالجمال صاحبنہِ کلامکی زٕ لوکٹی مجموعہٕ یِم کاشرِ بن غزلن پیٚٹھ مشتمل چھِ، چھ غزلیات کشیری موسوم بہ گل وحدت حصہ اول تہ گل وحدت حصہ دوم ناوی ازبروٚنہہ پیٚشراوٕ

---

لہ مراسلہ بشیر احمد بٹ۔ پروٚنٹھ

وڙي ١٣٩٥ھ ۾ سنڌ ڇاپ سيد ڇپائي شائع ڪئي هئي. هي مجموعه ڪلام پير غلام احمد مخدومي ۽ پير عبدالصمد مخدومي صاحبن جي وساطت سان ڇپيو هو. هي زيارت مخدوم صاحب جي سجاده نشين آسڻ ڪري پڻ هزارهين مريدن لاءِ روزان آسي. ڪُل وحدت حصه اول ۾ ٽيهن صفحن ۽ حصه دوم ڏهن صفحن تي مشتمل. عبدالجمال ۾ هڪ روايتي شاعر. عشق و محبت ۽ روحاني عقيدت ۾ هنجن غزليات هنن خاص موضوع. هنن ڪلام ۾ ساده ۽ عام فهم ۽ پنهنجي علائقي جي انهار هيٺ. هن ٻه شوڻ مجموعه ڪلام ۾ ڪيئي غزل. نعت شريف ۽ منقبت هن ۾ هڪ عبارت پورت لهجه ۾. ڪيئن نمونه ٿو ــ

| | |
|---|---|
| لاالاالله آو فرمائي | اسم رحماني الله هو |
| بسم الله الحمد اسمڪ ثنائي | اسم رحماني الله هو |
| هڪ لچھ ترو وڄ ساس آئي پيغامي | ترورن ڪتابن معنى آو |
| ڪيئن گئي غافل اڇه مورائي | اسم رحماني الله هو |
| ڪل من عليها ٿئي گرڻ فاني | نه روزن زمين تي ئي آسمان |
| لرزه گرته زمينس ڦٽه آسماني | اسم رحماني الله هو |
| نه ڏن ڪُهرڻ بالن بنيه بيابائي | عبدالجمالو بروٿه ڪن نير |
| خالي ڪڏڻي هنڌ تنڙ پائي | اسم رحماني الله هو |

❊

| | |
|---|---|
| رسول عربي ۾ رڻهو داماني | ناسن پاني گرتهو هشيار |
| نڌه نهارو زکھ هيته غارزائي | ناسن پاني گرتهو هشيار |

ییٚتہٕ مولاگ وُنہٕ یوت دیوانے — کُفر ترٲوِتھ گژھ مسلمان
پر حدیث شریف تہٕ ییٚیہ قرآنے — ہا سن پانے گژھ ہوشیار
عبدالمجالو میٚترِ مکانے — یِی یارانے گژھکھ وآران
یوتہٕ بناوتھ روزِ ارمانے — ہا سن پانے گژھ ہُشیار

اَزٕ ییم محمدؐ سالہٕ لو لو — ہٹہٕ لوگنڈس مختہٕ مالہٕ لو لو
وندٕ سو بہٕ جگر پارٕ لو لو — ہٹہٕ لوگنڈس مختہٕ مالہٕ لو لو
بس کر عبدالمجالہٕ لو لو — ٹاوسو دلہٕ کی احوالہٕ لو لو
مدینہٕ منوّر لارٕ لو لو — ہٹہٕ لوگنڈس مختہٕ مالہٕ لو لو

چنانچہٕ یہ کلام چھُ "قربیا" پنٕتراوٕ ورٕی بروٗنہہ چھاپ سپدمُت۔ اَمِس بزرگ شاعرسندِس باقی کلامس چھیٚیہ تھارٕ دِپٕخ ضرورتھ۔ یِمہِ زَن اَمی سُند مزید قتی پہلو گاشرٕ نیٚرِ۔

## اکبر شاہ

اکبر شاہ سُند صحیح زاسنہٕ چھُنہٕ مولوم۔ سہٕ اوس کِشتوارُک روزن وول۔ دپان تسُند مول سُبحان شاہ تہٕ اوس شاعر ییس تیتھ تمۂ درُس اوس حاصِل کوٚرمُت۔ اکبر شاہ اوس پُلیسہٕ محکمس منز ملازمت کرِان تہٕ پرنٕ لیکھنُک اوس واراہ شوقین۔ ریٹائر گژھِتھ پتہٕ لوٗگ پننہِ محلہٕ کین شُرٮ۪ن عربی درس دِنہٕ۔ شاعری ہُند اوسُس گوڈٕ پیٹھے شوق۔ دپان سہٕ اوس اکھ

وضعدار، نفاست پسند تہٕ دینٛدار شخص۔ تمہِ چھہٕ وارہٕ نعتِ شریف، منقبت تہٕ غزلیات وَنی مِتۍ۔ یمٕن کلام چھُن پتھ ڈائری منٛز جایہ جایہ درج تھوومت۔ سُہ چھُ یِمہٕ اما نہٕ شعرو نان ؎

آس دوران چانہٕ دربارے　　کرم تَھٲوراہ پیرٕ غمخوارے
چھُس خاکسار فقیر اکیر　　سر ترآوتھ چانِہ پیرٕ در
چُھکھ تہٕ نامی ہا نامدارے　　کرم تَھٲوراہ پیرٕ غمخوارے

٭

# فتح کشتواڑی

فتح کشتواڑی سُند زاسنہٕ چُھنہٕ معلوم۔ پورٕ ناو اوس فتح جو بازدار۔ سُہ اوس اکھ ناخواندٕ شخص۔ گیوٚنٛ اوس سخ شوق۔ لوٚت لوٚت ہیتِن شعر ونٕنۍ۔ اکثر اوس یہو وناوِتھ لیکھناوان تہٕ پنٕن کلام اوس مختلف مجلسن منٛز لوکن بوزناوان۔ حاضر جوابی آسنہٕ کنۍ اوس وارا مشہور۔ ۱۹۸۲ء ہس منٛز کرٕن جمہٕ اکس صوبٲیی کٲشرِ کانفرنسہٕ منٛز شرکت۔ امہِ وزِ اوس سُہ وارا بزرگ۔ اسپر کشتواڑی سندِ ونٕن چھُ زِ تمو چھہ تسند اکھ اکھُوو ہن تخلیقن ہند نوسخہٕ حاصل کوٚرمُت۔ فتح جو اوس سیود ساد تہٕ روایتی طرزٕکۍ شعرو نن وول گومانھ۔ تسندٕن شعرن منٛز چھہ تسنزِ زندگی ہندی ذٲتی حادثاتھ تجربہ شٲمِل۔

میوٚل ہیوٚ کوٚر تمۍ شورس تہٕ نارس کوٚزانہٕ کیا سناگوم
نتہٕ واتہٕ منصور کھولسن دارس، کوٚزانہٕ کیا سناگوم

قافلہٕ ڈوٗریوم پیادٕ نوٚت لارس، منٛز وتہٕ لوٗسُم دوٚہ
فتح اوس پراران ستہٕ سُلہٕ یارس، کوٗ زانہٕ کیا ستا گوم
فتح جوٗ سُید کیتھہٕ وٗزی بروٗنٹہہ تقریباً ہمتھ وٗہری
یتمیہٕ دُتی یارو چھٹہ۔

# سلطان بانڈے

سلطان بانڈے (۱۹۱۵-۱۹۷۹ء) اوس بجدرِ واہس منٛز روزن وول اکھ ناخواندٕ شاعر۔ جنگلات محکمس منٛز اوس چھوکدر۔ کاشرِ پاٹھی اوس فی البدیہ شعر ونان۔ وارا کلام چھُن دوٚہمتُ مگر زرتہٕ شہرت چھُس۔ تسندِ اکہٕ غزلُک مقطع چھُ حسبِ ذیل

سلطان بانڈے چھُ ونان تُسار یارسول اللہ ہاو دیدار
دیو بچہٕ دوزخہٕ نارٕ لولو غافلو گژھ ہوشیار لولو

# عمہ لالہٕ فرید آبادی

مولوی غلام احمد اندرابی یم ڈوڈہس منٛز عمہٕ لالہٕ ناوٕ زانہٕ چھِ یوان چھِ اکھ بزرگ شاعر تہٕ صاحبِ سیرت شخص یہندی بزرگ آسی سری نگرکہٕ روزن وٲلی۔ یم دیتہٕ کسِ سلسلس منٛز ڈوڈِ یتھ بیتہٕ آباد سپدی۔ احمد صاب زایہ ۲۴ر اکتوبر ۱۹۱۲ء یس منٛز ڈوڈہ ہس منٛز اکس نیک سیرت شخص مولوی عبدالخالق صابہٕ گرٕ۔ مڈل پاس کرتھ پتہٕ سپد منصفی منٛز ملازم بھرتی پتہٕ روٗدی محکمہ مالس منٛز تہٕ ۱۹۷۲ء یس منٛز سپد ریٹائر۔ احمد صاب چھُ دینی موضوعاتن پیٹھ کیتھہٕ پابند نظمہٕ

لیچھِر ۔ یمَن منز حضرت شیخ العالم تہ بیٚیہ کینژن اولیائے کرامن ہندس عقیدتس منز وننہ آمتی منقبت تہ چھِہ ۔

شیخ العالم نورالدین مشہور عالم علمدار    احمد عاصی چھُ تمُندٕ اکھ غلام داغدار

٥

شاہ فریدالدین تاج العارفین    رہبر کامل سراج السالکین

اے ارادت مند شاہِ ایں دیار    کر نظر بغدادِ پیٹھ تاکتوار

ظلمت و کفر و جہالت کور کھُ دور    واتنو کھُ دینِ حق پھہلیو نور

٥

یہ طوفان، باد و باراں شیتہ گٹہ کار

چھُ بر دوشِ ہوا چھوں برق رفتار

وندُک کر یچھر وُچھتھ کھوران چھُ انسان

اوے احمد وَنان ریتہ کول چھُ جان

مولوی احمد اندرابی المعروف عمہ لالہ سُپد کینژہ کال برونہہ رحمتِ حق ۔ تمِ اُسی جامع مسجد شریفکی امام تہ ۔

## مضراب ثناء اللہ

مضراب صاب یہند پورہ ناو خواجہ ثناء اللہ بٹ چھُ ۔ زایے ١٢، ماگھ ١٩٩٧ء بکرمی منز پروٚنزٕہ علاقس منز خواجہ سیر ڈھی (مٹڈی) گامس منز ۔ وہمہ ہمیا تام چھکھ پورمت ۔ یہاڑی تہ گاٹٕر پاٹھی چھِہ شاعری کران ۔ یہند اکھ نعتیہ بند ـــ

زندگی ہند پر یتھ عمل تہندے چھ قورانچ تطہیر!

دوست دشمن، ہیتھ پردی تہند اخلاقکی رہین

پرٕنچھ اَکِس پیٹھ مہربٲنی پرٕنچھ اَکِس ستین حلیم
وما ارسلناک الا رحمۃً للعالمین

# اُلفت کشتواڑی

اُلفت کشتواڑی (۱۷ جنوری ۱۹۱۷ء) چھِ سانِین بزرگ شاعرن منز شٲمِل۔ یِم چھِ کشتوارس سیتۍ تعلُق تھوَن وٲلۍ اکھ بزرگ تہٕ کہنہٕ مشق شاعر۔ یِم قریباً پتہٕ ہوتیٚشٹھ ؤری یوٗ پیٹھٕ اَکِس پیٹھ کھورِ علاقس منز کاشرِ زبٲنی منٛدس شعر گلستانس پیٹھ مقدورٕ مسلسل سگوان چھُ۔ کلس پیٹھ کشتواری طرزُک اکھ صاف وشفاف صافہٕ ہن تھوٗتھ الفت کشتواڑی صٲب چھُ ازتہٕ تقریباً ستیتھ ؤری ین ہنزِ وٲنسہِ منز پرٕکشتش تہٕ چیٛت وچوٗبند باسان۔ اکھ سیٹھاہ محنتی، سادٕ تہٕ خوش خلق شخصیت الفت کشتواڑی صٲبُن ہیوٗرٕ ناو چھُ خواجہ غلام محمد بٹ۔ مٲلِس اوسُکھ توجہٕ متوٗر جوٗ بیٹ ناو، یُس سترِ کٲم تہٕ قلاییگری کران اوس۔ مٲلی وترٕ ہے کِتھ، یوٗک الفت صٲب مسٲ آیاتر مہٕ جمٲتہٕ تام پٔرتھ اماہ پتہٕ، ہیٚچھنۍ پتہٕ لس مٲلِس لیتِس سترِ کٲم۔ وُنہٕ آسی لوکٕٹۍ تہٕ مٲلِس سید کھُ انتقال تہٕ گرُک سورُے بار پیوٚ تِمکھ وسِتراوُن۔ دپان تہندس گرس منز سپدۍ سَتھ آٹھ نفر یوٚتُس پتھ بیمار، گرٕ ہتھ قوت یِمہٕ کِتھ یِمن ستح ذہنی دباو پیوٚ، بلکہٕ سپُز کھ اکھ ذہنی جنوٗنی کیفیت ہِشٕ تہٕ آیِہ۔ ذہنی حالتھ سدارٕنہٕ پتہٕ رُودی مسلسل سترِ کٲم کران۔ الفت صاب چھُ اکھ حساس تہٕ زوٗد حِس شخص۔ غم دوراہ یِہ کیفیت لیچ لس شعر وَرِنی

دِتہٕ ۔ اَتھی دوران اَمہِ مرحوم عشرت کشتواڑین اکھ ادبی تنظیم بارس تہٕ یِم تہٕ سپدے یہٕ اکی رَتھ ۔ تیتھیا کھٹی لوٗگ تسند شوق ہُرہ ہُراونہٕ اُلفت کشتواڑی چھُ امہِ علاقکی اکھ نامور شاعر ۔ یہندس کلامس منز چھُ جادٕ بیہن وژن تہٕ غزلہٕ امہِ علاوٕ چھکھ نعت و منقبت تہٕ کیتھہ ٹکھ نہٕ نظمہٕ تہٕ وَنی منز ۔ اُلفت صابنس کلامس منز چھُ روانی ، سلاست تہٕ طرحداری ۔ ترقی پسند تہٕ زچھین بحرن منز چھِ شعر لیکھان ۔ یمن منز لولہٕ باوتھ کاری تہٕ زندگی ہند داخلی کرب واحوالکی ہوی موضوع دٲیرٲدٕ منز چھکھ ۔ یمن پَنُن اکھ لب و لہجہ ، تل تراو تہٕ مقامی رنگ چھُ ۔ مثالہٕ پٲٹھی یِم شعر ـــ

دوٗلو گوکھ پھولنے بہٕ میانہٕ لالو ۔۔ ہیٚے سیلتس گیٚم پنجرے میانہٕ لالو
سنگ راوُن چھُ اکتر زنگ راوُن ۔۔ رنگ تہٕ بگہٕ مادل گوم چور مدٕ لو
وائے افسوس فانی چھُ یہ دُنیا ۔۔ گل بنہٕ نے بہٕ گودٕ لوٗر مدٕ لو

اُلفت صابَن چھُ بیشتر جاین پننین شعرن منز اردو لفظ پیوست کرٕمتی ۔ تمن کاشراونچ کوشش کران ـــ

وچھم ہر سومیٚہ بہار آمُت یہ غنچہٕ دل ما پھولن لتعجب
نہ خندٕگی چھُس وچھان پوشس فسردہ دل بلبلن لتعجب
بلن بیمار دل تیتھہ جام اکھ دم پُراثر ساقی
ریلاوتھ لول اَتھ وت اُلفتک اتھ منز تسکر ساقی

اُلفت کشتواڑی صابن چھُ وارِیاہ کلامہٕ وٚڈنمُت یُس تمن لِتس موجود چھُ ۔ یہ کلامہٕ چھاپ سپدتھ ینہٕ تہندِ کلامکی ساری اظہار بروٗنہہ کنہ ۔ یِم چھِ اکھ بزرگ تہٕ معتبر شخصیت یہندس کلامس منز چھِ تمہٕ فکری وَل تہٕ ابہام یُس ژن عام پرن والس نمکرٕ ترٕ تہٕ ۔

# ولی کشتواڑی

ولی سُند زانہ چھُنہ معلوم ۔ سہ اوس اکھ کِس شیخ خاندانس ستی تولق تھوان وول اکھ نیک دل تہ خوش خولق شخص ۔ پیشہ کیٚنہِ اوس زمیداری تہ کفش سازی کران ۔ سہ اوس ناخواند مگر اکھ فطری شعر وُزنی آسس ۔ پنُن کلام اوس زبانی یاد تھوان تہ لوکن بوزِ ناوان ۔ متاعرن منز تہ اوس حصہ نوان تس اوس ریاستی کلچرل اکاڈمی ہند طرفہِ وظیفہ تہ تران ۔ کیٚنہہ کال برونٹھ سپُد رحمتِ حق ۔ ولی مرحومن اوس دوہ یہِ پھیر زیارت بیت اللہ شریف کورمُت ۔ تمی چھ کیٚنہہ جان کلام وَونمُت یُس چھاپ چھُنہ سپدمُت ۔ تسُند کلام چھ سیود ساد ، یتھ منز سمساریچ ناپائیداری تہ مائے محبتیچ وترھے ہوہن موضوعن ہنز یادو نف کرنیچ کوشش چھیٚہ آمژ کرنہ ۔

ژھلہِ بازہ یاولس گندہ دوہ تارے — ونتہ سمسارے روٗدی کس
ولیٚ یِتھ کرِتھ تے کم کم کارے — زآلی ہارِ کوٗرن پٔنُن لو کچارے
اکہ دوہ کڈِ ہس کھوشہ بازارے — ونتہ سمسار روٗدی کس

# وزیر کشتواڑی

وزیر کشتواڑی (۱۹۱۵ء) زاد کشتوارس منز ۔ پورہ ناو اوسس ہنس راج وزیر ۔ تمہِ چھا ترتام پرِتھ پتہ سپُد محکمہ مالس منز ملازم ییٚنہِ تہ سہ ۱۹۷۰ءس منز آفس قولوٗن گوسندِ حتّی یتہ ریٹائر سپُد ۔ وزیرس اوس شعر وننک شوق ۔ گوڈ اوس اردو

یأڈھٕ شعر لیکھان، کاشرس منز تہٕ چھن شعروٕ ہنٛد حیان کوشِش کرٕمتٕ۔ مگر یہ کلامہٕ چھُنہٕ زٕتھر رِتھ۔ تسندی شعر چھہٕ روایتی تہٕ لولہٕ جذباتن ہنز ترجمأنی کران۔ حال حالے سُپد سُہ گوار۔ وزیر چھِ ییمہٕ آیہٕ پننین جذباتن زیوٚ دِوان ؎

یارِ پیہِ ازٕ، یارٕ سُند یاروٕ مےٚ ازٕ پأغام چھُم
شاد چھُس، تسکین چھم مےٚ ازٕ دِلس آرام چھُم

تنگ نظروٕ کوٚر وزیرس صاف دل آلوٗدٕ کوٚت
اتھ گواہ بھگوان چھُم پوز بوزِ توجے رام چھُم

## نگہت بھدرواہی

نِگہت بھدرواہی (۱۹۱۸ء۔ ۱۹۹۲ء) زاو بھدرٕ واہکس قلعہ محلس منز۔ پورٕ ناو اوسُس کنول نیٚن۔ تسندی اجداد آسی کشیٖرِ پیٹھ ییتھ یتر ییسے متی۔ مول اوسُس سنسکرت تہٕ ہندی جانن وألیٚن زانان۔ بھدرواہ ہائی سکول منز کوٚرُن میٹرک پاس۔ پیٚتہٕ تس مرحوم رساجاوِدأنی لیس ہوٚیِن نامور شاعرس سُند شرفِ تلمذ حاصِل سپُد تہٕ تہندِس صحبتس منز سپدُس شعروٕ نٕک شوق پأدٕ۔ دہمہِ جمأژ تام پرنہٕ پتہٕ لوٚگ کوآپریٹو محکمس منز ملأزم پیٚتہٕ سُہ ۱۹۷۳ ءس منز ریٹائر سُپد۔ نگہتس اوس لوکچارس منز موسیقی ہنٛد چسکہٕ۔ ہرٹس منز اوسُس موٚدُر سوتر۔ سیٹھاہ کم وأنسہِ منز ہیوٚتُن شعروٕنُن۔ شأعری ہُند دٕسی لابہٕ کوٚرُن اردوٗ کلامہٕ سیتی تہٕ پیتہٕ لوٚگ پننِ ماجہِ زیوِ بھدرواہی تہٕ کاشرِس منز تہٕ شعروٕنہٕ۔ بھدرواہی زبأنی منز چھیہٕ تس اکھ خاص پرزٕنتھ حاصِل

تہٕ نٕسندی اردو شعر تہٕ چھہِ معتہِ ساوِ ۔ سہٕ رۆد تقریباً ستھن وٕری ینٛ تام شعر وادیس سگوان تہٕ اتھ دوران وٕونٛ ترٛیشتھوہٕ زٕبانٛ ہٕنٛ منٛز وارا کلامہٕ یِمو ونہِ شیٖرٕ پارٕ ہٕندٕ محتاج چھُ ۔ تٔمۍ سٕنٛدِس کأشرِس کلامس منٛز چھُ لول، محبت، باہمی رواداری تہٕ وطن دوستی ہٕندین جذباتن ہُندٕ اظہار ۔

وطن چھُم یٔمنٕ پوشہٕ مالو سجاوِمُت ۔ مۆنے کیا چھُم گژھُن دِلی، لکھنو، بنارس
وُچھتھ مندرن منٛز تہٕ کنہٕ مسجدن منٛز ۔ بہٕ کتھ جایہِ تٕہ هارن بہٕ کتھ جایہِ پرارس
بدل پان نگہت قدم ترا وچل چل ۔ زمانکۍ ہوا چھے ونان کیاز پرارس

## طالب بھلیسوی

طالب بھلیسوی (۴ ساون ۱۹۷۴ بکرمی) زایہِ تحصیل بھدرواہکس اکِس پیٹھ کھورِ علاقہ کلہوترانس منٛز ۔ پوٗرٕ ناو اوسُکھ محمد عبداللہ خان ۔ کلہوتران علاقہ یودوے معاشی تہٕ اقتصادی لحاظٕ سیٹھا پسماندٕ علاقہ چھُ تاہم چھُ یہ مردم خیز تہٕ امی علاقن کرِ مرحوم غولام رسول آزاد (سابقہ ناظم تعلیمات) تہٕ خواجہ عبدالعزیز بٹ (سابقہ رجسٹرار کشمیر یونیورسٹی) ہِشہٕ علمی شخصیژ پأدٕ ۔ اتھ علاقس منٛز چھ کأشرِ زبأنی پیٹھ دوٚیمِس پہاڑی بولین ہُندٕ تہٕ دباو تہٕ اتھ پیش نظر چھُ طالب صأبن پیتنہٕ ماجرِ زیوِ رأچھی کرُنی تہٕ امچ پرٛتھ رٕچھنی واراہ غنیمت ۔ طالب بھلیسوی اوس امہِ علاقُک خوش خلق، ظریف تہٕ بزرگ شاعر یس اتہِ کین لوکن ہندین دِلن منٛز جاے کٔرتھ اوس ۔ طالب صأب زاو اکِس زمیدار گرس منٛز ۔ پننہِ مأجہِ زٕ تام پرٛنہٕ پتہٕ ہیٚچن

مۆژۆری کرٕنۍ۔ تقریباً رٕژ دٔہن ؤری ین تام آتہٕ کین خٕبگلن منٛز آٔری کشتی کران۔ امہِ پتہٕ رٕژ اُکس ٹھیکہٕ درس ستۍ مُنشی۔ خۆشی خط اوسُس۔ تس اوس اکھ قطری شعرٕ ؤزنۍ۔ سہٕ اوس پننہٕ نین علاقہٕ کین لوکٹین ہوکٹین سماجی مسلن تہٕ پدٕشتن پیٹھ شعر لیکھان۔ طالبس آے تہٕ کٕڈری واقعہ پیش۔ اکھ جوانی دوران پتہٕ آشنہِ ہنز بے وقت جدائی تہٕ بیٚیہ پتہٕ تس جوان سال فرزندسند حادثاتی موت۔ یُس اکھ خوشنویس پیشہٕ افسر اوس طالب صٲبنس بیشتر کلامس منٛز چھِ اُمے فراق مہجوری ہندی وہراکھ موجود۔ طالب سندس کلامس چھُ اکھ پنٕن علاقٕچ مزاز تمہٕ چھیہ زندگی ہندین ذاتی تجربن تہٕ واقعاتن اظہار پچ زلو دِژہ ہنز تہٕ پتہٕ پتنس اندازس منٛز چھِ کینہہ معنہ ساو شعرٕ تمہ — تسندین شعرن منٛز چھِ ہنزی اردو لفظن ہنز ملون تہٕ۔

بیٚیتہٕ ہیے زٲجتھ ہت تے ہن تتہٕ ہیے پالن چھٕن کیاہ؟
مجبور متو کرتم او دٕور گژھن والے دِل تہٕ دٕرِ لوان والے دوٗر دٕور تُرلن والے
فرٕ یاد کران طالب چھُس لول دِس غالب
دیوانہ گومت تُہٕیے پتھاوِل میں بسن والے

شہ کُس دوہ آسم سو کوٚس راتھ آسم
مقدر میٚہ چونوی ملاقاتھ آسم
یہٕ زاٚ تَزن تہٕ بازن ہندی چرچیہِ دُتی یاہ
سکتے پان تراہم کُنی ذاتھ آسم
طالب بجلیسوی ین چھُ بیتہ کلام "فغانِ طالب" تہٕ

"شامِ غم" عنوان ترتیب دِتھمت یُس تسند رحلت پتہٕ کتھ چھاپس
کھسنے روٗد۔ یوٚدوے تسندِس کلامس منز فنی توٗرٕ چھنہٕ
تاہم چھُ یہ کلام اسہٕ علاقچ کاشرِ زبانۍ ہُند اکھ خاص اظہار
تہٕ تتھ تہِ لیُس غنیمت چھُ۔ طالب صاب سپُد ۶ فروری ۱۹۹۹ء
ڈوڈہس منز اسپر کشتواڑی تسندِس رہایشی کوارٹرس منز
اچانک دِلُک دورہٕ پیتھ کنہ رحمتِ حق۔ تسند لوکٹ فرزند محمد
اسلم چھُ اکھ بہترین کاشُر گلوکار۔

# جانباز کشتواڑی

جانباز کشتواڑی سند پوٗرنا و چھُ خواجہ غلام نبی۔ سُہ چھُ جاد
پیٹھ غلام نبی ڈوڈوال ناوٕ تہٕ زانہٕ یوان۔ غلام نبی ڈوڈوال،
(جانباز کشتواڑی) چھُ کاشرِ شعرٕ موسیقی ہنز اکھ سۆ مجسم آواز
یوٚس یہیک وقتہٕ گلوکاری، موسیقاری تہٕ قلم کاری ہنز ترجمانی
چھِ کران۔ غلام نبی ڈوڈوال یُس تحتی پیتہٕ اکھ گلوکار گوڈ ریڈیو
وٕ ٹیلیوٕ جانباز کشتواڑی ناوٕ اکس مقبول عوامی شاعر سُند تحتی پیٹھ
موسیقی تہٕ شاعری چھ تسندی شخصیتکی زٕ روح ریم
اکھ اکس سیتی جوڑتھ چھِ۔ موسیقی ہنے یہ تشریٔ عری ہنز
اکھ ہیر یمی سٕہ تھزرس واتنوٕ۔ وارہ لکھ چھِ وُنہ تہٕ غلام
نبی ڈوڈوالس تہٕ جانباز کشتواڑی یس زٕ بیون بیون شخص
زانان۔ سہٕ چھُ یمی موسیس سیتی توٗلتھ تھوٚو ن دوٗل کاشرِ زبان تہٕ
کلچرک اہم نمائندٕ یمی بیتیک لہجہ سارے کشیر منز متعارف
کرنوٚو۔ کاشرِ موسیقی منز اوٚن تمی "چلتت" ناوُک اکھ وُیہ وُن

لہجہ بارسس یتھ واراہ پذیرائی حاصل سپز۔ یتس اوس ہٹس منز اکھ ڈٕ ہتھ تہ وول سوز یس دِلن برہم چھُ دوان۔ "چلنت" موسیقی چھیہ دراصل صوٗفیانہ موسیقی ہنز سُست رفتاری تہ کاشر چھکرِ ہنز تیز رفتاری درمیان اکھ خوش خراماں وتھ۔ یتھ منز گیون والی ستر آوازِ ہیٚتھ سازک گرہ بز جاوی چھیہٕ گرتھان تہ بوزن وول چھُ کلامُک پور حِص ہیکان تُلتھ۔ اتھ موسیقی منز چھ پہاڑی موسیقی ہند رومانی لہجک تہ اثر۔ یہ لہجہ پتھ ڈولوالہ صابن پرتھ بنیومُت یُس ووتی ہر پراوتہ لوکمت چھُ

غلام نبی ڈولوال (جانباز کشتواڑی) زاو ۱۲ مارچ ۱۹۸۰ بکرمی منز کشتواڑکس ڈول گامس منز خوجہ ولی محمد منیگنہ ستہِ گرِ۔ یمن ہیوڈ ڈولوال یعنے ڈولکہ روزن والی ناو۔ غلام نبی ڈول وال اوس شُری پانہ ہیٚتھے خوش آواز۔ سہ اوس میٚچھے سکولس منز پرایر پرناونہ باپتھ تُلنہ یوان۔ اتھمِ حمازتہ تام پرنہ پتہ لوگ ۱۹۴۲ء یس منز جنگلات محکمس منز فارسٹ گارڈ۔ اُتھ دوران ہیوتن تمنز گلوکاری ہُند شوق ہُر سپدُن۔ ییلہ سہ جنگل اوس کھسان۔ تکھ آسی تس اندی ٹِکھی جمع سپدان تہ گیونچ فرمائش کران۔ ۱۹۵۳ء یس منز آو ریڈیو کشمیر سرینگرٕ تمہ وقتُک سٹیشن ڈائریکٹر پی سی چٹرجی کشتواڑکس سرسری کلچر دورس ہیٚتھ تہ ٹھہریوو اتہ کس ڈاک بنگلس منز۔ ڈولوال صاب تہ آو اتھ بُلاونہ۔ تمی بوزنوو سہ رسا جاوِ دانی سنز اکھ غزل "چلنت" موسیقی منز۔ یمی سہ سیٹھاہ متاثر تہ محظوظ کوٚر۔ چٹرجی ین تلُ ڈولوال صاب پانس ستی تہ واتنوون سرینگر تہ کوٚرُن ریڈیوہس گیونہ خاطر بُک ییٚتہ تمی

رساجاوِدانی سِنٛز یہ غزل گیوٚو

شبنمن کرٕ اشکباری تو بہارس چھا خبر
بلبلو کرٕ نالہ زاری لالہ زارس چھا خبر

یُتھے یہ پروگرام نشر سپد اُمچہِ فرمائش لچھہٕ دوہ کھوتہٕ دوہ ہُرتہٕ تہٕ ڈولوال صابنس گیونس لۆج شہرت۔ پنزر چھہ یہِ تہٕ رسا جاوِدانی سندس کلامس کشیرِ منٛز متعارف کرناونس منٛز چھُ غلام نبی ڈولوالن خاص حصہٕ۔

غلام نبی ڈولوال سُندِس شوقس رٹھ کھالنس منٛز چھُ غلام احمد ملک خاکی سُند تہِ اکھ خاص حصہٕ یُس قاضی گُنڈٕ کِس روزن وول اوس تہٕ کشتوارس منٛز اوس محکمہ ابریشمس منٛز سب انسپکٹر تعینات۔ سُہ اوس ڈولوال صابس پنٕنس ڈیرس رٹوان بیتہٕ تہٕ یکوٹہ گیوان شوق اسی پورٕ کران۔ جانتاپن چھُ یمیہ آیہ امیک اعتراف کوٚرمُت۔

اکھ غلام احمدٕ یُس اوس شاہ آبادس اندر
بیٚول ادبُک وٚو تمیٚ یتھ غارِ آبادس اندر

خوش لحن، خوش خو یہ خوش الحانہٕ چون شکریہ
وادیٔ کشمیرِ کے جانانہٕ چونے شکریہ

ڈولوالہ سنٛز گلوکاری ہنٛد رشوہرِ لوٚگ ہُرتہٕ۔ ریاستی سرکارن یوٚزتھ تسُند فایدٕ تُلُن۔ ۱۹۶۲ء منٛز آو سُہ دیہات سدھار محکمس منٛز پنچایت پرچارک بناونہٕ۔ اتھ دوران رٹُد سُہ کشیرِ تراَن تہٕ جشنِ کشیرٕکین پروگرامن منٛز نغمہ بازی ہنٛد جود وُزناوان۔ ۱۹۶۷ء یس منٛز آو سُہ صوبائی سطحس پیٹھ

سوشل ایجوکیشن محکمس منز کلچرل افسر تعینات کرنہٕ ۔ دینانا تھ
نادم اوس امہِ وقتہٕ امہِ محکمُک ڈائریکٹر۔ کینہہ کال پتہٕ سپُد
یہ محکمہٕ برخواست تہٕ ڈولوال آو پننہٕ لسنی جنگلات محکمس منز والیس
سوزنہٕ ۔ ۱۹۷۵ ہس منز آوس خلاف جنگلکہ نو قصانک اکھ
بے بنیاد الزام منڈٕ کھالنہٕ تہٕ سہ آو معطل کرنہٕ ۔ اکھ الزامس خلاف
کوٚر تمیٚ احتجاج تہٕ کرٚن خودسوزی ہُند اعلان ۔ اَتھ دوران ترٚو
تمیٚ کشتوارٕس منز اکھ ہوٹل ۔ یتھ ناو تھوٚوُن " جانباز عالمگیر
ہوٹل " یا یبتہٕ مانٚز باتہٕ مانُن " لسن پییہ منزی مالی مشکلات
تلنہٕ مگر ہمتھ تارِن نہٕ ۔ سہ اوس وارا عود واریہ میک تمِس
وارا پھری قیمت تہٕ پیوٚو چکاوُن ۔ ییلہِ ڈولوال صابن خودسوزی
ہُند اعلان کوٚر ۔ ادبی حلقو تہٕ کشتوارکی عوامن کوٚر سخ احتجاج
سرکارن کوٚر سہ باعزت پاٚکٹھی ۔ بحال تہٕ لسن خلاف سپُد مقدمہٕ
بے بنیاد ثابت ۔ ۱۹۸۰ ہس منز سپُد سہ امہِ محکمہٕ منز
بحیثیت فارسٹر ریٹائر ۔ ڈولوال صابس آس زبردست عوامی
مقبولیت حاصل تہٕ تمیٚ کوٚر ریاستس نیبر تھدین ایوانن منز فنک
مظاہر کرِتھ داد و تحسین حاصل ۔ تمیٚ ہیوٚت وارا ہن اہم میوزک
کنسرٹن منز حصہٕ تہٕ آخری زندگس تام رُود ریاستی کلچرل اکادمی
منز فوک میوزک سب کمیٹی ہُند ممبر ۔ وارہو ناموریشن عروضیمن
منز رسا جاودانی ، رحمان راہی ، مرغوب بانہالی ، بشیر بھدرواہی
تہٕ منشور بانہالی چھہ ، دِیت تسندس فنس پننہٕ نہن شعرن
منز داد ۔ رحمان راہی ین لیچھ " پوشہ گوند " عنوانہٕ تسندس
فنس نسبتھ اکھ زبیٹھ تہٕ معنہٕ سآو نظم ۔

نظم چھپیہٕ تیتھپاٹھی :

## غوٗلام نبی ڈولوال جانبازنہٕ ناوٕ

اکھ پیچھ وَن تُتھ آس ژھوٚ پہٕ تسوٚ چمنٛر
وٲسن وٲسن ہُند ہوٗ ندر شہُل
تیلین جامن لبدر یار پھران
لبدرن وُسی پیتھ لبی بنہٕ ترٲن
تتھہ تتھہ لر ترٲوتھی ہتہٕ بُدی وق
نہ وتھ تہٕ نہ وتہٕ پیٹھ زاگے کاہٕنہ
نہ برٚمے نہ پھُر کھے نہ جُرم نہ گماں
نہ ادا ، نہ زبان ، نہ سزا ، نہ گھمنڈ
ژھوٚ پہٕ مُنزی ژھوٚ پہٕ ژھایتہٕ مُنزی ژھایُت
گانگلہٕ کھیمتی سرساٗوی طرح
لیُس راتھ ژھر رٕسے کوتہ گوب وَٹھ
زاچھن منٛز شانت سودرٕ جیلان
نہ وُٹھن پیٹھ سونتک گمہٕ مُدران
گوتم بُدھ مرتی منٛز موٗمت

○

دِپھ کراپھ کرتھی پیوو دیو دار
انگہٕ انگہٕ زیمن ہنٛز ہوکھیہٕ ژھتی
گہلیو گہلیو منٛزی سرنگہ کوٗرتھی

ژھاین ژھاین اُچھ گاش یُنتھ
پیٹھ وَن وأتھ میہ تاپھ زٔژا
تن تا یاہو تن نادِ رتن
لوِ تمبہ لیو دل پھٹ تھرِ بامن
کُکلیو ژھوٹ کو لنجہ دِیت یَل
بُتھرأژی ہیوت پھُری دُیہ دُیہ بولن
ہو ہس دوشتہ اتھ قفہس تن
طرفات سیمیے وژھ مشکہ لُہر
تمہ ناو کوٚرکھ جانبازی لے [1]

O

یتھے پأٹھی کینژو دوٚیمیو شاعرو لتس ییمہ آیہِ داد وُوٚنمُت :-

---

[1] رحمان راہی - ۱۳۔اپریل ۱۹۷۲ء

کوٚر اشارہ ڈوٗلوالن تاہ لیچھہِ رُسہن غزل
ماتیتےٚ پیوٚ یاہ سند فرمان یارس چاہ کیا
(رسا)

جانبازس نذر کر بشیرو غزل
یِچونہ ما جرِ سُہ چانین خیالن یتھے
(بشیر بھدرواہی)

کأشرِ زبٲنۍ نو شارت بخشان پتھ وَن رُسہس پتہٕ مرغوب
اَتھ لوٗ موسیقی رِتھ کھالان و فنک صاحب فن جانباز
(مرغوب بانہالی)

فطرتچ رنگہٕ وارِ منز کھولتھ تریہ زن سازک سکول
چون آرتھ ناگہٕ رادو روٗٹ کوٚہستانس اندر
(منشور بانہالی)

ڈوٗلوال صاب روٗد تقریباً ۳۶ شیٹھ ترٛہن وری ین تام ریڈیو
تہٕ دوٗر درشن ادارن ستی بحثیتہٕ کیجول آرٹسٹ وابستہ تہٕ پننہِ
فنک جود شولناوان۔ کینہہ کالہٕ پتہٕ ہیٚتی تمۍ شعر موزوٗن کرنۍ تہٕ
تیتھیاہ ٹھوٗ بنیو وعولام نیٚ ڈوٗلوال جانباز کشتواڑی۔ پننۍ سورۍ
کلامہٕ گیو تمۍ ریڈیو تہٕ ٹی وی پیٚٹھہ پاتے۔ موسیقی اُس تمس رمسں رمس
منز بسِتھ تہٕ گیوہ وزاوس سُہ سراپا "تصویرِ وجد" بنان ـــ
جانباز کشتواڑی سند کأشرِ کلامیک سوٚمبرن ستمبر ۱۹۸۲ ییس منز
"پھولونی سنگر" ناوہ شایع۔ اَتھ کتابہ تور صادق میموریل کمیٹی
ہندِ طرفہٕ ینامہ تہٕ توصیفی سند۔ جانباز کشتواڑی یود وے درسی

لحاظہٕ جاذِ پوٚرمٕت یوٚ کھمٕت اوس نہٕ مگر تس آس اکھ فطری شعرٕ وُزٕنٕ تہٕ موزوٗنیت ۔ مثنوی مُتزی چھہِ تسند قلمہ پیٹہٕ مشر موٚختہٕ اچھر ہیوٚ شعر مصرعہ نیران ۔ تسندس کلامس منٛز چھہ بتیتر حصہ غزلن تہٕ وَتژن ہُند ۔ امہِ علاوٕ چھہ رٕتھو کینٛہہ پابند نظمہ تہٕ ونہٕ مَنزٕ ۔ ہیَیت تہٕ اسلوبہٕ رنٛگہٕ یوٚدوے تسندِ شاعری ہُند آہنگ رِوٲیتی چھُ مگر سُہ چھُ نویتہٕ تہٕ تازٕ خیالاتن تہٕ پٲراو کران ۔

یارٕ دٲدِس دوا تہٕ دراو نہٕ کانٛہہ
ناوسٲری بھوان تہٕ ناو نہٕ کانٛہہ

زورٕ لوٚدہس بہٕ یوسفا چاہس
میأنی محبوٗریا تہٕ چاو نہٕ کانٛہہ

سیٚہہ چھہِ ژارِن تہٕ اوٚش چھُ ٹارِن ہیٚتھ
آمہٕ تاوے چھُ یٲلی تہٕ چاونہٕ کانٛہہ

ڈولوٲلے چھُ ہیٚتہ تہٕ ہوٚتہٕ روزان
جانبازا تہٕ دوٚیم دراو نہٕ کانٛہہ

•

ژیٚرکُن وچھم تلُم قلم پیچھ میے ٹُو تخرل
نہٕ زیرنے وچھم زبر خبر چھیا خبر

•

چانہٕ باپتھ پان پننے تھہرٕ کھولم یٲلیے
روبرو روزِتھ میٚے تیرن سینہٕ دوٗرم بالیے

جانبازٕ کشتواڑی سندی کینٛہہ نعت تہٕ منقبت تہٕ سپدی وارا مشہوٗر ۔ مثالہٕ پٲٹھی

واوٕ وُلی وُلی گرٛزھتھ میانِس مہ جبینس وَن سلام
دِل پریشان چھم گومُت شاہ مدینس وَن سلام
کُلی گُنڈٕ تھ بعد از سلام وُنی زٕلِس تہٕ یِتہٕ مُشراوِ من
جانباز ن طرفہٕ دلہٕ کِس دِلنشینس وَن سلام

•

| | |
|---|---|
| دُسی لایس مے لیج دیری! | یا چستی یا اجمیری |
| یِیِتہٕ کُس چھُ وُچھان فنکارن | بے دین و نان لاچارن |
| وُنہٕ تہٕ کُس کرِ کس دستگیری | یا چستی یا اجمیری |

جانباز اوس اکھ فقیر مَنش شخص۔ سُہ اوس ماہِ رمضانس دوران کشتواڑس منز سحر خوانی تہٕ کران تہٕ دربارِ اسراریہ مس کُن گیوان گیوان نیران تہٕ شہرٕ والین ہُشیار کران اکثر اوس پنُن یہ کلام گیوان ؎

صُبحدم ہیتھ پادشاہس ڈالیے
شوز شاتے دراس از یرٛ کالیے
منقبت خانا بہ ہیچُس دربار کُے
وعدٕ چھُس پالان بہٕ استقبالہٕ کُے
جادی گار اچھُس نہ کانٛہہ بنگالیے
شوز شاتے دراس از یرٛ کالیے

جانباز کشتواڑی سنٛز شاعری چھیہ مجموعی طور انسانی مساوات عشق و محبت تہٕ شوز قدرن ہنٛز ترجمانی کران۔ تسند لہجہ چھُ واضح تہٕ ترنم دار۔ منزی چھُ سُہ دوٚیمین قلمکارن ہندین خیالن ہنٛد تہٕ استفادٕ کران۔ مگر اتھ چھُ اکھ پنُن خاص ورتاو تہٕ حسن دوان۔

اُکی رام تہٕ اُکی رحمان وونے اُکی کرشن تہٕ اُکی بھگوان وونے
اُکی شام تہٕ اُکی یزدان وونے ، ناوک چھیر فرق مطلب چھُ کتھے
یا پیٹھہٕ مانٕن یا ہوٚتہٕ مانٕن

٣ دسمبر ١٩٩٠ء سپُد جانباز کشتواڑی کینہہ کال بیمار روزتھ پتہٕ رحمتِ حق۔ تہٕ شعر و موسیقی ہنز یہ دلربا آواز سپز خاموش۔ کشتواڑس منز اوس تسندِس جنازس منز اکھ لکھ اِنسان موجود۔ امہِ ورٕزِ دراو اپاری اکھ غیر مسلم سُند خاندر۔ تہٕ جانباز مرحوم سُند یہ شعر پیوٚو سارنے یاد ؎

کالنہٕ ہتہٕ رحیا زٕ نوان کالنہٕ ہنز براتھ لوان
کاتھہٕ چھُ صدا نالہٕ دوان کالنہٕ آسان آنزٕ راتھ

جانباز صاٚبس اوس پننہٕ فنک پوٚرٕ احساس یمیک اظہار تمۍ کوٚڈمے اوس کورمت ؎

ادٕ یوزٕ پن لکھ سیٹھہٕ سُرتے تال
جانباز سیلہٕ چشمہ زٕ وتہٕ مدلو

"چلیت کلچرل فورم" کشتواڑن کوڈ تہندِس یادس منز "لیس اُفق" رسالک خصوصی جانباز نمبر تابع۔ امہِ علاوہ چھ اکاڈمی ہندس شیرازٕ رسالس منز موتی لال ساقی تہٕ منشور بانہالی سندٕ طرفہٕ تہٕ لس نسبتھ مضمون۔ شہ روزٕ پننہٕ قیتہٕ کتی ہمیشہ یاد ر

یہ ساز آواز تہٕ سوز اندرمی یہ کوٚر میے محفوظ تا قیامت
بہٕ راوہ یم رِندٕ زندہ روزن مُرکتی تہٕ لوزن کلامہ میوٚنے
(جانباز)

ﭬ

# شوکت فریدی

شوکت فریدی (۲۲ ستمبر ۱۹۱۷ء) چھُ ڈوڈِ علاقہ پیٹھ کاشُر تہٕ اردو شعر ادبچ اکھ معتبر آواز۔ شوکت فریدی چھ اکھ بزرگ فارسی تہٕ عربی شناس، دینی مبلغ، مدرّس تہٕ شاعر۔ یموٚ یوٚد وے جاے کلامہٕ چھپہِ وِژنمُت۔ مگر یہ کینژھا وٚنمُت چھکھ سُہ چھُ یمہٕ قادرالکلامی تہٕ شاعرانہ شعورچ پوختگی ہنٛد ثبوت پیش کران۔ یمو چھِ غزلہٕ کِس پابند روایتس تحفظ کرِتھ مختلف زمینن منز بیٚنتھ قتی جوڑ ہوٚنُمت۔ خاصکر چھُ یمہٕ ندن نعتِ شریفن منز جذبک شوٗزر، سپدگی تہٕ علمی فراست ٹاکارہ پانہٕ کٔھڑ درِتھ گژھان۔

شوکت فریدی زاے ڈوڈہس منز۔ یمہٕ ندی بزرگ چھ سہروردیہ خاندانس سیتی تعلق تھوان یم بقولِ تہندِ تقریباً ڈاے ہتھ وری پروٚنٛہہ اسلام آباد کشیرِ پیٹھ تبلیغ دِنہٕ کِس سِلسلس منز یوٚت ییتھ بسے یہِ۔ حاجی محمد اکرم چھُ اِمہِ خاندانک اکھ دوستِ خدا اوسمُت یمو پیدل گژھتھ زیارتِ بیت اللہ شریف چھُ کوٚرمُت۔ خوشنویسی، کتابت، خطابت تہٕ درس و تدریس چھُ امہِ خاندانک پتہٕ وتھ کار روٗدمُت۔ شوکت فریدی سُند برادرِ اصغر مولینا عطاء اللہ سہروردی اوس ڈوڈہ جامع مسجدک شعلہ بیان خطیب تہٕ ریاستک اکھ سرکردہ سیاست دان۔

شوکت فریدی صابن کوٚر آٹھمہ جماژ ہُند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ پنجاب یونیورسٹی لاہورٕ پیٹھ منشی یک اِمتحان اول درجس منز پاس

۱۹۳۳ ءَس منز لوگ سیاستس منز حصہ نِنہٕ تہٕ ہیُوٗد مقامی سطحس پیٹھ مسلم کانفرنسک اکھ رُکن ۔ ۱۹۴۴ ءَس منز سپُد وُہن رٕوپیٚن پیٹھ محکمہ تعلیمس منز وستاد تعینات ۔ امہ پتہٕ کوٚرُن کشمیر یونیورسٹی پیٹھٕ ادیب فاضلک امتحان پاس ۔ ۱۹۷۱ ءَس منز سپُد نوکری نِشہٕ خوش اسلوبی سان سبکدوش ۔ وۄنی چھُ ڈوڈہ جامع مسجدِ ہُند امام تہٕ خطیب ۔

شوکت فریدی ییٚن چھُ کأشرِس نسبتہ اردو کلام جاد ہیٚن لیوکھمُت مرزا عارفس سیتی تہٕ چھکھ شاعرانہ مراسم رُوٗدی ہتی ۔ کأشرِس منز چھکھ کینہہ نعتِ شریف ، غزل تہٕ مرثیہ وُنی ہتی ۔ یِمن منز تم پنہٕ نِن ہمکال شاعرن نِش تہٕ متاثر چھِ باسان ۔ تہندیٚن نعتِ شریفن منز چھُ زبان دبیانک شوٗترر تہٕ سنسر ، عقیدت واحترامُک پوٗرہٕ التزام ۔ مثالہٕ پأٹھی ؛

موےنس والیل روے پاک کوثر سلسبیل
روےُ انور والضحےٰ نورِ مبینس وَن سلام
روزِ محشر کر شفاعت عاصیین لاچارٕ نے
غم مہٕ بر شوکت شفیع المذنبینس وَن سلام

•

چھُوی تریہ یاسین طٰہٰ خطاب سیدِ نامدار والسلام
جاے دردل کرتھ عالمس مایہ ہتہٕ دلقرار وسلام
چشم مازاغ غمناک چھی اُمتکہ غم گار وسلام

•

عنایت تخلیق آدم سجدٕ گاہِ قدسیاں
جان پاک جانِ جانان رحمتہً للعالمین
مؤمنن کیُتِ گنج رحمت گمرہن کیُت رہنما
دشمنن ممنوٗن تھاوان رحمتہً للعالمین

•

عربس تہٕ عجمس گاہ پھیوٗر چونے
از پیتہٕ سونُے وندہٕ ہوے جان
چندٕ چھپہٕ نی شوکت گرٕ ہنہٕ منزٕ چھونے
ییلہٕ روزِ محشر گژھ میزان
روسیا رٹِ نا دامانہٕ چونے
از بیتہٕ سونُے وندہٕ ہوے جان

•

شوکت فریدی سندِن غزلن ہُند تیداد چھُ سیٹھاہ کم۔ البتہٕ
چھُنہٕ یمن کُنہِ جایہ فنی سقم ۔
رٲتی رالس مےٚ لولہٕ چین چشمن
انتظار کُس یہ بار مشکل گوم
وعدٕ دِتھَم تہٕ شاد چھُس شوکت
حرف صبرو قرار مشکل گوم

•

بار پوشن ہُند تلمتھ بردار کھسہٕ نکُ جذبہٕ وُچھ
خشک زاہد مستکہٕ رُستس عشقہٕ پیچالس اندر

•

پسنٛدِ نیک سیرت آشنہٕ ہنٛز جدٲیی پیٹھ یوسہٕ مرثیہ شوکت صابن وۄنمُت چھُ تمیُک اکھ بند:

تہٕ باغ شیر بتھ تہٕ شونٛیاوِتھ سُلیہ پھین دراکھ باغ چھاوِتھ
ہیٚیہ شوکتس گوکھ داغ تھاوِتھ میہ باوفا جانٛثار دوٚدم

شوکت صابُن کلام چھُتہٕ وُنہٕ چھاپ سپدمُت۔ تِم چھ وُنہٕ تہٕ سٹیکھنس پرنس ہیتھ نے تھوان۔

## منظوٗر بھدرواہی

منظور بھدرواہی چھُ بھدرواہکس خطیب ناوِکس اکس علم دوست خاندانس سیتی تولق تھوان۔ پوٗرٕ ناو چھُکھ منظور احمد خطیب دُہمہٕ جماژ پتہٕ سپدی جنگلات محکمس منٛز ملازم تعیناتہ تہٕ کینٛہہ کال بروٚنٛہہ سپدی امہٕ محکمہ منٛز ڈویژنل فارسٹ افسر سندِ عہدٕ پیٹھہٕ ریٹاٸر منظور صاب چھِ اکھ سنجیدٕ مخلص ادیب تہٕ ادب شناس شخصیت کاشرِ علاوٕ اردو پاٹھی تہٕ معنہٕ ساوی شعر وناں۔ کاشرس منٛز چھِ نعت و مناقب تہٕ غزلہٕ یہند خاص ماداں۔ کینٛہہ شعر

تاج لاگتھ سہ تاجدار یِیہ نا     بے قرارس مے از قرار یِیہ نا
چشمہٕ وُنہرس ہہ پایے نازن پیٹھ     غمزدن ہُندسہٕ غمگسار یِیہ نا
ہردہ واون چھہ زردکری متی گُل     دردٕ باغس سہ بہار یِیہ نا
داد ی بلیتھ دِلس میہ منظورس     شاد گژھا سہ شہریار یِیہ نا

## خوٗجہ جمال

خوجہ جمال (١٩٨٦ بکرمی) چھُ اودھپور ضلعہٕ کس جیکراس

جملدرت گامس منز روزان ۔ پۆہر ناو چھُس جمال دین ۔ اَمس اوسُس غولام محمد ناو ۔ خوجہ جمال چھُ سیٹھا لوکچے وٲنسہِ منز اکس بزرگ اکبر شاہ نامی سندس حلقہ ادارتس منز رُودمُت یُس نقشبندی سلسس ستۍ تعلُق تھوان وول اکھ خدا رسیدہ تہٕ صاحبِ حال بزرگ چھُ اوسمُت ۔ خوجہ جمالس چھیٚ سٕنزِ جوٲنی منز مستی ہنز کیفیت تہٕ طٲری روزمژ ۔ یہ چھُ اکھ پرہیزگار تہٕ متقی شخص ۔ اتھ داہن ورین ہنزِ وٲنسہِ منز چھُکھ زیارت بیت اللہ شریف کُورمت ۔ خوجہ جمالن چھِ پنجٲبی زبٲنی منز وارا برجستہ تہٕ معنہ سود کلام وۅنمُت یتھ منز عشق الٰہی چھُکومُت چھُن ۔ کاشُر یاٚتھی تہٕ چھُن دارا کلامہٕ وۅنمُت یُس تہندس بیاضس منز موجود چھُ ۔ یہند کلامہٕ چھُ سیوٚد ساد یتھ منز عشق الٰہی وتُھناوِنچ کوشش چھیکھ کرٕمژ ۔ یُس یہندین غزلن ہنزِ ینژ چھ شیران ۔

دیدہٕ گریانہ چھُس سینہ بریانہ گوم
چانہِ دیدارہ یا رسول اللہ
کوت کالا ہیُو بہ بستر خاب
چھُس بہٕ لاچارہ یا رسول اللہ
چھُم نہ طاقت بہٕ دتہ تہندا اوصاف
چھُس سیاہ کار یا رسول اللہ

۵

سنگ دل لو گُھدیے عاہٕ لولو
لولہٕ چانہ بوگوس بیمارہٕ لولو

خوٗ جیر جمالس چھُ عشقہ نارکُ تاو
ناحقے کوٗرسہ دوستو یدناو
چھُنہ ہیکان لگتھ رولیکارہ لو لو
لولہٕ چاتہٕ گوٗس بیمارہ لولو

خوٗ جیر جمال چھُ صوم و صلواتکُ پابند تہٕ نقش کش بزرگ ہیُس کوٗرکھ بیہ زیارت بیت اللہ شریف۔

## سلطان لون

سلطان لون چھُ مہور (اودھمپور ضلعکُ) اکھ بزرگ شاعر۔ سُہ چھُ شجرو گامکُ روزن وول اوسمت تہٕ محکمہ مالس منز چھ بحیثیت گرداوار اوسمت۔ سلطان لونہٕ حالات رچھنہٕ وہری الیتہ چھ تسند کلامکی کینہہ نمونہٕ میسّر یمہٕ تلہٕ یہ کتھ چھیٚ ننان زِ تس چھُ شعرگوئی ہنداکھ رُت شوٗعور اوسمُت تہٕ تمہٕ چھ روایتس لرِ لوٗر پکیتھ کامیاب کوشش کرمٕژ۔

مبارک یارہ سند رو خسار ڈیوٗ نٹھُم
مبارک جلوہ دیدار ڈیوٗ نٹھُم
چیوان بُلبُل بہتھ باگل بصد ناز
شراب وصل پُر خمار ڈیوٗ نٹھُم

۵

تعلیم کری تو پاک قرآنس حق سبحانس حمداہ پرمے
الف چھےٗ اللہ تہٕ بے پرواے زکرس کتھی کانہہ نہ گنڈس ینا
کل کائینات تس زیر فرمانس حق سبحانس حمداہ پرے

لگے ناوس پروردگارٕ لولو
پھے ترٛیٛہ قوٚدرتھ بے شمارٕ لولو
محمد سلطان بردر چھے پرٲران
کرُن بخشش یارب چھکھ مہربان
تَتہٕ رٕچھِہ زٕبن دوٗر تہٕ نارٕ لولو
پھے ترٛیٛہ قوٚدرتھ بے شمارٕ لولو
گوٗل علاقکی کینٛہہ دۆیمۍ شاعر چھہٕ یتھہٕ کُنہٕ :

(۱) عبدالغفار شان (۲) رحمان ملک ٹھٹھہار (۳) ماسٹر عبدالمجید گوٗل (۴) رشید عبدالرشید تہٕ (۵) احد شان گوٗل ۔

## وفا بھدرواہی

وفا بھدرواہی چھُ بھدرواہس سٟتۍ تعلق تھوَن وٲل کاشُر شعر و ادبُک اکھ بےلوث پرستار۔ سُہ اوس اکھ وضعدار، نفاست پسند تہٕ پُرخلوص شخصیتُک مالِک۔ تسند مطالعہٕ ؤدوے جاہ اوس تہٕ مگر پننہِ تجربہٕ کِس بناہس پیٹھ اوس سُہ پننہِ کتھ بڈِا اعتمادٕ سان ونان۔

وفا بھدرواہی سُند پورٕ ناو اوس غلام محی الدین کرام آسِس خطیب۔ سُہ زاو ۲۳ فروری ۱۹۲۵ء یس منز بھدرواہ علاقس منز خواجہ غلام رسول خطیب سندِ گرِ۔ مڈل پاس کرتھ پتہٕ لوگ ڈاک خانس منز ملازِم مگر کینٛہہ کال پتہٕ ترٛوون تہٕ سُپد جنگلات محکمس منز فارسٹ گارڈ بھرتی۔ یمیتہٕ سُہ ۱۹۸۵ء تام برابر کام کران رُود تہٕ سُپد بحیثیت فارسٹر ریٹائر۔ وفاہس اوس لوکچارس منز گیونُک شوق غالب۔ ہمیشہ منز اوسُس موٚدُر سوتُر وپان گیوونس دوران اوسُس منزی وجد تہٕ یوان تہٕ بےہوش اوس گژھان۔ تس رٛوز مشہور شاعر رسا جاوِدانی ہنز ادبی صحبت تہٕ

ہیٚیِس۔ لۄت لۄت ہیٚتھ پانہٕ تہٕ اردوٗہس تہٕ کاشرِس منٛز شعر وَنٛی۔
وفا صاٚبن چھ غزلیات، وٚژن تہٕ نظمہٕ علاوٕ کیٚنہہ نعتہٕ تہٕ وٕنی مٕتی۔ یِم تٔمۍ سندِ پتہٕ اکہٕ شعرٕ وترٕچ تہٕ مقامی انہارٕچ ترجمانی چھ کران۔ سُہ اوس اکھ عقیدت مند عاشق۔ تٔمۍ چھ نعتِ شریف تہٕ وٕنی مٕتی۔ یِمن منٛز تٔمۍ سندِ عقیدتُک جذبہٕ شوٗلان چھُ۔ اردوٗہس منٛز تہٕ چھُ تٔمۍ سُند اکھ گلدستہٕ نعت تہٕ "بوے وفا" ناوٕچ شعرٕ سوٗمبرن چھپے مٕژ۔

وفا بھدرواہی سنٛز "ناد" ناوٕچ گوڈنیُک شعرٕ سوٗمبرن سپٕز ۱۹۷۷ءیس منٛز شایع۔ یتھ منٛز بقول تٔمۍ سندِ ۱۹۴۴ء پیٹھ ۱۹۹۷ء تام تٔمۍ سُند وٚنمُت کلام موجود چھُ۔ ۱۸۲ صفن منٛز آتھ سوٗمبرنہٕ منٛدِس گوڈنکس حصس منٛز چھیٚہ نظمہٕ تہٕ دوٚیمِس حصس منٛز غزلہٕ تہٕ وٚژن شامِل۔ تٔمۍ سنٛز دوٚیم شعرٕ سوٗمبرن سپٕز ۱۹۸۵ء یَس منٛز "عشقہٕ ترٛونگ" ناوٕ شایع ۸۰ صفن پیٹھ مشتمل اتھ سوٗمبرنہٕ چھُ تٔمۍ سُند ۱۹۷۸ء پیٹھہٕ ۱۹۸۳ء تام وٚنمُت کلام درج۔

وفا بھدرواہی سندِس کلامس چھُ اکھ روایتی آہنگ تہٕ تکرار یتھ منٛز عشق و محبت، لول ملر ار تہٕ حسن فطرتکی ہوی موضوعات دٲیرس چھ آمتی۔ تمو چھ منٛزی کینٛژن غزلن تہٕ وٚژن تہٕ خلاف روایت عنوانات ٹوٚنی متی۔ منٛزی چھ تم اکھ کلاسیکی اسلوبہٕ تہٕ پانساوان تہٕ معنہٕ ساد نوکتہٕ ووتلاوان۔ کینٛہہ منتخب شعر

اکھ الفس حد نو کنے — اکھ ہتے کرتو جاے
دمہ دمہ تھاوُن ونے — اکھ ہتے کرتو جاے
آکھ بارسس ہانتھ تنے — در اکھ ہیتھ کیا تہٕ سرماے
چھپے واتن تس بروٹھہ کنے — اکھ ہتے کرتو جاے

دِل مۍ زخمی کرِتھ یار گوٚو
آبگینس کرِتھ وار گوٚو
زندگی داوِ لاجم وفا
مہربان توتہٕ نے یار گوٚو

ہۍ تھوک چونے یجر چونے قسم چھُم
یہ چھم جانٛنی تلطر چونے قسم چھُم
تھاکُھ پے یمن زِ تم وُچھی ہۍ خاموش
چھ نالان بے خبر چونے قسم چھُم
کرکی چانہِ پیٹھ وفاہن کوٚ ناہ کرِ
یہ گوٚو پزرُک پزر چونے قسم چھُم

عشقہٕ سُندرس منٛز قدم واٚلتھ تلوطم آسِتھے
حُسن ظعون لیس چھے حسین ہُند تمیٚس غم آسِتھے
کار گاہس منٛز چھُ ییتہِ دستور اکھا اے ہمسفر
ییتہِ خوشی ہُند نغمہٕ آسن تتہِ چھُ ماتم آسِتھے
وفا صاین کوٚر "عشقِ رسول" ناوِ اکھ لوٚکُٹ گلدستہ نعت
تہٕ چھاپ۔ تسٕند اکھ مشہور نعت شریف چھ
"م ح م دالس لگے"
لو قطہٕ رِ ستے جمالس لگے چھُ
سیٹھا مقبولِ عام۔
وفا کیہہ دروٚاہی سپد، نومبر ۱۹۸۸ء منٛز کیہہ کال علیل

روزنہٕ پتہٕ رحمتِ حق۔ تم آسی "اقبال بزم ادب بھدرواہکی" صدر
تہٕ۔ اَمی بزمہٕ کوٚر ۱۹۹۳ ہس منز "وفا بھدرواہی حیات اور شاعری"
ناوٕ تہٕندس اعزازس منز اکھ خصوصی نمبر شایع۔ یتھ منز تمن نے
خراج آو پیش کرنہٕ تہٕ تہٕندین خدماتن ہُند آو اعتراف کرنہٕ:

## قادر بیٚروارڑی

قادر بیٚروارڑی صاب چھہٕ کشتواڑکی اکھ بزرگ، محنت کش تہٕ ملنسار شخصیت، پوٚرہٕ ناو چھکھ غلام قادر۔ دُنی کینس چھُ تقریباً ستتھ وری وآلنسہٕ یہندی پرانی بزرگ چھہٕ کشیرِ پیٹھ کشتواڑ راج باغ محلس منز بسے رہتی۔ یمہ کنہ اتھ محلس باغوان محلہٕ ناو پیوو تہٕ یہندی کینہہ بزرگ گے باغوان ناوٕ مشہور۔ قادر بیروارڑی زاو بیروارڑ گامس منز۔ لوکچارس منزے سپُد یتیم یمہ کنی ناخواندٕ رُود۔ روزگار حاصل کرنہٕ خاطرٕ ہیچھنٕ دُسلی کام یتھ منز پورٕ مہارتھ حاصل کرتی۔

بیروارڑی اوس تیز ذہن تہٕ خوش آواز۔ ڈولوال مرحومس ستہٕ اوس اکثر گیوت مجلسن منز شریک روزان۔ شعر ٹھہ کرِ ستی کتہٕ گران گران تہٕ دہ سہٕ تہٕ مکانہٕ تعمیر کران کران ہیتن پننی خیال شعرکس ستھرس منز اتھی پنٹہٕ دلکی ترجمان بناوٕنی۔ سہٕ اوس امہٕ ورزٕ پورٕ پاوٕ گی منز تہٕ گیونٹہٕ اوس سخ چیکہٕ۔ لوٚت لوٚت ہیتنی شعر جوڑنی۔ پننہٕ کلام اوس زبانی یاد تھوان تہٕ باقے کانٹسہٕ اتھہٕ لیکھہٕ ناوان۔ پانہٕ یوٚدوے ناخواندٕ چھُ۔ پنن شوق کوٚرن پننس فرزند

ولی محمد اسیر کشتواڑی یس پیٹھ پور۔ تم پرناوکھ محنتہٕ سان موصوف چھ ازکل خزانہٕ کس محکمس منز ڈپٹی ڈائریکٹر۔ اسیر چھُ اکھ نامور شاعر، ادیب تہٕ نقاد، یمو اَکی فرض شناس فرزندسنزِ پأٹھۍ بیرواڑی صابنُ سورُے کلامہٕ سوٗمبرِتھ یُس ۱۹۸۹ ءس منز "ترٛانگی ریہہ" ناوٕ سوٗمبرنہٕ ہندِس صورتس منز چھاپ سپد۔ اتھ سوٗمبرنہٕ منز چھُ ۲۹ غزلہٕ، ۳۱ منقبت تہٕ اکھ نعت۔ قادر بیرواڑی سُند کلام چھُ سادٕ تہٕ عام فہم۔ تمۍ چھِ زندگی ہندِ ین تجربن تہٕ واقعاتن زیوٗ دِتھ منز تہٕ پننہِ دلکۍ امار وآسترومت۔ تسُند کلام چھُ اتھ علاقس منز عام پأٹھۍ گیوان تہٕ یوان۔ بیرواڑی چھُ یٹیکۍ واحد ناخواندہ شاعر یُسُند کلام چھاپ گژھتھ محفوظ روٗد۔ سُہ چھُ یاسہِ قتی سوٗترن ہُند پرواکرِتہٕ ورأیہِ پننہِ ڈیلہ کتھ بے باکی سان ونان تہٕ پتہٕ بوس لوٗتہٕ راوان۔ کتابہٕ ہندِس سرورقس پیٹھ چھُ یہِ شعر قابلِ توجہ:

قادر چھُ سأدٕ روار غزل یوٗزٕ ناوان از
ہی پوشہٕ ٹوٗرِ ن چانہٕ مۄکھ دسواہ بناوِم

شعرن ہُند کینہہ نموٗنہٕ:۔

روٗٹھمت جانانہٕ میوٗنے پوشہٕ باغن آسہٕ ما
کتہٕ سُہ اندکُن یوٗٹھمت کتہٕ پوشن لاگن آسہٕ ما

شوق اوسم واہ وُچھہن یورکُن ییہہ ہے اگر
کشتوارس منز سُہ قادر انتظارس آسہٕ ما

یہ گوٗلس چاٲنی لوٗلن ترٛیے ماپرواے ولسیٖ یے
ترٹھوٲنگ میٛے تی تھمٕ دتِھ یٮ۪لہ گراے ولسیٖ یے
ونے کیا قادرن، ییٚتہٕ فقیری چانہٕ سبر مٔلی
خیالن چاٲنی کرٛ لنس ولس منٛز جاے ویسیٖ یے

مبارک اَز چھُ یارس شاد یا نے
نگارس دوستدارس شادیانے
خودایا قادرس رٔحمیچ نظر کر
سہٕ چھُ سیوٗد ساہ وارٕ غار زانے

## محبوٗب اندرابی

پوٗرناوس سیّد پیر محبوٗب شاہ ۔ سہٕ زاو ۱۹۲۳ء یس منٛز تکیہ ٹھٹھہارگامس منٛز اکس علمی گرس منٛز سیّد امیر شاہ اندرابی سٕندِ گرِ ۔ یُس اکھ دینی عالِم تہٕ بزرگ اوس ۔ محبوٗب شاہن پوٗر فارسی تہٕ عربی درس پیٚتہٕ لس مالِس نِش ۔ پتہٕ اوس سہٕ پانہٕ تہٕ قرآنی درس دوان تہٕ ٹھٹھہار مسجدِ شریفس منٛز امامت تہٕ کران ۔ تسند لوکٹ برادر پیر حسن شاہ صاب چھُ باہال مسجد تحتہاتی یس منٛز امام جامع محبوٗب اندرابی ین چھِ کاشری پاٹھی وارا نعت شریف تہٕ منقبت وٕنی متی ۔ یہند نعتہٕ شریفک شعر نوٗ موٗنہٕ

مطلوب رحمان، محبوب یزدان، ہیٚتھ آو پاک نام اسہٕ کنُ قورٲن!
اتہٕ گنٛڈ منٛز دراے نورس کنُ آے تس جانا لس جان سون قوربان

لس پیٹھ درودا سۆزی تو ہردم لیُس روزِ محشر رٹہ زیرِ دامان
النفسی ہُند تیتھ آسہِ عالم ساری آسن ہاران و پریشان

محبوب صاب رۆدی گمتامے ۔ ۱۹۸۷ء یس شر سپدی رحمتِ حق ۔ سارِ ہسے وٲلنہِ رۆدی سادٕ گی سان عبادت کران ۔

## خوجہ صمد لون

خوجہ صمد لون اوس اکھ لُکہ شاعر ۔ سُہ اوس بانہالہِ کس کھر دٔیشِ علاقس منٛز روزان ۔ تمۍ چھُ وارا کلام وۆنمُت تہٕ کینٛژن سماجی بدعتن طنز کوٗرمُت ۔ تسنٛدۍ وارا شعر چھ اَز تہٕ لُوکن اتہٕ یاد ۔ سُہ گوٚو ۱۹۸۰ء یس منٛز رحمتِ حق ۔ امہِ ساتہٕ آس اُمی ستر وٲلس قریباً ۶۵ وری ۔

نموٗنہٕ کلام :-

صاحبو لگے چھی یِچھ ناو
تو بے میونے منظور تھاو
ییم آسی پیر صاب تم ہسا مودی
ساتھو گوتہو نقلی رۆدی
رتمن چھُن تھومت بتہٕ کےُ واو
تو بے میونے منظور تھاو
صمد لون بالن منٛز دوان تاو
ییتہٕ کُس بوزِ تس داد فریاد
سر تلہٕ تہٕ سوٗتس ییتہٕ چھُ گنے باو
تو بے میونے منظور تھاو

# خوجہ عبدالغنی

عبدالغنی صاحب چھُ کٹھوعہ ضلع کس دوٗر دراز پہاڑی علاقہٕ گولس ستۍ تعلق تھوان۔ یِم چھِ اکھ بزرگ شاعر تہٕ شائستہ شخصیت۔ پوٗرٕ ناو چھُکھ عبدالغنی وانی۔ یِم چھِ گول علاقہٕ کس اُکس پہاڑی گام دلواہس منٛز روزان یمہ کس دامنس تل "تتہٕ دونی" ناوُک مشہوٗر گرم ناگ چھُ، یوٚت کشیرِ تہٕ دٕیمیو جایو پیٹھ فالجہٕ تہٕ جوڑن ہندی بیمار شفا یاب سپدتہٕ بایتھ سولیو سولیو واتان چھِ۔ غنی صاحب چھُ اُکس اوسودٕ حال خوٚجہ گرس ستۍ تعلق تھوان۔ اَکھُٹمہِ جماتہٕ پرتھ پتہٕ سپُد سریکلچر منٛز ملازم تعینات تہٕ کیٚنہہ کال پروٗٹھہ سپُد ریٹائر۔ خوٚجہ غنی چھُ اکھ جہاندیدہ شخصیت تہٕ شاعر۔ تِہُند کلام چھُ تِہندٕ ذاتی تجربن تہٕ محسوساتن ہُند ولو نار۔ سُہ چھُ غزلہِ کس رِوایتی ستھرس منٛز پننین خیالاتن تہٕ خابن شکلاوان۔ اتھ پیٹھ کھورِ علاقس منٛز کتہ درِ ادبی رِوایتہ ہند نہ آسنہٕ رکی چھُ تِہُند شوق شعرگوئی غنیمت تہٕ قابلِ داد۔ سُہ چھُ گول علاقہٕ چہ "محفل" ادبی ناوچہٕ ادبی تنظیمہٕ ہُند صدر تہٕ پیٹھرو گومٕتھ۔

غنی صاٮ۪بُن کلام سپُد تقریباً سداہ ؤری بروٗنٛہہ "نالہ ہائے بیقرار" ناوٕ ۳۴ صفحن پیٹھ مشتمل اُکس سوٗمبرنہٕ ہندس صورتس منٛز شایع۔ اتھ سوٗمبرنہٕ منٛز چھِ ۱۷ غزلہٕ موجود۔ یِمن منٛز کیٚنہہ مسلسل غزلہٕ چھ تہٕ امہِ علاوٕ چھ کیٚنہہ نعت و منقبت تہٕ۔ سُہ چھُ عام فہم تہٕ ساد انداز س منٛز شوٗرتہٕ قدرٕ، باہمی لول، ملتزارتہٕ دُنیاہچ ناپائیداری ہوی موضوعات داٮ۪راوان۔ فنی لحاظہٕ یِہ دوے اتھ کلامس منٛز ڈیچر تہٕ چھُ مگر سُہ چھُ پننہِ آیہٕ شائستگی تہٕ خلوص ورتاوِنچ کوشش کران۔ تِہُند

یہ یاوِ ترِیلہٕ چھ یمہِ آبہٕ کاڈ کڈان ؎

بجواب نانہٕ ڈیو نٹھم عجب اسرار امتیٚب
میٚنے وُچھٕ اسرارِ غیبی کوٚرُم دیدار اِمتیٚب

خدایا نخفا و اجابت بیاس شاہِ اسرار
غنی کرِ یاٗدِ اعمال لیکھ اِ دِتار اِمتیٚب

۔

تھپے ترٚیہٕ تیوٚ تھمَ دل مدنوارِ یہِ چھالولکٕ ینام
سال کرٕی کرٕی بیٚیہِ ترٕ رٗڈھگ یوٚنتہٕ موہہم انتقام
زعفرائنچ یوٚرے چھم دوُنہ یتھ میٚے کرمترٕ رٗچھ چھم
غنی گمنام کوٚر یہٕ ہارٕو بیٚتہٕ نہٕ لستکٕ انتظام

۔

اللہ تہٕ الیتور ناو پچھُے کُنیُے
آسی کیازِ روزو بہٕو نیے لو

آدم تہٕ شیوجی اوس یٚیلہٕ کُنیُے
اُسی کیازِ روزو بہٕو نیے لو

غنی یوٚ یاوُن کس روٗد ووتیُے
ستراوُن چناب شولہٕ ماران

کاتہٕ تکہٕ جوش چھُس کم گرٕ دھوتیُے
اُسی کیازِ روزو بہٕو نیے لو

۔

اے عاشقِ دیر و حرم
وٚڈ تھ آو وقتِ صبحدم

عبدالغنی چھُکھ پُرخطا
وٚڈ تھ پاس آخر کر ندا

انتی شفیع شاہِ امم
وٚڈ تھ آو وقتِ صبحدم

۔

غنی وآنی صاین چھُ بیٚیہٕ ترٕ وارٕاہ کلام وٚونمتٕ یُس یتمن نتش موجوٗد چھُ "نالہٕ ہاے فراق" ناوِ سوٚمبرتہٕ ہندس ڈسولابس منز چھُکھ مرغوب بانہالی صاٗبنہٕ تنظم "فن" ناوِ چہِ تنظمہٕ ہندِس تقلیدس منز پننی خیال دٗرٕاوُنچ کوشش کٔرمتٕ یتھ رِتم اَند چھنہٕ ہیکی ہتی دِتھ۔

گوٗل علاقہٕ کین کینٛژن دوٚیمین شاعرن منٛز چھ عبدالغفار شان، عبدالاحد تمنا، رحمان ملک (ٹھٹھہار)، ماسٹر رشید (گوٗلاب گڑھی) تہٕ غلام محمد (مہاکنڈی) ہیوی ناو تہٕ شامل۔

## خاکی بانہالی

خاکی صابن پوٚز ناو اوس عبدالحی۔ سُہ زاو ۵۔اپریل ۱۹۲۴ء بانہالہٕ کوسکوٹ گامس منٛز مولوی عبدالحلیم صابنہٕ گرِ۔ یُس اُتھ جمانہٕ تام تعلیم پرٛتھ پتہٕ سیٚد عدالتس منٛز کلرک تعینات تہٕ ۱۹۷۹ء ییس منٛز سپُد بحیثیت ناظر ریٹایر۔ خاکی صاب اوس سیٹھاہ شریف تہٕ فراخ دِل۔ شاعری آس تس وراثتس منٛز ہیے۔ پاکھیٖرٕ شاعری ہند دسی لابہٕ کوٗرُن نعت شعروستی۔ پتہٕ ڈٲنٛز کیٚنہہ ٹکھ تہٕ غزلیات تہٕ پننین نعت شعرن ہند اکھ گلدستہ یُس تمیٚ بقولِ تہندِ کشیرِ ہندِس کُتام پیر صابس چھاپہٕ باپت دِیمتُ اوس۔ یُس تمیٚ چھاپتھ ہیوٚک نہٕ تہٕ سپُد تلف۔ سنہٕ ۱۹۶۰ء یس منٛز کُر خاکی ین "سوزِ دِل" ناوٕ پننیٚ اکھ اَٹھ ورقی غزلہٕ سوٚمبرن شایع۔ یس مثنوی "گلدستہ" پتہٕ بانہالہٕ منٛز دوٚیم چھاپ گٲمٕژ تخلیق چھیہٕ۔ خاکی صابُن یہ کینٛژھاکم کاسہٕ کلام چھُ تتھ منٛز چھُ اکھ رٔو خانی زِرتنہٕ، سوٚن دردِ سوز تہٕ معنہٕ ساوِرہٕ سہ چھُ کلاسیکی شعرِ وترس تہٕ گوڈ ییران ؎

تورٕ کیٚ خلعت وُہتھ ییٚلہ آفتابا دراو نوٗن | جامہٕ شرمندگی ترٛٹھنی زور تامتھ تالیے
ہی تھرن یودوے گلان ہر حقیقت گرٛتھ کنٛن | ولہٕ چمنن منٛز دُرتھ ہین بُلبُلن ہندی آلیے

*

تلے ولسی وتہٕ یارس ہیوتن کیاز دوٗر لٹیے
میٚیے تمیٚ سندی دورِ رن ماکورُم ٹوٗکس ورلتیے

کرُتھی تمیٔ عہد و پیمان بہٕ کوٚرتھ پائٕ اِلتسان
کرنی ہردم وفاتی کوٚرُن منظوٗر لُتی یے

نفع حاصِل چھ کیا لَس بہٕ اوٚن لَس سمسارس
وفا یِیتہٕ کیا کرس بو بہٕ چھُس مجبوٗر لُتی یے

بہ پھولہٕ راوٗلس یمبر زہوٗل تمیٔ باغ وبہارس
زوٗلم زوٚشتھ سۄ بمبوٗر تُلہِم کُس یوٗر لُتی یے

تحفا دِتھ تھد جالس مۄ ہیتھ گوم خاندانس
کرُتھی لوٗ ٹھاہ ارامس زوٗلم ٹُنی زوٗر لُتی یے

زٕٹھ خاکی ندامت ونان یارس بہٕ اُلفت
دِتم درشن گرٕ ہم ستھ بہٕ چھُس رنجوٗر لُتی یے

ـ

ڈل سۓ لس ہۄوٗل دراے لو لو — رِندہٕ عاشق دراے لوٗت زھایہ لو لو
روٗیہٕ زیبا تمیٔ سُند دلفریبا — ہتر تیر و تیر ما لایہ لو لو
ہوٗنجہ منز باگ وچھِس چاہِ غبغب — جامِ معرفت داما چایہ لو لو
چشمِ آہو ڈیشتِھ لگی در دام — زُلفِ زولانہٕ ولتے آیہ لو لو

ـ

یا تہالہ ریٛڈیو بزمِ ادب بارسس آیہٕ ۔ خاکی صاحب آسی امریکن مشاعرن منز حصہٕ نوان ۔ ۱۴ اگست ۱۹۸۵ ویس مژگے خاکی صاحب رحمتِ حق ۔ تموِس بیٚیہ تہٕ وارا کلام ووٚتمتُ یُس وُنیکھ تام حاصل سپد نہٕ ۔

## دبیر راجپوری

دبیر راجپوری (۱۹۲۰ء) سُند پورہ ناو چھُ منشی شاہ محمد ۔ تم چھہ پرونٚژھ علاقہ

کہ منڈی راجپور گاکھی روزن وٲلی۔ ٲمس اوسکھ محمد اکبر منگرال ناو۔ دبیرؔ صاب چھ امہِ علاقکی اکھ بُزرگ تہٕ ساد وضع شاعر۔ کاشر پاٹھی چھ نعت شریف، منقبت تہٕ غزلہٕ لیکھان۔ یُہند کلام چھُ عام فہم تہٕ ساد۔ یتھ منزٕ مُنزٕ فنی ڈیجر تہٕ چھُ۔ پننس علاقس منز چھُ مشہور۔ دبیرؔ راجپوری ہندِ کلامکی چھہٕ نہٕ لوکٹٕ مجموعہ چھاپ سپدی متی۔ گوڈنیکُ چھُ نعت وزبان بزبان کشمیری موسوم بہ "جامِ معرفت" تہٕ دوٚیم چھہ "جامِ معرفت" "نعت وغزلیات۔ یہ کلام چھُ شیخ غلام محمد اینڈ سنز تاجران کتب سری نگر والین ہندِ وساطتہٕ چھپومُت۔ دبیرؔ راجپوری سُند کلام چھُ سادٕ یتھ اکھ مقامی انہار چھُ۔ کلامکی کیٚنہہ نموٗنہ تہٕ

## مولودِیہ

رحمتِ عالم غریب پرور — اسہِ آو نبی آن سرورؐ

ربیع الاولہٕ باہ بہے قمر — اسہِ آو نبی آن سرورؐ

زمین وآسمان دوہ تہٕ بییہ رات — لول بران اوس کل کائنات

چھاو آسی بران شجرو ہجر — اسہِ آو نبی آن سرورؐ

دبیرؔ ازٕ ژی ماے تے محبت — سوز خراجِ عقیدت

تیٚمیس یُس چھُ شافعِ محشر — اسہِ آو نبی آن سرورؐ

•

تتہٕ لو مو کہہ بیکھ اپر تہٕ فندو — وَنتو بندو کرکھ کیاہ

چھپیہ تھ دُوبارٕ یکھ نو زندو — وَنتو بندو کرکھ کیاہ

دکھ لد پانے کرتے گرے — یُتھ کتہٕ سادِ تے لرے پان

بند ادِ کرتے ژوشوے اندو — وَنتو بندو کرکھ کیاہ

•

اسہِ کور منظور چون فرماتے — مہربانے ازدولہٕ سولت

سر بہٕ کریو پنٕنۍ قوربانے    میہر باتے ازدا

-

غافِل پانو غفلت ترٲو    یادِ الٰہی ہردم تھاو
کلمے محمد واہِ پرٕنٛناو    یادِ الٰہی ہردم تھاو
پگہ تتہ بیٛیلہِ روزِ محشر    ژٕرن اد چونے دفتر
رکوع سجود حساب تھاو    یادِ الٰہی ہردم تھاو
شاہ محمد یز دربازار    ونہِ ما آسی پننی یار
گٔنڈِ زوہ لہِ منٛز گاش پرٕنٛناو    یادِ الٰہی ہردم تھاو

•

دبیر چھُ اکھ عوامی شاعر۔ یمو چھ پنٕنۍ دلی جذبان زبوٚدژ منٛز۔ یُہند لہجہ چھُ پھوٚہر نیتھ کانہہ تھزفنی تارتہٕ لاگنی مناسب چھُنہٕ۔

## طاؤس باںہالی

طاؤس باںہالی چھُ اکھ مشہور و معروف ناو یُس زٔ آواز تہٕ کالہ پیٹھہٕ کشیرِ ایارِ ترال کھل ریڈیو پیٹھہٕ بحیثیت اکھ سٹاف آرٹسٹ، شاعر، ڈرامہ نگار تہٕ افسانہ نویس حاوی روزِ۔ طاؤس باںہالی سُند پوٚر ناو چھُ غولام رسول خان۔ سُہ زاو ۲۳ نومبر ۱۹۲۳ء یس منٛز باںہالہِ کِس تاڑبیر (کوسکوٹ) گامس منٛز خواجہ احد خان یِنس گرس منٛز، یُس اکھ صاحبِ حثیت تہٕ بارسوخ شخص اوس غولام رسولن پوٚر نوٚئ مِہ جماعتہ تام باںہالہ کِس ملٹی سکولس منٛز۔ سُہ اوس سیٹھا ذہین تہٕ خوش آواز۔ گیوٚنچھ اُسِس خاص کے۔ سکولس دوران اوس تمدنی پروگرامن تہٕ ڈرامہن منٛز حصہ ننہ رٔٹنی پنٕنین ہم جماعتہن منٛز سرس تہٕ ممتاز۔ تسند موٚل اوس تہٕ تسندِ گیوٚنکہِ حق۔ سُہ اوس تس

اکھ رُت تعلیم یافتہٕ بناوُن یٚژھان ۔ یٚیمہِ کِنۍ تموٚ سُہ نوٚوُن مرِ جماتہٕ پتہٕ اسلام آباد کٔشیرِ حنفیہ سکولس منٛز داخل کوٚر ۔ طاؤسس آسۍ گوڈٕ پٔیٹھے شعر وَرنٕی تہٕ سُہ اوس تراہٕ ہالس دورانے شعر ونہٕ نٕچ کوشش کران تہٕ غمگینؔ اوس تخلص کران ۔ تٔمسندِ شعر مزاہچ پوختہٕ گی ہنٛد اندازٕ چھُ تٔمسندیو گوڈٕ نِسی لایہٕ کھوٚیمو مصرعوے تل تنان ؎

| | |
|---|---|
| یارَن کرِٕ لَس صلایے لولو | ونہٕ کس لاہکی تیایے لولو |
| غمگینؔ ہوش کر جاہٕ موتوش کر | یدِ نام چھُکھ جایہ جایے لولو |

۱۳ ، مارچ ۱۹۴۹ء یس منٛز زٲو سُہ اسلام آباد کٔشیرِ پیٹھٕ پتہٕ لَس اُکس تراہٕ بٲچس سیتۍ تہٕ دوت سرحدِ اپور تراڑ کھل ۔ کیٛہہ کال پتہٕ سُپد تراڑ کھل ریڈیوہس منٛز اُکس آرٹسٹ سندِ حیثیتہٕ بھرتی ۔ پتہٕ روٗد تمہ کال تام بحیثیتہٕ نیوز اناونسر کام کران ۔ تٔمسنزِ آوازِ منٛز چھیٚ اکھ خاص کشش تہٕ اوٗبیر گوٚبیر ۔ یٚیمہِ کِنۍ تٔمسنز آواز اکھ خاص پرٕزنتھ بنییہٕ ۔ ۱۹۹۲ء منٛز سُپد سُہ اَتی پیٹھٕ اسسٹنٹ ڈائریکٹر سندِ حیثیتہٕ ریٹائر تہٕ دپان از کل چھہِ کراچی منٛز مقیم ۔

طاؤسؔ باتہالی سنزِ ادبی زندگی ہنٛدی پوٗرٕ تفصیلات چھنہٕ بہم ۔ البتہٕ تٔمسندۍ کیٛہہ مولوم نوٚنوٚتہٕ کلام ، تقریظو تہٕ تنقیدی تبصرو تل چھُ تنان زِ تم چھ اکھ فطری شاعر تہٕ نثر نگار آسنہٕ علاوٕ اکھ صاحبِ رائے ناقد تہٕ تٔمسندِس طرزِ تحریرس منٛز چھُ اختصار ، تاہ داری تہٕ سنبرِیُس تٔمسندِ وسیع مطالعُک پے چھُ دِوان خاص کر تٔمسند اردو خط پیترِ یِمن منٛز سُہ پننۍ ذاتی احوال ، فراقِ مہجوری تہٕ غریب الوطنی ہنٛدی کوائف اُکس جاذب اثر تہٕ مکالماتی اندازس منٛز باوان چھُ ، چھہِ اردوٗ کیٛن نامور نثر نگارن ہنٛدِ طرزِ تحریرٕچ یاد تازٕ کران ۔ طاؤسؔ

رۆد یتہ کال تام ترٛال کھل ریڈیوہس اکھ نمائندٕ آواز بنتھ تہٕ
کٲشر کلامہ، ڈرامہ تہٕ افسانہٕ رۆدی مستقل پٲٹھی ترٛال کھل، مظفرآباد
تہٕ پاکستان ریڈیو تہٕ ٹی وی پیٹھہٕ نشر تہٕ ٹیلی کاسٹ سپدان۔ سُہ چھُ کٲشرِ
علاوٕ اردو تہٕ گوجری زبانی پیٹھ تہِ دسترس تھوان تہٕ یمن زبانن منز طبع
آزمٲیی کران۔ طاؤس باتہالی ین چھپیہ تازکو لگامی ستہٕ کٲشر اسرارِ خودی
(ترجمہ اسرار خودی) ہند پیش لفظ تحریر کورمت۔ تمو چھُ چودری فقیل راتا
ستہٕ "بانیھل بانیھل پاتی" ناوٕ گوجری شعرٕ سومبرنہٕ پیٹھ تہٕ گوجری زبانی منز تقریظ
قلمبند کورمت۔ یہ کتاب کرٕ ریاستی کلچرل اکاڈمی شایع۔ ۱۹۸۵ء منز کوٚر تمو حضرتِ
شیخ العالم سندِ "ریشی نامُک" منظوم اردو ترجمہٕ یُس تقریباً دون ہتن تہٕ
ترہن صفن پیٹھ مشتمل چھُ۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ "طاؤس باتہالی نے جس
فنی چابکدستی اور قادر الکلامی سے حضرت علمدار کشمیر کے دقیق کشمیری کلام
یعنی ریشی نامہ کا اردو زبان میں ترجمہ کیا ہے وہ اپنی مثال آپ ہے۔ طاؤس
باتہالی سندِ کٲشر کلامک کیٛنہہ نموٗنہٕ

ع وندٕ ترٛوٚل سونتھ آو پھوٚلی پوشہٕ چمنے چھم کوسمتے کراو

ف چشم وتھرس یدوتن، چھم توتہٕ کم، تس دلبرس، کمے تلتھو آیسے یمی وایہ طاؤس نے درد

۱۹۶۴ء منز ییلہ شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ رہا سپد تہٕ اتھ موقس پیٹھ.

طاؤس باتہالی سندی کیٛنہہ وُنی متی بندہ

گریزوٚن آلو سہٕ کولہِ ہند کنہٕ  
پانژادرن ہند دَزدُن ساز  
تہہ کٹہ گتی جن ہند آلو چھا  
رکنہٕ صبحکہٕ واوٕچ آواز

تھدِ پاریچ یوٚدوے آسہِ فطرت  
زولانہٕ پردک باعث تتھ  
بارٕ کنڈی مشکس ٹھرِ چھپنہٕ روزان  
بلبل تتھٕ چھنہٕ ماران گتھ

کشیرِ منزٕ موجتنگ امار چھُ طاوُس صابنس رٕمس رٕمس منز
بُستھ باسان۔ پننس اُکس مہاجر دوست تحسین جعفری صابنہٕ شعرِ
سوّمبرنہٕ "پوشہٕ تھرِ" ہندس پیش لفظس منز چھُ طاوُس ییمہٕ آیہٕ رقمطراز:
"مہاجرتُک یہ سلسلہ چھُ از تہ تیجی ؤری گنڈرتھ تہٕ جاری ییمیُک
ثمر شاید یوہے ستہ کہہ دوکھ چھُ ییُس گوجری شاعر حاجی رانا فضل
حسین، مرحوم احمد شمیم تہٕ درجن واد بتمن باقی شاعرن ہُند چھُ ...کم
مہاجرتُک یہ دوکھ ترالان چھُ۔ بقولِ خیال صاب ؎

کاشُر زبوٕ چھیم تالس لٔجمُت  ونہٕ کس کوتاہ پرمس چھیوم

کشیرِ نش دوٗر رود مرحوم احمد شمیمس دوٗمیل کدس پیٹھ
دریاوس سیتی کتھہٕ کرناوان تہٕ رانا فضل حسین نش منگلاسرس منز ویر
ناگُک جلوٕ ہاوان ؎

ویری ناگوں ٹپکو دھوکے۔ منگلے خضر نچوڑے

ییمہٕ تاوٕ ہتہ دوہ رودی اُسی غریب الوطن وٗری یہ وادو پیٹھٕ امہٕ
آیہ گذارن تہٕ کُنہٕ دوہ گژھو اُسی تہٕ گرہ ؎

باگہٕ طاوسہٕ ہرٕ یاوُن آم
شراونس درہٕ نے کرم آباد

گویا ییتھ لولہٕ آبس راز ویرِ ہُند فضل حسین لولہٕ متہٕ لاے کران چھُ۔ تتھۍ وٕتھہٕ
چھُ تحسین جعفری سُنز کاشرِ شاعری ہُند اکھ نسواتی کردار یہ وُتھی زارٕ پارٕ کران کہ ویرناگُک
یہ آب گژھ جہلم تام واتتھ کالیداس ہندس میگھ دوت سندی پاٹھی تس ہنزٕ
ہندِس بٲلیس واپسی ہنز شچھ باوُن، ییُس بوے ۱۹۴۷ءییس منز
پاکستان آمُت اوس۔

طاؤس باناہالی ین کوٚر حال حالے للہٕ واکھن ہندر ترجمہٕ شایع ۔ طاؤس باناہالی سُند مول خواجہ احد خان یُس کیٚنہہ کال بروٚنٛہہ رحلت سُپد رُودٕ آخری وقتس تام پننس اُمِس فرزندس ستر جُدا اَلی ہند دود وہتران ۔ یِمہٕ کِنۍ لس اکھ اَچھی بینائی نِش محروم تہٕ سپُز ۔ طاؤس باناہالی سُند لوکٹ بوے غلام محمد دلفگار چھ کاشرِ زبانۍ ہند اکھ دل گداز تہٕ صاحب ترنم شاعر ۔

# مرغوب باناہالی

وُہمہٕ صدی ہندِس سٔتِمس دٔہلس منز ییمو کاشرِو ادیبو تہٕ قلمکارو ہنٛز اکھ خاص انفرادیت تہٕ پرزنتھ حاصل کٔر تِمن منز چھُ مرغوب باناہالی صاحب پنٛن اکھ خاص امتیاز تھوان ۔ مرغوب باناہالی چھِ کاشرِ زبانۍ ہندی اکھ بٔڈ پاسل ، مرغوب فکر تہٕ باکمال شاعر آسنہٕ علاوٕ اکھ نامور ادیب ، ناقد ، محقق تہٕ زبان شناس ، یِمہ کٔشیرِ ہندِ ٹیکسالی کاشرِ لہجہ تہٕ جِمہِ صوبس منز بولنہٕ یِنہٕ واجنہِ کاشرِ زبانۍ ہند لہجو تران چھ تھوان ۔ حساوی ستھرس پیٹھ چھِ مرغوب باناہالی صاحب عصری آگہی تہٕ نوٕ حیثیتٕچ سیتی مالا مال آسنس ستی ستی اکھ مثبت فکری رٕوی یکی ترجمان تہٕ شوٚنٛتر قدرن ہندی پاسدار یُس پہنٛز شاعری ہند اکھ امتیاز چھُ ۔ یہندس کلامس منز چھ غزل ، وٕژن ، نظم ، رباعی ، آزاد نظمہٕ ، پابند نظمہٕ ، نثری نظمہٕ تہٕ تصویری نظمن ہندی ہوی تجربہٕ موجود تہٕ یمن سارنی تجربن منز چھ ییم پیٹھہٕ فنی مہارتٕچ ہندی تہٕ فکری جوٗدتٕکی جوہر بدٕ کڈن ۔ مرغوب باناہالی چھُ جِمہِ صوبس ستی تولق تھوٚن وٲلی کاشرِ زبانۍ ہندِ سارِوے کھوتہٕ بٔڈی ترجمان تہٕ یِمہٕ صوبکہ گوڈنکی کاشر ادیب یمو کٔشیرِ یونیورسٹی ہندس کاشر شعبس منز تقریباً ترٕ داہن ورین کاشر پرنوو تہٕ بحیثیت اکھ فعال صدر شعبہ تہٕ پنٛنۍ باوٕنی لایق کارکردگی سرانجام دِژ ۔

مرغوب بانہالی صاب یہند پوٚرٕ ناو خواجہ غلام محمد چھُ زایے ۵ مارچ ۱۹۳۷ء

یس منز بوٚنہٕ کوٹ گامس منز خواجہ اسداللہ جوٗ گیری سنٛدٕ گرٕ۔ یم اکھ اوسو دٕ

حال شخص اوٚسی۔ تجارت چھُ امہِ خاندانُک پیتر وتہٕ پیٚٹھے اکھ امتیازی پیشہ

رٕودمُت۔ ڈٔہمہٕ جماتھ اوسی پران تہٕ والدِ صاب گُذریوٚکھ۔ کاج اوٚسکھ لوکچارس

منزے رحمتِ حق سپٕد منز۔ ماجہ ہندٕ رحلت سپدنہٕ پتہٕ ژھچ پننہِ نانہٕ سٕھٹھے

مایہ تہٕ لولہٕ سان۔ یم اوسی پننِس ماس ماجہ ہندی زٔٹھی فرزند اوکی پیوو یمن

گرک سوروے بار وہتراوُن۔ دہمہٕ جماتہٕ ہُند امتحان پاس کرنہٕ پتے سپدی

محکمۂ تعلیمس منز بحیثیت ووستاد تعینات تہٕ ییتہٕ کین دوٗر دراز پہاڑی علاقن

منز دِژکھ ڈیوٹی انجام۔ اتھی دوران گے یم اکس ؤری یس خاطرٕ بھدرواہ

بی،ای،سی پیشہ ورانہ تربیت حاصل کرنہ۔ امہِ تربیتی ادارکی سربراہ خواجہ غلام

رسول آزاد اَن (یم پتہ ریاستکس اکس ماہرِ تعلیم تہٕ قابل ناظمِ اعلیٰ سنٛدٕ حیثیتہ

سیکدوش سپدی) کرِ یمن بے لوث حوصلہ افزائی۔ اتھی وقتس دوران سپد

یمن نامور شاعر مرحوم رسا جاودانی یس ستی ملاقاتھ تہٕ مراسم پاد۔ امہِ پتہٕ

کوٚر مرغوب صابن پرائیویٹ پاٹھی منشی فاضل تہٕ بی اے بی ایڈ ڈگری۔ فارسی

زبانی منز کوٚرکھ کشمیر یونیورسٹی پیٹھ اول درجس منز ایم، اے پاس۔ ترقی

پرأوتھ رٕودی کینہہ کال ہیڈ ماسٹر تہٕ تحصیل ایجوکیشن افسر عہدن پیٹھ تعینات۔

اعلیٰ تعلیمہٕ ہُند شوق رُودکھ دامنگیر تہٕ ۱۹۷۰ء یس منز سپدی کشمیر یونیورسٹی

منز لیکچرار منتخب۔ تقریباً دٔہن ؤرین تام اتھ شعبس منز درس دِنہ

پتہ سپدی سینٹرل ایشین اسٹڈیز شعبس منز بحیثیت ریڈر منتخب۔ یمو

لیوکھ شُہیری دورس منز کشیرِ منز فارسی زبان وادبس پیٹھ "ادبیات

فارسی درکشمیر" عنوانہ اکھ تحقیقی مقالہ یتھ پیٹھ یمن پی ایچ ڈی ڈگری تفویض

آیہ کرنہٕ۔ ۱۹۸۶ء یس منز آیہ یم کشمیر یونیورسٹی منز کاشرِ شعبکی صدر منتخب کرنہٕ

اتھ دوران کرٕ درجن واد سکالرو یہنزِ نگرٲنی منز تحقیقی کٲم ۔ کشمیر یونیورسٹی منز تقریباً" اٹھووُہن ؤری ین تام مختلف حیثیتن منز تدریسی تہٕ تنظیمی خدمت انجام دِتھ پتہٕ سپدۍ ۱۹۹۷ ہس منز کٲشر ڈیپارٹمنٹ کِہ صدرِ شعبہ سندِ حیثیتہٕ باعزت پاٹھۍ سبکدوش ۔

مرغوبؔ بانہالی ین کوٚر تقریباً" سداہن ؤری ین ہنزِ وٲنسہِ منز پنُن ادبی سفر شروٗع ۔ ابتداہس منز آسی کٲشرِ علاوٕ اردو تہٕ فارسی پاٹھۍ تہٕ طبع آزمٲیی کران تہٕ پتہٕ سپدۍ یکسر کٲشرس کُن متوجہ ۔ گوڈٕ گوڈٕ آسی نعتِ شریف تہٕ غزلہٕ لیکھان ۔ امہِ علاوٕ لیچھ یمو مقامی واقعاتن ہِسبتھ تہٕ کینہہ طنزیہ نظمہٕ تہٕ یم مشہور گیہ ۔ " نالہٕ یتیم " چھِ یہنز اکھ ابتدٲیی منظوم تہٕ کامیاب کاوش یوسہ مشہور گیہ ۔ یہندس ابتدٲیی کلامس منز چھِ روٲیتی طرحدٲری ، روانی تہٕ غنایت تہٕ غالب تراۓ ۔ کشیرِ ترٛاوِ پتہٕ آو یمن اکھ خوشگوار ادبی ماحول میسر تہٕ یہندس تحقیقی سفرس آو جادٕ ؤتھ ۔ ۱۹۷۶ ہس منز کرٕ یمو " پرتوستان " ناوِچ گوڈنیچ شعرِ سوٚمبرن شایع یتھ ادبی حلقن منز سیٹھاہ پذیرٲیی حاصل سپز ۔ اتھ شعرِ سوٚمبرنہِ توٚر ریاستی کلچرل اکاڈمی ہندِ طرفہٕ تہٕ ینام تہٕ ساہتیہ اکاڈمی ہندِ طرفہٕ تہٕ قومی ینام ۔ مرغوبؔ صابن شعرٕ آہنگ چھُ فطری یتھ منز اکھ شگفتہ قِسم توٚتر ، فِکری تہٕ داری تہٕ فنکارانہ ضبط موجوٗد چھُ ۔ یم چھِ اکھ درمیانی ، شیرین ، معتدل ساو تہٕ فصیح زبان ورتاوان تہٕ جذبن ہندس شدید اظہارس سیتی خیالکہ پاراوک تہٕ نوزکی ہند تہٕ خیال کھوان ۔ " پرتوستان " شعرِ سوٚمبرنہِ منز لیکھ " سرنامہٕ " عنوان ڈیکہٕ ٹیکہٕ موجوٗد چھُ سُہ چھُ شاعر سُند پننس فنس ہِسبتھ اکھ خود احتسابی ہُند اظہار تہٕ تہٕ نقادان فنن خاطرٕ دعوتِ توجہ تہٕ ب

پرتوستانا بناوِتھ موختہٕ چھکراوان چھُ فن
دۄدٕ ترٚ مسلِستانا ڈۄوِتھ احتساب سۄمبراوان چھُ فن
دۄدٕ ترٚ مِلتستانکۍ تذبذب رقص کرناوان چھُ فن
زۄئ تہٕ ہندس بنجرس منز تاپھ وۄپداوان چھُ فن

فن چھُ تجربہٕ چھپن علافن منز دلن ذوقِ جمال
بارسس نوٗ زلہٕ انتھٕ احساس لفظاوُن چھُ فن

یا تھ موتکۍ عام پاکھنۍ زندگی گمراہ کران
زندگی ہُند یا تھ ملک الموت گِھنہٕ ناوُن چھُ فن

مُثبت سوچ ترایِن ہُند یہ زٕول چھُ یہندس بیشتر کلامس منز گاہ ترٹھان۔ مثالہِ پاٹھی یِم شعر:

سام کارو راتہٕ مو غلستان ترھانڈ — میون فن چھُے پرتوستانکۍ سفر
جہنم پگہ بُکھین اتہٕ نے! — اگر بلبلن کاوگی آ پراوکھ

مرغوب بانہالی چھُ اکھ قادرالکلام تہٕ مرغوب فکر شاعر۔ یہندس کلامس منز چھِ غزل، ٹُکھ، رباعی، آزاد نظم، پابند نظم، نثری تہٕ تصویری نظمن ہُند تجربہ پاتھان۔ یِمن تمام تجربن منز چھِ یم پتہٕ فنی مہارتٕرٕ ہندی تہٕ فکری جودتکی جوہر بدِ کڈان۔ خوبصورت تشبیہات، شیرین تہٕ معنہٕ ساو لفظ ترآری تہٕ روانی چھِ یہندِ کلامُک اکھ خاص وصف۔ مرغوب بانہالی چھُ علامہ اقبال سندِ فکرہ فلسفہٕ نشہٕ سیٹھا متأثر۔ یہندس کلامس منز چھِ اکھ فلسفیانہٕ تاہٕ داری، فکری وہراد تہٕ اخلاقی قدرن ہُنز پاسداری سیتی سیتی عصری بے راہ روی پیٹھ تہٕ اکھ زیرِ لب طنز موجود۔ عصری شعورس تحت کرِ یمو مختلف کامیاب تجربہٕ یِمن منز اکھ اسلوباتی اعجاز تہٕ علامتی اظہار موجود چھُ۔ فوٹو، ٹیپ، کانفرنس، اصلاح، برہم تہٕ ٹھندر بہاگایہ ہندس ہُمعصرس پیٹھ مو خصر کھونہٕ چھِ نظمہٕ چھِ امہٕ تِ حسبا گھِی ہنز ترجمان

٥

ساتہٕ برونٹھ پکنکُ بوڈ تہ بوٗت اوس یہ ترٕ
کُلہٕ اَسی پوٚت وآری ژلان
سٕدرٕ چھوکہٕ ناوِتھ امرتھ لبنُک راز پُرتھ اَسی
اخبارکی کارٹون پننس تقدیرس خنده کران
دٕری یاوس منٛز پھرِ کہٕ وُنہِن شولن ہنٛز بیقرٲری وُچھتھ
ووٚن ڈرائیورن سوارن کُن
"اگر نہ توہی کدِ لہٕ پھٹِنہٕ خبر پٕرہوٕ"
مارہے اسہٕ برونہہ پکنک برم

(نظم ۔ برم)



جناب !
شیشہ محل گژھ مقررہ وقتس منٛز تیار
پوٚز محلکہٕ یم سیتل شرٕ یہن آوری تھاوتی
محکم آوری
پیہم آوری

(نظم منصوبہ)

٥

تصویری نظمن ہُنٛد جدید تجربہٕ چھُ یہنٛد اکھ خاص وُیت۔ مرغوب بانہالی سُنٛد جمالیاتی شعور چھُ ارفع تہٕ معنہٕ سوٚیس تہنٛزن حُسن وبداکھ، عشقٕنٕ وبداکھ تہٕ ہردٕنی وبداکھ وغیرٕ نظمن منٛز جہار چھُ پراوان۔ کلاہکی کیتھہٕ نوٚمونہٕ

نظراہ بہارٕ ڈُدی وٚلس میانس ترِ کُری ترِ ہے

پوشُل کونٛڈے زے مُتس ملمس ترٕ یری زِ ہے

ہیہ تھٕرگیا بٕرکنہٕ لِتا طس رٕوو مہرِنی تون

پمپوشس رو واکنہٕ ڈلس ووٕ تھٕ لاے مہرانن

-

مہ کر گر بند وٕ اُنسہٕ ہندٕ بن حاری تاتن    زٕلِس ییٚوٕ تٕ تٕرِ بنٛتھ فولاد کارُن

-

یتہٕ ساہن قبرن کھاُ رِیو پرہنگ    یتہٕ اسہٕ تٕ کرٕ لو لیلام پگہٕ

## — حُسن وبداکھ —

زندگی ظلماتھ پوٚزاتھ چون سر یہٕ آبِ حیات
آگہی ٹٹھٕ ون مگر یتہٕ چانہٕ ستیٕن دہ دتہٕ قند

پوٚد ولو نظرن نبکٕ تار کھ ہمتن افتاب تٕرے
گاشرن چانے کُشش ستیٕن شنٕس ثریاں نیند

(نظم حسنُ وبداکھ)

## — عشقٕنٕ وبداکھ —

بناوان چانی دُرمل خیالن پرتوتان
چھُ چانی ستی حُسنس زِتراں رٕونگ نستہٕ شوبان
کوٚرتھ گلزار نارس ترٕیہٕ ابراہیم لاگتھ

تصور چون عرشس کران الہ گور عشقو
چھُ چانی ستی دوٚفہس الان کنہٕ دور عشقو
کھوٚ تکھ ترٕ ہے پھاسہٕ کوٚٹس بنٛتھ منصور عشقو

(نظم عشقٕنٕ وبداکھ)

ھسا دِتی ویداکھ

تہٕ سکھر لوکھ وُوگرایہ تخفر تھر کلُن لجُے
چھِ ژرکہِ یمی تہ میی ہیو ترضدار ہردو
تما والنم از تہٕ نکھ پیٹھ یہ ژرا در
چھُ دوزمس پیٹھے میون یا پار ہردو
ژے پاوُتھ تہ بامبر فقط نان گارن
چھ گورن تہٕ پیرن تہٕ ژلہٕ لا پیرو

(نظم ہردِنی ویداکھ)

مرغوبؔ بانہالی ین چھ تحقیق و تنقیدس تیسیتھ وارا مضمون شایع کرِمتی، تہٕ کینژن نامور ادیبن تیسیتھ مولوگراف ترتیب دِتی متی۔ یِمیکُ تذکرِ یرٛوتھہ کوٚن سپدِ۔ یمو چھ پننہٕ کلاہیچ دوٚیم سوٚمبرن "تجلستان" ناوٕ ترتیب دِژ متژ یوسہٕ مکمل چھپیٚہ تہٕ چھاپ سپدنہٕ باپتھ تیار چھِ۔ اتھ شعر سوٚمبرنہٕ منز چھُ یمو اکھ تمثیلی پیرایہ اظہار ورتوومُت۔ یہ شعری مجموعہ چھُ یموٚ پننہٕ خاص فکری تہٕ نظریاتی موقفک ترجمان بنوومُت یتھ منز یمو وسیع الامکان فنی جہژن تہٕ فکری ترایِن ہُند تعین چھُ کوٚرمُت۔ امہِ سوٚمبرنہٕ ہُند منظومات قابلِ فہم بناونہٕ خاطرٕ چھُ یموا تھ منز کینہہ نثری اقتباسات تہٕ معاون ینہٕ ووی متی۔ امہِ علاوٕ چھُ یمو نِدائی تہٕ غار نِدائی عنوانن تحت مولی لغتِ شریف تہٕ وُنی متیس یہنزِ شاعری ہُند اکھ قابلِ توجہ حصہ چھُ۔ مرغوبؔ صابؔ چھِ از کل تہٕ ژُرکہِ سان سنجیدٕ ادبی تہٕ تحقیقی کامہِ منز مصروف۔ ڈاکٹر شفیع شوقؔ چھُ مرغوبؔ صابنہِ شاعری متعلق لیکھان:-

"مرغوبؔ نہِ شاعری ہنز اہم خصوصیت چھیٚہ یہ زِ یہ چھُنہٕ عشقہٕ کِنہِ تہٕ ذاتہٕ کِنہِ روایتی موضوعن آویز۔ تمہٕ سنزِ شاعری ہُند فکری عنصر چھُنہٕ صرف عصری

آگہی پیش کران ٹلی کِہ چھُ سہ بڑی پاٹھۍ اسلامی جدلیس للہٕ کھوٗل کران ۔ امہِ جذبٕچ زبان چھیہ سیٹھا رنگین تہٕ پارٕ آدتھ، نیرل پیکیر تہٕ حسین تہٕ اوٗلی استعارٕ چھہ مرغوبنہٕ شاعری اکھ منفرد مقام بخشان ۔ تمیٚ کٔرہٕ ہیٚری منز وارا تجربہٕ تہٕ ہوٚدُن زِ کاشر شاعری منز کٲتہٕ گنجایش چھہٕ ''

ڈاکٹر رشید مجروح تہٕ چھُ ییتھے خیالن ہُند اظہار کران تہٕ ونان :-

'' مرغوبنہٕ شاعری ہُند یُنہٕ پاٹھۍ مطالعہ کرنہٕ پتہٕ چھہ باسان زِ تمن چھ تمیٚ سٕنز شاعری منز زیرین لہر ۔ سُہ چھُ عصری زندگی ہندس وکھرارس تہٕ جدید انسان سٕنز ریاکاری ورن تھوٚد تلان تہٕ پرن والیس چھہ مانہ لس پلیٹھ مجبور کران زِ اُزِچ زندگی چھیہ محض ریاکاری آدر منز ...... کاوہ بُلبُل پاز تہٕ اکر بچھتی چھہٕ مرغوبنٕ اہم استعارٕ ۔ سُہ چھُ یمن استعارن ہند ورتاو بار بار کران تہٕ یوٚت تام زِ پرن وول مرغوب نٕن امہٕ قسمہٕ کین استعارن اَنزِ منزٕ گژھِہ سہ ہیکہٕ نہٕ تمسٕنز شاعری ہنز قدر سنجی کٔرتھ ۔ ۱؎

## بشیر بھدرواہی

بشیر بھدرواہی صاب چھُ جموں صوبس منز وُہمہ صدی ہندس شیمس دٔہلس منز کاشر زبان وادبہٕ کین تمن اولین پیش کارن منز شامل یمو کاشرس نظمس کیو نثرس یکسان پاٹھۍ لول بران رُودی تہٕ کاشر زبٲنی تہٕ ادبس یتھ صوبس منز آے کا ٹیچان رٕودی ۔ یم چھِہ بھدرواہ چہ فردوس وادی ستی تعلق تھون والی کاشر زبٲنی ہُند اکھ نامہ وار تہٕ قد آور شاعر، ادیب تہٕ تنقید نگار تہٕ رسا جاودانی لس پتہٕ امہِ علاقکی نمائندہ ۔ قادر الکلام تہٕ بیسترو شاعر تہٕ ادیب ، یمن اکھ پنٕن خاص شعر وچر، لب ولہجہ تہٕ لفظ گرٕرت چھُ ۔ بشیر صابن

---

۱؎ عصری کاشر شاعری - ڈاکٹر رشید مجروح

مطالعہ چھُ سوٚن تہٕ تجربٕن منز چھُ اکھ طرحدار وِستار ۔ یِم چھِہ کاشرِ غزلہِ
ہِکس تابندِ رِوایتس رٕچھِر کرتھ انسانی محبت تہٕ لولہِ باوتھ کاری ہنٕد خمارٕ
ہوٚت تہٕ موٚدرمس چاونس سیتی سیتی سوزوگداز کُ جود تشولناوان ، تہٕ
زندگی ہٕنزن واٹاکین پیٹھ سیٚز نظر تھوٚتھ ، فلسفیانہ آیہ کینژن تھہ دار
مٕلنٕ تہٕ گینٕی کڈان ۔ حسآوی شعرس پیٹھ چھ یِمی عصری آگہی ہُند سوٚن
تشوٚعور تھوان تہٕ پننہِ اکھ خاص انداز یہ عصری کرب واتراوان ۔ غزل ، وژن
پابند نظم ، آزاد نظم ، گیت ، ٹُکھ تہٕ رباعی بیٚتر اصناف چھ ۔ یِہندِ پِن قتی
تجربٕن ہُند وہراد ۔ بشیر بھدرواہی چھُ اکھ وسیع التجربہ تہٕ لبیار پاسل
جمالیاتی شاعر ۔ یِہندُ لہجہ چھُ نرم تہٕ شیرین ۔ رٕوانی دلاویزی چھ یِہندِ
کلامُک اکھ خاص وصف ۔

بشیر بھدرواہی سُند پوٚرناو چھُ خواجہ بشیر احمد خطیب ۔ یِم زایہ ۱۴ جنوری
۱۹۳۵ء منز بھدرواہس منز خواجہ محمد سلطان خطیب سندِ گرٕ ۔ یِم پیشہ کِنہٕ
وٕستاد آسی تہٕ اکھ نیک سیرت شخص آسی ۔ یِہندی پرانی بزرگ چھِہ
اننت ناگ تُسیرِ پیٹھ تجارتکہِ غرضہ یور یِتھی پتہٕ یِتی بسے متی ۔ بشیر بھدرواہی
ین کوٚر ۱۹۵۰ء منز دہمہِ جماژ ہُند امتحان پاس ۔ مالی وجہے کِنہٕ ہیوٚک
نہٕ یمو برونہہ پرِتھی ۔ کینہہ کال کرکھ بھدرواہس منز کینژن دکانداران سیتی
مُنیم سندِ حیثیت یتہٕ کام ۔ ۱۹۵۳ء یس منز سپدی محکمہ تعلیمس منز بطورِ
وٕستاد تعینات ۔ ابتدایی عارضی تقرری سپٕز کھ رام بن کس سکوٗلس
منز ۔ امہِ پتہٕ آیے یا تہاں تبدیل کرتھی مستقل بناونہٕ ۔ مطالعُک شوق
اوٚسکھ ورا ثتس منز پاٹھیومُت ۔ ۱۹۵۵ء منز کوٚرکھُ پرائیوٹ پاٹھۍ
الیف ۔ اے پاس ۔ بیسک ایجوکیشن تربیتی کورس کوٚرکھ ۱۹۵۹ء منز امتیاز
سیتی پاس ۔ اسہِ پتہٕ کوٚرکھُ بی اے تہٕ بی ایڈ ۔ ۱۹۶۲ء یس منز کوٚرکھُ

کیشمر یونیورسٹی پیٹھ فسٹ ڈویژنس منز ایم اے اردو پاس۔ ترقی پراوتھ پیتھ روٗدی کیتھہ کال ہیڈ ماسٹر سندِ حیثیتہ کام کران۔ امہ پتہ روٗدی تقریباً پندٲہن ؤری ین تام اُکس دیانتدارتہٕ کامیاب تحصیل ایجوکیشن افسر سندِ حیثیتہ کام کران۔ ریسرچ افسر تہٕ پروجیکٹ افسر عہدن پیٹھ تہٕ کرکھ اَتھ محکمس منز کام۔ امہ پتہ کرکھ ترقی پرأوتھ DIET راجوری، کشتواڑ تہٕ بھدرواہ ہائر سیکنڈری سکولس منز بحیثیت پرنسپل کام۔ مزید ترقی پرأوتھ آیہ ڈسٹرکٹ ایجوکیشن آفیسر سندِ حیثیتہ تعینات کرنہٕ۔ اتھ دوران روٗدی راجوری، پونچھ تہٕ ڈوڈہ ضلعن منز ضلعہ سوٗتھرس پیٹھ سیٹھاہ تن دہی تہٕ بے مثال دیانتداری سان کام کران۔ ۱۹۹۳ء ییلہ منز سیدھ بحیثیت ڈسٹرکٹ ایجوکیشن افسر پننہٕ لبنی ضلعس منز سیٹھا ترتھ افزأیی سان سبکدوش

بشیر بھدرواہی ییلہ سید ٹراڑہ ہالس دوراہے اردو پاٹھی شعروٚ تہٕ تک تاشوق یاد ییلہ تم شتمہ یا اُٹھمہ جماعتہ پران اَسی۔ گیوہٕ نہٕ تہٕ اُکھ وارہ لے ۱۹۵۲ء پیٹھ ہیوتمکھ کأشرس کُن توجہ دیُن۔ تہندِ ونُن چھُ نِ کأشر لیکھنچ تحریک پاٹھی تمن تمہ وزِ ییلہ تموٚ گوڈنکہ پھرِ کأشر رسالہ "گل ریز" پوٚر۔ اتھ منز أس رسا جاودانی ستر تہٕ اکھ بہاریہ نظم چھپیے منز۔ امہ پتہ روٗدی تم مسلسل پاٹھی کأشر لیکھان۔ یہند کلام تہٕ کیتھہ مضموٗن روٗدی مختلف ادبی رسالن منز چھاپ سپدان۔ بشیر صاب روٗدی پننہٕ پس محکمس منز جاد یہن انتظامی امورن منز آوری، یمو کنہٕ تخلیقی کامہن یایتھ ترٛور وکھ ہیو گژھ نہٕ پاٹھی بلکہ آیہ نہٕ یمن ریٹائر گژھنس تام تہٕ پننُن کلام چھاپ کرنس فرصتھ۔ بشیر بھدرواہی سندس کلامس چھِ اکھ روٗمانی لے تہٕ لوٗبوٗن مقامی انہارئس یہندِ لہجک اکھ بن چھُ۔ سریہ زار، پوشہ ترأکی، روشہ دأری، موخته ترادر، رو پہ آب، دوہ دِ وأنجہ تہٕ سوتہٕ تن ہش خوبصورت ترکیبہ چھِ یہند امہِ خاص

انہارُک باس دوان ۔ یِہُند شعر وٗتُر چھُہ رسدار، شیرین تہٕ لطیف یِس تِہُندِین غزلن منٛز یِمہٕ آیہِ رنگ چھُہ ژھٔٹان :۔

چانہِ موکھ زٕ وتہٕ شبنم منٛز مۄیے گلالن اندر
شبنمکۍ ژ آئگی تِہٕ ترٛاجایے مگر ہارِتھ گوس

شوقہٕ دِتٕر زیرِ ستاکۍ یہٕ بشیرو سازس
دٔچہ ہیٚٹھ وٗوٚچ تہٕ مۄیے کھاجایے مگر ہارتھ گوس

•

عالمن آورُس سرابکۍ پاٹھی
لوٗر ہیٚو چھپکھ کھٔٹِتھ وَلس منٛز دوٗر
آس یوت دراس کوٚت بہٕ خابکۍ پاٹھی
پھولہِ بشیرو تہٕ سنگلابکۍ پاٹھی

•

مۄیے سوزالس یِتنہٕ کیٚشہٕ خاب بُری بُرِ واوکھاسین منٛز
سناتمۍ عطرِ ہند مُشکُن شہ وُوز لواتہٕ ماچھُم پے

•

زندگی گے مۄیے بار مُشکل گوٚو
زٕ وتہٕ منٛز آو زُلفِ اویرس خم
رو و صبر و قرار مُشکل گوو
وو زلن کھوت خمار مُشکل گوو

•

دل دپان چھُم وَتس کیٚشہٕ وَلس کیا ہ وَلس؟
بے رحم لولہٕ کِس دشمنس کیا وَلس؟

•

ہارنہٕ چشمن کُن وچھتھ جامِ شرابا یاد پیوم
دردِ غمہٕ کِس اَنہٕ گٔٹس منٛز آفتابا یاد پیوم

اِضطرابک نار چھُم یتھ لولہٕ نارس سٟتؠ

آشہِ ہُند دامن زُٹھتھ چھُس انتظارس سٟتؠ سٟتؠ

بشیر بھدرواہی چھُ اکھ حسٕس آگاہ شاعر تہٕ عصری رۄح رکانن ہنز چھُ یمہٕ آیہ ژھینہٕ وَن دِوان ۔

سۄنتس تٕرۄل ستھہ بہار — وتہٕ گوو نار ہے نار

زٕنپھٕ ہُوہے ہۄر — کتھ کتھ کینٛہ اسہٕ زار

وُڈ ران نیچوس مۄل — وُچھ لانتہٕ گٹہٕ کار

سۄنزل ، کونگہ پوش تہٕ بمبیہ ہنز اکھ راتھ ہٕنسہٕ نظمہٕ چھ تہندین نوین حسی تجربن ہنز ترجمان ۔ قدرن ہنز زوال پذیری تہٕ عصری وکھتراریتھ چھُ یم "بمبیہ ہنز اکھ راتھ" نظمہٕ منز یمہٕ آیہ ورٕن تلان ۔

کینٛہہ دوہس راتس کرورن پھیور دِوان

کینٛہہ چھِ ٹکرو دادِ پھیران دربدر

اتہٕ چھ فلکس سٟتؠ کتھ کروِنی محل

اتہٕ چھ پھُرس پیٹھ پیٹھ لچھہِ بُڈی گُہر

لرٛہ گامتی پراران ییہ کانٛہہ جوہری

کینٛہہ چھ جسمکی اتگ کنٛز دوہ کڈان

کینٛہہ ..... یم عصمتن سودا کران ۔

صبحدم تیران چھ گونٛزٕھن وَر دِوان

اتھ سیاہ کٲری تہٕ کانٛہہ قونون چھا

یمو چھِ کینٛہہ مزاحیہ تہٕ اصلاحی نظمہٕ تہٕ لیچھمٕژ ۔ یمن منز "جہیز" نظم یادٕ تھاوٕنی لایق نظم چھ ۔ ۱۹۹۴ء منز دِیت یمو پننی آشٕنی ہٕتھ فریضہٕ ج انجام تہٕ یم رُودی اکس دیانت دار افسر سندِ حیثیتہٕ ہمیشہ ہر دِل عزیز ۔

بشیر صابنہٕ شعرٕ سۆمبرن سیریز ۱۹۹۸ ہس منز "گوشن ہند پوش" اماناہ اُکس دیدٕ زیب گیٹ اپس منز شایع۔ امہٕ سۆمبرنہٕ ہندِ پیش گفتار چھُ نامور نقاد محمد یوسف ٹینگ صابن تحریر کورمُت۔ یمو بشیر صابنس شعرٕ ولستارس پیٹھ آیہ مؤلہٕ آنکون چھُ کرمُت:

"بشیر بھدرواہی ہنز تازٕ سۆمبرن چھےٚ اسہٕ پیٹھ پرستانہٕ پیٹھ واتنہٕ منز سوڈالی یتھہ لاگنہٕ بروٚنہہ اِسپند گرتھ زالہٕ ییٚن۔ اَتھ سۆمبرنہٕ اکھ نظر دنہٕ ستی چھےٚ یتھے سمتھ گامٕ منز زِ کاشرٕ سٕنزِ خِنوری چھےٚ وُنہٕ اَتھ تِندن زورٕ پیٹھ پرزلان ........ بھدرواہ کیو یارٕ ہو ہرالو یہٕ منز آمٕ تہٕ یہ سۆمبرن چھُ کاشرِ زبٲنی ہنز جنوبی قلایہ ہنز سو علم بیٚیہ لہراوان ییتھ رسا جاوِدانی مرحومن پیٚنتھو بابرکت اتھو واش کوڈ تہٕ کاشر برۆم بنوو۔ بشیر بھدرواہی چھُ رسا ہس خراج عقیدت کرتھ پتہٕ پننہٕ رنگ ترھٹ الگ کران۔ تِہندِس آلوس چھُ پنن بوش، پنن جوش تہٕ پنن ہوش۔ اُسی چھےٚ تِسنز گرگلہ تہٕ تِسنز خوبصورت حس آگہی بقولِ مہجور زلہٕ نارِ کھ گلہ بولہٕ ناوِتھ استقبال کران "

درامتہٕ چھُ خیالن ہنز مہرنی　　　زٲ نپانا گوترتھ شبہٕ ون شبہٕ ون
گوتھ ہو بری بری رنگ محلن کیٚت　　　طوفانا گوترتھ شبہٕ ون شبہٕ ون

## لطیف بھدرواہی

لطیف بھدرواہی صاب چھُ اکھ بزرگ شخصیت۔ یُہند ناو چھُکھ ملک عبدالطیف یم چھِ بھدرہ وِکی روزن والی۔ والد صابس اوسکھ ملک عبدالعزیز ملک ناو۔ دُہمہِ جماژ پتہٕ سپُد پُلیسہٕ محکمس منز بھرتی۔ پرائیویٹ پاٹھی کورکھ ادیبِ کامل تہٕ ایل ایل بی امتحان پاس۔ ترقی پراوِتھ سپُد ۱۹۹۱ ہس منز پولیس کنٹرول روم جمہ پیٹھ بحیثیت ڈپٹی سپرانٹنڈنٹ پولیس ریٹائر۔ لطیف صاب چھُ اکھ باذوق شخصیت تہٕ علم وادبک چھُکھ وارا مطالعہ۔ دوہہ یہ بیہرِ کورکھ حج بیت اللہ شریفک زیارت۔ از کل چھِ سماجی کامن منز آوٕرِ آسان۔ اسلامی کتابن ہندس مطالعس منز چھُکھ خاص دلچسپی۔

لطیف صابن کوٚر اردو شاعری پیٹھ نیٚتہٕ شاعری ہُند دٔسی لابہٕ ہمکمانہٕ آوٕر بر کِتھ آکھ نہٕ پننہٕ شوق رٹھ کھالنک پوٗرٕ موقعہٕ۔ اردو ہس منٛز چھکھ ہتھ شتھ غزلہٕ لیچھمٕژ۔ نورالزمان صدیقی صابس نِش اسی اصلاح حاصل کران۔ ووٚنی چھِ کاشرِس منٛز طبع آزمائی کران۔ یِہنٛزِ اکہ غزلہٕ ہٕندی کینٛہہ مصرعہٕ چھہٕ لطورِ نموٗنہٕ درٕج ؎

وچھان چھس کرتھ رُوِش گے ییتھ زمانس
پُترِس لتہٕ موٚنڈ اُپز کھوٚت آسمانس

بہٕ حاران چھس مخالف واوکتہٕ آو
یہ وُزمل کیاژ پیٚپہٕ میانِس مکانس

مےٚ پھوٚلمُت باغ گوٚو وارٕن کِتھہٕ پاٹھی
دزیم تے زلوٕ بہٕ پرٕتھ ما با غوانس

چھُ اپزِس پیٹھ چلان وُنی کین یہ دُنیا
وناں پِسُ پوٚز لدان چھِس جیل خانس

محافظ میانی یم مالکہ تہٕ جانکہ
حفاظت چھی کران پانس تہٕ خانس

لطیف تعلیم دِیٚچھ تراو اسہ وٚونہٕ
تو ے وتھ راو اَزی کس نوجوانس

لطیف صاب چھُ اکھ وسیع التجربہ شخص۔ یِہندِس کلامس منٛز چھہٕ اخلاقی قدرن ہنٛز پاسداری تہٕ عصری تقاضن ہنٛز وکھنے۔

# ضمیرؔ فریدی

ضمیرؔ فریدی (۱۹۲۹ء) یِسند پۄِرناو خواجہ غلام نبی ٹاک چھُ ، زاو ڈوڈہ ہس منٛز خواجہ غلام علی ٹاک سٕندِ گرِ ییُس ڈاک خانس منٛز مُلازِم اوس۔ سُہ اوس بِنٛدٲتی کشتوارٕک روزن وول ییُس ڈوڈہ ڈاکخانس منٛز مُلازِم لوٗگ تہٕ پتہٕ بسیوٚواتی۔ یِہند بُڈ ب خوجہ غلام احمد ٹاک چھُ کشتوارُک اکھ صاحب ثروت تہٕ موٗنمُت رٔیس اوسمُت۔ ضمیرؔ اوس گوڈٕ پیٹھے خوش وجاہت تہٕ ذہین۔ ڈِٕیمہ جمٲژ تام پرتھ پتہٕ لوٗگ مقامی سطحس پیٹھ سیاسی سرگرمیَن منٛز حصہٕ نِنہٕ تہٕ کانگریس پارٹی سٟتی سپُد وابستہٕ اَز تہٕ چھُ ضلع سطحس پیٹھ امہِ پارٹی ہُندرکُن۔ سُہ چھُ غولام نبی ڈولوال تہٕ رَساجاوِدانی صٲبُن تہٕ نزدیکی رشتہٕ دار تہٕ تِہندِس صحبتس منٛز وۄتھنُ بہُن اوس تٕسند اکھ معمول طبیعت موزوٗن آسنہٕ کِنی روزِ ہس شعر وادبس سٟتی تہٕ لے۔ شاعری ہُندس تُلُن اردو کلامہٕ سٟتی ہٕ ووٚنی چھُ کأشرِ پأٹھۍ شعر گوئی کران۔ تٕسندِس کلامس منٛز چھِ کینٛہہ غزلیات ، نعتِ شریف تہٕ کینٛہہ پابند نظمہٕ۔ ضمیرؔ فریدی چھُ لولہٕ محبتُک شاعر۔ تٕسندِس کلامس چھ اکھ روماٗنی لے۔ مُنٛزی مُنٛزی چھُ سُہ پٔتنہٕ آیہٕ ترکیب سازی کران تہٕ نوٚو اِظہار پراوُنٕچ کوشش کران ؎

لولہٕ چین سرحدن پیٹھ مدن ماوُچھو
سرو تن ماوُچھو گلبدن ماوُچھو

عسرتن ہُند جناز ضمیرن تہٕ وُچھ
بیٚیہ تہٕ کانہہ اتھ مزارس دفن ماوُچھو

روٗدُم آرام صبحے صبحے
زن گوم کیاہ تام صبحے صبحے

پھولہٕ من ضمیرس بیٚیہ پوشہ یاس
بیٚیہ ناشہٕ لوٚت تام صبحے صبحے

یار ییہ ہے اگر یتھ شہارس اندر
تو بہارس اندر تووٗ غزل لیکھہا
تراوِ ہے کھوٚر اگر شالمارس اندر
ترٗو ہر کرہس تذر تووٗ غزل لیکھہا

## سلام الدین سلام

سلام باتہالی صاب چھُ باتہالِ ہندا کھ ذہین ، صاحبِ علم تہٕ رمز شناس شاعر . یمن کاشرِ علاوٕ اردو تہٕ فارسی زبانی پیٹھ تہٕ سٔنہ نظر چھےٚ . یم چھہِ خاموش طبیعت تہٕ ماوٕ باوس چھنہٕ جاےٚ لارٕی . ابتداہس منٛز اسی اردو پاٹھی فکرِ سوخن کرنٕچ کوشش کران تہٕ پتہٕ ہیوٚتکھ کاشرِ پاٹھی لیکھُن مگر کینٛہہ کال پتہ تروو کھ یہ شوقے . یم چھہِ اکثر پنٛنین خیالن تہٕ ذمہ وارین منٛز آوری باسان . تاہم یہ کینٛہہ کلام یموٚ ووٚن تتھ چھُ اکھ پنٛن اوٕ بیٚر گوٚ بیٚر تہٕ فنی پوچھر . سلام صاب ییٚس مرغوب صابنٕ ہم سبق تہٕ چھُ روٗدمت ، زاو ۲ اپریل ۱۹۳۹ ءییٚس منٛز باتہالہ ڈولیگامی گامس منٛز مولوی عبداللہ شاہ صابنہٕ گرٕ . اتھ گرس منٛز اوس یتھ کالہ پیٹھے دینی علمک ماحول . سلام صابن پوٚر گرس منٛزے کم جاےٚ عربی تہٕ فارسی مٲلی وتٕرھے آستہٕ باوجود کوٚر کھُ دہمہٕ جماتہٕ ہُند امتحان پاس . امہٕ پتہ سپٕد محکمہ تعلیمس منٛز بحیثیت وستاد تعینات تہٕ روٗدی دورِ وارٕہ پہاڑی علاقن منٛز پرناوان . پرنٕک شوق تھوٚو کھ جاری تہٕ اردو ہس منٛز کوٚر کھ پرائیویٹ پاٹھی ایم اے . ۱۹۷۱ ءییٚس منٛز سپدی ترقی پراوتھ ہائیر سیکنڈری سکولس منٛز لیکچرار مقرر . کینٛہہ کال پتے بنے یہ پرنسپل تہٕ ۱۹۹۸ ءمنٛز سپدر ریٹائر . سلام باتہالی ییٚس چھُ غزلکہٕ کلاسیکی

مزاژک پورٕ شعور حاصل۔ یہندٕن غزلن منز چھ فکرو خیالک پوختہ
تہٕ تیزرنگی موجود۔ یموّ یوٚدوے کمی کلامہ چھ وونمت مگر یہ کلامہ چھ طرحدار
تہٕ معنہٕ سوو۔ اگر یمو پننٕ شوق باقاعدٕ جاری آسہٕ ہے تھووُمت یمو آسہٕ
ہے پننی اکھ پرٕ ہتھ حاصل کرٕ مٕژ۔ یہندٕ نوٚمونہ کلام چھ "شیرازٕ"
رسالس منز تہٕ چھپیومت۔ سلام صابنہٕ کلامکی کیژھہ نوٚمونہ

اوٚلی چھہٕ آسان لولہٕ متھن ہندی رسم ساری
چھنہٕ لولہٕ متی منظور کران حس غمخواری

لالن اندر موجود اوسم لال چشمن ہند
بالن تہٕ غارن خواہ مخواہ ژھورم میٚژٕ آیاری

محتاج زیور آسہٕ ہے یوٚد حسنِ خداداد
جامن گوٚلابن آسہٕ ہے مانقش نگاری

منشور نہ ہے دِژٕ زیر تہٕ تعبیر نوٚب تغمو
تراو منٕز سلامن آس تہٕ بلکل قلمکاری

## شاہباز راز دیری

شاہباز راز دیری (فروری ۱۹۴۰ء) چھ ۱۹۴۷ء پتہ راز دیر علاقس منز
کاشرٕ زبان وادبیچ اولین تہٕ نمائندٕ آواز۔ سُہ چھ اکھ بیدار جترال، ژٕنی فکری
بصیرت تہٕ کتھا دٕ نظر تھون وول شاعر، ادیب، نقاد تہٕ تحقیق کار۔ یہندس
باوژ پلس اکھ پننٕ دم خم، اعتماد، قوت تیہ تہٕ ریہہ چھے۔ شاہباز صابن
یتھ مقامس پیٹھ گوڈٕ دِئی لابس منزٕ سے اتھ علاقس منز کاشرٕ شعری وأتاو
سُہ چھ ورٕی یہ بدن ہند سفر شاہباز چھ نوٚو حیساگی ستی مالامال تیتر

باوتھ چھیٔ نوں پتہٕ تہٕ مقامی وہُو ہارک کم کاسہ پھیرِ فرق چھُ تستدس لہجس اکھ دلچسپ تہٕ دل پسند انہار تہٕ انفرادیت عطا کران ۔ سُہ چھُ اَتھ علاقس منز کاشرِ زبان وادبُک بے لوث تہٕ روشن فکر پیشرو۔

شاہباز راجوری سُند پورناو چھُ غلام نبی نایک والد صاحبس اوسُکھ عبدالسبحان نایک ناو۔ یِم آسی گوڑٕ پرونٹھس منز مینڈھر تحصیلہِکِس پوشانہٕ (پونچھ) گامس منز روزان یہ گام چھُ وۄنی سُرن کوٹ تحصیلس ستی شامِل۔ یِم سپدی پتہٕ راجوریہ ہندس بہروٹ گامس منز منتقل تہٕ یسے یہ مستقِل پاٹھۍ بیٹھی۔ شہباز صاب اوس شری پانے تہٕ آج سپُرِس رحمتِ حق تہٕ یوس بیتیمی ہُند کرِ ووتھ زردہ تراوُن ۔ دہمہِ جماتہِ ہُند امتحان پاس کرتھ پتہٕ سپُد محکمہٕ تعلیمس منز بحیثیت وۄستاد تعینات ۔ امہِ پتہٕ کوٚرکھ پرائیویٹ پاٹھۍ اردوہس منز ایم اے ۔ ۱۹۷۹ء یس منز سپدی بحیثیت لیکچرار منتخب تہٕ روٗدی ہائر سیکنڈری تہٕ ڈسٹرکٹ انسٹیچیوٹس منز پرناوان ۔ ۱۹۹۸ء منز سپدی سینیئر لیکچرار ہسندِ عہدٕ پیٹھہٕ ریٹائر۔

شاہباز راجوری ین کوٚر پننہِ ادبی سفرُک دُس لابہٕ اردو شاعری ستی تہٕ کیہنہ کال پتہٕ دِتُکھ پننہِ ماجہ زبانہِ کُن توجہ۔ اردوہس منز چھُ "لمحے لمحے" ناوہِ یہند مجموعہ کلام شایع سپُد مُت یُس تہِندِ ادبی ترٲین ہُند ترجمان چھُ ۔ امہِ علاوٕ چھُ یمن گوجری تہٕ پہاڑی زبانن پیٹھ پوٗر دستگاہ حاصل تہٕ یمن دوشونی زبانن منز چھِ یہندی کیہنہ معنہِ ساوِ منظوم تہٕ نثری تخلیقات شایع سپدیمتی۔

شاہباز راجوری چھُ اکھ حس آگاہ تہٕ تازہ فکر قلمکار یُسند مطالعہ وسیع چھُ ۔ سُہ چھُنہٕ محض طے شدہ اسلوبیاتی حد بندین ہُند تابعدار ٹھیکہ چھُ سُہ وۄنیتس

شعری سفرکسِ پر یتھ پڑاوس پیٹھ متعلق امکاناتن ہنز دریافت کرنس منز اوٚر باسان تہٕ پننی فکری جوہر بدِ کڈان ۔ غزل ، ٹکٕھ ، ژھوچہ نٕزیچھہٕ تہٕ معریٰ نظمہٕ یمن سارِے نٕے تجربن منز چھُ سُہ معنوی تٕژ ہیٚتر تہٕ اسلوبہٕ کہ ووسیجارٕکی نٕرل امکان ووتلاوٕنک دستگاہ تھوان ۔ شاہباز صابنہٕ کاشرِ کلامیچ گوڈنیچ سوٚمبرن سپنہٕ ۱۹۸۱ ءیس منز "ژھینہٕ گامتِ آواز" ناوِ شایع ۔ یتھ ریاستی کلچرل اکاڈمی ہندِ طرفہٕ اکھ مُشترکہٕ انعام توٚر ۔ یہنزِ دوٚیمِ شعرٕ سوٚمبرن سپنہٕ ۱۹۹۰ ءیس منز "یرائتی ناو" شایع ۔ تہٕ اتھ شعرٕ سوٚمبرنہٕ تہٕ آو ریاستی کلچرل اکاڈمی ہندِ طرفہٕ انعام دِنہٕ ۔ یم دوشوے تخلیقہٕ چھیٚہ بالہٕ پارکس کاشرِ ادبس منز اکھ وُسوار ہُرہٕ تہٕ رازویر تہٕ پرونٹھ علاقہٕ کس کاشرس شعروادبس منز اکہ میلہٕ کنہٕ ہُنزِ حُتی یتھ تھوان ۔ یمو چھُ پنُن ترٚیم مسودِ کلام "پکھیچ پٹرھ" ناوِ ترتیب دِتھمُت یُس زیرِ اشاعت چھُ ۔ شاہباز رازویری یس چھُ تہٕ شعری رُوٗیہٕ تہٕ عصری حُسیٚتی ہُند سوٚن تہٕ گوٚن شعوٗر ۔ ماے ملٹرار ، حُسن وعشقیچ نفسیاتھ ۔ زندگی ہُنز ترقی افزون دوسہٕ دروسہٕ ، خارجی بے سوٚم زندگی ، قدرن ہُنز ودل ، قتل وغارتگری ، خوف ، جنگ وجدل ، احساسِ تنہائی تہٕ لسانی ژھین ہوِ عوامل چھ یہنزِ تخلیقی پوکھرِ منزی خاص مُحرک ۔ شاہباز صاب چھُ اکھ نٕرل تہٕ وٕرل لفظیاتی انظام ورتاوان ۔ یُس تسنز نفسیاتی تہہ داری تہٕ تجربہٕ کہ ووسیجارُک پے چھُ دوان تسنزِ تخلیقی دنیچہٕ ہُند بہاو یوٚدوے غزلکہٕ ستھرِ پیٹھ تہٕ منزٕ منزٕ ژھٹ ہش کڈان چھُ مگر کلُہم پاٹھی چھُ سُہ اکہٕ خاص شعری رُوٗیُک پاسدار ۔ رمزی اظہار تہٕ علامتی پیکر تراشی چھِ تسندس شعرٕ دٕرس سنبر تہٕ وسعت بخشان تہٕ فکر وخیالہٕ چین توٚہۍ جوین ہُند پے دوان ۔

چھُو کھ تتہ رٕلہِ چھہ جگرس تہٕ زٕہوٕے کوٗرمِتےٚ واون
رُچھو رُچھی چھہ تمے دآدی سوخن باوِ تہٕ کٔتھی کُنۍ

-

ہٕ چھا کھ سر یہ تھفکنس چھہ نُقطے ژھوکان
بے سوٗم زٕتہٕ بہ چھُس پاہٕ تہٕ اوپرس اسان

-

سپھاہ زٕرہٕ لُو وکھس کتہٕ ہُند جگر دِتھ
بے انڈ حارتھ مگر موخصر خبر دِتھ

-

جب رُوو بلبلیو پوٚہل ستے نیری کٔہتھے ووٚنۍ
شہباز دٕرہٕ وٚنی مرگہٕ ریشہ شہلاوِ تہ کٔہتی کُنۍ

-

دوٗر ہے دوٗر یتھ ولس خلوکھ    اُسی شہبازا ضطراب ییٚتہٕ کیتی

-

نہ کا تہٕ وہراو کا تہٕ گا تا سیپلا
تکجم سوچُن تہ کیاہ وٕونہ کُٹھ چھُہ یرہ دِتھ

-

اُندرمِس فردس کوٗرُم ٹوکسوٗر میٚتے    رحمہ روٗس واوس متیو گار کھ کوٚو

-

آلو دی دی ژھورُم شہباز    اُسی یہ ژھاین لار یتو لیس
شہ پوت تہ حایت چھُہ ممنوعت مشرتہ فتراو۔ ژھ سوزتھ شہچھ کٔتھ کنہٕ آبشارن

## کیتھ دوٗیم تجربہ

اُچھو مُتر رتھ پُری زلوا اخبارس
قتلن، اغواہن، ڈاکہ تہ عصمت دری ین

ہندی عنوان
تاکہ ننہو، انسان چھُ کوتاہ پائے عمبر
اُمی سُند رپھ
راوِ و ما!

مینگہ پشنا وان۔ نارہ لومبکھ بزان شرپن ہنٛدِ ماز
ماجن، بِنپن کورین تیز جگر ژٹان
وَنہٕ ناوان اشرف المخلوق
توبہ کرو

ماپت، اُتر در، سہہ تہ ہوٗنی
یہ نہ کران
تہ کران
انسان
اشرف المخلوقات

(نظم اشرف المخلوقات)

تماہیاز صٲبن نعت شریفن منٛز چھ جذبُک سنہر تہ عقیدتُک جوش
خاص آیہ گاہ ژھٹان۔

چانہِ دربارے دُو عالم نُور نُور

گاشس بیتہ ظُلماتس تہ تھاران غولام

پنزیح اگر کانہہ تھار پھیے زگتس اگر کانہہ پڑھ یکار

فاران بائِرلح شیچھ سرنی شُبہِ نادِ شاہِ انبیاء

## شیدا بانہالی

شیدا بانہالی (اگست ۱۹۳۴ء) چھُ بانہالہِ ہنُدس مشہور صاحبِ تصنیف شاعر اعمیٰ عبدالرحیم زرؒ۔ پوترہ ناو چھُس محمد عبداللہ گنائی۔ شیدا زاو بانہالہِ قصبس مُتصل ناگم گامس منز اَکس شریف تہ محنتی زمیندار ثناءاللہ گنائی سندِ گرِ۔ یِہندس مالِس سند واحد فرزند آسنہ کِنی آو سیٹھاہ ٹاٹھنیار ستہ رچھنہِ۔ گوڈ پیٹھے اوس صحتمند تہ ذہین تہ سکولس منز اوس مختلف کھیلن منز تہ حصہ نوان۔ دہمہِ جماژ ہُند امتحان پاس کرنہ پتہ لوگ کیونتہ کالا پُلِسہ محکمس منز مگر تسند مول اوس نہ تس گرِ نیبر جایہِ دور تھاوُن ییژھان یمہِ کِنی تس یہ محکمہ تراوُن پیوو۔ امہِ پتہ سپُد محکمۂ تعلیمس منز ووستاد سندِ حیثیتہ تعیینات تہ رُود یمہِ علاقہ کِن مختلف تہ دورِ وار مدرسن منز ترکہ ساں پرناوان۔ اَتھی دوران کوُرن کشمیر یونیورسٹی پیٹھ ادیب فاضل تہ پاس ۱۹۸۹ء منز سپُد خوش اسلوبی ساں سرکاری ملازمتہ لِتہ سبکدوش۔ البتہ پرناونُک شوق تھووُن جاری تہ از کل چھُ اَکس پرائیویٹ انگریزی مدرسس منز بحیثیت صدرِ مدرّس پرناوان۔

---

۱؎ اعمیٰ عبدالرحیم چھُ جیمہ صوبکس ستی تعلق تھوون وٲلی اوّلیق تہ مشہور نابینا شاعر۔ یمو "گلبدن" مثنوی تصنیف چھہ کرمژ۔

شیدا صاحب چھُ اکھ بُرد بار تہٕ پُرخلوص شخصیت۔ یم چھِ کاشُر ادبی مرکز باںٔہالہٕ کین اولین بانی کارن منز تہٕ یتی میو تقریباً ترہو وٗری یو بیٹھ چھِ لیکھان شیدا باںٔہالی سُند کلامہٕ چھُ عشق رُومان تہٕ مختلف عصری مسلن ہنز وضاحت کران۔ یم چھِ غزلو علاوٕ نظمہٕ تہٕ لیکھان۔ یہُند اسلوٗب چھُ عام فہم، یتھ منز اکھ طرحداری تہٕ روایتی آہنگ موجود چھُ۔ وارا نعت تہٕ منقبت تہٕ چھکھ وُنہ ہتی، یمن منز جذباتن ہند خلوٗص موجود چھ۔ مثالہٕ پاٹھو

واوِ صُبحکہٕ ییہے ہم پالنس ستی ۔۔۔ در مدینہ تراوُم آستانس ستی
ہتہٕ حص ڈیڈی دوانہٕ غارزان چھس ۔۔۔ بے زرے سرو ساما نہٕ چھس
چھمہٕ ییہے ڈالی کینہہ پالنس ستی ۔۔۔ در مدینہ تراوُم آستانس ستی

۔

لرتراو یرتل شاہِ جیلانس ۔۔۔ وَن مہہر بالنس نظراہ تراو

۔

شیدا باںٔہالی سُندن غزلن منز چھُ حسن و محبتُک اظہار۔ زمانچ سرد مہری تہٕ بُزدلی ہند زوالہٕ تہٕ ٹیٹھُک زور دار جذبہٕ یتہٕ مخصوص آیہ کاڈکڈان ییمیُک باس یمو شعرِ مصرعو تل چھُ نناں۔

لولہٕ کین زخمن دگ چھینہٕ ہٹنے واُنح پھٹنے چھم
وارہٕ وارہٕ اندری ارزنہٕ ترٹنے واُنح پھٹنے چھم

دیوانہٕ کھوژان چھینہٕ تہہ گٹنے تہٕ ہٹنے پاگل ین
نالہٕ متہ رٹان عشقنین ترٹنے واُنح پھٹنے چھم

۔

لیکھتی کیاہ اوس ازلے لانے تہٕ زانہٕ میونے یان
اد کیا پیش آو دستے چانے تہٕ زانہٕ میونے یان

شیدا محبت زاشہ نو پرانے زوردر چھ ازلے لون
گوما قوبو چانہِ تہِ میانے ترِ زانہ میونے پان
کوتاہ کوٗر ہیئے ترِ چانہِ تہِ چلنے ترودُم قبیلہ کرون
کیا اوس باگنی آمٔت سانے تر زانہ میونے پان

شیدا باہٰالی ین چھِ کیٚنہہ پابند نظمہ تہِ ییٚچھتر ییمن منز واقعہ نگاری تہِ منظرکشی موجود چھِ۔ یہند کلام چھُ "گوٗلاب" رسالس منز تہِ چھپیوٚمت گاشر ادبی مرکز باہالہِ کہ طرفہٕ ییٚس "گوٗ لایک" اعما عبدالرحیم خاص نمبر شایع سپد تتھ ترتیب دِلس منز چھُ یہند خاص حصہ۔ یہند ادبی سفر چھُ ازتہ شدو مدسان جاری۔

## رِند شمس

رِند شمس صاب چھُ باہالہِ ہند اکھ بزرگ شاعر تہ جہاندیدہ شخص۔ یوٚہ ناو چھُکھ شمس الدین وانی۔ یم چھ باہالہِ قصبہٕ لرِ لوٗر رُلی گامس منز ۱۹۳۱ ییٚس منز خوجہ محمد جُو وانی سند گرِ زامتی ییٚس اکھ اوسو حال تجارت پیشہ اوس آ ٹھمہ جماژ تام پرنہ پتہ کرٕ رِند صابن دکانداری تہِ ٹھیکہ داری تہِ۔ تعلیم پرنک اوسکھ شوق مگر امہ وزِ اُسنہ حالات موافق۔ پرائیویٹ پاٹھی کوٚر کھ منشی عالم پاس۔ از کل چھ باہالہ قصبس منز تیلہ مشین تہ دانہ مشین چلاوان۔ حال حالے کوٚرکھ حج بیت اللہ شریف تہِ۔ رِند صابنس گرس منز رُود ژر کال تام سیاسی ماحول تہ یہندی لوٚکٹ زِ بایہ رُودی ریاستی قونون ساز یہ کی ممبر تہِ۔

رِند شمس صاب ووتلیو د سبھا تیزی شاعری ہند تا شوق ۱۹۹۲ء ییٚس منز کرٕ یمو "گلدستہ رِند شمس" ناوِ پینز گوڈنیک شعرِ سوٚمبرن چھاپ ۱۹۹۹ء ییٚس منز کرکھ "پندنامہ شمس" ناوِ بیاکھ شعرِ سوٚمبرن شایع۔

یِتھ منٛز نظمہٕ تہٕ قطعات چھہٕ۔ بیٚیہ چھکھ "پندنامہٕ عطار" کِہن کینٛژن فارسی اقوالن ہُندِ کاشُر ترجمہٕ تہٕ اَتھ منٛز شامِل کوٚرمُت۔ تَمند شمس صابن چھُ زندگی ہُند وارٲہ کریچھر تہٕ سَنٛ وگُنٛز وُچھمتی۔ یِہندِس کلامس منٛز چھہٕ امیٚ تجرٕبچ باو تھ موجوٗد۔ یِم چھہٕ غزلو علاوٕ موضوٗعاتی نظمہٕ تہٕ تیکھان تہٕ اخلاق آموزی ہنٛز شیچھ باوان۔ فنی لحاظہٕ یوٚدوے یِہندِن شعرن منٛز ہوٗرہٕ ہر چھوٚتسر چھُ درینٛٹھ گژھان مگر یِہندہ عام مدّعا چھُ پننہٕ تجربکُ تہٕ مشورکُ واتناوُن۔ یُس یِمہٕ آبرٕ یمہٕ سینہٕ پرن والین تام واتناوٕنچ کوشش چھہٕ کران ؎

تِشکم بوٚرُم، تشکم دوٗرُم، تِشکمن کوٚرنس کوتاہ خوار
سیاہ سفید زاٲنِہ نادٕ تروُرُم گوٚہن کوٚرُم کوتاہ انبار

.

عقلِ ہُندِ آگُرٕ وِنان پانس، تس نادانس وَنو کیا؟
الاِیماشا اندرٕ تفو زالِتس، تس نادانس وَنو کیا؟

.

سیاہ دِلس سپرٕ کیا ولنس، کاوس پرٕیا دِتِہ زانِہ زیٖر
ٹاوٕ ٹاوٕ کران یوتِرِ ناوِ جہالس تس نادانس وَنو کیا؟

.

کھیمن کھیمن سوٗرے کھیمن یمین نیونکھ برہمن ستیٚ
بدہمسایہ چھُے سگ ترٕ نہٕ خمن یمین نیونکھ برہمن ستیٚ

.

اَرٕ کھول ٹُھنتی دو کھہٕ چھکھ دوان سوکھ چھُکھ نوان بدہمسایے
کلس کروٚن زِن اُندرٕی کرہمن یمین نیونکھ برہمن ستیٚ

لاالہٰ الااللہ پوٚرُم مےٚ یہ کیا وَنے اسرارِ حق

ہُو ہُو اللہ ہو رٹھی وَرمتے یہ کیا وَنے اسرارِ حق

رتھ شمس صاٗبنہ شاعری چھُ یہندن بے لوٹ دلی جذباتن ہُند

نتیجہ تہ یہ شاعری پرٚتھ چھُ یہ اردو شعر بے ساختہ یاد پیوان ے

فریاد کی کوئی لے نہیں ہے      نالہ پابندِ نے نہیں ہے

## شاہین غولام رسول

شاہین بانہالی صاب چھُ بانہالہ ہنُد اکھ اوسوٚ حال تہ علم دوس شخص۔ یمن شعر وادبُک تہ اکھ رُت تاشوق چھُ۔ یوٚہ تاو چھکھ غولام رسول نگر ییتھ علاقس منز چھُ شاہین صاب ناوہے زانہ یوان۔ یہندی پرانی بزرگ چھِ لاہور پیٹھ یتھی ییتہ بسے متی۔ یہند بُڈ رب اللہ دتہ اوس اکھ سخی تہ مالدار شخص۔ بانہالہ منز کرٚنی پننس خرچس پیٹھ جامع مسجد تعمیر (یہ مسجد سپز پتہ ناوہ بڑی) تمیٚ چھُ جامس منز تہ شہیدی چوکس منز اکھ زمینہ ٹرُکُل وقف کوٚرمُت ییتھ پیٹھ حضرت بابا جیون شاہ صاٗبُن مقبرِ شریف چھُ۔ اُکھمِہ جماعتہ تام پرٚنہِ پتہ کوٚر شاہین صاٗبن پنُن آبائی کار ٹھیکیداری۔ سیاسی روٚن دلوٚن تہ تھوٚن کینہہ کال روڈ نوٹیفائیڈ ایریا کمیٹی بانہالک چیرمین۔ یہنز آبائی زبان یوٚد وے پنجابی اُس مگر لوٚت وائتھ ہیوٚ چھکھ پوٚرہ پاٹھی کاشُر۔ پانہ چھُ سہ پنجابی، ڈوگری تہ پوگلو تہ صحیح پاٹھی بولِتھ ہیکان۔ بحثیتِ شاعر دراوٚ شاہین بانہالی تمہِ ساتہ نوٚن ییلہِ تمیٚ اکھ اردو غزل لیچھی ییتھ منز اکھ سیاسی طنز اوس یہ

تجھے اے بلبل رنگین تو اسوجھی ہے گانے کی

ہمیں تو فکر رہتی ہے تمہارے آشیانے کی

کبھی سوچا بھی ہے تو نے کہ اب رنگ چمن کیا ہے
کبھی سوچا بھی ہے تجھکو ہوا کیا ہے زمانے کی
یہ تیرے چار تنکے آڑے ترچھے شاخ گل بن کر
کہ بیٹھی بجلیاں ہیں تاک میں انکے اڑانے کی
نئے گلشن، نئے گلبن نیا رنگ چمن ہوگا
چمن میں بن گئیں شاہین سڑکیں آنے جانیکی

شاہینؔ بانہالی چھُ ادبکہِ قدردان۔ یہ ہے وجہ چھُ زِ یم رُودی بزمِ ادب بانہالکی اعزازی صدر تہٕ۔ کاروباری مصروفیژ رٔنز ٹھوک نہٕ یہند پہٕ شوق برونٛہہ پکھتھ۔ کاشرس منز تہِ چھکھ کیٚنہہ نعتِ شریف تہٕ کم کاسہ غزلہٕ وَنہِ منز۔

ملالہ کیا چھُ تھاوُن آسمانکُ — ہوا دِ ہدش چھ بیتہ بدلون زمانکُ
تمس پشراو پننے مال سورے — چھ ماکُ یوت لوڑ ہیمہ کارخانکُ
گرزھان شاہینہ چھس افسردہ خاطر — وُچھان چھس رنگ میلہ دور زمانکُ

شاہینؔ صاب چھُ ازقریباً سنتھ وُہری۔ وۄنی چھُ صحتہ رٔنگہ واریاہ کمزور۔

## فِدا راز ویری

فداؔ راز ویری (۱۳۔ اپریل ۱۹۴۱ء راز ویر علاقہ کہ شعراو منز اکھ معتبر آواز یمن اکھ کاشری نظر، مطالعہ وسعت تہٕ فکرو احساس پچ بصیرتھ حاصل چھ۔ فداؔ تہٕ شہبازؔ راز ویری چھ زٕ ادیب یم راز ویر علاقس منز کاشر زبانی ادبی ستھرس پیٹھ تحریک دِتہ تہٕ کاشر زبانی ہنز اہمیژ ہندکور کھُ امہ ہیچھ رکین لوکن منز احساس

پأدٕ۔ یِم چھہٕ کأشرِس سٟتۍ سٟتۍ اردو تہٕ پہاڑی پٮ۪ٹھ تہٕ دسگاہ تھوان۔

فِدا راز ویری زایہ میٚنڈھر تحصیلکِس "پوشنٕ" گامس منٛز۔ یُس وۄنۍ سرنکوٹ تحصیلس سٟتۍ شأمِل چھُ۔ پوشانہٕ (پوشنٕ) چھُ جمہِ طرفہٕ آخری آباد گام بیپأری موغل روڈ چھُ۔ فِدا سُند پورٕ ناو چھُ عبدالرشید نیایک۔ وألِد صأبس اوس کھ عبدالسبحان ناو۔ پوشانہ پٮ۪ٹھ سپدۍ راز ویرٕ ہندس بہروٹ گامس منٛز منتقل تہٕ بسیہ یتی۔ دٔہمہٕ جمأژ پٔتہٕ سپُد فِدا صأب محکمہٕ تعلیمس منٛز ووستاد تعینات۔ امہِ پتہٕ کوٚرکھ اردو ہس منٛز ایم اے۔ تہٕ حال حالے سپدۍ بحثیت پرنسپل ہائر سیکنڈری سکول ریٹائر۔ فِدا راز ویری ین کوٚر پنُن ادبی سفر اردو شأعری پٮ۪ٹھ شروع پتہٕ سپدۍ کأشرِس کُن راغب۔ اردو ہس منٛز چھہ یہند کیٚنہہ مضمون تہٕ کلام تہٕ رسالن منٛز چھپے متی۔ یمو چھُ "پوشانہ پس منظر تہٕ پیش منظر" ناوٕ اکھ تحقیقی مسودٕ ترتیب دِتمت یُس کأشرِ زبأنۍ وادی تہٕ راز ویرٕ پرٛونٛزٕ مس مابین لِسانی تہٕ تأریخی رِشتن پٮ۪ٹھ گاہ چھُ تراوان۔ پہاڑی زبأنۍ منٛز تہٕ چھکھ رباعیات عمرِ خیام ترجمہٕ کٔرِتھ رٔچھرِتھ[۱]۔

فِدا راز ویری چھہ اکھ وسیع مطالعہٕ تہٕ حسین نگاہ شأعر تہٕ ادیب یٔندِس باوتھ بلس منٛز اکھ اعتماد تہٕ جودت چھُ۔ کأشرِس منٛز چھہ یِم غزلہ نظمہٕ تہٕ ٹکھ بتیرِ تجربن منٛز دستگاہ تھوان۔ عصری زندگی ہنٛز دوسہٕ دروسہٕ، نفسا نفسی، سوٚکھ پھیٚچھ وتہِ ژھیے تہٕ پیٚتہِ دوٗر وارک امار ہیٚوٕ موضوع چھُ یہندس کلامس منٛز پیٚتہِ آیہ رنگ بأگران ؎

نظر نظرِ چھہِ وٕنان تحاب أنزاولو      سفید شیشہٕ ہیٚتھن پٮ۪ٹھ نقاب مہ تھاولو

وٕ ووتھن چھُ دِیہہ وُتش تہٕ کانہہ ریشہ باقی      یہ لولہٕ نار کمیک کوس کتاب پرٛنأوِو

کتاب ووٚنۍ چھہ فِدا ردیف وارٕ پرٛنۍ      وُٹھتھ یہ اُچھ مہ پٔتُن پان متہ چھاود

---

[۱] راز دیرِ مُنڈ کأشر ادیب۔ شاہباز راز ویری

اسہِ البساویوٗو اومُتؔ پَن     وۄنؠ درٛاو کھٔرؠ لدکُل وٗردن
سکہِ شاکٹن منٛز ییرتھ جلےٚ     اَسہِ مامُشرِو زونگُ فنَ

غزلو تہٕ نعتِ شریفو علاوٕ چھ فِدؔا رازویری نظم نگاری ہندٕن تون تجربن تہٕ گوڈ بران ـــہ

وہتھِ منٛز وَس
کیا چُھکھ سوچان ؟
وہتھ چھِ وٕ ہتھے
انہٕ وندٕ سٔنی

منٛز س زیادے
یگیٖے اتھ کھور واے
نتہٕ روز پھٹلس پانہٕ تیار
امکہِ چھ نومے تہٕ ییتھی ویہہ

## فاضلی کشتواڑی

فاضلی کشتواڑی (۲۸ جنوری ۱۹۳۲ء) چھِ کشتواہرکؠ روزن واٲلؠ پوٗرٕ ناوٕ چُھکھ غلام محی الدین تہٕ والدٕ صٲبس اوسُکھ عبدالعزیز موتؔ ناو۔ فاضلی صٲب سُپد دہمہِ جماژٕ ہند امتحان پاس کرِتھ پتہٕ محکمہٕ تعلیمس منٛز وۄستاد تعینات۔ امہِ پتہٕ کوٚرُن اردو تہٕ فارسی زبانی منٛز ایم اے۔ یِم چھِ کوشُر، اردو تہٕ فارسی زبانی منٛز شعر گوئی ہند شغف تھوان۔ باضے چھِ پننٮ۪ن دوستن کٲشرؠ پاٹھؠ منظوم خط لیکھان روزان۔ یمو چھُ کٲشرِ زبٲنی منٛز غزلہٕ، نعتِ شریف تہٕ منقبت وُنؠ متؠ تہٕ سورُے کلامہٕ چُھکھ پانسے نِش محفوظ ـــ مشاعرن منٛز چھِ وارٕ کم یوان۔

❁

# کوثر کشتواڑی

کوثر کشتواڑی صابن پوٚرٕ ناو چھُ عبدالغنی ۔ یِم چھِ کشتوارکس نجار خاندانس سٟتی توٗلق تھوان ۔ یِم رٕوٚدی محکمس تعلیمس منٛز بحثیت اکھ دیانتدار دوٚستاد کام کران تہٕ کیٚنٛہہ کال برونٛہہ سپدۍ ریٹائر ۔ کوثر کشتواڑی چھُ اکھ بزرگ شاعر تہٕ دین پسند شخص ۔ کاشُر علاوٕ چھُ اردو پاٹھۍ تہٕ کلامہٕ موزوٗن کران ۔ یِہند اکھ فرزند ریاض لیس کاشرِ زبٲنۍ ہند اکھ وودنہ وُن شاعر تہٕ اردوہس منٛز اکھ ریسرچ اسکالراوس سپد جوٲنی منٛز فوت ییٚمیک یِمن سخ صدمہٕ ووٚت ۔ کوثر کشتواڑی سُند کلام چھُ عام فہم تہٕ رٕو زبٲنۍ دارٕ

درِ جگرُک بیان اختصارس اندر | بامبر یوٚمت چھُ دل لولہٕ تارس اندر
وقف گرداب چھیم ناو لولیچ عمرٕ | لذتِ زندگی ما چھُ تارس اندر
چھُکھ سخنور تہٕ کوثر بلاشک مگر | ییتہٕ چھِ توٚی توٚی سخندان شہارس اندر

# جانباز محمد سلطان

جانباز (۱۹۴۶) چھُ پرٛدٕ تژھ قلعہٕ کِس خواجہ بیٹھی گامس منٛز روزان پوٚرٕ ناو چھُس خواجہ محمد سلطان تہٕ مٲلِس اوٚسُس توجہٕ مقصوٗد جوٗ ناو ۔ تعلیمہٕ رٕنۍ چھُکھ اٹھمہٕ جماژ تام پوٗرمُت ۔ جانبازس چھِ اکھ فطری شعر وُزنی ۔ کاشر پاٹھۍ چھُ شعر ونان ۔ غزل چھُکھ وٕنۍ ہتۍ تہٕ کیٚنٛہہ نظمہٕ تہٕ ۔ لولہٕ باوتھ تہٕ دلی واری داتھ ہوی موضوع چھِ یِہندِ کلامُک ۔ منٛز یتھ یِم پیٚنٛنہٕ آیہٕ گاشراوان چھِ

میٚے چھُم اکھ داغ سینس منٛز | میٚے چھُنہٕ بییہٕ کیٚنٛہہ تہٕ لتہٕ پاس
سہٕ چھُم سخ بے وفا لاگان | بہٕ چھُس دیواہٕ جاناس

میٚے ووتُم رات دۄہ پاران  اُچھو کنۍ خوٗنِ دِل ہاران
بہٕ چھس یارس وتن گاران  سُہ چھُم مشتاق بیگانس
چھُ جانباز منتظر چونوی  تہٕ پیٚیکھ اکھ شبا سونوی
بہٕ تھوٚہا شوقہٕ سیتین چونہٕ  لاگِھتی شیشہٕ ایوانس

# فدا کشتواڑی

فدا کشتواڑی (۲۸، اپریل ۱۹۳۶ء) چھُ کشتوارس سیتی تعلق تھاوَن والی اکھ کینہہ مشق شاعر، ادیب تہٕ ناقد۔ سُہ چھُ اکھ خوش لحن تہٕ بے باک شخصیت تہٕ تسندین دوستن ہند دٲیرٕ چھُ وارا وسیع۔ فدا چھُ ییٚژ کالہٕ پیٹھ لیکھان۔ علم و ادبُک چھس سۄن مُطالعہ تہٕ ادبی تنظیمن منٛز چھُ سرگرمی سان حصہٕ نوان۔

فدا کشتواڑی ییٚنٛد پوٚرناو عبدالرشید چھُ زاد کشتوارکِس اکِس شریف تہٕ محنت کش گرس منٛز۔ دٔہمہِ جماژ ہُند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ کوٚرُن پرائیویٹ پأٹھۍ ادیب کامل۔ سُہ سپُد محکمہ ہارٹیکلچرس منٛز ملازم تعینات ییٚتہٕ سُہ کینہہ کال برونٛہہ خوش اسلوبی سان ریٹائر سپُد۔

فدا سُند بیشتر کلام چھُ اردوٗ ہس منٛز۔ امہِ علاوٕ چھہٕ تمۍ کینہہ افسانہٕ، تنقیدی مضموٗن تہٕ خاکہ تہٕ لیکھمتۍ۔ ییمن منٛز کینہہ اخبارن تہٕ جریدن منٛز تہٕ شایع چھہٕ گٔمتۍ۔ کینہہ کال برونٛہہ سپُد سُہ پننہٕ ماجہ زبانۍ کُن متوجہ تہٕ ہیوٚتُن وژھہ والنجہ اتھ لول برُن۔ کٲشر زبانۍ منٛز چھیہ تسنٛز غزلہٕ، نظمہٕ تہٕ ٹُکھ موجوٗد۔ فدا سنٛزن غزلن منٛز چھُ عشق و محبتُک سۄن تہٕ بے لوث اظہار آسنس سیتۍ سیتۍ عصری تقاضن تہٕ حالاتن ہُنٛد تہٕ عکاسی پانتھان۔ سُہ چھُ غزلہِ کِس روایتی اسلوبس لول بران۔ تسنٛد اسلوب چھُ عام فہم ییتھ پٔنُن اکھ مقامی اتھار

تہٕ رنگ دروغن چھُ۔ فِدا کشتواڑی چھُ اکثر پننٕ کلامہٕ صبر سان تہٕ ترنم دارے منز بوزِناوان۔ زمانکُ کریکھیر تہٕ تنہائی چھیٚ تسندین شعرن منز ییمہٕ آیہٕ پننٕ اظہار پراوان

چانہِ باپتھ بہٕ کوٚت ستاووتس | تنٕ تنہا بہٕ کوٚت ستاووتس
آیہٕ رُستے سفر مینٛہ جاری تھوٚو | نییہٕ رُستے بہٕ کوٚت ستاووتس

•

کرہٕ تھی جانٛی جُدائی چھیم دل پرو دِل بجائی چھیم!
توبہ کرٛی کرٛی مے توبہ پھٕرم دیہہ کھوان وُنہِ پارسائی چھیم

## زائر بھدرواہی

زائر چھُ ظاہر و باطنس منز شاعر۔ سُہ چھُ سخت تہٕ سنگلاخ زمینن منز شعر ہکان وٚنتھ۔ یوٚدوے تسند خاص مادٕن اردو شاعری چھُ مگر وونی چھُ ماجہ زیوِ کُن تہٕ راغب گومُت تہٕ معنہِ سوٚد کلامہٕ ونان۔ زائر سُند پوٗر ناو چھُ عبدالجبار گتائی۔ گوڈٕ اوس "آثم" تخلص کران تہٕ ووٚنی بدلوون یہٕ تخلص تہٕ زائر ناو چھُ لیکھان۔ دُہمہٕ جماژ پتہٕ لوٚگ محکمہٕ تعلیمس منز ووستاد تہٕ پرائیویٹ پاٹھی کوٚرُن فارسی زبانہِ منز ایم اے۔ کیٚنہہ کال بروٚنٹھہٕ سپد بھدرواہ ہائیر سیکنڈری پیٹھ فارسی لیکچرار سندِ حیثیتہٕ ریٹائر۔ زائر چھُ یونانی حکمت تہٕ زانان۔ سُہ چھُ پننہِ فکر انگیز تہٕ تہہ دار شاعری تہٕ حکمت کِنی بھدرواہس منز سٮ۪ٹھا مشہور۔ زائر بھدرواہی چھُ اکھ قادرالکلام تہٕ پختہٕ کار شاعر آسنس سیتی سیتی اکھ درویش منش شخصیت۔

## رشید رینہ

رشید رینہ (۲۳ نومبر ۱۹۴۱ء) چھُ راز ویر ضلعہ کس تھنہ (تھنہ منڈی)

علاقس سیتۍ توٗق تھوان ۔ پۆژ ناو چھکھ عبدالرشید رینہ تہٕ تمس اوسکھ عبدالغنی رینہ ناو ۔ یِس اکھ وۄستاد اوس تہٕ اردوٗ تہٕ کأشرِ پأٹھۍ اوس شعرگوٗئی کران ۔ تسُند کأشُر کلام چھُنہٕ بہم البتہٕ چھُ تسۍنزن تقریباً شیٚتھن اردوٗ غزلن ہُند اکھ قلمی نسخہٕ موجوٗد یُس چھاپ چھُنہٕ سپدمُت ۔ شہباز راز دیری صأبن چھُ اتھ کلامس نسبتھ اکھ تبصرٕ تحریر کوٗرمُت ۔ رشید رینہ صأبن کوٚر ۱۹۶۳ء منٛز دہمہٕ جماژ ہند امتحان پاس تہٕ امہٕ پتہٕ سپدۍ محکمہٕ تعلیمس منٛز وۄستاد تعینات ۔ کیٚنہہ کال برونٛہہ سپد ریٹائر ۔ رشید رینہ سُند شعر یاوژبل چھُ رِوایتی ، سُہ چھُ پننِس اکس عام فہم اندازس منٛز پیتہٕ دِلکۍ امار یاوان تہٕ اخلاقی قدرن کُن سوٗن ظوٗن پھران ۔

شاہ تاجدارو سانہٕ سردارو شاہ تاجدارو وندیو جان
ذاتن یوٚرے لول لبیارو سالس کھولنکھ برآسمان
سوزتے جبرئیل ہیتھ براق یارو شاہ تاجدارو وندیو جان
ابلیس ملکن اوس سردارو سجدٕ یِنش آدمس کوٚرن انکار
درطوق لعنت گو گرفتارو شاہ تاجدارو وندیو جان
رشید رینہ ہس ستھ چھے چأنی وتھ پننۍ ہادسن جنتس کُن
اتھہٕ روٹ کرزہم چھُس گوناہگارو شاہ تاجدارو وندیو جان

•

بے گوناہ چھُس راہِ للہ دل ستاوُن تراوتھۍ
دادی لدچھی حال یاوان آزماوُن تراوتھۍ
چشمِ آہو، روے تابان، روپہٕ گردن زنہ صراحے
چھی منگان دیدار رینہ پردٕ تھاوُن تراوتھۍ



# تنویر بھدرواہی

تنویر بھدرواہی (۲۹ فروری ۱۹۴۰ء) چھُ بھدرواہک اکھ دلنوازٕ تہٕ نمایندٕ شاعر۔ سُہ چھُ بنیادی طور اردو زبانؠ ہند شاعر تہٕ افسانہٕ نویس مگر کاشرِ پاٹھۍ تہٕ چھُ تمٕ کینژن غزلن ہند نوٗمونہٕ۔ یِم تسنزٕ کاشرِ زبانؠ منٛز شعر وَنٕنٕچ صلاحیتٕچ ہند باس چھِ دِوان۔ تنویر چھُ اکھ خوش آواز تہٕ گداز دِل شاعر تنویر بھدرواہی سُند پوٗرٕ ناو چھُ محمد الیاس ملک۔ تسٕندۍ مالٕ ملک غلام مصطفیٰ ہن اوس امرتسر (پنجابس) منٛز نیٖتھر کورمُت تہٕ تنویر پیوٚو اتی تعلیم۔ تسنز موج اُس اردو تہٕ پنجابی زانان یَمہٕ کِنۍ تمۍ یِم دوشوے زبانہٕ آسانی سان ہیچھ دُہم جماژ تام پرنہٕ پتہٕ سُپد محکمہ تعلیمس منٛز ووستاد تعینات تہٕ امہٕ پتہٕ کوٚرُن اردوہس منٛز ایم اے۔ حال حالے سُپد بحیثیت اردو لیکچرار ریٹائر۔ تسُند اردو کلام چھُ "پرتو تنویر" ناوٕ چھپیومُت۔ کاشرس منٛز چھپیکھ صرف کینہہ غزلہٕ وُنی منٛزٕ۔ اکہٕ غزلہٕ ہند کینہہ نوٗمونہٕ ؎

یہ کُس کنگ دوٚد دلک آرام روٗدم
پھولم کنہٕ گاش تے کہٕ شام روٗدم

گٹن منٛز وُز ملاہش گے یہ کیا گوٚو
متابس لوٚٹھ گوٚو آرام روٗدم

وتن منٛز ژانگی زالم لولہٕ رتہٕ کی
خیالن منٛز لبتھ گل فام روٗدم

پوٚہلی نوٗی نوٗی بہٕ تھند بیکھ گران چھس
ہیوٚتمُ آذر بتن اسلام روٗدم

# بشیر ابن نشاط

بشیر صاب چھِ ۱۹۲۸ء اکھ موروثی شاعر، اکھ درویش صفت تہٕ صاحبِ غنا شخصیت۔ یم چھِ پننیو تریچھو تہٕ مسلسل اردو غزلو کِنہِ پننہِ خاص پرژنتھ تھوان۔ بشیر کشتواڑی چھِ کشتواڑکس مشہور اردو تہٕ کاشر شاعر نشاط کشتواڑی صابن فرزند۔ میٹرک پاس کرنہٕ پتہٕ سپدی جنگلات محکمس منز ملازم۔ مگر اتھ سۭتی آیکھ نہٕ برابری۔ یہ محکمہ ترأوِتھ سپدی محکمہ تعلیمس منز وستاد تعینات تہٕ وہ سال رٗودی بچین پرناوان تہٕ عبادت تہٕ ریاضت کران۔ منزی رٗودی ریتہٕ وادن روز در روزان تہٕ چلہ کشی کران۔ کیٛنہہ کال برونہہ سپدی ریٹائر "نالۂ درد" ناوِ چھِ یہند ضخیم اردو شعری مجموعہ موجود۔ کاشرِ پاٹھی چھکھ کے لیوکھمتۍ، البتہ چھِ وننی کاشرس کُن خاص توجہ دوان تہٕ مغنہٕ سوو کلامہٕ ونان۔ جاہِ یہن چھِ گرس منزے گوشہ نشین روزان۔

# مشتاق فریدی

مشتاق فریدی (۲۳، فروری ۱۹۴۱ء) چھُ ڈوڈہ قصبس سۭتۍ تولق تھوان۔ اکھ پیشہ ور شاعر نامور ادیب تہٕ ناقد۔ تمی چھِ اکھ صالح فکر تہٕ نیک دِل شخصیت۔ یمن وارا مطالعہ چھُ۔ پورِ ناو چھکھ غولام علی شیخ مگر یہند اصلی ناو چھِ وارِیاہن کم لوکن ویٛود۔ مشتاق فریدی زاے بونہٕ ڈوڈِ شیخ غولام قادر سُند گرِ یس اکھ شریف تہٕ سفید پوش شخص اوس۔ دہم جماژ تام پرنہٕ پتہٕ محکمہ زراعتس منز ملازم بھرتی۔ امہِ پتہٕ کورکھ پرائیویٹ پاٹھی ادیب فاضل تہٕ سپدی محکمہ تعلیمس منز وستاد تعینات۔ شعر گوئی ہند شوق اوسکھ گوڈٕ پیٹھے۔ وٗنی لاہ کورکھ اردو شاعری تہٕ مضمون نولیسی سۭتی تہٕ پتہٕ ییہِ

کأشرس کنُ ۔ تم چھ ڈوڈہ ہس منز اولین کأشرلو قلم کارو منز ۔ اردوہس منز چھکھ شاعری علاوٕ وار تنقیدی تہ تحقیقی مضمون لیکھمتی یمن منز کینہہ رسالن منز تہٕ چھپے ہتی ۔ کأشرس منز چھکھ وارہ کلامہ وونمت یتھ منز غزل ، حمد تہ لعت و مناجات شامل چھہِ ۔

مشتاق فریدی سُند نعتیہ کلامک پوشہ ڈالی سپُز ۱۹۹۶ ءیس منز "سراجاً منیرا" ناوٕ چھاپ سپدتھ شایع ۔ ۱۲۸ صفن پیٹھ مشتمل اتھ سومبرنہ منز چھہِ ۱۲۰ صفن پیٹھ لعت شریف تہ منظومات تہٕ آخرکن کیٛنہہ تام صفن پیٹھ چھہ اردو لعت شریف ۔ یہ سومبرن چھہِ تمو حضرات حسینن تہٕ پینس ماٹھس فرزند شہید مسعود اطہر سُند ناوٕ معنون کرمژ ۔ سومبرنہ ہندس دُسی لابس منز چھہ حضرت حسان بن ثابت رضؓ سُند اکھ شعر تہ امیک ترجمہ ، امہ پتہٕ چھُ دعا ، مناجاتھ تہٕ شکرانہ عنوانہٕ مناجات درج تہٕ تمہٕ پتہٕ سلام ، ولادت مبارک ، ذکر رسول حیات النبی تہٕ درودِ حضور عنوانن تحت رسالت مآب ہندس شان والا مرتبس ، عقیدت تیُ ڈالی پیش آمژ کرنہٕ "درود تاج" تہٕ عشرت کشتواڑی سنز اکہ اردو نظمِ ہند منظوم کوشُر ترجمہ تہٕ چھکھ کورمُت ۔ سومبرنہٕ ہندس دوییمس حصس چھہ "ہیہ تہٕر" ، ناو دنہٕ آمُت ۔ اتھ منز چھہ کیٛنہہ انفرادی تسعرتہ ٹکھ ، یمن تلہ کنہ تاریخ تقیق تہٕ چھُ دِتھ ۔ بیاکھ حصہ چھُ "باب الحسنین" ناوٕ شہدائے کربلا ہن ہندِ ناوٕ معنون ۔ امہ پتہٕ چھُ "نذر و نیاز" عنوانہٕ ترٛییم حصہ ، یتھ منز کیٛنہہ منقبت موجود چھہِ ۔ "سراجاً منیرا" لعت سومبرن چھیہ مشتاق سابنہ عقیدچ پوشہ ڈالی ، یتھ منز رسالت مآبن سیتی تہند والہانہ عقیدتک تہٕ لولک جذبہ اکس پننس خاص اندازس منز چھُ شولان ۔ امہِ علاوٕ چھ شہدائے کربلا ہن تہٕ اولیاءِ کرامن نسبتھ تہٕ تہند جذبہ عقیدت و احترام نٮ۪نان ۔ تندس کلامس منز چھُ جذبک سنٛر یتھ اکھ پنُن لب و لہجہ تہٕ چھُ ۔

ستھر کوتاہ

لونچہ مشز ہیتھ

دراے اکھ

باشوق بڈی

شولہِ ماران گرایہِ ماران

(پیشکش نظم)

عالمکہِ تاجدارو لگے    ہربہر کے شہریارو لگے
رتہ مہرازِ رتھ بو وندسے    طائفہِ کے تن نگارو لگے
نزاییے سو پتہ ترتے ہر دس دِزِ ہتھ    باغِ جنتک بہارو لگے

•

نارِ ترٹھ ہیتھ وُچھ چھِ زاگان تزدرِ بدخواہ چمن
ناتوان بُلبُل چھُ نالاں بے سروسامانہ پچھی

•

یاالٰہی اَز بپاسِ تاجدارِ انبیاء کرتہِ اَز گلزارِ نارس تاوسن انسان چھی
(مناجاتھ)

•

واوِ نکھنا نعت میاَنی ڈالی دربارِ رسوٗل
خالقِ ارض وسما چھُے ناز بردارِ رسول
آفتابکی پاٹھی روشن تہندِ نوراپیچ دلیل
نورِ حقہِ کے پرہزلوٗن پرتو چھُ انوارِ رسول

•

تہِ واوِ صبحکہ یہ ڈالی میانی بہ پیشِ خیرالانام نکھنا
یہ اشتک بیکس تہِ آہ وزاری درود نکھنا سلام نکھنا

وُزان چھُم میٚہ یامت خیال رٕسول — یوان چھُم اُچھن تل جمال سوٗل
ترٚیہ اتھہ رَس پننہٕ نوٗرکُ دِتھ — چھُما کانہہ ترٚ مثلِ جلال رٕسول

خلوصِ عقیدتھ پٮ۪ٹھ یہ پوشہٕ ڈالی چھیہ غارٕ کاشرِ کاتبن کتابت کٔرمٕژ
یمیہ کِنی اتھ منٛز املاہچ وارا کمزوری موجود چھیہ۔ مشتاق فریدی سٕندِس
کلامس منٛز غزلہٕ، نظمہٕ تہٕ ٹُکھ بیٚیترِ تجربہٕ ترٚ یاتھان۔ یہند کلام چھُ عام فہم
تہٕ معنہٕ سوٚو، یتھ منٛز عشق و محبت تہٕ زندگی ہندین تاہ وارٕسلن ہنٛز ترجمانی
چھِ یاتھان ۔

آمہ پتہٕ اویران تھوٚوُس زندگی — امِ تِتھے چھا کرٚ وٚڈھ کیا یوم الحساب
کُس سنا مشتاق سے مشتاق گوٚو — کمٕ سنا صبحدم تلٕ روٚیس نقاب

مشتاق فریدی صاب چھُ اکھ سماجی کارکُن تہٕ رتھ چھِ ازکل محکمہ تعلیمس
منٛز فارمل ایجوکیشنس منٛز وستاد۔ پننہٕ نِگرانی منٛز چھُ اکھ انگریزی میڈیم
اکاڈمی تہٕ پکہٕ ناوان۔

## رحمت یانہالی ۹

رحمت یانہالی (۶ نومبر ۱۹۴۰ء) صابن پورہٕ ناو چھُ رحمت اللہ بیگ تہٕ
عام پاٹھی چھِ بیگ صاب ناوٕ زانٛنہٕ یوان۔ یم چھِ بانہالہ لامبرگا مُکی روزن والی
ستی مرِ جماژ پیٹھے اوسکھ شعر وتنگ شوق۔ دہمہِ جماژ ہندا امتحان پاس کرتھ پتہٕ لگی
محکمہ ایکسائزس منٛز سب انسپکٹر۔ بیشتر وق گُذورکھ بانہالہِ نبرے۔ اکھ وٚری
بروٚنہہ سیدی بحیثیت انسپکٹر ریٹائر۔ رحمت صاب چھ اکھ دین دار تہٕ صالح شخص
درس وتدریس تہٕ اصلاح احوالکہ کتھ تہٕ چھِ وَنان۔ یوٚد وے یمن شعر گوئی ہُند
اکھ فطری شوق چھُ مگر محکمانہ مصروفیژ وکنی ہیکی نہ جاد پیش رفت کٔرِتھ
یم چھِ جادٕ ییہن نعت و مناقب لیکھان۔ گوڈٕ ٹمسی اردو پاٹھی لیکھان تہٕ ودٕنی

چھِ کاشرس منز کلام موزون کران۔ یہندِس کلامس منز چھِ جذبچ شدت تہٕ رۄحانی فکرو بصیرتچ ترجمانی موجود۔

طمع چھم بہٕ وُچھہا دیارِ مدینہ — چھُ پیتہ روضہ شہر یارِ مدینہ
بہٕ وُچھہا اچھو ستی محراب و منبر — قدم گاہِ آں دلقرارِ مدینہ
وحی ہیتھ یوان اوس جبرئیل کتھ کُنی — بہ سوئے تنی رازدارِ مدینہ
یقین چھم میہ پورہم نہ زانتہٕ نارِ جہنم — اچھن تل میٔے چھم سبزہ زارِ مدینہ
سلام و درود و رحمت حق تعالیٰ — باآں آل واصحاب دارِ مدینہ

در خواب سُہ دلدار گل رخسار ییم نا
بے چین تہ بے تاب چھس بے عار ییم نا
حُسنس تسندِس ماہ و مہر سجدہ کران چھی
جلون کران چھس انوار نالہٕ متہ ییم نا
پرٕ زھون یہ رحمت بر گومت ترِ کوتاہ غم
دوہ لوستس آمت میٔے چھم دوہ تار ییم نا

## رانا ویل سنگھ

رانا ویل سنگھ چھِ کشتوارکس پوہی گامس ستی تعلق تھوان۔ یمکی لُکھ اسی فیر کال تام حبیب پالان۔ رانا سُند پورہ ناو چھُ رویل سنگھ۔ تسُند بڈ بب لسہ جو رانا تہٕ چھُ شاعر اوسمُت۔ یمی کشتوارس منز شعر چھ وَنی متہ تہٕ کاشر پاٹھی تہٕ چھُن کینہ کلام ونمُت۔ تیتھپاٹھی چھُ تس شعرو ادبک تا شوق وراثت زنگی پاکھیومُت۔ رانا چھُ محکمہٕ تعلیمس منز بحیثیت دوستاد کام کران تہٕ شعرو ادبک تہٕ چھُس جان مطالعہ۔ سُہ چھُ اکثر غزلہ

وناں - یمن اکھ مقامی انہار چھُ - رانا چھُ کاشر پاٹھی "رانژ" تخلص ورتاوان - سُہ چھُ سیوٚد ساد کلامہ وناں تہٕ متری چھُ اَتھ کلامس منز فنی ڈیچھر تہٕ دربیٹھی گرٕژھاں یامتھ یوان منے وُچھے حُسنُک شباب وہسے

ڈیشتھ گرٕژھاں پشیمان چمنک گولاب وہسے

حُسنک چمن تریہ پھولنے ہرد پچ نظر مہ لگی نے

سوٚ نیتھ تہٕ چھکھ یمبرزل پُراز شباب وہسے

ژھاہان چھ روٗنژہ ہردم باغن کوہن تہٕ بالن

ماچھے خبر زِ سے چھُم باغک گولاب وہسے

.

یوشہِ لنجہ لوٗگ واو ہردُن ہوش نیوٚم واوہِ تے

گلستانس منز گُل چھُ پیٚنتے داغ دل از ماوہِ تے

نامہ لیکھی لیکھی پانہٕ سوزِم بے وفا یارس دوہے

یوٚز تس دپیغام ہیتھ دہٕ تی نامہ برکانہہ آوہِ تے

روزِ محشر ییلہ سُہ آسہ بالمقابل رانژ سے

چارو نا چار پیٚیس کن تھاونے اد کراوہِ تے

# افضل بانہالی

افضل بانہالی صاب (۱۹۴۰ء) زاد یوٗتہٕ کوٹ بانہالہ گامس منز خوجہ غلام محی الدین جوگیری سندِ گرٕ - یم اکھ صاحب ثروت تہٕ تجارت پیشہ آسی افضل بانہالی سُند پورہ ناو چھُ خواجہ محمد افضل گیری - ۱۹۶۰ء منز ڈگری کالج اننت ناگ پیٹھ ایف اے پاس کرنہٕ پتہ روٗد کیٚنہہ کال جنگلات محکمس منز عارضی طور کلرک سندِ حثیتہ کام کران - امہ پتہ سپُد محکمہ تعلیمس

منز بحیثیت ووستاد تعینات۔ مگر کےٚ کال اتھ محکمس منز روزتھ پتہٕ سپدُ
ایگریکلچر محکمس منز بطور کمپوسٹ انسپکٹر تعینات۔ کیتھہ کال بروٗنٹھہ سپد امہِ محکمہٕ
منز جونیر ایگریکلچر اسسٹنٹ سندِ حیثیتہٕ ریٹائر۔

افضل بانہالی صاب چھہٕ میانی ووستادتہٕ تہٕ پیٹھہٕ تر۔ ۱۹۶۰ ءیس
منز پیوکھ شاعری ہُند شوق۔ تہٕ آغازس منز آسی رُت کلامہٕ ونان۔ منزی
منزی آسی مرغوب بانہالی صاٮ۪یس نشہ تہٕ ادبی مشورہٕ حاصل کران۔ زراعت محکمس منز
تبدیل سپدنہٕ پتہٕ روٗزتھ یمن ادبیس سیتی جاہ لےٚ تہٕ بالآخر گوو یہندِ یہ شوق
دوہیہٕ مصروفیوٚ بزِ۔ نمونہٕ کلام

چیز چھ حقیقت ییلہِ نہٕ زانتھ زانہ نظر کیاہ
پرزناوے ییلہ ولہِ یارس تیلہ سُہ جگر کیاہ

•

تقدیر منٛز وچھ ہےٚ روٗدمت مست ملن منز
یارانہ لاگِتھی سنگرن، بالن، غزالن منز

•

رٲتس ہٕ تندر تتھ ہےٚ گواہ رنگہٕ بیدرِ رحیم
ساتس نہٕ روزان ساد دل ہوش تہٕ حالن منز

•

| | |
|---|---|
| سالہٕ پتہٕ سون دلدار لولو | اپزُے چھُے یہ سمسار لولو |
| بڈی بڈی سکندر اتھہٕ ہاوان ژٔلی | سیتی مالو گُھ گرہ بار لولو |

•

| | |
|---|---|
| اولاد آشناو تھالی چکہٕ چاو | بے عمل ہا خاندار لولو |
| حکمت حکیمس سارِ نسا ئیران | لقمان تہٕ گو ڈ لاچار لولو |

افضل صاب اگر منٛز شوق جاری تھوِہے تمہٕ آسہ ہے پننہِ اکھ خاص پرزنتھ حاصل کرمژ۔

# امین کشتواڑی

امین کشتواڑی (۱۳ مارچ ۱۹۴۶ء) چھُ اکھ خوش آواز تہٕ معروف شاعر۔ پورہٕ ناو چھُس محمد امین ڈولوال۔ سہٕ کشتواڑ کس نامور گلوکار تہٕ شاعر مرحوم غلام نبی ڈولوال جانباز کشتواڑی سُند باپھر تہٕ کشتوارُک اکھ نمائندہ شاعر۔ امین زاو کشتوارس منز خوجہ عبدالغنی ڈولوال سند گرِ۔ دسمہِ جماژ تام تعلیم پرنہٕ پتہٕ سپُد جنگلات محکمس منز فارسٹ گارڈ بھرتی تہٕ ترقی پراوِتھ بنیوو فارسٹر۔ امین صابس پاکھیوو موسیقی تہٕ شاعری ہند سکول گرِ ہے منز۔ سہٕ روٗد لو کچارِ پیٹھے ڈولوالہٕ صابنین گوہنہٕ مجلسن تہٕ شعر مجلسن منز حصہٕ نوان۔ یمہِ کِن تس پالنس تہٕ شعر ونہٕ نکُ تاشوق ووتلیوو۔ ۱۹۷۵ءس منز لوگ اردو پاٹھو رباعی یہِ لیکھنس کوشش کرنہٕ تہٕ پتہٕ سپُد یتسر پاٹھر کاشرس کنُ مائل۔ امین کشتواڑی چھُ تقریباً پنٛژہ وُہو ورِی یہ پیٹھہٕ شاعری کران۔ غزلہٕ، ٹکھہٕ، نظمہٕ تہٕ رباعی چھہ تسندِ کلامچ ارزتھ۔ تسند کلام چھُ عام فہم تہٕ طرحدار یتھ منز اکھ ردمہ وُن سوز چھُ۔ امین کشتواڑی یس چھُ پنٛنِ کلام پیٹھ اکھ خاص انداز حاصل۔ تسندی نعت شریف تہٕ منقبت چھ کشتوارس منز مقبول۔ منزی منزی چھ طنزیہ تہٕ مزاحیہ شعر تہٕ ونان۔ تسندِ کلامک کینہہ نمونہ چھِ ییتھ پاٹھو:-

کتہٕ آسہٕ طاقت لیکھہٕ میون قلم  صلی اللہ علیہ وسلم
سہٕ چھُ کل عالمک سالارِ اعظم  صلی اللہ علیہ وسلم
پانہٕ کران سے تعاریف تہندے  م ح م د پروردگار
ووٹھ چھُس تہندُے اسم اعظم  صلی اللہ علیہ وسلم

ماوس مےٚ چھُم ناوس بہٕ لگے ہتھ دِ پایہ چھُ چون دربار لگے
زُنہِ گروٗن ترٛیہم گرٛٹہِ گاش ییم دِیہ ہم اگر تہٕ دیدار لگے
ترٛے نارس ییتہٕ گلزار کوٚرتھ سوٚے زارس ترٛیہ کوٚن نکھ زار کورُتھ
اکھ نظرے کرم ییٚتہ ترٛ کرٛی تو حض بہ تہ تہندے چھُس بمار لگے

۔

میانٛی سرِ عامن ترٛیہ یاد تھاون گوٚو ہیون شہرے گوکھ تراٚوِتھ جان گوٚو
شوقہٕ ییمہِ سندِ لیچھ اسپین توٚ غزل جاے پامن گوکھ تھاوِتھ جان گوٚو
امین کتھ تواری چھِ اکھ وہ میدا فزا تہٕ محنتی شاعرس لوکن منٛز مقبول
چھُہ ۔

# غوٗلام نبی شاکر بانہالی

شاکر بانہالی (جون ۱۹۳۶ء) زاو بانہالہِ ترٛنجلی گامس منٛز سیف الدین
جوٗ وانٛی سندِ گرِ۔ ییم اکھ تجارت پیشہ اٚسی ۔ شاکر سند پوٗرِ ناو چھُ غوٗلام نبی۔
دٕہم جماژ ہُند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ یوٚدوے شاکرس آسانی سان تمروزِ
سرکاری نوکری یاٚچھتھ ہیکہٕ ہے مگر اٚمی کوٚر پننے کاروبار کرن پسند تہٕ
ہیٚرن دکانداری کرٕنی ۔ چنانچہ اتھ کاروبارس منٛز روٗدس نہٕ جادٕ وار ۔ کینٛہہ کال
پتہٕ ہیوٚتن یہ کار تراٚوِتھ بیپار کرُن ییمہ منٛز اہل گُذار کوٚرُن تہٕ ریاست
کہن دوٗر وار پہاڑی علاقن تام ووت ۔ شاکر صاحب چھُ اکھ جہاندیدہ تہٕ
بزرگ شاعر البتہٕ تُل یمو تِر کالی تقریباً ترٛجی ہن وٕرین ہنٛز واٚلسہِ
منٛز پننس ادبی سفرس دٕس ۔ اردو پاٚٹھی تہٕ چھِ شعر ونہٕ پنٛچ کوشش
کران ۔ ییم چھِ روایت پسند شاعر تہٕ کلامس منٛز چھُکھ درد سوز ۔ نعت
تہٕ منقبت تہٕ چھِ دنان ۔ یمن منٛز تکہ سان پننین جذباتن ہند اظہار چھِ

کران ۔ شاکر صابن وَنُن چھُ زِ ۱۹۸۰ ءیس منز پیوٚ تمس شعرگوئی ہند تا شوق تہٕ یُس گوڈنیک کلام ووٚنُن تمیک مطلع اوس سو

میانہٕ پیرِ روٚٹ مے چون داماہ تَے، چانہ بر پٮ۪ٹھ آس بہٕ تہٕ لاران تے

شاکرس چھُ صوفی شاعرن عٔقیدتھ تِہ لے۔ غزلو علاوٕ چھُ نظمہٕ تہٕ لیکھان تہٕندس کلامس منز چھُ لول محبت تہٕ انسانی قدرن سگونک تاکید موجود۔ تسند وَنُن چھُ زِ سہ چھُ جانباز کشتواڑی سُندِ کلامہٕ تہٕ شِ جادٕ متاثر۔ کلامُک کینٛہہ نمونہٕ

وَنتم سہ دِل بہٕ کتہٕ اَنہٕ یتھ آسہِ یاد چانی
ڈُنز منز سےٚ وَنہٕ چھے نا قدمن پننی جوانی
وِزِ وِزِ گنان مے چھیم کل کُرتھم زِ پٮ۪ٹھ جادی ہالکل
یوٚتاہ بہٕ اتھ سنان چھُس تیوتاہ دِچھم ہرانی
شاکر یمین چھو کن کاتھہٕ دیدارہ رُس دواچھا
لارن ژِ پٮ۪ٹھ تو تہٕ یپہٕ ماکنہِ ساتہٕ پے ہیوٚانی

۔

میانہ پیرو ژےٚ سوا کس وَنہٕ بہٕ سیر
دست ماگیر ناو چونے دستگیر

۔

لیکھ شاکرتہٕ ملا تمہِ آیہٕ غزل یمہٕ آیہٕ پسند یپہٕ ہشیارن
کرِ جاے دِلن منز فنکارن یمہٕ غزلک اکھ اکھ شعر لگے
شاکر بانہالی سُند کلام چھُ کاشُر ادبی مرکز بانہالہٕ کس ترجمان رسالہ گولابس منز تہٕ چھپیومت۔

۔

# قمر حیات پوری

قمر حیات پوری صابس چھُ پوٚرہ ناو خواجہ غلام رسول۔ یِم چھِ پرٛنٛڈ تھ کس تحصیل حویلی ہِندس حیات پور منگھاڑ گامس منٛز ۱۵ دسمبر ۱۹۲۸ء یس منٛز گٔو جُوسند گرِ زامتی۔ دُہمہ جماژ ہِند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد محکمہ تعلیمس منٛز وۄستاد تعینات۔ پتھ ادبی سفر کوٚر کھُ اردو شاعری سیتی شروع۔ "کاشر محاذ" سری نگر تہٕ "کاشُر مرکز" بیہرولس سیتی تہٕ رُودی مُنسلک۔ وۄنی چھِ کاشری پاٹھی کلام موزوں کران۔ یہندُ کلام چھُ "راز ویر" رسالس منٛز تہٕ چھپیومُت۔

بیدار گژھ پیغام ہیتھ آو نوٚ بہارک واو
یمی واوہ ہردن زرہ دکری گلشن تہٕ تم وۄپداو
راز ویرِ سیتھ شہباز تے شبیر چھے پراران
ہوٚل گنڈ قمر گرِ نیر نبر روشہ بہن تراو

# راز بھدرواہی

راز بھدرواہی (۲ اکتوبر ۱۹۴۶ء) صاب چھُ اکھ ہُنرمند شاعر، افسانہٕ نگار تہٕ ادیب، یوٚدوے گوٚڈ ٹسی لایس منٛز تسند خاص مادٕرہ اردو افسانہٕ تہٕ شاعری اوس مگر وۄنی چھِ تمہٕ کاشرس منٛز طبع آزمائی کران تہٕ تہند کلام چھُ بیتہ وارا مقبول۔ راز بھدرواہی زاو بھدرواکس قلعہ محلس منٛز تسند پوٚرہ ناو چھُ عبدالحمید۔ یہندی بزرگ آسی دین پسند تہٕ عبادت گذار یِم گوڈ کاشری پشمینہ شال آسی بناوان پتہٕ ہگی زمیندآری کرنہٕ تہٕ کمبلہٕ تہٕ تزادرہ ووتہٕ۔ راز صابن بزرگ مول اوس بھدرُ واک مشہور نعت خوان زانہٕ یوان۔ سہ اوس رسا جاودانی مرحوم سند دہر بوج۔ دہمہ جماژ تام

پرنٕ پتہٕ لوٗگ راز اطلاعات محکمس منٛز ملازم ییٚتہٕ سُہ پننہِ محنتہٕ تہٕ قابلیت سیٚتی ضلع انفارمیشن افسرکس عوہدس تام ووت۔ ملازمتس دوران کوٚرُن پرائیویٹ پاٹھی آنرز اردو تہٕ انگریزیس منٛز بی اے۔ پننہِ ادبی سفرکٕ وٗسی لابہٕ کوٚرُن اردو افسانہٕ لیکھنہٕ سیٚتی تہٕ اردو شعر گوئی سیٚتی کیٛنہہ کال پتہٕ سپُد پننہِ ماجہ زبانہِ کُن متوجہ تہٕ قبوٗل عام کوٚرُن حاصل۔ تسنٛد کلام چھُ ییٚتہٕ کیٛو بہترین گلوکارو صدا بند کوٚرمُت۔ راز چھُ جادٕ بہن غزلہٕ لیکھان یہند اسلوٗب مجموعی طور روایتی چھُ۔ تسنٛدین غزلن ہنٛز زمینہٕ ہموار تہٕ ترنم دار ییمن منٛز عشق و محبتک امارتہٕ اکھ لوٚبہٕ وُن مقامی اظہار چھُ۔ سُہ چھُ پننیس باوتھ کس ییمہٕ آیہٕ طرح دِوان ؎

کوٚرُس چانی لوٗن درفتار کرٕ کیٛا
ترٛیٚے ماچھوی یوان یوٗن اعتبار کرٕ کیٛا

۔

ڈُنہٕ روز پھرا مہہ رٕ خو بربام ییتھے کُنہ
یتھ لولہٕ جگرس دلو ییٚم آرام ییتھے کُنہ
ہردم دُیتھم وعدٕ رٕ وٗزم آتش دِلس چٛانی
صبحس دِگر، دِگرس بنووم شام ییتھے کُنہ

۔

نگارو چانی حُسنن کٔری دیوانہٕ کٔتیاہ
یمہٕ چھی عاشق چھ فلو اُنتھی مستانہٕ کٔتیاہ
بہٕ وُچھتھ زونہٕ گاشس ہیٚے چھم حسرت دِلس راز
ہیٚے چٛلی عنوانہٕ رُستے لیکھی افسانہٕ کٔتیاہ

۔

# دِلفگار بانہالی٭

دِلفگار بانہالی چھُ طاؤس بانہالی[1] صابنُ لۄکُٹ بوے۔ سُہ چھُ اکھ
خوش اخلاق، رومانی تہٕ جمال پسند شاعر، یُسندِس کلامس منز اکھ خوشگوار
آمد تہٕ سوز چھُ۔ شعرو ہِنز سیتھی چھُ شعر پرنکُ تہِ اکھ خاص انداز تھوان
واٗنسہِ کِنی چھِ پانژا وُری ہور مگر ازنہِ چھِ جوان سال تہٕ پُرکشش باسان
دلفگار بانہالی سُندُ پوٗرٕ ناو چھُ غلام محمد خان سُہ زاو یکم اپریل ۱۹۴۵ء
یس منز بانہالہ کوٗسکوٹ گامس منز خواجہ احد خان سُند گرِ۔ یُس یتھِ علاقُک
اکھ صاحبِ حیثیت زمیندار اوس تہٕ محکمۂ ابریشمس منز اوس مُلازِم تہٕ۔ سکول
ریکارڈس منز چھُ دلفگارُن زاتہٕ ۲۵ اگست درج یُس صحیح چھُنہٕ۔ پانژمہِ
جماعتہٕ تام کوسکوٹ سکولس منز تعلیم پرنہٕ پتہٕ سُپُد دلفگار بانہالہِ ہائر سیکنڈری
یس منز داخل۔ سُہ اوس خوش آواز تہٕ گیونُک اوسُس شوق یمہِ سُہ بالآخر شاعری
کُن مائل کوٚر۔ دلفگار اوس شیمہِ جماعتہٕ پران ییٚلہِ تمہِ "لیلیٰ مجنون" ناوِ اکس
ڈراماہس منز بہترین اداکاری ہاؤد یمہِ کِنی سُہ سارِنے ٹارِ کھوٚت۔ یہ ڈرامہ اوس
مرغوبؔ بانہالی صابن ترتیب دیتمُت۔ سُہ اوس گیونُک یہ شوق پننس مائلس
تژۄرِ پورٕ کران تکیازِ سُہ اوس نہٕ تسندِ گیونکِ حقہٕ تہٕ سُہ اوس تس جان تعلیم
پرناوُنی یژھان۔ ییلی کہٕ تسُند زیٹھ بوے طاؤس بانہالی تہٕ ترول مالی سِندے
یمہِ پاکستان۔ تکیازِ تس اوس گیونکُ سخ چسکہٕ۔ ہائر سیکنڈری کورا امتحان
پاس کرنہٕ پتہٕ سُپُد دلفگار سوشل ایجوکیشن محکمس منز وستاد تعینات یُس
پتہٕ ایجوکیشن محکمس منزے مدغم سُپُد تہٕ بیٹھ چھُ اتھی محکمس منز درس و
تدریسُک شغل جاری تھوٚوِتھ اکھ کامیاب وستاد گنزرنہٕ یوان۔ اردوہس

---

۱۔ طاؤس بانہالی یس سنہ منز سرحد اپور توٚر تہٕ ترال کھل ریڈیوہس منز سپد مُلازم تہٕ ترقی پرأدِتھ سُپد کینہہ کال برونٹھہ اسسٹنٹ ڈایریکٹر سندِ حیثیتہٕ ریٹایر۔

منز چھُن آنزر کوٚرمُت ۔ دنوگار چھُ کاشُر ادبی مرکز بانہالہٕ کین اولین بانی کارن منز تہٕ سُہ چھُ امہٕ تنظیمہ ہُند نائب صدر ۔ یہُندُ کلام چھُ "شیرازٕ" "گولاب" رسالن منز تہٕ چھپیوٚمُت ۔ دلفگار بانہالی صاب چھُ بانہالہٕ ہندین نوٚین ہندین شاعرن منز اکھ پسندیدٕ شاعر ۔ سُہ چھُ غزلہٕ کس شوبہٕ دار روا یتس لول بران تہٕ حُسن خیالکی لوبہٕ وُنی انہار وۄتلاوان ۔ تسُندس کلامس منز چھُ اکھ رٕٹوٗ مانی اسلوب، شادابی تہٕ حسن و محبتکی دلپذیر انہار دریٹھ گژھنس سیتی سیتی عصری حالاتن ہُند تہٕ ذکر پاتھان یُس ییمہٕ آیہٕ کاڈ چھُ لگان ۔

نظر یامتھ میٚے پیٚیہٕ الغا بہٕ پیٚننس بالہٕ یارس کُن
مُدٕے گنڈی ادا چھو مہانو تمٕس جادوٕ نگارس کُن

اگر زانہہ نال وَلنے فکرٕ یا باسے پریشانی
کُنی ہکھ تلہٕ زِ تمہٕ ورِ یارٕ پنٕنس دلفگارس کُن

-

وہکی ارمان چھم ساری مدٕتوارو ژٕ کیتی رٹھیٚ رٹھ
ژٕیہ تھاوِتھ درد و غم ساری ستمگارو ژٕ کیتی رٹھیٚ رٹھ
محبت باگراوُن دِل رٹھُن تے لول ورتاوُن
یوٗ ہے سرمایہ چھم تھووُمُت خریدارو ژٕ کیتی رٹھیٚ رٹھ

-

زبانی دِی تھم دلاسہٕ وارہ مگر دلس چھُے خیال بدٕلے
جواب کتھ انہٕ کمن سوالن چھُہ چانی سوال بدٕلے
چھُ نار ہیچرکُہ کر لوٚکٹہٕ آسن یہ پرہیتھ اُکس مشکلے چھُ پاسان
توٚے گومُت انز چھُ دلفگارس امارٕ چانے یہ حال بدٕلے

-

زندگی منزٕ لیس کتیاہ اُس پرٕ منزٕ گے مُشتھ !

یاد پوز زرہ زرہ ییٚے چھُم یوتاہ پوٚزم افسانہٕ چون

## شمس بھلیسوی

شمس بھلیسوی (جنوری ۱۹۴۴ء) چھ بھلیسہ تحصیلکِس پہتھ کھورِ تہٕ پہاڑی علاقہٕ "رنبگل" "کِس بیلی" گامس منزٕ روزان۔ پوٚز ناو چھُس شمس الدین وانی۔ سُہ چھُ یمہٕ علاقُک اکھ جوان سال، ذہین تہٕ وتھوٗن شاعر دٔہِمہٕ جماتھ پاس کرنہٕ پتہٕ لوٚگ شمس ۱۹۶۳ءیس منزٕ محکمہ جنگلاتس منزٕ محرّر رٕ ییخ تہٕ ازکل چھُ ہیڈ اسسٹنٹ سندِ ہتی یتہٕ بھدرواہ فارسٹ ڈویژنس منزٕ تعینات۔ شمس اُسی گوڈٕ پیٹھے شعرو ادبچ لوٗے کھوٗے تہٕ لوکچِہ وٲنسہِ منزٕ ہیتن شعر ونٕنۍ۔ تس چھِ اکھ ٹینٛی سوچن ترائے تہٕ امارپس تسندِس کلامس منزٕ پیٚنٛی رنگ چھُ ترٛھٹان۔ لوٗلہ باوتھ کٲری، اخلاقی قدرن ہنٛز کلٚ تہٕ عصری تقاضن ہنٛز وتر ہتے ہوی موضوع چھِ تسندین غزلن منزٕ کاڈٕ کڈان۔

کینٛہہ شعر مصرعہ:

چھُ شانِ رسالت مآب اللہ اللہ — ازل تا ابد لاجواب اللہ اللہ
سراجاً منیراً تہٕ لیسین و طٰہٰ — وصف چانی رقم در کتاب اللہ اللہ
اَتھے ہوت شمس وہ ترٛ شرمسار گو — بہ دربارِ عالی جناب اللہ اللہ

ییٚے ھتو وتھ نار للہٕ وٚن یارٕ یکھنا — بہٕ وٚنہٕ ہے زار دلہٕ کی یارٕ یکھنا
تُرتھ مس کھٲسی چشمن تتولہٕ وٚنی چھی — زیر دوشِ زلفہ شہمارٕ یکھنا
خیالن خوٗنہٕ ولیچھ چوٗنہٕ جرٛی جرٛی — بہٕ سوزے ڈالی لوکی شارٕ یکھنا
شمس زولانہٕ عشقنی نالی تراوِتھ — ترٛے پتہٕ تس نارٕ گو لوکچار یکھنا

شمس چھُ ژھوچین تہٕ زیچھین بحرن منٛز طبع آزمایی کران ۔ سُہ چھُ اکھ ومید افزاۓ شاعر ۔

## غلام رسول نذرؔ

غلام رسول نذرؔ چھُ گوٗل علاقہٕ کِس ولوا گامس منٛز روزان ۔ دٔہمہ جماژ تام پرنہٕ پتہٕ سپُد محکمہٕ تعلیمس منٛز ووستاد تعینات تہٕ ترقی پرٲوتھ سپُد بحیثیت ہیڈ ماسٹر ریٹائر ۔

نذرؔ چھُ اکھ باصلاحیت روایت پسند شاعر ۔ تسندِس کلامس منٛز چھُ درد و فراقُک تہٕ محبت اخلاصک اظہار موجود ۔

## مجیدؔ رازویری

مجیدؔ چھُ رازویرِ ہنٛد اکھ جوان سال شاعر ۔ کیشہ غزلہ تہٕ ٹُکھ چھِن وُنی ہتی ۔

کنڈ ین پچھے زیٹھ کاژا زِندگانی
گژھان بر پوشے کیا نوجوانی

سحر وِزِ بلبلن ووٚن باغوانس
غمن ٹیلہ ژالیم ارمان چانی

# منشور بانہالی

منشور بانہالی ( ۱۹۴۸ء ) ییٚنہ پوٚرِ ناوعبدالغنی چھُ زاو بانہالہ بنکوٹ گامس منٛز خواجہ غولام رسول گیری سندِ گرِ۔ بانہن وٕرین تام آو پننس ماٲلی سندین ماتامالن ہندِ گرِ سیٹھاہ ٹھتیاہ سیتؠ رٹچھنہٕ۔ ہائر سیکنڈری الیکٹو پاس کرنہ پتہٕ پٔد وہ ستاد تعینات۔ مطالعہ تھوٚوُن جٲری۔ اردوہس منٛز ایم، اے بی، ایڈ کرنہٕ پتہٕ کوٚرُن ایم اے انگریزی ( حصہ اول ) کیٚنہہ کال روٗد سٹیٹ انسٹی چیوٹ ایجوکیشن جیمس منٛز ریسرچ افسر سندِ حٲثیتہ تہٕ کٲم کران۔ ازکل چھہ ہائر سیکنڈری لیس منٛز سینئر لیکچرار سندِ حٲثیتہ اردو پرناوان۔

" پانس نسبت چھُ ہے صرف ییٚتے یوت وَنُن زِ بہٕ چھُس کم کاسہ لیکھان ییتھ منٛز نثر تہٕ نظم دوٚنوے شٲمل چھہ۔ ۱۹۶۹ء منٛز ہیوٚتُن میون ابتدٲیی کٲشُر کلامہ مٔنزی " نیب " رسالس منٛز چھپُن۔ یُس امیٚن کٲمل صاحبس ادارس منٛز چھپان اوس تہٕ پتہٕ سپُد بند۔ امہِ پتہٕ روٗد میون کلام ییتھ منٛز غزلہٕ، ٹکہ، رُباعی، ہوخصر پابند ژھوچہ تہٕ آزاد نظمہ بتیٚر شٲمل چھیہ وزِ وزِ نمایندہ جریدن منٛز چھپان۔ امہِ علاوہ روٗد تنقیدی تہٕ تحقیقی مضموٗن بتیٚرِ تہٕ چھپان۔ ییٚمیک سلسلہ از تہٕ جٲری چھُ۔ میٲنس لیکھہ مِتس کٲژا توٗژھ چھے یا اتھ منٛز کم حسن وقبوح چھہ تہٕ ہکن پرن وٲل فیصلہ کٔرتھ تاہم چھُ میٲنس کلامس نسبت کینژو دیب دوست حضراتو پننہ کیٚنہہ تٲثرات تہٕ باوی متی، ییٚمیک بہٕ پننہٕ پان مستحق چھُس نہٕ زانان تہٕ نہ چھُم کانہہ

خوش فہمی''

''منشور چھُ کاشرِ ادبُک اکھ ممتاز ناو۔ یوٚدوے سُہ ڈوڈہ ضلعس منٛز زاو مگر سُہ چھُ ڈوڈہ نیبر تہ لوٗکن ولوٚد۔ سُہ توٚر سُلہِ گرِ یمہِ علاقہٕ کیو حدو اپور۔ سُہ چھُ اکھ زاوِج نظر تھوٚون وول شاعر یس جدید شعرو ترک پوٚرہ تُس عبور حاصل چھُ۔ تسند لختیہ کلام چھُ عقیدت بوٚرُت۔ ہیے چھُ یقین یہ کلام یوٚدوے شایع سپدِ یہ بنہِ لُکن وردِ زبان''

(اے کلچرل ہسٹری آف ڈوڈہ۔ موہن لال آتش)

''منشور چھُ اکھ منٛوٹھ تہ مودُر شاعر یُسند شاعرانہٕ مزاز بہر حال ماری موٚند تہ رِندانہٕ چھُ۔ سُہ چھُ پننی تجربہٕ تہ تھپاکھٕ پیش کران، یہندی تجربہٕ رِندانہٕ، زبان شاعرانہٕ تہ ورتاو فنکارانہٕ چھُ۔ منشورنی شار چھِ اکہِ پاسہٕ عام کاشرین تہ دِل نوان تہ بییہِ پاسہٕ کاشرِ زبان وادبہٕ کس طالبِ علمس تہ متوجہ کران۔ تس چھُ اکھ پنن ورتاو۔ تس چھُنہٕ وقتُک آلو تیتھی کُنہِ ڈیٛٹھ نوان زِ تسند پننٕ آسُن روزِ تھفہ تل۔ بلکہ چھُ سُہ یہ آلو تہ بوزان تہ پننٕ آسُن تہ برقرار تھوان۔ یوٚدوے منشور غزل تہ نظم لیکھان چھُ اما تسند لعت چھُ خصوصی تقدس رٹھ تھ شاعرانہٕ دُبرایے تہِ پراوان''

(گولاب رسالہ ...... ڈاکٹر شاد رمضان شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی)

درجِ بالا توٚرات کمہِ حدس تام چھِ حق بجانب یا جانبدارانہ تہ ردُّ چھُ کاون باقی یوٚت تام یہ سورے کلام برونہہ کُن ییہ۔ سرِ دست چھِ صرف کینٛہ شعر نوٚموٗنہٕ حوالتا'' پیش ؎

٥

صحیفن ہند صحیفے آے بُری بُری
مکمل گئے نہ پوٗز تاریف چاٲنی
قلمدان تہٕ مو کلے یہٕ میل لیٚکھی لیٚکھی
مگر اڈٕ لیکھ چھہٕ وٗنہٕ توصیف چاٲنی

٥

قلم کارو مو للی الفاظ ورتاوی
ادیبو کرٕ سیٹھا گوہر فشانی
مگر امہ چانہٕ حُسن لازوالچ
سیٖرٕ ماتو تہٕ بالکُل ترجماٲنی

٥

یہٕ چھُس شبنم پھیٚورا برگ گُلس پیٹھ
ہُلم دارُن ہیٚوٗ تمُ ازٕ آفتابس
اکے ٹوٗریٖنہٕ نابود کرٕ ہم
دوٚتھ ووٚنی تھاوی زہٕم یتھ اضطرابس

٥

یہٕ دل سپدان چھُ ییٚوتھ غمگین باتے
کنُے رنگ چھُنہٕ لبان تسکین باتے
یمن احساسہٕ کین لادِن ہرن پیٹھ
پیوان زٕنہٕ اَتھ روٗستے شین باتے

٥

کیٚتھہ نعتیہ شعر :

کلُ عالمس پیٹھ رحمتکُ بوٚڈ سایہ شاہِ انبیاؐ
سُلہِ صبح ازلکُ نوز پوشن پایہ شاہِ انبیاؐ

یسٓ صاحبِ لولاک لقب پانہٕ ونان حق !
پس از خدائے لم یزل قدرِ پایہ شاہِ انبیاؐ

تژول کوس ڈکس آدمس ورزراو رٹھن ہُند
شرٕکی تہٕ وہمکی شاف کاسان آیہ شاہ انبیاؐ

ہمبوٚری رأترو نالہٕ مُتی کرٕی موے والیلس
کوتوٚری شمعو ژوٗل کوٚریٚلہِ زایہ شاہِ انبیاؐ

مستوٚرٕ ہے چھِنہٕ لعت لیکھتکُ پاے اما پوٚز
چھمُ گاش اُچھن ہُند دلکُ سرمایہ شاہِ انبیاؐ

•

قو درتھ چھِ کھٹتھ راز تہٕ اظہار محمدؐ
والشمس والضحیٰ روے پُر انوار محمدؐ
صورت تہٕ صفتھ، خوے بصیرت تہٕ بصارت
تخلیق تہٕ مخلوق تہٕ شاہکار محمدؐ

عِرفان و علم ، آگہی ، حکمت تہٕ نبوّت
مورسل تہٕ نبی کیتہٕ ، قدا وار محمدؐ
اُمّی بظاہر لفظ لفظ فلسفک دُریاو
بُتھ شور سکستان تہٕ گہر بار محمدؐ

اَسہِ وُچھ نہٕ خدا، چونٛ صدا بوز تہٕ پٔرٛدہ آے
در پردِ الاّ اللہ تہٕ اظہار محمدؐ
اٗسی واو تہٕ ھٕرِ منٛز آیہٕ ہنہٕ گردابہٕ پیٚس منٛز
اتھِ روٚٹ نہٕ کھٕنٕ ناوِ تہٕ بس تار محمدؐ

منشورِ سیاہ کار بس ناوکُ یہ مسلمان
دُریاے رحمت امتکُ غمخوار محمدؐ

●

نہٕ چھُ واو ژانگِن دزِنہٕ دوان نے چھِ ڈلان راتھ
گٹہٕ زوٗل چھُ بہتھ ڈیرٕ دِتھے ژانگی تارن منٛز
رو رخ موسہو یدلوو سو کھٕکی ناگ ہوٚکھتھ پییے
دوکھ دٲدی کٲتیاہ باوِ تہٕ رمزن اشارن منٛز

●

نِگارا، وعدٕ وفا کریا؟ کریا؟ نہٕ کریا؟
امارا ساوِ جگر زریا؟ زریا؟ نہٕ زریا؟
ہوا چھُ تیز رِکان، رُما تہٕ ماچھُ رکان
شمع چھُ گرا یہٕ کھوان ڈریا، ڈریا، نہٕ ڈریا؟
سوال نظر نظر، جواب جگر جگر
کتاب شیشہٕ اچھر پٔریا؟ پٔریا؟ نہٕ پٔریا؟

بہٕ ماسہ چھُس موسیٰ ، سہ منٛز ژٕٹن دُریاو
خبر یہٕ پھیٹنٛژ ناو ژٕریا؟ تٕریا؟ نہ ژٕریا؟

گو لاب لفظ منثور ژٕ لیکھ خبر پتہٕ کاشہہ
شراب شیشہ دِلن بٕریا؟ بٕریا؟ نہ بٕریا؟

●

میہے ہِنتہٕ تھوٚو ساقین پیمانہٕ زآ رتھ دوٗر کیا وَنہٕ ہَس؟
دوٚپُن تکرار کرنک ماچھُ ییٚتہِ دستوٗر کیا وَنہٕ ہَس؟

نبکی تارکھ دوٚپُن بیدار روٗزتھ چھی ژٕ یہٕ گنٛزراوِنی
شبکُ سورُے سفر نتہٕ چھےٚ ژٕ یہٕ نا منظوٗر کیا وَنہٕ ہَس؟

تہٕ وُنگلُ ہیُو واوِ طوفانس انٛدر وُنہوو لِس رالِس
صبح ییٚلہِ پھوٚل تہِیے تھوٚوُن ہیے موٚچھ منٛز سوٗر کیا وَنہٕ ہَس؟

●

آب گو نایاب آدمی خون گو ارزاں وونی
زوٗن گے درماندٕ او برس آسمانس درمیان
حاَر تھاَ آئینہٕ درآئینہٕ رو دکھ وُنی دِوان
کاش وُچھہاکھ کُس چھُ روزان آنہٕ خانس درمیان

●

نظمہِ منٛد اکھ بنٛد:-

......

بہٕ چھُس

فقط

اکھ بے راگ آلو

وِ جارِ سفرِچ

سِتم نفسیی

ژھٹن ژھٹن ورقہٕ ورقہٕ باوان

سُہ دل پسند شاہکار

یِس پیٹھ

تٕرے وٲلنہٕ وادن ریاضت کرُی کرُی

شبیہہ شبیہہ ژ آوی جار کو نچھُتھ

نظر نظر اعتبار کو نچھُتھ

نزاکتٕک اکھ بہار کو نچھُتھ

رُمس رُمس منز امار کو نچھُتھ

گمُس گمُس سوختہٕ نار کو نچھتھ

شمارٕ رُوستے خُمار کو نچھُتھ

خلیق ذاتکُ قرار کو نچھتھ

خلا فشرِ ہُند جہار کو نچھتھ

الست حرف سوال لیکھتھ

وفایے قول و قرار کو نچھتھ

مگر یہ کیا ہ ؟

ییتھ یے آنتھ پِفتہس اندر چھ

و وٕ نی زن

مُہیب ژھاتیر پتے ہیے لارات

کُنہٕ !
تفاوت !
ہلاکتُکی خوف ناک منظر
ہیٚے لحظہٕ لحظے
وجوٗد کوراں ......

( نظم : ندا )

حرف !
بے معنہ
اَچھرن منٛز موٚتٕرے متھٕ
چھُ پرٛیڈان
خوفِ تنہائی ژوٚہ پأری
جنازَن ہُندیوٚ ہے معمول دوہدِشِ
چھُ یِتھ بستی عیٖسی باگہِ آمُت

( نظم ریہہٕ )

## سجاد پونچھی

سجاد صاب چھِ پرٛونٛز ہس سۭتۍ تولق تھوَن وألی اکھ پوٚختہٕ فِکر شأعر تہٕ ادیب۔ پہأڑی زبأنی منٛز چھِ یِم اکھ معتبر ناو تہٕ امہِ علاوٕ چھِ اردو پأٹھۍ

تہِ لیکھان ۔ یہُند بیشتر کلام چھُ شایع سپُدمُت ۔ کیشہ کال پتہٕ چھُ سجاد پونچھی کاشرس منز خاص دلچسپی نِوان ۔ یم چھِ نظمہٕ تہٕ غزلہٕ لیکھان ۔ یہُند کلام چھُ معتبہٕ سوٗ تہٕ تہہ دار ۔ کاشرس منز چھکھ کیشہ آزاد نظمہٕ تہٕ یِچھمٕ یمن منز اکھ نوٚو حسا کھی تہٕ عصری وہوٗمار چھُ ۔ سجاد صاٮ۪ب تاریخ پیدایش چھُ ۱۵ دسمبر ۱۹۴۶ء ۔ تعلیم کِنہِ چھِ ایم اے جغرافیہ تہٕ ازکل چھِ اودھپورکس گوجر ہوسٹلس منز وارڈن تعینات ۔ یہند اکھ مختصر نظم چھپیہ تیھپاٗ کھُٹھ ۔

" جواب "

وُہی گٹہٕ کارس منز
ژرانگین گاش سوٗ تیو مُت

اُتھی منز
اُکی موضوع پرژھنم

گاشنکُ پے
ٹاسری گٹہ منز

ہٕ کیا ونہٕ ہس
مے اَس ترِ حقف کرُ منزٕ اُکس بُزرگس
یس ڈُہی گٹہٕ کارن دم پھُٹ کوٗر مُت اوس
تس موضوع ہِنٕدِ سوالکُ جواب
چھُم وُنہِ باقی

## ناشاد بھدرواہی

ناشاد بھدرواہی ( ۱۹۵۳ء ) زاد بھدرواہ کس ڈنڈی گامس منز ۔ پورٕ ناو چھُس غلام حسین بٹ ۔ سُہ چھُ بھدرواہکُ اکھ پسندیدہ تہٕ مقبول

شاعر۔ تسنٛدِس کلامس منٛز چھُ دردو فراقُک رمبہٕ وُن دود، انسٲنی محبتُک امارتہٕ حسرتن ہُنٛد فریاد۔

رازِس پٮ۪ٹھ پیٚیہِ سفید پوشی کِنہِ لوکچارس منٛزے روزگارٕ باپتھ دوڈٕ ژھانٛڈ کرٕنۍ۔ ڈٲہمہِ جماژ تام ہیوٚک مسا تعلیم پٔرِتھ۔ امہِ پتہٕ کرُن "اقبال اکیڈمی" ناوٕ بھدرواہس منٛز اکھ پرائیویٹ درسگاہ قایٔم یتھ سُہ نِگرانِ اعلیٰ تہٕ چھُ تہٕ صدرِ مدرس تہٕ۔ ناشاد ہیٚتِ لوکچہِ وٲنسہِ منٛز شعر ونٕنۍ۔ اردوٗہس منٛز تہٕ اوس شعر ونان مگر جادٕ پہن چھُ دوٕنۍ کاشرۍ لیکھان۔ سُہ چھُ ترٛھ چین کہو نہ یچھِن بحرن منٛز غزلہٕ لیکھان یتھ اکھ فِکری نزادی جار تہٕ مقامی رنٛگ چھُ تس چھہٕ جلون ہنٛدی برائتی یٮ۪مہِ آیہِ مایٔل گفتار کران۔

خیالن منٛز تہٕ خابن پٲٹھۍ یِنہٕ ہے
پرٛزنٲوِ اکھ بیٚیہ حیاکِہ پٲٹھۍ یِنہٕ ہے
بہٕ لیٖکھہٕ ملپے وتن ہنٛدٮ۪ن گٔلِس منٛز
نبس پیٹھ ماہتابکہِ پٲٹھۍ یِنہٕ ہے

۔

رٕودکتہِ دوٕنۍ ماے محبت کیتہ چھِ ملتہٕ ارتح کیتھا
دوٕنۍ چھُ بدلیوٚمُت پَنُن تاثیر آہن کیا کرو
عملہِ کِنہِ ناشاد دیٚتہِ باسان ہیے چھم اتہٕ گوٹہٕ زٕہ پارٕ
علمکی دفتر چھے ازٕ بُری بُری کتابن کیا کرو

۔

چھُ شتھہٕ تلِن منٛز سرٕ گمکی پٲٹھۍ اسمِ اعظم چون
کیٚتھہٕ پے میے چھُنہٕ آسان چھ کیا آدابِ عبادت

۔

یتھ انہِ گٔلِس منٛز غالہِ گوٚو ناشاد ماپچہِ پھیوٚر
نابود احساسات گےٚ خاموش گےٚ جذبات

## رِنٛد بھدرواہی ٭

رِنٛد بھدرواہی (۱۶ اپریل ۱۹۴۷ء) چھُ بھدرواہ علاقہٕ چہِ ادبی پوشہٕ وارٕ ہُنٛد اکھ سرتازہ گُل۔ سُہ چھُ اکھ پُرکشش، نوزک خیال، نیک خصلت تہٕ نفاست

پسند قلم کارَن ہینٛدِ کِس کاشُرِس ادبس، تحقیقس تہٕ تنقیدس منٛز پنُن اکھ خاص اسلوٗب چھُ ۔ رِند چھُ اکھ تِہِ ہیٚتھ ہِندُ شاعر ۔ تَسند مطالعہ چھُ وسیع یُس چھُ غزلہٕ ہندس فارسس منٛز تُہٕنٛز معنہٕ دایرُ اوٚنکُھ دستگاہ تھوان ۔ سُہ چھُ اردوٗ زَبانی ہُندُ تہٕ اکھ بہترین شاعر، افسانہٕ نگار تہٕ ناقد ۔ "سرابوں کا سفر" ناو چھُ تَسند افسانہٕ مجموعہ چھاپ سپدمُت ۔ کیٚتھہ کال رُوٗدُتھ چھُ سُہ اقبال بزم ادب بھدرواہ کہ طرفہٕ اردو جریدہ "بزم" تہٕ اجرا کران ۔ رِند بھدرواہی چھُ بھدرواہس منٛز کاشُرِ شعر ادبکہٕ اکہٕ نوین تہٕ ساد دار لہجہ ترجمانی کران ۔

رِند بھدرواہی ییٚس پوٚرہٕ ناو طالب حسین شیخ چھُ زاو بھدرواہکس چھنا ورنگہ گامس منٛز ۔ دہمہٕ جماژ ہند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ کوٚرُن پرائیویٹ پاٹھۍ ادیب کامل پاس تہٕ امہٕ پتہٕ سپُد محکمۂ تعلیمس منٛز بحیثیت کلرک تعینات ۔ رِند اوس لوکچارہٕ پیٹھے خوش وجاہت تہٕ خوش آواز تہٕ پننہٕ مُدرِ کیہٕ منٛز اوس گیوان علم وادبکہٕ مطالعُک اوسُس چسکہ ۔ اردو تہٕ کاشرِ زبانی ہندین سرکردہ تہٕ کلاسیکی شاعرن ہندِ کلامُک کوٚرن مطالعہ یُمہٕ کِنہٕ فنی سوتھرن منٛز پوٚرہ زان کاری حاصل سپٕز ۔ تمیٚ ہیٚتہٕ لوکچہ وانسہ منٛز شعر ونُن ۔ گوڈٕ اوس طالب تخلص کران پتہٕ ہیٚوٚتُن رِند ناو لیکھُن تہٕ امی ناوہٕ سیتی سپُد مشہور ۔ رِند بھدرواہی سٕندس کلامس منٛز چھیہٕ زندگی ہنٛز تنہایی تہٕ خارجی زندگی ہنٛز ناہمواری ہند احساس موجود ۔ رِند چھُ اکھ فطری شاعر یَیندس کلامس منٛز انسانی رُوح بیقراری چھوٚرچھوٚر گرُتھ اکھ لحہ فکریہ عطا چھ کران ۔ یہ ہے سوز تہٕ دود چھُ سُہ یِمہٕ آیہ واتراوان ~

اضطرابس پیٚٹھ یہ تَنٛدِ ہلش محبتس لوٗگ شاپھ ہیٚو
یا تہٕ چھُنہٕ دودے دِلس تہٕ تر وُدادلو ڈاف ہیٚو

اوس رتھ یوٗت تام گر بکہٕ وُن وُچھ نہٕ مےٚ تہٕ بتراٚٹھ کُن
تتھ لِہ وُچھم یٚیلہٕ گوم اُلفس دال، دالس کاف ہیوٗ!

شیٖنہٕ یالکٕ ہیوٗ جگر چھم، ریگ زارکُ ہیوٗ صبر
وُترِ مےٚ چھُم باسان تسند پرتھ کانٛہہ ستم الطاف ہیوٗ

•

مَد نو یکھنا بیٚیہِ کٔنہ ستمہٕ وکرہ ہو بٚیٚیہ لو کیچاہ رٕچ کتھ
پیتھن ستمن دادِ ہنز کتھ یٚمیہ سنگدل ستمسازٕچ کتھ
رِندو تاپہٕ تزٕر چھےٚ ژالُن شیٖہلی کلین ہمند تمنا تراو
آسہِ دزان یٚیتہٕ سوروی عالم تتہِ شوٗبیا شیٖہجارٕچ کتھ

•

تہٕ وِنی وُنہِ کھوتٹھن[1] از چھاو چھاو | ژٕن کا یُتاتس وہ وِنی ناو
دنیا کمؠ ستھٕر[2] کس دِیہ کیا؟ | کوٗت چھکھ درامت کیا چھےٚ ناو

یتہ بھدرواہی ماہین چھُ "کہکشاں" ناوِ بھدرواہ علاقہٕ کین اردو تہٕ بھدرواہی قلمکارن ہنسیتھ اکھ تحقیقی تہٕ سوانحی خاکہٕ مرتب کوٚرمُت یُس ۱۹۹۲ء یس منٛز اردو پاٹھی چھاپ سپُد تہٕ امہِ علاقہٕ کِس ادبی منظر نامس پیٹھ گاہ چھُ تراوان

# تسکین بڈانوی ∽

تسکین بڈانوی (۳ اگست ۱۹۴۷ء) چھُ ضلع ڈوڈہ ہکِس ٹھاٹھری تحصیلس ستی توٗرُت تھوٚن دول اکھ با صلاحیت تہٕ پوختہٕ فکرِ شاعر۔ تسکین یُسند پوٚتر ناو جلال الدین بٹ چھُ زاو تحصیل ٹھاٹھری کس بڈانو گامس منٛز خواجہ محمد عبداللہ بٹ سندِ گرِ۔ دٔہمہِ جماعتِ پتہٕ سپُد بحیثیت دوہ ستاد تعینات۔ تسکین اوس لوکچارٕ

---

[1] طرفن [2] کمؠ سند (بھدرواہی لہجہ)

پیٹھے خوبصورت، صحتمند تہٕ خوش آواز۔ سہٕ اوس تُرواہ وٕہرِ یٚلہٕ تمیٚ ریاستکس وزیرِ اعظم غلام محمد بخشی سٕندِس اوٚت یِنہٕ کِس موقس پیٹھ اکھ بہترین قوٲلی گیو تس آو ینامہٕ دِنہٕ تہٕ آو سرکاری خرچس پیٹھ ریاستکس کلچرل دورس پیٹھ سوزنہٕ۔ وۄستاد تعینات سپدنہٕ پتہٕ رود سُہ برابر مطالعہ کران۔ تسکین چھُ اردو تہٕ کأشرِ دۄشونی زبانن منز شعر ونان۔ تٔمۍ سٕندی کینٛہہ اردو افسانہٕ تہٕ اردو کلامہٕ چھہٕ اخبارن منز چھاپ سپدی متی۔ "فکر و افکار" تہٕ "قصرِ محبت" ناوٕ چھہٕ تٔمۍ سٕندی زٕ لوکٹ اردو منظومات چھپے متی۔

تسکین سُنٛز اصل پرزنتھ چھے تٔمۍ سُند کأشر کلام۔ سہٕ چھُ امہٕ علاقہٕ طرفہٕ کأشرِ غزلہٕ منز اکھ نمایندہ تہٕ شاندار آواز۔ تسکین چھُ اکھ خمارٕ ہوت شاعر تہٕ تٔمۍ سٕندِس کلامس منز چھُ اکِس دلگداز عاشق سُند روح ترٛہوہ ماران۔ لولہٕ بادٕ تھ کأری، انسانی محبت، زندگی ہندی سٕنٛز وۄگنٕ، بیہ وتہٕ تانک حُسن تہٕ زمانکی بدلونۍ وہ چھہِ تٔمۍ سندین غزلن ہندی موضوعات۔ تسکین چھُ اکھ دلگداز تہٕ پسندیدٕ شاعر۔ تٔمۍ سندِ کلامُک لوکُٹ سومبرن سپُد "ہیتھ آلو" ناوٕ چھاپ یتھ منز غزلیات تہٕ کینٛہہ نظمہٕ چھہٕ۔ تٔمۍ سُنٛز دۄیم شعر سومبرن سپُز "لولہٕ آلو" ناوٕ چھاپ۔ یہ کلام چھُ تٔمۍ سنٛز اردو شعر سومبرنہٕ "قصرِ محبت"، آخرس پیٹھ بطورِ دۄیم حصہٕ چھپیو مُت۔ "لولہٕ آلو" چھہٕ شتھ متھن صفن پیٹھ مشتمل، یتھ منز ۸۶ غزلہٕ، نعت شریف، منقبت تہٕ کینٛہہ نظمہٕ تہٕ قافیہ بند نظمہٕ شامل چھہٕ ــــ "مسلمان کور" نوجوانس کن تہٕ وتنک مشورہٕ ہوی موضوع چھہٕ یمن نظمن ہٕنٛد عنوان۔ تسکین بڈالوی سٕند شعر مزاز چھُ رنگین، لوت تہٕ طرحدار۔ کینٛہہ نمونہٕ

سلا ماشاہ دِپئس ییمہٕ چھہٕ اسہ آدمہٕ مسلمانی
سلا ماعربہٕ کِس لالس بخش ییمہٕ نورِ ایمانی

بے قدرٕ یارس دِتمُ دل ہاے نادٲنی کرٕم
چھُم یہ ہے وسواس کس پتہٕ ضایع زندگٲنی کرٕم
مُشکلن منٛدگوس عادی وونی میٚے چھُنہٕ کانٛہہ مشکلے
مُشکلن دامانہٕ دٲرِتھ پانٛہٕ آسٲنی کرٕم
گاسہٕ پن کیا زانہٕ اسے تسکین قیمت شبنمُک
بے قدرٕ پننو کوٚرُس عارو قدردٲنی کرٕم

-

زندگی چھِ اکھ کاکدٕ ناوہش     کاکدٕ ناوِ چھنہ پائدٲری دِلا

-

نیاے لولک دلبرو اُتزراونکُ وعدٕ دِتم
لول لو کیچارک تہٕ یادے تھاونکُ وعدٕ دِتم
لولہٕ موے خانکُ تہٕ چھکھ ساقی یہ چھیس بتیا زِند
ہرتہٕ چشمن منٛدموُدرمس چاونکُ وعدٕ دِتم

-

شوقہٕ رُس چھے نماز بے معنی     سوزہٕ رُستے چھُ ساز بے معنی
یس چھِ تسکینہٕ کینہٕ لدٕ واٚلنج     تس چھُ کعبہ و حجاز بے معنی

## بٚے بس بھدرواہی٭

بٚے بس بھدرواہی (۱۹۳۴ء) چھُ بھدرٕ واہ علاقک اکھ پختہٕ ذہن تہٕ کہنہٕ مشق شاعر۔ پورٕ ناو چھُس عبدالغنی بٹ۔ بٚے بس صاب زاو بھدرٕواہکس

چکہ کامس منز یٚژری پانٕے سپد یتیم تہٕ کٕڈرٕن حالاتن سٟتی پیوس مقابلہٕ کرُن ۔ گوڈٕ سپد ایکسائز محکمس منز ملازم بھرتی ۔ اتھ محکمس سٟتی آیس تہٕ برابری تہٕ سپد یہ ترقی وتھ پیشو ہاپن محکمس منز ملازم تعینات ۔ ۱۹۹۲ ہس منز سپد ریٹائر ۔ شہ چھٕم کھ نیک تہٕ صالح شخص ، پننہٕ خود داری تھاوِن ہمیشہ برقرار ۔ یٚیس صابنِس کلامس منز چھُ زندگی ہند کرکھیر تہٕ دردِ فراقچ نٕری یاد دِرینٹھ گرزھان ۔ تسُند شعر وٕڈر چھُ روایتی تہٕ عام فہم یتھ پٟنن اکھ رنگ چھُ ۔

تمنا چھم لگاروسون یکھتا
مٕے تِزلہٕ ہم کاتہٕ زونے گرون یکھتا

مٕے یوزم چاتی شہرتھ دور تامتھ
تہٕ چھکھ دلبر سیٹھا تندٕ یون یکھتا

صبا تس مایہ رٹِس وارٕ وٕنی زِلس
سیٹھا مشتاق یٚیس چون یکھتا

۰

دِلبر یکھتا آخر دٕمنِے غمنِے سٟتی چھم زان
لولکٕ دٕریاو چھُم نو تھمنے غمنے سٟتی چھم زان

۰

کھہے متر نووی آفتابا ہٕے ڈیٖو نٕہ تھم
دلس اکھ عجب اضطرابا ہٕے ڈیٖو تٕہ تھم

وٕڈلو سونتہٕ وادو کنس تل میٔہ وتم
یہ کٕسھ وارِ پھولمت گولابا ہٕے ڈیٖو نٕہ تھم

## ساغر صحرائی

ساغر صحرائی ( ۱۳ ، مارچ ۱۹۴۷ء ) یچھ بھدر واہ علاقہٕ چہٕ خوبصورت

وادی ستی تولُق تھوٚن وول اکھ خوش آواز تہٕ پوختہ فکرٕ شاعر تہٕ ادیب ۔ ساغر چھُ بقولِ رند بھدرواہی اکھ ساگیتھ منز جذباتن ہندی ڈرِکھلی گُپتھ چھ پوٚرہ ناو چھُس عبدالقیوم ۔ ساغر زاو بھدرواہس منز چودہری محمد رجب گنائی صابنہ گرِ ۔ لوکچار پیٹھے اوس خوش آواز تہٕ پتہ تہن تراٹھ باچھن منز اوس سرس ۔ بی اے پاس کرنہ پتہ سپُد وہ ستاد تعینات ۔ پرائیویٹ پاٹھی کوٚرُن اردو ہس منز ایم اے ۔ از چھُ سٹیٹ انسٹی ٹیوٹ آف ایجوکیشن جمّس منز ریسرچ افسر ۔ ساغرن کوٚر پننُ ادبی سفر اردو شاعری ستی شوٗروٗع گوڈٕ اوس سوز تخلص کران ۔ پتہ ہیوٚتن ساغر ناوٕ کلام موزوٗن کرُن ۔ اردو پاٹھی چھپیہ تستہ زٕ شعر سومبرنہٕ "شعلۂ صحرا" تہٕ "جنگل کی فریاد" چھپے منز دوٚیم سوٚمبرن "جنگل کی فریاد" چھ ماحولیات کِس موضوعاتن دائراوان یساغر چھُ کاشر پاٹھی تہٕ برابر لیکھان ۔ سُہ چھُ ترنم وارے بہ منز پننُ کلام پرنہ کِنی اکھ خاص پرترنتھ تھوان ۔ ساغر سندس کلامس منز چھ لوِلہ باوتھ کاری علاوٕ زندگی ہندِ ہن دوٚیمین موضوعاتن تہٕ عصری مسلن ہنز تہ وکھنے ۔ تسندس کلامس منز چھ عصری بے راہ روی تہٕ سماجی استحصالس پیٹھ اکھ زیرِ ین طنز موجود ۔ سُہ چھُ امرِ علاقہ پیٹھ کاشرِ شاعری ہنز اکھ نمائندہ آواز ۔ (بقیہ ص ۲۹۹)

## مسرور بانہالی

مسرور بانہالی ( ۷ فروری ۱۹۴۶ء ) چھُ اکھ کم عمر تہٕ سنجیدٕ شخصیت ۔ یم چھ اکھ فصیح و بلیغ تہٕ شعلہ بیان کاشری خطیب ، شاعر ، دینی ، سماجی تہٕ سیاسی کارکُن ۔ عوامی حلقن منز چھُ احد صابہ ناوٕ تہٕ مشہور ۔ پوٚرہ ناو چھکھ عبدالاحد ملک ۔ سیٹھاہ مدبر تہٕ ساد وضع شخصیت چھ ۔ یہندس کلامس منز چھ اخلاقی قدرن تہٕ انسانی آزادی ہنز ترجمانی ۔ عوامس منز چھکھ اکھ ہیٚن مقام حاصل

مسرور بانہالی صاب زاے بانہالہ قصبس منتقل رلی گامس منز ثناءاللہ ملک ہندِ گرِ۔ یم اکھ سیٹھاہ کم گو، محنتی تہٕ شریف ترین شخص آسی۔ یہند بڈ بب خواجہ سکندر ملک اوس یمہِ علاقک اکھ بااثر شخصیت یُس تحریکِ آزادی ہندین اولین کارکنن منز شامل اوس۔ مسرور بانہالی ین کرٕ اٹھمہِ جماژ تام تعلیم حاصل۔ امہِ پتہٕ کوٚرکھ قرآن ناظرہ، ترجمس تہٕ فقس منز زان کاری حاصل۔ مطالعہٕ تھوو کھ جاری تہٕ جامعہ اردو دیوبند پیٹھٕ کوٚرکھ ماہرِ دینیات کُ امتحان ترِ پاس۔ مسرور بانہالی چھِ تحریک جماعتِ اسلامی جموں وکشمیرک اکھ ابتدائی تہٕ فعال رُکن۔ یم ضلع سطحس پیٹھٕ امہِ جماژ ہنز نمائندگی کران روٗدی۔ سیاستس منز تہٕ نیوٗکھ سرگرمی سان حصہٕ۔ شاعری ہند آغاز کوٚرکھ ١٩٧١ ءیس منز کاتر نظمہِ "ولہ کرٕ اکوٹھ سفر یارو" سیتی۔ یوس ضلع اننت ناگ کس اکس دینی اجتماعس منز پرٕکھ۔ مسرور بانہالی چھُ کاترِ شاعری ہندس روایتی اسلوبس پتے کرٕ تھو اتھ منز اکھ نوٚو فکری بصیرتھ تہٕ اخلاقی بیداری یادِ کرنکی پاسدار۔ یہند کلام یتھ منز غزلہٕ، نظمہٕ تہٕ ٹکھ بیتر شامل چھِ۔ سیٹھاہ معنہِ ساوی، عام فہم تہٕ زوٗ ترٕتہٕ دار یتھ منز شوٗر قدرن ہند ظوٗن تہٕ ولولہٕ موجود چھُ۔ مسرور بانہالی چھُ ظلمُ، جبر تہٕ اخلاق سوز خرابین ہند مخالف تہٕ عدل وانصافس پیٹھ مبنی نظامِ حیاتک ترجمان۔ یہے آواز تہٕ خطیبانہ انداز چھُ یہندس کلامس منز بار بار کاڈ کڈان تہٕ گاہ ترٕھٹان۔ شعر نوٚ موٗنہٕ:-

محفلِ سجاوِم پیٚیہِ ترٕ ٹٕنز زولانہٕ خبر کیتی
یتھ دوستی رتہٕ چھپہِ دِتم یارانہٕ خبر کیتی

یتھ گلستس چھا چانِکی پاتے یہ رنگ و روغن
یٚیتہٕ بلبلن ہندی سیتہٕ گئے بربانہٕ خبر کیتی

اُستی قطرس ومیراوِتھ دِدِم پالس بہٕ چھس مسرور
غمگین سینس منز میٚے جِھم طوفانہٕ خبر کیتی

•

زمانٕچ ترائے بدلاوِنی سہل چھا
گمانٕچ ترٕ ھائے تہٕ ناوِنی سہل چھا

یوان تفکی پوتلی ییتہٕ ساتنگ لٲگِتھ    دِپُرِچ لاکم رُٹِتھ تھاوِنی سہل چھا
یہٕ کوز مجبور ہیو مسٕرور دِقتن    یہٕ کِتھ تہٕ دتہٕ وہٕ ژھنابِ نی سہل چھا

-

یُتراٗژ ییتھ گوٚب بجا اظہار دِ ہی دہٕ
کُرِکرواہِ ژنجو کوچے تے بازار دِ ہی دہٕ
سِمتس چھیہٕ ییتہٕ کامن گمتراٗمتس چھہ لجمتھ تہٕ
درِمتس چھہ دزہتھ ژم گمت سِنزار دِ ہی دہٕ
دوٚتھ ہول بارودنے شو طرفن چھہ اکھ کرکہ ناد
وتھ وتھ چھہ رِتھے رتھ در و دیوار دِ ہی دہٕ

# غولام حسن بانہالی

غولام حسن بانہالی چھُ بانہالہ ہُندِ اکھ نوجوان تہٕ تازہٕ فکر شاعر تہٕ ادیب یَمیس اکھ پننہٕ سونچن تراے تہٕ زوٗ زہتہٕ دار باوتھ چھُ۔ حسن بانہالی ین ورتوٚو پنُن اصل ناو بے تخلص زنگ، یتھ اکھ سادگی تہٕ معنوی وہٕ سجار چھُ۔ غولام حسن زاو بانہالہٕ ہندِس ناگام گامس منٛز ۱۹۴۸ء منٛز غولام محمد کمارسٕندِ گریس اکھ سیٹھاہ محنتی تہٕ دیانتدار شخص اوس۔ ہائر سیکنڈری سکول بانہالہٕ پیٹھٕ ہائر سیکنڈری الیکٹو (کامرس) ہُندِ امتحان پاس کرتھ پتہٕ سپُد حسن بانہالی محکمۂ تعلیمس منٛز وستاد تعینات۔ مطالعُک شوق تھووُن جاری تہٕ پرائیویٹ پاٹھؠ کوٚرُن پولیٹیکل سائنسس تہٕ کاشرِس منٛز ایم اے۔ تہٕ از کل چھہ پننس علاقس منٛز تدریسی خدمت انجام دوان حسن بانہالی چھُ خوش آواز تہٕ گوڈٕ پیٹھے اوسُکھ گیونُک شوق۔ ترائہٕ ہال گژھنس دوران تہٕ اوس گیونک شوق پوٗرہٕ کران " چلنت گیوتس سیتی چھس خاص لے۔ سازٕ آوازُک زیروبم بنیوو اُمی سٕنز شاعری ہُندِ محرک تہٕ ہیوتُن پننین نوزُک خیالن شعرن ہُند

پٲراوکرُن ۔ شاعری اگر بقولِ جان کیٹس "زندگی ہنزن محرومین ہنز شیرین تہٕ سادٕر وار یاد زاتہٕ ہون،، تہٕ حسن باناہالی سُند کلامہٕ چھُ امہٕ باوتھ بلکہٕ اکھ موثر ولولہٕ دار ۔

زندگی پھیے حسین خابن لار ۔۔۔ حاری تاتو یہ دِل چھُ چھینہٕ روُمت
ظالمن ہندی تیر ترالان ناتوان ۔۔۔ پوشہٕ برگن ہُند زخم حُسنس ستینیے

حسن باناہالی چھُ سماجی رُوٚین نسبتھ حِس آگاہ ۔ سُہ چھُ پانس اندی کھِ سماجی رِہ رکاتن سام ہوان ۔ تمیکُ رَل تہٕ دَل ترارانہٕ تہٕ تنتھ پتنہٕ احساسچ تارترِ منز تولنچ بیمہٕ آیہٕ تجزیہ کاری ہِند احساس بومیراوان چھ ۔

ییم ہارُنی دِہ گے زیٖٹھ سِٹھا بیٚیلہٕ روزٕ دٕرتی ہِہٕ مسکینو
سوتہٕ یارو سون درو گراوُن ہوٚت بیٚیلہٕ واجہٕ گرتی ہہٕ مسکینو

۔

پنجرٕ ترٕٹھن ییتہ ہٮٚے یدہٕ حال گو ۔۔۔ قٲد خالس منز ہیٚہ ووتی تیرٕ کال گوٚو
سیأنی اڈٕ پیچِہ پے لبسی گیٖٔ کلی مُوران ۔۔۔ میانہٕ وزرِ انصاف تل پاتال گوٚو

حسن باناہالی ہندِس کلامس منز چھِ غزل، ٹُکھ، نظم تہٕ رباعی ہِوی مختلف اصناف موجود ۔ غزلکس رِوایتی تہٕ نوِس مزازس لول بران براُن چھ حسن باناہالی لولکُ تہٕ امارکُ تینمبرِ زوٗل کران ۔ تسنزن غزلن منز چھیہٕ اکھ موسیقیت تہٕ دیہ دُن ترنم ۔ لولہٕ امار تہٕ سماجی زندگی ہند کرتچھر چھُ تسنزن غزلن منز کاڈ کڈتھ پانس کُن توجہ پھِران ۔ غزلو علاوٕ چھ لغت شریف تہٕ لیکھان ۔ حسن باناہالی چھُ کاتر ادبی مرکز باناہالکُ سیکریٹری ۔ تسنٛد کلام تہٕ تنقیدی مضمون چھِ گولاب رسالس منز شائع سپدی مت ۔ حسن باناہالی چھُ اکھ خاموش طبیعت، ٹزد حِس تہٕ ووہ میدافزا قلمکار تہٕ ادیب ۔

# حسرت کشتواڑی

حسرت کشتواڑی ( ۷ ,اپریل ۱۹۴۷ء ) چھُ کشتواڑ علاقس سیتی توٗلق تھوون وول اکھ باصلاحیت تہٕ ہنر ورشاعر۔ روٲئتی تہٕ تسلسل چھُ تسٕنزن غزلن آبہٕ دار بناوان۔ سُہ چھُ اکثر زیچھہ غزلہٕ لیکھان تہٕ غزلہٕ ہندس رلوایتی فارمس منٛز مختلف موضوع دٲیراوان۔ حسرت چھُ اکھ دل گرفتہٕ شاعر یُس غم دورانس تہٕ غم جانانس یکسان پاٹھی لول چھُ بران۔

حسرت کشتواڑی لیندُ پوٗرہٕ ناو غولام نبی شیخ چھُ زاو کشتوارس منٛز اکِس محنت کش زمیندار ولی محمد شیخ سندِ گرِیُس عام پاٹھۍ ولی چوٗیدار ناوٕ اتہٕ زانتہٕ اوس۔ اوٚلاتِ دٚہمہ جماژ ہُند امتحان پاس کرتھ پتہٕ سید آئی ٹی آئی کشتواڑس منٛز آوٕ تعینات امہٕ پتہٕ کوٚرُن پرائیویٹ پاٹھۍ دبیرِ فاضل پاس۔ مُدل لکُ شوق چھُس ازتہٕ جاری ترقی پرأوتھ بنیوو ورک شاپ اسسٹنٹ تہٕ پتہٕ سپروائزر از چھُ گول علاقس منٛز تعینات۔

حسرتن کوٚر یتہٕ کالی تقریباً ۱۹۸۵ ءیس منٛز پنُن ادبی سفر اردو کلامہٕ سیتی شوٗروع۔ کینہہ کال پتہٕ چھُ وونی کاشرِس منٛز تہٕ پنٕنی جوہر بدکڈنچ کوشش کران یودوے حسرت پابند نظمہٕ تہٕ نعتِ شریف تہٕ لیکھان چھُ مگر جادٕ پہن چھُ غزلن منٛز پنُن باوتھ بل رتھِ کھالان۔ تسندِہن غزلن ہنٛز بندِش چھِ شگفتہ تہٕ ترنم دار۔ یمن منٛز اکھ مقامی انہارِ ٹاکارٕ درینٹھ چھِ گژھان۔ سُہ چھُ فکرِ و خیالِ پلح ریشہٕ ہیمبٕرِ آیہٕ شولتاوان

چانہٕ باپتھ بہٕ چھُس سرن کیا کیا  پرتھ گوٗلابن تہٕ سنبلن کیا کیا
درگذر چھُس کران ہیٚے چھم عادت  تہٕ خطن منٛز تہٕ چھکھ لیکھن کیا کیا

-

بہٕ کتھٕ کُنی چھاوٕ ہا گلزار وٗلی وٗلی  ہیٚے نالس تھف کران لگی جار وٗلی وٗلی

تُہند ہیٚلہِ رویہ نازس پرٛ دلبر    بلہٕم حسرت یہ دلِ بیمار ڈُلوٗ ڈال

حسرت چھُ اکھ ووٚن میدا فنہ شاعر یُس چھُ اطمینان سیٖتی پننۍ سفر جٲری تھوٚوتھ ۔ تسند اردو کلام چھُ رسالن منٛز تہٕ چھپیومُت ۔

## بشیٖر سرمست

بشیٖر سرمست چھُ تحصیل بھلیسہٕ کِس اَکِس دوٗر وار پہاڑی علاقہٕ کِس ملاتوں گامس منٛز روزان ۔ اردوہس منٛز چھُ ایم اے تہٕ گولڈ میڈل تہٕ چھُن حاصل کوٚرمُت ۔ پینہٕ ہٕنی علاقس منٛز چھُ بحثیت وٕستاد یِرناوان ۔ سرمستن کوٚر پننۍ ادبی سفر اردو افسانو پیٹھہٕ شروع تہٕ وونی چھُ کٲشرس منٛز تہٕ کلام موزون کران ۔ سُہ چھُ اکثر و بیشتر سماجی کامن منٛز آوُر لبنہٕ یوان ۔ کٲشرِس منٛز چھُ غزلہٕ کِس رِوایتس لوٗل بران ۔ لولہٕ باوتھ کٲری تہٕ زمانچ ناروایی تہٕ پینہٕ کھورہٕ علاقہٕ کین لوٗکن ہندی مشکلات ہوی موضوع چھِ تسٕنزن غزلن منٛز کاڈکڈان ۔

## بشیٖر میر

بشیٖر میر (۱۹۴۷ء) صٲبن پوٗرہٕ ناو چھُ بشیر احمد ۔ یِم چھِ سرنکوٹ تحصیل پرٛونٛتھہ کِس پوشتی گامس منٛز روزان ۔ مٲلِس اوسُکھ میر عبدالعزیز ناو ۔ ییٚر خاندان چھُ پرٛزٕرھس منٛز مقدمی سیٖتی وابستہ اوسمُت ۔ پانہٕ تہٕ تھووکھُ یوہے میرے تخلص تعلیمہٕ کٕنی چھِ ایم اے تہٕ محکمہٕ تعلیمس منٛز اَکِس تجربہ کار وٕستادِ سندِ حٲثیتہٕ یِتھ علاقس منٛز زانہٕ یوان ۔ میر صٲبس چھُ ادبُک وار مطالعہ تہٕ پانہٕ تہٕ چھُ معنہ ساوی شعر ونان ۔ تسند لہجہ چھُ عام فہم تہٕ سُہ چھُ غزلہٕ کِس رِوایتی فارمس منٛز پنٕنہٕ خاص اندازٕ نوٚوۍ معنہ ووتلاوُنکۍ کوشش کران ۔

یہ کمی وونم وچھان نزے روز اید تام
اوے چھس ناسبٹھا کالک بہ پراران

کرس قوربان ترو قدمن لگس یاری
ییم ننہ یون خوش ون گرایہ ماران

-

یکان وونی آسمانی جانا وراہپو        اُمس روشن سپد متے مکا تک
وُڈو چھس تارکن منز ہو حتہ مالن        زھنڈان بُتراتھ ہیتھ خایا گُماتک
چھ وُستہلھس منز تہ راوان معنہ سفرس        امامیرس چھ بُڈ شکو زماتک

بشیر بیر چھ نعت شریف، غزلہ تہ تعلم لیکھان۔ تہ فنی لوازمات ہنُد چھ
حتی المقدور پوٗرہٕ تشوٗز تھاوان۔ کینژہ نعتیہ شعر:

سہٕ مکی، سہٕ مدنی سہٕ دلدار سُونے
سہٕ احمد، سہٕ محمد چھُ مختار سونے

سہٕ ہادی چھ برحق سہٕ رہبر چھُ کامل
سہٕ سرپوش آدم چھ سردار سونے

چھُ روئے منوّر چھ جسم معطر
چھُ لیسین وطٰہٰ دلدار سونے

سہٕ زلف مبارک تیاں روے اقدس
چھُ زن ماہِ تاباں سہٕ سردار سونے

دِلس بیقراری ییے سالہ اکہ لٹہٕ
چھنا چشمہ پیاران سہٕ دیدار سونے

# دلکش عبدالحمید

عبدالحمید دلکش چھُ کھرِدش علاقس منٛز روزان ۔ ماجہ زیوٚ چھس پوگلی تعلیمہٕ کنہِ چھُ ایم اے ، بی ایڈ ۔ کھرِدش کِس ہائی سکولس منٛز ووستاد تعینات ۔ کیٛتھہ کال ہیتھ چھُ پُراسرار پاٹھۍ لاپتہ ۔ نمونہٕ کلام ؎

کرِ ہس نثار یاوُن سہٕ چھُ دلقرار میونُے
بیدرد اکھ حسینا سہٕ چھُ لوٗٹھ یار میونُے

شہماری زُلف ڈلیتھ کوٗرمُت بہٕ گیر لوٗلن
لیُس آسہِ پانہٕ دوٗدمُت سُے زانہٕ نار میونُے

اسہِ کیا وُتُم چھُ دِتھ سگ بیگانہٕ پوشہ چمین
یا گوٗ ڈسہٕ آسہِ پاتے خوش گل انار میونُے

دلکش حمید وونِن کیا ہیتھ آو تاٗزٕ غزلہٕ
دلبر چھُ در گلستان تتہٕ شُبہِ مزار میونُے

دِلکش چھُ واراہ کاشُر کلام وونمُت ۔ امہِ علاوٕ چھُ تمۍ پیٚتہٕ ماجہ زیوٚ پوگلی یولہِ منٛز تہٕ غزلہٕ وَنۍ منٛزہٕ ۔ تسنٛز وآس چھِ قریباً پانٛتراوُری ۔

# پرویز ابن طیب

پرویز ابن طیب چھُ کشتوارٕکِس اَکِس مشہور علمی تہٕ ادبی خاندانس سیٖتۍ تولق تھوَن وول اکھ ذہین شاعر تہٕ امہِ علاقچ اکھ نمائندہ آواز ۔ مرحوم پیر ضیاء الدین ضیاء تہٕ بہاء الدین بہائی ہیوٚی بزرگ چھِ امہِ خاندانٕکۍ نامور عالم دین تہٕ شاعر تہٕ ادیب آسمتۍ ۔ پرویز زاو ۱۹۵۸ ء یس منٛز امی خاندان کِس اَکِس صالح تہٕ دین پسند شخص طیب شاہ سنٛدِ گرہٕ ۔ تراہٕ ٹہ ہائس

دوراہے ہیوتُن کلام موزون کرُن ۔ اِبن طیّبس چھُ شعرو ادبک سوٗن مطالعہ تہٕ شعری لوازماتن ہنٛز پورٕ زان ۔ سُہ چھُ کاشُرس تہٕ اردوہس منٛز یکسان معیارک کلام ونان ۔ تسُند شعر ووٗتر چھُ معنہٕ سوو تہٕ پسندیدٕ ۔ ابن طیّب چھُ مُنزی پرویز تہٕ تخلص ورتاوان ۔ تسندس کلامس منٛز چھُ فکرو خیالچ ناباتی تہٕ اکھ سنہٕ وُن سوز موجود ۔ ابن طیّب چھُ "گلستان ادب کشتواڑ" ناوٕ ادبی تنظیمہ ہُند بانی کار تہٕ صدر ۔ مُنزی کوڈُن "تحریک" ناوٕ اکھ اخبار تہٕ جاری ۔ الحمد منٛز اوس کوشُر کلامہٕ تہٕ چھپاوان ۔ پرویز ابن طیّب سُندی کینٛہہ شعر نمونہٕ ،

کیاہ تہٕ پھُر ہرٛ چھ گانکل قرارس ہیتھے
کل مرٛاو رمبارکُ مارس ریتھے

تسٕ نفیسس چھوٗلن اوس ہردس اندر
سو نتہٕ تترُ نا کرُن گوٗ بہارس ہیتھے

وُنہٕ کسنٛزرِ مایہٕ سمسار یارُو وکھن
آدمس راہ تریہ کھولتھ بچارس ریتھے

–

جگر زالُن تہٕ زُو گالُن ہیتھے گوٗ
گوہر صدفس کوہ چھے پالُن ہیتھے گوٗ

ہُران گوراتہٕ ہند پرتو پربز لوٗن
مٹے ترانگین خونِ دل زالُن ہیتھے گوٗ

یہٕ زن پر خاطرن لجمُٹ خدائی
پیمبر برزمین والُن ہیتھے گوٗ

یہٕ دِلو پرویز زُو ہے غمہ کہ ہولے
مریضس چون اتھ ڈالُن ہیتھے گوٗ

•

کوٗ بے عار عشقُن نار وہترو وُتھ ترٛیہ پرویز
تہٕ تقدیرن تھُر کھ درٛوُن تہٕ نارن کیا سنا کوٗرنے

پرویز ابن طیّب چھ اکھ حوصلہ افزاء تہٕ پُر وومیدٕ شاعر ۔ آز کل چھُ سٹیٹ فارسٹ کارپوریشن کِس محکمس منٛز بحیثیت سپروائزر تعینات ۔ سُہ چھُ سر اقبال ایجوکیشنل ٹرسٹ کشتواڑک سیکرٹری تہٕ ۔

# مختار ثاقب

مختار ثاقب چھُ راز ویر علاقس سیتی تولُق تھوَن وول اکھ نوجوان شاعر پیشہٕ کنی چھُ صحتِ عامہٕ محکمس منز میڈیکل اسسٹنٹ۔ تس چھےٚ شعر گویی ہنز بہتر صلاحیت، البتہٕ چھُ زوٗر آوٗر آسہٕ کنی کمے پہن پننس فنس پٲراوکرنس لور۔ ثاقب چھ غزلو علاوٕ لعتِ شریف تہٕ ونان:

بہٕ درِ طوفان ہہ ہٕتہٕ آمت دِیو نا تار یا مدنیؐ
طبیبا کر دوا دا دِن بہٕ چھس بیمار یا مدنیؐ

گوٗلابن سوسنے منز آسی خوشبو تہند تا شوقے
اُچھن تھنزن وُچھتھ پمپوش گوبیدار یا مدنیؐ

تہٕ چھکھ سونے تہٕ اُسی جانٕی چھ عالم چون یا سرورؐ
تہٕ نبیٚین ہند نبیؐ دوٚن عالمن سردار یا مدنیؐ

ہٕے چھم تِرہ زا ٹھہ نسا تہٕ ہوتہٕ رونگ عشقک زُولمت وُیس چھم
بہٕ دُنیاہ نار تہ تنگلُ زَنہٕ تہٕ چھکھ شہجار یا مدنیؐ

تو ے دو پنے خداین رحمت للعالمین پانے
یتیمن، بیکسین تے بےبسن چھکھ یار یا مدنیؐ

دِلس چھم شوق یا حضرتؐ بہٕ واتہٕ مقصدس پننس
بہٕ کرٕ ہا ہیٚتھی پادن ناوی تو دیدار یا مدنیؐ

چھُ ثاقب اوتس سبھا ہاران اُمس فریاد کُس بوزی
پننی پیٚیہ تو ہی مے چھو حضرتؐ بہٕ کس وَنہٕ زار یا مدنیؐ

# ساقؔی غوٚلام نقی

ساقؔی (۲۴ جُلے ۱۹۴۹ء) چھُ منڈی پرٕونژھ علاقس منٛز روزان۔ پوٚرٕ ناو چھُس غوٚلام نقی تہٕ مٲلِس چھُس خوجہ احمد جو وارناو۔ ساقؔی صاب چھُ ایم اے بی ایڈ پوٚرمُت تہٕ محکمۂ تعلیمس منٛز چھِ بحیثیتہِ وستاد تعینات۔ پنُن ادبی سفر کوٚرُن اردوٗ شاعری پیٹھ شوٗروع تہٕ ۱۹۸۱ء پیٹھ چھِ کٲشرِس منٛز طبع آزمایی کران۔ یُہند کلام چھُ کٲشُر مرکز بہروٗٹ کِس ترجمان رسالہ "راز ویر" س منٛز تہٕ چھپیوٚمُت تہٕ ریڈیو پرٕونژھ پیٹھٕ تہٕ چھُ تتھ سپدان روزان۔ ساقؔی صاب چھُ اکھ ہُشیار ذہین شاعر تہٕ ادیب۔ یہندِس کلامس منٛز زندگی ہندِن مختلف تجربن ہُندا احساس اکِہ پتہٕ آیہ اظہارچ وتھ تلاش کرنٕچ کوشش کران ؎

یاوُن آوتے گوٚو رۄخصتھ — برٕگاہ متہٕ کل چھاوان چھا؟
وقتچ حاصِل یس چھنہٕ زان — زندگی تس پرٕ بزٕناوان چھا؟
ہرٕ دن زرٕ داوی کم کم پوشِش — زخمن کاتہٕ کتنز راوان چھا؟
یِرلہٕ بجرِ عرقاتس کُن — ساقؔی اتہٕ جام چاوان چھا؟

# نورؔ جہاں

نورؔ جہاں (۱۹۴۴ء) چھیہٕ پرٕونژھکِس منڈی گامس منٛز خوجہ غلام مصطفیٰؔ سُندِ گرِ زامٕژ۔ تعلیم چھیس میٹرک تہٕ کٲشرِ علاوٕ چھِ پہاڑی پاٹھی تہٕ شعر ونان۔ اُمی سُند کلام چھُ ریڈیو پُنچھ پیٹھٕ تشر سپدان روزان۔ نورؔ جہاں بیگم ہندِس کلامس منٛز چھُ اکِہ نسواتی لہجک تُل ترادتہٕ شکوٕ شکایات ییتھ شوٗبنہٕ آیہ ولوٕہار

کرٕنچ کوٗشش چھِ کران ؎

کوتاہ کال ووت اسہِ یِیتہِ توٗتن ، پوشن ییہٕ ہے بہار
کرھیٚن پوش ووٚتی سانین گوٚشن ، پوشن ییہٕ ہے بہار
ییٚلہ سمہٕ کھیتہٕ رتم اسہِ منوشن ، دُبارٕ زُو اسہِ ترا و
ساری طرفات گیٚیہِ یِیتہِ روشن ، پوشن ییہٕ ہے بہار

## غوٚلام رسوٗل خانٕ جواد

جواد باتہٲلی چھُ اکھ درمیانٕی قدکُ ہُشیار دل تہٕ نیم خوانٕدٕ شاعر یُس شعروادبکُ رُت تاشوق چھُ۔ مٲلی وتٕرھے کیتی ہیوٚک مساترٕ ورمہٕ یا ٲترٕمہٕ جماژ تام پٔرِتھ۔ مٲلس اوٚسُس ارسلؔ اللّٰہ خان ناوی یُس اکھ معتبر زمیندار اوس۔ جواد چھُ باتہالہٕ قصبس متصل ناگام گامس منٛز روزان۔ یوٚہ کچارس منٛز اوسُس گیوٚنکُ تاشوق لوٚت لوٚت ہیوٚتنٕ شعرتہٕ وَنُن۔ گوڈٕ اوس معروف تخلص کران تہٕ پتہٕ بدلووُن یہ تخلص۔ جواد چھُ اکھ شریف تہٕ خُلوٗص بوٗرت انسان تمیٚ کرِ وُنِیکُھ نام ترٛے تنیتھر۔ جواد چھُ اکھ رِوٲیتی شاعر۔ تس چھ شعر دلہٕ پیٚٹھٕ وُژان۔ یمن منٛز اکھ ترنم تہٕ روٲنی چھیٚ۔ سُہ چھُ "کاشُر ادبی مرکز باتہالک" اوٚلین رُکن تہٕ تُسند کلام چھُ "گوٚلاب" رسالس منٛز تہٕ چھپیو مُت۔ جوادٕنِس کلامس منٛز چھِ کلاسیکی ترا ٕے۔ تسٕنٛز وٲنس چھیٚ وُنی کیہن تقریباً" شوٗوٕترا وٕری۔ منٛزٕ

منٛزٕ چھ تسندین شعرن منٛز صوفیانہٕ خیالن ہٕنٛز گاشہِ زٕژ تہٕ زوتان ؎

تلۍ ٹاری وُچھن چاٚنی سُہ تیاہ ٹاری لگارو
زن آے نظر چاٚنی جگرس آرٕ لگارو

رنگ وٲلی رِوٚنگس بے رنگہٕ یانے بٕہ ہا جانانے پوٚرِتھ آس

رمن بین مُلب عصیس بہ انسانے — شرف المخلوق خیر الناس
پُور رِتھ پھونس نورِ عرفانے — بہ ہا جانانے پوٗر رِتھ آس
غالب رودُم نفسِ شیطانے — اصلہ کیس فصلس کوٗر نم ڈاس
مستحکم رودُم نہ دین وایمانے — بہ ہا جانانے پوٗر رِتھ آس
منے گُنہ علیحٕ اُسم نہ زانے — اکھ ناداتے بو ماحِر زاس
نہ اوس کانٕ فرنے مسلمانے — بہ ہا جانانے پوٗر رِتھ آس
اِے مہربانن سُوزنم پانے — رہبر اکھ لچھ ژوِ وُہ ساس
دِرساوِ تِیتنم درِ قمرانے — بہ ہا جانانے پوٗر رِتھ آس
ژےٗ چھکھ غفور تے ژےٗ رحمانے — تتہِ میٗے کُلمکُ کری زہ بم پاس
وسیلہ اڈنمے نبی نورانے — بہ ہا جانانے پوٗر رِتھ آس
کر جواد کلمے محمدؐ زانے — اِدِ ون کمیکُ چھےٗ وسواس
در محشر چون سے سائیانے
بہ ہا جانانے پوٗر رِتھ آس

## فرحت کشتواڑی

فرحت کشتواڑی چھُ کشتواڑ کہِ گلستان شعر وادبُک اکھ تیتھ گولاب ییُس پھولہِ لس ستی سیتی برِ گوٗو۔ سہٕ اوس اکھ تازہِ فکر شاعر، محقق تہٕ ادیب ییُس پُنُن اکھ بوسش تہٕ بوٗر اوس۔ آجلکی واد ذکن کوٗر یہ گولاب وقتہ برونٹھے پنتہٕ تھرِ تِش جُدا۔

فرحت کشتواڑی سُند پورہ ناو اوس ریاض احمد نجار۔ سہٕ اوس کشتواڑکس اکس بزرگ شاعرکو شرکشتواڑی سُند فرزند۔ یہندی بزرگ اسی کشیرِ پیٹھ یوٗت ترٛ ژمتی۔ یم ہینٛس کارس منٛز ماہر تہٕ مشہور آسی۔

یِموچھِ کشتواڑ تہٕ بھدرواہکین رازن ہندی محل تعمیر کرنس منز پننہٕ ہونر مندی وَرتاوِتھ ریاضِ سپُد دُیُمہِ جماعژ ہُند امتحان پاس کرِتھ پتہٕ سرکٲری مدرسس منز دٕ استاد تعینات تہٕ پتہٕ کورُن پرائیویٹ پأٹھۍ اردوہس منز ایم اے۔ شعر و ادبُک شوق اوسُس وراثتس منز پاتھیومُت۔ لوکچہِ وٲنسہِ منز ہیتن شعر ونُن تہٕ پتہٕ پیٚن ادبی سفر کورُن اردو شاعری پیٹھ شورُوع۔ گوڈٕ اوس نِگار تخلص کران تہٕ پتہٕ ہیوٚتُن فرحتؔ ناو ییکھُن۔ فرحتن کوٚر کشمیر یونیورسٹی پیٹھ "رساؔ جاوِدانی حیات اور فن" موضوعس پیٹھ ایم فِلُک مقالہ پیش۔ امہِ پتہٕ ہیوٚترٕن اَتھی موضوعس پیٹھ پی ایچ ڈی باپتھ تحقیقی کٲم کرٕنۍ۔ کٲم آسن آخری مرحلس تام واتنأوِمتۍ تہِ موتن پٲو تس بامیر تہٕ مقالس آخری شکل دِنہٕ برونٹھے سپُد ۲۲ اپریل ۱۹۹۷ء منز رحمتِ حق۔ تسُند کلام چھُ اردوہس منز تہٕ۔

فرحتؔ اوس وۄنۍ پتہٕ ماجہ زیوِ سگولس کُن لوٚگمُت۔ شاعری ہُند تہٕ شوق اوسُس ازلے فطرتس منز تہٕ کٲشرِ غزلُک اوسُس پورٕ شعور حأصِل تسُندِس کٲشرِس کلامس منز چھُ فکرِ و خیالک نوٚو گاش، حسن تہٕ جودت، تسُند اسلوب یوٚدوے روایتی چھُ مگر سُہ چھُ معنہ سأوی خیالات پیش کران۔ افسوس یہِ زِ تِنک گوڈٕ وقتہٕ برونٹھے ترٛاوتہٕ۔ کلامکۍ کینہہ نموٗنہٕ یِم اسیرؔ کشتواڑی صأبن تسندِ بیاضِ منز نقل چھِ کٔرِمتۍ، چھِ یتھکٕنۍ:[۱]

مسیحا چھُکھ مسیحأیی کران گژھ — غمن ہندی زخم چھم مٔسہ ملے متی

سأوی ارمان ژٔے شاہسے فرحتؔ — خاب راتکۍ ژٔے ہیکی تہٕ سأوِتھ زاہ

آزماوُکھ امیر ادِ وُچھ زہن — میأنی غربتھ تہٕ آزمأوِتھ زاہ

چھا گونا زاتہٕ الگ تو الیس لٔس — دوشو نے ہُند گُنے تواب یوٚکھُم

شاعری چھا نہ چھا ژٔے کیا فرحتؔ — پتنہِ بنتُک مگر حساب یوٚکھُم

[۱] ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت۔ اسیر کشتواڑی

کنڈِ مژ پوش پھولراوِنی ییتھے چھا
نگارس حال دِل باوُن ییتھے چھا
ہلکی کُنہ وزگر ھتھ مشرکھ پنُن کاتھ
بگراکھ غار مُٹراوُن ییتھے چھا

کشتواڑکِس کینژن دۄیمیٚن نوجوان شاعرن مژ چھ جاوید، مجروح ساٸیل، مشتاق، راہی ہوی ناو تہٕ شامل۔

# وزیر محمد خان

ضلع ڈوڈہ ہک ایک معروف گلوکار تہٕ شاعر وزیر محمد خان زاو ۱۹۴۶ء یس مژ باتہالہ کوسکوٹ گامس مژ لسہ خان سُندِ گرِیس اکھ گُذار دول زمیندار اوس۔ وزیر سُند لوکچارس منز ہے یتیم تہٕ پتہٕ رۆچھ پننو بایو خاص کرِ پننی زِٹھی بایی سونہٕ خان ییُس اکھ صاحب صلوات تہٕ خوش لحن نعت خوان چھُ۔ وزیر اوس قدو قامتہٕ کنہٕ اڈرٕ تھِے مگر یار باشی تہٕ واتہٕ ہس تہٕ کاتھ۔ پانژ جماژ پتہٕ ہیوتُن ہائر سیکنڈری باتہالس مژ داخلہ۔ یمن دۄہن آسی اتہٕ مرغوب صاب وۄستاد تعینات۔ یم آسی کلچرل پروگرام ہُند سنتر کرناوان تہٕ وزیرس تہٕ یمن منز شریک کران۔ یتھ کنٕی دراو سہ اُکس گلوکار سُندِ حیثیتہٕ بیتہٕ تون۔ گھوتکی چپکن تراو نوٚ سہ تعلیم اجی وتہٕ۔ آٹھہٕ جماژ تام پرتھ پتہٕ سُند سٹیٹ ٹرانسپورٹ کارپوریشنس منز سہ بحثیت کنڈیکٹر بھرتی۔ گھو پنچ زِ پر رۆزِ یس جاری کینہہ کال پتہ تروٗن یہ محکمہ تہٕ سُند ریاستی محکمہ اطلاعاتس منز بحثیت جونیئر کلچرل اسسٹنٹ تعینات۔ پننہٕ بہترین کارکردگی لِنس ستی سُند ضلع انتظامیس تہٕ لوکن منز شتوہر۔ ڈوڈہ ضلعس منز ضلعہ سوتھر کِس

اطلاعات دفترس منز سید گوڑ تعینات ۔ اُکّی دوران کوٗرُن ڈوڈہ ہس منزٕ اَکس شریف گرس منز اُکس تعلیمیافتہٕ کورِ سِتی نِتھر تہٕ واریاہس کالس بسیوٗ اتی ۔ وارٕ وارٕ ہیوٚتُن کاشرس منز شاعری کرٕنۍ ۔ کیٛنہہ غزلہٕ تہٕ منقبت اوس پانہٕ اکثر محفلن منز پرَان ۔ تمسندس کلامس منز چھِ عشقچ تپش تہٕ زندگی ہندین حسرتن تہٕ حاری تاتن ہُند اظہار ۔ سازٕتھ چھُ تمسندس شارس تحریک دوان وزیر اوس گوڑٕ مشتاق تخلص تھوان ؎

نٕوِس لوٗس توٚوے انداز وُچھتھا ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ نوٚون پانٕن نوٚوی پرواز وُچھتھا
نٕوین مس بانہٕ نے نوٚوس کھرکنا ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ نوٚون رندن چیٚنگُ انداز وُچھتھا
نوٚوے غزلا تُلِتھ رچھ شوق وقتک ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ نوٚون فنکار تے لَوٚو ساز وُچھتھا
بلا تنک پاٹھو وارا ونٕنۍ چھ فنکار ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ نٕوِس مشتاق سُند نوٚو نواز وُچھتھا ؎

وزیر ووت ترقی پراوٕن پراوٕن میوزک کمپوزرعہ ہدس تام ۔ مُمکن چھُ امہٕ بروٚنہہ تہٕ ماگرٕ ٹھ ہیے مگر اکہٕ دوہ شہرِ سرینگرس منز ڈیوٹی دوران پیوٚو تس دِلُک دورٕ ۔ یِتھنو ملازم بایو واتنوو ہسپتال مگر ... تمہ بروٚنٹھے سیٚد رحمت حق تہٕ ضلع ڈوڈہ، ہچ یہ معروف تہ دلسوز آواز گے ہمیشہ خاطرٕ خاموش ۔

## بشیرؔ بٹ

بشیرؔ بٹ (اکتوبر ۱۹۴۸ء) صاحب چھِ پروٚنتھ ضلعہ کِس منڈی علاقس سِتی توٗق تھوَن وٲلی اکھ جدید قلم کار ، روشن فکر تہٕ معتبر شاعر تہٕ ادیب یمن اکھ پتھرِ منز علمی تہٕ ادبی سرگرمین ہندِ پٮ۪ٹھ شوعور حاصل چھُ ۔ منڈی

---

؎ کاشُر شیرازٕ ۱۹۸۱ء شمارہ ۴

چھُ وادی کشیرِ ہندِ علاقہٕ مقابلہ بالہٕ کرِ دٔویمہِ اندٕ واقع ۔ اَتھ کِس زبان تہٕ کلچر چھُ بالکل کاشُر۔ بشیر بٹ صاب ہند پورہٕ ناو بشیر حسین چھُ زاے خواجہ اکبر بٹ صابنہِ گرِ لُس اکھ نیک سیرت تہٕ محنتی ووستاد اوس ۔ بشیر صاب چھُ اردوٕ ہس منز ایم اے ادبُک مطالعہ تہٕ شاعری ہند شوق اوسکھ گوڈٕ پیٹھے ۔ پنُن ادبی سفر کوٚر کھ اردو شاعری تہٕ مضمون نویسی پیٹھ ۔ وونی چھِ کاشرِ زبانی منز شعر وادبس سگوان ۔ یم چھِ بزمِ حسرت پونچھ تہٕ کوہسار کلچرل آرگنائزیشن پرونٛچھکی اکھ سرگرم تہٕ فعال رُکن تہٕ امہِ علاقکی اکھ حِس آگاہ تہٕ سرکردہ کاشر قلمکار ۔ شاعری علاوہ چھِ مضمون تہِ لیکھان ۔ کاشرِ زبانی اتھ علاقس منز ووتھ بوٚو دِلس منز چھِ سرگرم عمل ۔ کاشرِ زبانی تہٕ کلچرکُ اثر ونفوذ اتھ علاقس منز کم/گژھنس نِسبتھ چھُکھ شدید احساس ۔ یمیکُ اظہار یمہِ آیہِ چھِ کران ،

"یتھ علاقس منز ماجہِ زیوِ ہند تحفُظ تہٕ رٲچھ راوٹھ کرنٕچ چھیہ ییٚتہِ کینٕ ترٛگن ہُند شعار روٗدمت ۔ اگر زن وونی چھُونٛن بنام ترقی گرو ، منز یمہِ زبانی ہُند عمل دخل واریہِ وارہِ کم ہیٚوتمت گژھُن ۔ بییٚتہٕ ادس کاشرین گونماتن ہُند کلام محفلن منز گیونہٕ یوان ۔ مگر وونی چھِ امیکُ بدل عامیانہ تہٕ غٲر کاشری پانٛچھی بناونہٕ آمتہٕ کاشر مثنوی یتھ رِوایتی طریقس پیٹھ ییٚتہِ پرنہٕ آسہٕ یوان ۔ وونی چھُ سُہ رِواج مفقود ہیے"[۱] ۔ بشیر صابس چھُ تون شعری زوٚ ین ہشر وجدان ۔ تہندِس کلامس منز چھِ اکھ نوٚو فکری زِنتژ تہٕ عصری رجحانن ہُند پرتو ۔ سُہ چھُ اکھ صحرآوی گولابکہِ پاٹھۍ پننہ فکری احساسچ مُشکہ لہر یمہِ آیہِ ترٛٹھان ،

بہٕ روٗدُس رٲتہِ رالس انتظارس خیروتھ ڈاجی کنہِ تس بالہٕ یارس
چھ صحرا ترلیتہٕ ہتہ دُدی متہ چھِ جنگل یمن گوڈ دوہ وُچھان ابرِ بہارس
چھ سپدان حل مشکل پانٛزٕ پانے اماگژھِ کام ہیٚنٛز جِگرِ قرارس
ہران روٗدُس بہٕ چشمو رُود اشہ گے خبر ما کانٛسہ کرتس غمگسارس

---

۱ مراسلہ بشیر بٹ بنام راقم الحروف

چھ میانٮ زخم دل مہلامہ کریتان نظر کرٕ مے کریو وومید وارس
اُچھن منٛز جاے کرٕ مس توتہٕ ما آو عہد چھم ووٚنی قیامُتس تام پرارس
بہٕ قدمن زُوٕ ینٛن وندہس بشیرو مےٚ نیہ ہے کانٛہہ نہٕ تہٕ تہندس رٕ گذارس

بشیر بٹ صاب چھُ اکھ ووٚمید افزا قلمکار تہٕ مختلف زٕینن منٛز چھےٚ ییننہٕ تجربن ہُند جہار کانچھان۔

## شاذ شرقی

شاذ شرقی (جون ۱۹۴۹ء) چھِ بھدرواہ علاقس سیٚتی توٚلق تھوان وٲلۍ اکھ فکر رسا تھوٚن وٲلۍ شاعر تہٕ ادیب یمن اکھ پہچان پرٲوٕ تھ حاصِل چھِ۔ شاذ شرقی صٲبنُ پوٚرٕ ناو چھُ شبیر احمد قاضی۔ یم چھِ بھدرٕ واہکِس نامور اردو شاعر اسد بھدرواہی سندۍ فرزند تہٕ رسا جاودانی مرحوم سندۍ فرزندِ نسبتی۔ جغرافیہ مضمونس منٛز چھُکھ مسلم علیگڈھ یونیورسٹی پیٹھٕ ایم اے پاس کوٚرمُت۔ از کل چھِ بھدرٕ واہ ڈگری کالجس منٛز شعبہ جغرافیہ ہٕکۍ صدر پروفیسر۔ شاذن کوٚر پنُن ادبی سفر اردو شاعری تہٕ افسانہٕ نگٲری سیٚتی شُروع تہٕ کینٛہہ بہترین مزاحیہ افسانہٕ کرِکھ تحریر اردوٗہس منٛز چھُ یہُند کلامہٕ رسالن تہٕ اخبارن منٛز تہٕ چھپیوُمُت۔ شاذ شرقی چھُ تواریخ نویسی نسبتھ تہٕ دستگاہ تھوان تہٕ حال حالے سپُز انگریزی زبٲنی منٛز بھدرٕ واہس نسبتھ تستُز اکھ کتاب شایع۔ شاذ شرقی چھُ ووٚنی کاشرِ زبٲنی منٛز تہٕ کلام موزوٗن کرن تہٕ جاودِ یہن چھِ غزل تہٕ نظمہٕ لیکھن۔ ۲۶ نومبر ۱۹۹۸ء سپُد شاذ شرقی صٲبس پنُن جوان سال فرزند وحید شبیر (المعروف پالے) کھنہ پنجابس منٛز اکس ریل حادثس منٛز از جان یُس یو۔ پی منٛز زیرِ تعلیم اوس تہٕ چھُٹی گذارنہٕ باپتھ اوس گرٕ درامُت۔ امہ حادثہٕ سیٚتی سپدۍ تم انتہایی دل ملوٗل تہٕ دلہٕ کین زخمن دِژکھ اکس

طویل مرثیہ کِس صوٗرتس منٛز لیوٗ۔ یمیکۍ کینٛہہ بند ییتھ پاٹھۍ چھِ :۔

اُچھین تل چون یاوُن چون بچپن — عزیزِ جانِ من جانِ دل من !
وُچھیتھ کیتھ پاکھٕڑ ہیکہ ووٗنۍ چون مدفن — عزیزِ جانِ من جانِ دلِ من !
تٕہ گوکھ بُر کیازِ یھو لنے منٛز بہارس — تھوٗوتھ حسرت نشاطس شالیمارس
دُزِتھ بیٚپیہ پوشہ لبجے لاٚد یامن — عزیز جانِ من جانِ دلِ من !
زتم دِتھ گوکھ جگرس شاذ شرقس — لیوٗکھُت غم چون دِلہٕ کِس شیشہ ورقس
وسان دٔدرایہ اوٚش تُوٗۍ چھُ حرفن — عزیز جانِ من جانِ دلِ من !

## اسیر کشتواڑی

اسیر کشتواڑی (۲ ، اگست ۱۹۵۵ء) چھُ کشتوار علاقُک اکھ جواں سال تہٕ ذہین شاعر ، ادیب ، تنقید نگار تہٕ محقق ، ییٚمہِ لو کچہ وٲنسہِ منٛز پننُ تعارُف کرنوو ۔ ڈوڈہ ضلعس منٛز ادبی سرگرمین ہُنٛز ترتیش دِلس منٛز چھُ یہند باوُن لایق حصہٕ ۔ یم چھِ اکھ فعال ادبی کارکُن ۔

اسیر کشتواڑی سُند پوٗر ناو چھُ ولی محمد بٹ ۔ وٲلدٕ صابس چھُکھ غلام قادر بٹ ناو ۔ یم اکھ خوانٕد تہٕ امہِ علاقکۍ معروف عوٲمی شاعر چھِ تہٕ قادر بیرواڑی ناوٕ چھُ مشہوٗر ۔ یہند کلام چھُ کتٲبی صورتس منٛز تہٕ چھپیومُت ۔ اسیر کشتواری ۔ ین کوٚر بھدرواہ ڈگری کالجہ پیٹھ بی اے پاس ۔ امہِ پتہٕ سپدۍ کشتواڑکس اکِس پرائیویٹ سکول ” فریدیہ اسلامی سکولس ‘ منٛز ووستاد تعینات ۔ اتھۍ دوران کوٚرکھ ریاستی پبلک سروس کمیشنُک ” کے اے ایس “ امتحان پاس تہٕ سپد ٹریجری آفیسر تعینات کینٛہہ کال پتہٕ پرٲوکھ ترقی تہٕ از کل چھِ صوبٲئی سطحس پیٹھ ڈپٹی ڈائریکٹر ٹریجری سندِ حیثیتہٕ فرضِ منصبی انجام دوان ۔
اسیر کشتواڑی ین کوٚر اردو مضمون نویسی تہٕ شعر گوئی پیٹھ پنُن ادبی سفر شروع

یَتھِ علاقُک تواریخی تہٕ ثقافتی سرمایہ بدِ کڈُن تہٕ نمہ ژُ کہِ سان زول دِیُن چھُ اسیر کشتواڑی سُنزن خاص تحقیقی کاوِشن منز شامِل ۔ "تصویر ضلع ڈوڈہ" تہٕ "ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت" چھپیہٕ اردو ہس منز ییمنزِ ہٕ ضخیم تحقیقی کاوِشہِ یِم ڈوڈہ ضلعہٕ کِس کلچرس، تواریخی تہٕ ثقافتی منظرنامس تہٕ پوٚت منظرس گاشراوان چھِ ۔ "ضلع ڈوڈہ کی ثقافتی تواریخ" "انوارِ فریدیہ" "پس افق" تہٕ "روشنی کا سفر" ہِوین ڈوڈہ ضلعکین مختلف تواریخی تہٕ ادبی جریدین ہندس ترتیب ادارتس منز تہِ چھُ اسیر کشتواڑی سُند خاص حصہٕ ۔ حال حالے کوٚر انجمن فریدیہ اسلامیہ کشتواڑن اکھ ادبی رسالہٕ تایع یُس آسیر صابنِسی ادارتس منز تایع چھُ سپدان ۔ یِہنزِ بیشتر اردو تہٕ کاشُر ادب پارٕ چھِ نمائندہٕ رسالن تہٕ جریدن منز چھپے ہِکژِ ۔ مشتاق احمد دیو کشتواڑی ہندِس ادارتس منز تیرن والہِ ہفتہٕ وار اخبار "مادرِ ہند" کِ بیشتر مضمون تہٕ مواد چھُ اسیر کشتواڑی سندِ قلمہٕ دراموٚت ۔ کاشرس منز چھِ اسیر کشتواڑی نعت و منقبت ، مناجات ، غزلہٕ تہٕ نظمہٕ لیکھان ۔ یِہُند شعر و نثر چھُ عام فہم تہٕ طرح دار یتھ اکھ پنُن آے تہٕ اسلوب چھُ ۔ یِہُندٕ یہ منقبت چھُ کشتوارس منز مقبول ۔

کشتوارس گاش ہاوان آیہ فریدالدین صابؒ
رحمژ وتھ گاشراوان آے فریدالدین صابؒ
کوٚر اسیرن بادشاہس پیش از عرض و سلام
سائلن پیٹھ سایہٕ تراوان آیہٕ فریدالدین صابؒ

اسیر کشتواڑی چھُ روشن خیال شاعر تہٕ توحیدِ الٰہی یَس چھِ یِمہٕ آبہ لول پرِان ؎

زِ پاسے گوٚو صدا اللّٰہ اکبر — پرِان پانے فضا اللّٰہ اکبر
شریکا کانٛہہ مہ زانُن وحدتس تس — سُہ ذاتِ کبریا اللّٰہ اکبر
اسیرس آش چانی یا الٰہی! — دل و جانم فدا اللّٰہ اکبر

اسیرٕ سٕنزن غزلن منٛز چھُ عشق و محبت تہٕ زندگی ہندن نشیب و فرازن ہنٛز یاو تھ۔ زندگی چھِ تس برونٛہہ کنہِ اکھ نہ تھکہٕ وُن تہٕ رُکوُن سفر۔ یتھ یہ معنہٕ مدعا چھِ تم پیٚتھ منٛیَن شعرن منٛز یِمہٕ آیہٕ دٲیراوان۔

زندگی چھِ اکھ طوفان　　جانانہٕ وُچھان گژھ
اکھ بحر بے پایال　　جانانہٕ وُچھان گژھ
زانان تہٕ چھُکھ سورُے　　اماکن دول دِوان چھُکھ
بُلبُل بہٕ چھُس نالان　　جانانہٕ وُچھان گژھ
ژھو پہٕ رووا اسیرا تہٕ کھوکھ　　ہپا سہِ کوٗلِس پیٚٹھ
کوٗل گوو یہ سوختہ دان　　جانانہٕ وُچھان گژھ

اسیر کشتواڑی چھُ اکھ وومیدافزا قلمکار۔ یُس پتھ تحقیقی تہٕ تخلیقی سفرس جٲری تھوٚوتھ چھُ۔ سُہ چھُ رسا جاوِدانی میموریل کمیٹی ہُند اکھ فعال جنرل سیکریٹری تہٕ جمہ کہ صوبٲئی کشمیری فورم کُ پبلسٹی سیکریٹری تہٕ۔

## صیاد کشتواڑی

صیاد کشتواڑی چھُ کشتوارُک اکھ معروف درویش شاعر۔ پورہٕ ناو اوسُس محمد اسحٰق باز دار تہٕ مٲلِس اوسُس انورجو ناو۔ یُس کشتوارُ قصبس منٛز روٗت چوکیدر اوس۔ تس گےٚ درویشانہ لے پادٕ تہٕ گر بار ژٕھ دِ ترٲوِن۔ تیتھپٲٹھ ٹھٔو بیوو محمد اسحٰقس شری پانے گرکُ بار وتراوُن۔ سُہ روٗد کیہنہ کال اکِس مقامی ہوٹلس منٛز ملازم۔ امہٕ پتہٕ سپُد ٹاون ایریاہس منٛز ستٔکی بھرتی۔ سُہ اوس پنٛنِس شہرس آب چھر کاوان۔ اکہِ دوہ آب چھر کاوان شدید سردی منٛز سپُد تس فالیج تہٕ سپُد اذکار۔ مٲلی حالت تہٕ سپٕزِس ناگفتہ بہہ۔ اتھی دوران سپُد تس کیاہتام نظرِ عنایتھ تہٕ تُس درویش بنہٕ تک شوٗہرٕ گووعام

یہ کنھ سپز عام زِ سہ یم کنھ وَنان چھُ تم چھیہ یز ثابت سپدان ۔ امہِ پتہ بنیوو سہ لوکن ہندِ توجہ ہُک مرکز ۔ لکھ آسی تس کھیاوان تہ چاوان تہ نیاز و نذرانہ پیش کران مگر سہ اوس یہ سورُے رقم غریبن تہ محتاجن منز بٲگران تہ مسجدن تہ تعلیمی ادارن چندہٕ زنگی دِوان ۔ سہ آو انجمن اسلامیہ کشتواڑ تہ خدائی خدمتگار کمیٹی ہُند چیئرمین تہ بناونہ ۔ تسند سرپرستی منز سپدیمن ادارن وارا رقم تہ چندہٕ حاصل ۔ تس آسی بے شمار قدردان یم تس رہتہ وادن دعوت کُرتھ گرٲسی نوان ۔ کینہہ کال برونٹھ سپد درویش اسحٰق صاب دِلہِ منز رحمتِ حق یوت سہ پننیو کینژو مریدو یلاجہ باپتھ نیومت اوس ۔ اسحٰق صاب اوس اکثر و بیشتر شاہ صاب بنس درگاہس پیٹھ حاضری دِوان ۔ سہ اوس منز منز گیون مجلسہ تہ منعقد کرناوان ۔ لوت لوت ہیتِن شعر موزون کرنی تہ تخلص تھوون صیاد ۔ تسندی شعر لگی لوکن پسند ینہ ۔ لوت لوت ہیوتُن تسندین تجربن منز وُہراو پادٕ سپدُن تہ تمیٔ ہیتہ معنہ ساو شعر وَنِنی تسندین شعرن منز چھیہ دلی وٲری داتن تہ محرومین ہُند سوزن دود ۔ یتھ اکھ پننُ اظہار تہ وُزنی چھیہ

دِل ژٕریہ دِیُن چھُے اگر بے خطر دینہ ہَن
تتہ منے وَن نوٗے گژھ ہُم بلی ستھارس ییتھے

تاہ جگرس جُرِتھ موختہ چھُم تریہ کُنتن
تتہ ژھنیم پن وورتھ موختہ بارے ییتھے

سو تری چھِ سو نہٕ سنز بنگرِ گران کھار لسا ہے
غمزے چھِ ماران عاشقن تلوار لسا ہے
کتہ کورمے دعوٰی شاعری ہُند شعر وَنان چھُس
کیا متام چھم نیرتھ گژھان پوز شعر لسا ہے

---

۱ حضرت شاہ اسرار الدینؒ

ییٚنہٕ گژھن ناچانہِ پرنہٕ ناوٕتی شہ کُس دِل لیُس تہٕ رنٛز نوٗم
بٕ چھُس موٗحتاج تھوٚڈ و وٕنُس ، پرٕ تھم عشقس یہٕ کیا گوٚر تھم

# غولام نبی ظاہر

غولام نبی ظاہر (۱۹۵۳ء) زاو بانہالہِ ہندِس "لامیر" گامس منٛز اَکِس شریف تہٕ نیک دِل شخص محب اللہ بیرٕ سٕندِ گرِ ۔ ۱۹۶۷ء یس منٛز ٹھٹھہار ہائی سکول بانہالہِ پیٹھ دہمہِ جماژ ہُند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد ایمِل ہیڈری محکمس منٛز سٹاک اسسٹنٹ تعینات ۔ امہِ پتہٕ کوٚرُن پرائیویٹ پاٹھۍ ادیب کامِل امتحان پاس ۔ ظاہر چھُ اکھ نوجوان تہٕ وتھوٚن شاعر تہٕ ادیب ۔ ۱۹۹۸ء یس منٛز سپُز ظاہر بانہالی سنٛز "پوشہٕ برات" ناوٕچ شعر سوٚمبرن شایع یتھ منٛز غزلہٕ ، نعت شریف ، نظمہٕ تہٕ ٹکھ شامِل چھہِ ۔ سوٚمبرنہٕ ہٕندِس آخری حصس منٛز چھہِ اکھ زٕ اردو کلام تہٕ اکھ انگریزی نعتیہ نظم تہِ شامِل ۔ ظاہر سنٛز ادبی واٗنس یوٚو ے جاے چھنہٕ مگر یُس چھُ شعر وادیک اکھ رُت تاشوق ۔ لول ، محبت ، اخلاقی قدرن ہنٛز وشرحے تہٕ فطرٕچ ترجمانی ہوی موضوعات چھہِ تسنٛدس کلامس منٛز رنگ تہٕ صحیح کوٗشِش کران ۔ ظاہر سنٛزن غزلن منٛز چھُ اکھ روانی تہٕ طرحداری البتہٕ چھُس منٛزی سٕنزی فنی ڈہ بحر تہٕ موجوٗد ۔ تسنٛد شعر یاوُتہٕ بَل چھُ ییٚمہ آیہٕ کاڈ کڈان :

| | |
|---|---|
| مضطرب چھی قرار دِتہٕ یارب | گلشنس نوبہار دِتہٕ یارب |
| منٛز اوٕلنس ہہنہٕ چھہ آہتی | اَتھ سُدرس تار دِتہٕ یارب |
| ییہ لکار پننہٕ تہٕ وٕ پرن یس | سو زندگی باباردِتہٕ یارب |
| مشکلاتن تہٕ غاٗئلاتن منٛز | ہمتھا بے شمار دِتہٕ یارب |

ظاہر بانہالی ین چھُ کاشری تہٕ انگریز پاٹھۍ تہٕ کینہہ مضموٗن تحریر کری متہٕ

تہ بانہالہٕ منز پشتو پالن محکمچ کارکردگی نسبتھ اکھ انگریزی کتابچہ تہ شایع کورمت ظاہر بانہالی چھُ اکھ وومید افزا شاعر تہ ادیب۔ حال حالے کورُن "آبشار" رسالہ شایع۔

## مضروبؔ بانہالی

مضروب بانہالی (۱۹۵۸ء) چھُ اکھ کھسہٕ وُن، خوش آواز تہ پسندیدہ گلوکار شاعر یِم لوکچہٕ والنہ منزے پننہٕ تعارُف کرنوو۔ پوٚہر ناو چھُس عبدالحمید شیخ تہ ماس چھُس عبدالسلام ناو۔ اتھ خاندانس منز چھ مولوی رُسل شیخ ہوی اکھ فاضلِ عربی تہ فارسی ووستاد وُتھی متہ۔ یَس نش یِیتھی مشہور شاعر عبدالرحیم اعماؔ ہمایُن تہ درسِ تربیت حاصل چھُ کوٚرمت۔ مضروبؔ دراو سکولس دوران بحیثیت گلوکار تون پتہ ہیوٚتُن پانہ تہ قلم تُلُن تہ ہترِن پتہ نِن جذباتن شعرن منز زیو دِنی۔ ہایر سیکنڈری ایکزم یعنی کہمہِ جماژ ہنٛد امتحان پاس کرنہ پتہ لوگ مضروبؔ ریاستی محکمۂ فوڈس منز عارضی طور گھاٹ منشی، امہ پتہ سپُد مُستقل۔ کیہنہ کال پتہ آو ترقی دِتھ فوڈ انچارج تعینات کرنہ۔ از کل چھ بانہالہٕ ڈیوٹی انجام دِوان مضروبس چھُ ہٹس منز اکھ موٚدُر سوز تہ چلنت موسیقی گیوِتُک چھُس پور آیے۔ بحیثیت گلوکار چھُ غزلکی تہ ساز کہ پیچ وتھم زانان۔ مضروبؔ چھُ نعت شریف تہ نظمہ تہ لیکھان مگر تسند اصل اظہار چھُ غزلن منزوون نیران یُس چھُ اکھ تازہ فِکر تہ نوتھال شاعر۔ دلکہٕ ماہرمتہ امار، فطرتُک حسن، زمانکی بدلوون رنگ تہ حسن و محبت ہوی موضوعات چھ تسندین غزلن ہندی خدوخال ستیران۔

سہ منزران مس تہ ماوان روے تابان
بہ چھُس کافر بناوان چھم مسلمان

o

ساقیا رتھ کھنڈ کمیٔ آسی مگر اقرار کر
آسے آسی متاثہ میخانس تہ دلی مُترا و بر

ہوش نے دِیہ ہم تہٕ روزِ کم ہوش کیا موٚدرِ بن لیِن
پتھ وُلِستالس گژھن نتہٕ نالہٕ میأنی بے اثر

کارساٗزی کیا کرِتھ ہتھ وُتھ سے دَزِ وُن اضطراب
چانی تاشوقن بہٕ وِدِ نو وُس دوہ ہے شام و سحر

پتھ ولس منز چھس گُلاکی پاٹھو اندری پھیہ چیوان
چھُم دفن جگرس اندر پوٚز حارِ تاتن ہُنداثر

پوشہٕ تھرِ گئے نیل اپنچ واوڈل صبحک پیام
کالسہٕ مامعزور اتہٕ وُچھ بُلبُلس زخمی جگر

(غزلہٕ ہندی بیٚیہٕ کینہہ شعر)

وٚولہٕ روزدَ ما بیٚیہٕ تہٕ یوزِ کتے کم لو کتہٕ وَنے سُرتالن منز
پکھ واو بُنتھ صحراو و منزی وُچھ لال چھِ کم کم بالن منز
اَسہٕ وُچھ تہٕ گُلشن منز ضوٚرژ کُن اسہٕ تھاٗو نظرا خلاصس پیٹھ
دل پتہٕ نوٗی پانے کترا وِتھ کوٚر پیش لوٗکن اسہٕ تھالن منز
موٚت گوکھ تہٕ سوزس تہٕ سازس منز توٚت تا پچھ حیاتُک ترولتھ
کوٚت تام روزکھ مدہوش تیٚسے مدہوش تیٚسے زُلفن تہٕ خالن منز
ڈولوالن دوٗسہ وٚول معذورس پیوٚ نورُک پرتو سنطورس
حوٗرویس چھکرو پوشہٕ اُتُن ترٛم پوش اُترم رٛو مالن منز
حال حالے آو معذور ریڈیو کشمیر سرینگرس منز بحیثیت کیجول آرٹسٹ
(گلوکار) تزار نہٕ ۔ سُہ چھُ اکھ حوصلہ افزا گلوکار تہٕ شاعر۔

# امین بانہالی

امین بانہالی (۱۸ مئی ۱۹۵۳) چھُ اکھ کم عمر مگر بیدار پاسُل تہٕ کہنہ مشق شاعر تہٕ مزاحیہ سیٹیج آرٹسٹ۔ یُس اردو، پنجابی، ڈوگری، گوجری تہٕ کاشری زبانن منز یکسان پاٹھۍ شعر گویی ہنز مہارت چھُ تھوان۔ امین چھ بنیٲدی کاشرِس ماحولس منز پرتھیومُت۔ تسند مول چوہدری فضل دین یُس پنجٲبی اوس تہٕ ۱۹۴۷ پتہٕ جیمہ پیٹھہٕ بانہال بیتھ ییتہٕ مقیم سپدیوٚو اوس اکھ دُکان پکہٕ ناوان۔ تس سپدِ وارٕہ اولاد یم بییتی پرورِد سپدِ۔ امینن گرک ماحول یوٚدوے پنجٲبی اوس مگر تس اُندۍ پکھو اوس سورُے ماحول کاشُر۔ امین اوس لوکچارٕ پیٹھے ذہین البتہٕ اوس موروثی طور کمزور بینٲیی ہند تسکار، ییمہٕ کنہٕ سہٕ اچھن تردیک تھوٚتھ کتاب پرن اوس سکولس منز اوس پرنس منز سرس۔ امہِ علاوٕ اوس مختلف کلچرل تہٕ مزاحیہ پروگرامن منز حصہٕ نوان تہٕ فلمی ریکارڈن ہند نقل کران۔ ہائر سیکنڈری ایسکوٚل (۱۱ ہمہِ جماعت تہٕ) پاس کرنہٕ پتہٕ سپُد شیپ اینڈ وول محکمس منز چپراسی تعینات۔ اَتھ دوران ریڈیو کشیرِ ہنزِ اہمیتہٕ سیتھ اکھ منظوم کتابچہِ یُس اُمی محکمن تس خرچس پیٹھ شایع کورِ۔ امین آو ترقی دِتھ کلرک بناونہٕ۔ "گلدستہٕ سوٚنحن" ناوِ ریڈیو کشیرِ اکھ منظوم کتابچہ تیمہٕ پیٹھ تمِس ریاستی کلچرل اکیڈمی ہند طرفہٕ تس توصیفی سند آے دِنہٕ۔ امین چھُ اکھ زوٚد گو تہٕ برجستہ شاعر اردو ہس منز چھُن وارا کلام وٚنمت یُس اکھ ضخیم مسودکس صورتس منز تس تیتھ موجود چھُ۔ امہِ علاوٕ چھُ تمۍ گوجری تہٕ ڈوگری زبانن منز بہترین لغتِ شریف وٚنمتہٕ۔ ڈوگری زبٲنی منز چھُ تسند لغت وننہٕ اتھ زبٲنی منز اکھ نوٚو تجربہ۔ امین چھُ اکھ ہونرور شاعر سہٕ چھُ غزلکس رِوٲیتی قالبس منز نوۍ موضوع تہٕ خیالات دٲرِاوان۔ ڈوگری زبٲنی ہند مشہور شاعر تہٕ نقاد وید پال دیپ چھُ امین بانہالی سُند ڈوگری زبٲنی پیٹھ اسلوبیاتی دِتیک

اعتراف کوٚرمُت ۔ امین چھُ کأشرس منٛز تہٕ شعرگوئی کران ۔ تسٕندٮ۪ن غزلن منٛز چھےٚ اکھ رِوایتی اسلوب تہٕ روانی آسنس سٟتی سٟتی اکھ دلچسپ پنجأبی انہار تہٕ منٛزی ید نیران ؎

دامنِ دل چھُ تار تار کرُن ۔۔۔ یکھ نہ یکھ آسہِ چھُ انتظار کرُن
نِیکین ہندی چھےٚ دانہٕ گنٛزراوُن ۔۔۔ کاش ہچھےٚ ہو گو ناہٕ شمار کرُن
دِل چھُ دِل دِکھ ژِکس خریدارس ۔۔۔ وونی چھیا اُتھی ترٛیہ کاروبار کرُن
اکھ نظر وُچھ امیتہٕ پانس کُن ۔۔۔ سوپنٛچ کُس چھےٚ ترٛیہ شرمسار کرُن

۔

پوٚرُم بیٚیہ شوقہ سان الحمدُللہ ۔۔۔ بہِ سپدُس تتمہ خوان الحمدللہ
خبر کس آس کیا گوٚو دین و مذہب ۔۔۔ بہِ نے پرٛیہہ قورآن الحمدللہ
بہِ بیٚیہ معروف نافرمانیٚن منٛز ۔۔۔ سُہ سیٚکن مہربان الحمدللہ
امیٚنو شاد گوٚو غمگین دل میون ۔۔۔ ہِئے اوٚن بیٚیہ بر زبان الحمدللہ

# مسکیٖن دِلنواز

مسکیٖن دلنواز (مئی ۱۹۴۷ء) چھِ گوٚل تحصیلس منٛز سلیلہ علی آباد جایہِ زامُت ۔ یوٚہ ناو چھُس غوٗلام احمد بیگ ۔ مألس چھُس خوجہ رُحیم بیگ ناو ۔ اکٹھہِ جماژ تام چھُن پوٚرمُت تہٕ زونل ایجوکیشن دفترس منٛز چھُ ملازم ۔ مسکیٖن چھُ کأشری یا کھٹی شعرونَن ۔ تسٕند کلام چھُ ساد بیٚتہ مقأمی انہار چھُ تہٕ قنی لحاظہٕ ترٕ چھُ اتھ وارا ڈہ بحر ؎

دِل ہٮ۪ئے ژالان چھُ گتام یارو ۔۔۔ لولہٕ ہٮ۪ے کیا آم انجام یارو
وو پرو چینیہ بُری بُری جام یارو ۔۔۔ لولہٕ ہٮ۪ے کیا آم انجام یارو
کرہٕ تہٕ نظرا مسکیٖن دلنوازس ۔۔۔ چھُکھ واقف تس ترٕ بیٚیہ ہزارس
دوٗر پیومُت چھُ بسان گام یارو ۔۔۔ لولہٕ ہٮ۪ے کیا آم انجام یارو

# اعجاز

اعجاز جانی (۱۹۶۴ء) چھُ اکھ نوآموز تہٕ نوعمر شاعر۔ گوٗس منز چھُ روزان دہمہ جماژ تام پرنہٕ پتہٕ لوٗگ محکمہ پبلک ورکس منز ملازم۔ کاترس منز چھُ کلام موزوٗن کرنچ کوشش کران تہٕ یمہ آیہ پننی خیال پأراوان ؎

| | |
|---|---|
| پننہٕ جانہٕ بلہٕ نم واٗدی مدنوارہٕ ولو لو | جگرس ییٚ گیٚم پارٕ مدنوارہٕ ولو لو |
| دٕری یاو ہے منز ییر گمژ ناوٕ دٕلیٚ چھم | ہمہٕ تل نہ چھمُ پتوارہٕ مدنوارہٕ ولو لو |
| اعجاز جانی بس چھُ کران نغمہ خواتی چٲنی | گومت چھُ سنگ لاچارہٕ مدنوارہٕ ولو لو |

۔

چھُ چوٗنے لول مُشراوُن سیٹھاہ مشکل سیٹھاہ مشکل
یہ دزٕ وُن نار تٕژھ ہیوراوُن سیٹھاہ مشکل سیٹھاہ مشکل
چھہٕ باعث ئٔ لہٕ مُتی پھیران مگر یم بے وفا نیران
یمن تیش حال دل باوُن سیٹھاہ مشکل سیٹھاہ مشکل

# حاجرہ پرواز

حاجرہ پرواز چھ گوٗل علاقس ہتی توٗلق تھوٚن واجنہٕ واحد زنانہٕ شاعر۔ پوٗرہ ناو چھُس حاجرہ بیگم مألس چھُس غلام محمد وانی ناو۔ دٕہمہ جماژ تام پرنہٕ پتہٕ سپنہٕ حاجرہ محکمہ تعلیس منز وہ ستاد تعینات امہٕ پتہٕ کوٚرن پرائیویٹ پأٹھی دبیر فاضل۔ ازکل چھہٕ مڈل سکول گوٗلس منز سینئر ٹیچر۔ پرواز چھیہ کاشر پأٹھی غزلہٕ لیکھان یمن منز لسوانی لولُک امار چھُ ؎

| | |
|---|---|
| تہٕ ناوُم روے میٚہ ترلہٕ ہم شر | بہٕ چھس گاشر سیٹھا ابتر |
| دلس منز چھمُ میٚے چونی زر | بہٕ چھس گاہٕ شر سیٹھا ابتر |

ونان چھے داستان از دل    اندر زالس گامتر بند رگل
چھ پرِوازس تۂ ٹھ زن پر    بۂ چھِس گاٹتر سیٹھا ابتر
پروازن چھیہ وارا فرزلہ وۂ متۂ البتہ چھُ یمَن منز واریاہن جاین ڈیجرتہ

## حنظلہ حسین ثاقب

ثاقب (۱۹۷۳ء) چھُ اکھ نوجوان تہ ذہین کاریگر، کاتب، گلوکار تہ پینٹر۔ پورہ ناو چھُس حنظلہ حسین۔ سۂ زاو یاہالہ منڈس گوتڈ عدلکوٹ گامس منز اُکس دین پسند تہ دینی کارکن مولوی اسداللہ وانی صاٮ یتہ گرِ۔ ثاقب صابن کلامس منز چھُ اکھ ساحر وارس ۔

دقیف یاوُن کوٗرُم تۂ بتھ تۂ رودُکھ بیہ خمارس منز
ستے وُنتم دلبرو کُس جذبہ چھُنہ میانس اماس منز
تۂ کرتم سو رمہ چشمو اکھ نظربس یی ستے چھُم ارمان
ستے پھولہِ ہن گوشۂ گوشن گُل اُکس جانس انتارس منز
یہ سوتتُک وامسہ آمت تہ مُورن گُلُ یہ پھولن مالا
ہرد افسانہ متہ وُنتم بہ زرد ے نتہ بہارس منز
ستے چھِم پرواہ سنز خصلت چھُ انہ گوٹ تو تہ کیازن گوڈ
بۂ چھُس ثاقب پتن لو رانہ ہتھ پننس شمارس منز

## وسیم محمد ابراہیم

وسیم (۱۸ جون ۱۹۵۵ء) چھُ اکھ نوجوان شاعر تہ قلمکار۔ پورہ ناو چھُس محمد ابراہیم میر۔ سۂ زاو تۂ رِل گامس منز عبدالغنی میر سندِ گرِ۔ ۱۹۷۷ ہس منز کورُن بی اے۔ لوکچارس منز اوسُس گیونک شوق۔ ووستاد تعینات گژھتھ کورُن ایم اے بی ایڈ۔ گوڈاوس اردو پاٹھی لیکھان۔ وسیم چھُ اُکس عام

فہم اندازس منز پت نہ دِکی ہتہ بدی سوال تہ دردِ فراقک امار رلواتی المناہ غزلن منز ییمہ آیہ ڈأیراوان ؎

وَتے تہ ذرِ ترٛورے پننہِ وادی ہجرکہ — یہ دوٗدمت جگر شولہٕ تاوُن ییٚیی ما
سل سمتھ تہٕ روزم قبیا منمہ ئے سپنرم — یہ ژٕلہٕ وُن وقت پراہٕ ناوُن پییی ما
وچھیمس خبر روزِ ماٗ آخری ستر — یہ تنظرِ کرم آزماوُن پییی ما

وچھیم اگر محنت کرِ تہ پننہٕ تاشوق جاری تھوِ، سُہ سپدِ اکھ رُت شاعر ثابت ننٛد کلام چھُ گولاب رسالہٕ کین شمارن منز شایع سپدمت ۔

# شوکت شاہد

شوکت شاہد (۱۳ ستمبر ۱۹۵۶ء) چھُ اکھ کھسہ وُن شاعر۔ یُہٕ ناو چھُس شوکت حسین میر۔ شوکت زاو بانہالہٕ کس ٹرٛل گامس منز میر غلام رسول صابنہ گرِ یُس اکھ دین پسند شخص چھُ تہٕ محکمہ ابریشمس منز چھِ ملازمت کران ۔ شاہد اوس گوڈٕ شیدا تخلص کران تہٕ پتہٕ کوٚرُن مرغوب بانہالی صابنس وتہِ پیٹھ شاہد تخلص یختیار۔ بی اے کرتھ پتہٕ سپُد شاہد محکمہ تعلیمس منز وہ ستادتعینات۔ امہ پتہٕ کوٚرُن اردوٚہس منز ایم اے تہٕ بی ایڈ۔ شاہد چھُ کاشرس منز غزلو علاوٕ نظمہ تہٕ لیکھان۔ اُمی سٕنزن غزلن چھُ اکھ لوٚت آہنگ تہٕ میچھر۔ پننہٕ کلام چھُ اکثر ترنم دار لے پہٕ منز پران۔ لولہٕ باوتھ۔ زندگی ہندی عام معاملات تہٕ زمانکی رد رسا تہٕ ہوی موضوعات چھہ اُمی سٕنزن غزلن منز ییمہ آیہ پننہٕ رنگ ترٕھٹان ؎

گےٚ واوٕ بزرٕ وُچھ کیتہ گل خندانہ اُڑکی یک تام
اُمی باغواتن تانتہٕ زانتھ پرسان اُڑکی یک تام

غم خانہٕ ہیوٗ کتھ پیٹھ ترٚے چُھتھ شیدا بنوٗمُت دل
ھتو تہ کُھنتھ کوٗ شمع فروزانہٕ اُرزی یک تام

٭

ازٕ اگر نظرن نکھے کتہٕ میون دلبر آسہٕ ہے
تو تہٕ دِیہ ہے جلوہ کم پننہ یوٗ دِسہ خوٗ دسر آسہٕ ہے

وارٕ وارے ترٚوٗل ژٕ ندرٕ یم زخم میانی بیلہ وچھنہٕ
تار کو نیہ نوٗزھ چھُ کوٗرمُت مارٕ پیکر آسہٕ ہے

تمیٕ سجوٗ وُمُت مسٲ چھُ مسکن ییتہ چھُ اُکس منز بہتھ
میانی پاٹھن وفتی اگر شیدا تہ بے گھر آسہٕ ہے

## یوسف ۔ محمد یوسف

یوسف (یکم جنوری ۱۹۶۴) چھُ اکھ جوان سال تہ خوش فکر شاعر۔ پوٗرٕ ناو چھُس محمد یوسف نیایک۔ یوسف زاو باتہالہٕ قصبہٕ پیٹھ تقریباً ۲۰ کلومیٹر دوٗر کھروٹھ (کھڑی) علاقہ کس اُکس بیچھ کھورِ گامس منز عبدالعزیز نیایک سند گرِیس اکھ محنتی تہ جفاکش زمیندار اوس۔ اتھ علاقس منز چھ گاشر تہ پوگلی بوٗلی جاد وہین بولنہ یوان۔ دٔہم جماعت ہُند امتحان پاس کرنہ پتہٕ لوٚگ یوسف ایجوکیشن محکمس منز لیبارٹری اسسٹنٹ۔ از کل چھُ باتہالہٕ ڈیوٹی دِوان۔ یوسفس چھِ اکھ فطری شعر دُزنی سہ چھُ کاشرِ، علاوٕ پوگلی لیس منز تہ شعر وَنان۔ تسُندن غزلن منز چھِ قدرتی آمد، تسلسل تہ سوٚن دردوسوز۔ علاقٲئی اظہار چھُ تسندِس شعرٕ وِترِس دلچسپ بناوان سہ چھُ پننہٕ غزلن منز ییمہ آیہ رنگ بٲگران تہ دِلک سوٚن دود باوان۔

یارٕ سُند دیدار یُد ہےٚ ازلہٕ لاتے آسہٕ ہے
بیٚیہ بہٕ کرہا انتظار زندگانی آسہٕ ہے

نت در یہوٚت دِل میون بُلبُل مارتے وُوتھناوُن تو گے
لس اگر آہستہ پاٹھۍ ووٚ نیمٕژ کہانی آسہٕ ہے

ساس دعوت نامہ لیکھمس گراوٕ کرٕی کرٕی آوما
واوصحکہ لس اگر ووٚنمُت زبانی آسہٕ ہے

لوسہٕ وُہنٕ آفتاب پرزلو و مکھ ژھیکھ لۅز آفتاب
وونی بہٕ کرہاے جان نثاری توجوانی آسہٕ ہے

خاک پائے مصطفیٰ یوسفؔ ترے چھُے دادٕہن دوا
گردِ نعلین کاش یوٚرمُت سورمہ دانی آسہٕ ہے

میانہِ دلبر لانہِ چھُم آدلے ہجر مائی لنسہِ وُچھ !
زخم سرسٲری وُچھان زخمِ جگر مائی لنسہِ وُچھ !
چشمہِ لوسم پرآری پرآری زوٚنہ کاشس ژھارِ ژھارِ
خونِ دل ہورُم اُچھو شام وسحر مائی لنسہِ وُچھ !

ژھُس وُچھان یِم کوہ بیابان یِم زمین وآسمان
سارِ نے گوٚو دل پریشان کٲرِ گرٕ کا لنسہ ما وُچھ

بیوفائی چانٛی وَنتم دمبدم میونے وفا
غم ستم یوسفَ ژٕ کروو نی درگذر ماکانٛسہ وُچھ

یوسف چھُ اکھ امار ہوٚت شاعر تہٕ تٔسندِس کلامس چھ اکھ یَنہٕ زوٗزبہٕ تہٕ طرحداری۔

## بیگانہ

بیگانہ ہس چھُ پوٗرٕ ناو نذیر احمد۔ سُہ زاو ڈولیگامہ باتہالہٕ ثنااللہ شیخ سندِ گرِ۔ دہمہ جمأژ تام پرنہٕ پتہٕ لوٚگ پُلیسہٕ محکمس منٛز تہٕ ترقی پرأوِتھ بنیوو سب انسپکٹر تہٕ جیلن منٛزِ نگرانی پیٹھ رُود۔ بیگانہٕ سُند شعر وۄترُ چھُ ریوایتی یتھ ریوایتی طرح چھُ تہٕ لول و محبتُک امار چھُ۔ پننہٕ کلامُک اکھ لوٚکُٹ کتابچہ چھُن شائع تہٕ کوٚرمُت۔

## میر اسلم

میر اسلم (۳ مُچلے ۱۹۶۷ء) چھُ اکھ نوعمر شاعر یُس بانہالکِس ژُرِل گامس منٛز اکِس نیک دل شخص خواجہ محمد یٰسین میر سُندِ گرِ زاو۔ پوٗرٕ ناو چھُس محمد اسلم میر۔ ٹی، ڈی، سی امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ سُپد ۱۹۸۲ء یس منٛز محکمہ تعلیمس منٛز روزانہ اُجرتس پیٹھ وۄستاد تعینات تہٕ پتہٕ سُپد مستقل۔ میر چھُ اکھ ذہین شاعر آسنس سۭتۍ اکھ محنتی وۄستاد تہٕ صالح اطوار۔ سُہ چھُ کاشرس منٛز غزلہٕ تہٕ نظمہٕ لیکھان۔ پانہٕ تہٕ خوش آواز۔ تسند شعر ڈیسی لایہ چھُ تسندِ اکِہ رتہٕ پیش کالُک پاس دِوان بشرطیکہ محنت تھوِ جاری۔ تسند شعر وۄترُ چھُ رمیہٕ وُن۔ سُہ چھُ اکھ روٗمان فکرِ شاعر۔ تسُند نموٗنہ کلام چھُ "گولاب" رسالس منٛز تہٕ چھپیومُت تہٕ سُہ چھُ کاشرِ ادبی مرکزٕ بانہالُک اکھ سرگرم رُکُن۔

جانانہٕ سیٹھا درٛوج ہیٚے پیٚیم چانٕہ جدٲیی
دُچھ وُچھ ہیٚے لوسم جشنہٕ ترٛھو کیم ہیٚے بینٲیی
بو زالہٕ عشقن لوگہتس وونی چھم تہٕ مو کلن پایہٕ
دیوانہٕ چونے چھس گومت ترٛے پتھ یہ فدٲیی

# رحمت کشتواڑی

رحمت کشتواڑی چھُ اَکھ معروف تہٕ خوش آواز گلوکار سُند ہُتی یتہٕ زانہٕ یوان۔ پوٗرٕ ناو چھُس رحمت علی تہٕ تخلص چھُ رحمت کران۔ رحمت کشتواڑی زاو ۱۳ ، اپریل ۱۹۴۶ء یس منز کشتواڑ۔ ہائر سیکنڈری ایکزٛو پاس کرتہٕ پتہٕ سپُد محکمۂ اطلاعاتس منز بھرتی تہٕ اَز چھُ اسسٹنٹ انفارمیشن آفیسر سندِ ہُتی یتہٕ پننہٕ یسی علاقس منز تعینات۔ رحمتس اوس شُری پانہٕ پیٹھے گیونک شوق سُہ چھُ سیٹھا خوش آواز تہٕ گیونس منز چھُس پننُی اکھ خاص آے۔ مرحوم غلام نبی ڈولوال جانبازؔ کشتواڑی صاٰبس سیتہٕ رُودس وارٲتوٗق تہٕ تس سیتی تہٕ رُود منزی مُتری سنگت کران۔ "چلنت" موسیقی گیونس منز چھُ رحمتس خاص مہارت دسترس حاصل۔ سُہ چھُ ریڈیو کشمیرک اکھ کیجول آرٹسٹ تہٕ۔ طبیعت موزون آسنہٕ کنی ہیوٚت تُ پانہٕ تہٕ قلم تُلُن۔ تسندس کلامس چھُ سوز وگداز تہٕ فکری ووچھوار۔ سُہ چھُ اکھ حوصلہ افزا شاعر۔ کیتھہ شعر نموٗنہٕ:۔

مأتھ دِتھ آیوس واللہ جنگ بازن کیا وَنے
اَخرس موٗرُس بیہ پنی حیار سازن کیا وَنے
سنگ باری لنتس بجاو تھ، ضرب گُل سیتی گوم ترٛین
اَنہٕ کتھ رمُت چھُم یتھوی اُمیتہٕ سازن کیا وَنے

لانہِ لیکھتھ چھا ہیے ہوتُن پرتھ چھوکس بیٹھ اسوٗنے
باپہٕ زونا ہیُے سَنا اُمی بے تیازن کیا وَنے

-

کھم رنگہِ رنگس اُمی رنگسازن  رنگ پرنہ ناوُن مُشکل گوم
عالم اکھ رُتھ آوتھ بھوُن  دل رتھ راوُن مُشکل گوم
کمتہِ شر کتھ گے رحمت نیرتھ  زن گے سپنس ترپچرِ میے
تندرِ وُتھتھ گوو تیتھ اکھ زخما  لیُس وہ نی ساوُن مشکل گوم

# طالب حسین بیتاب

بےتاب سُند پوٗرہٕ ناو چھُ طالب حسین ۔ سہٕ زاو ۱۱ اپریل ۱۹۴۹ء بھدرواہس منز محمد عبداللہ بٹ ناوکس اکس شریف تہٕ سفید پوش گرس منز ۔ مالی وجہِ کنی ہیوٚک نہٕ تعلیم حاصِل کرِتھ ۔ بیتاب چھُ اکھ بُلبُل دا گلوکار تہٕ ماہر طبلہ نواز البتہ چھِ بینائی کنی پیدائیشی طور کمزور ۔ سہٕ روٗد فنکار غلام نبی ڈولوال صابس ستی گیوٚس منز سنگت کران ۔ تس چھُ ہٕٹس منز موٗد سوز تہٕ چلنت گیوٚس منز چھُ ڈولوال صابنی یاد تازہ کران ۔ وارا کالہِ پیٹھ چھُ وہ نی کشتواڑس منز لیسان ۔ یانہٕ ترِ چھ کلام وَنان ۔

دلبرو از اوٚن تھٕ کیٔت میے ٹوٹھ نذرانے بدل  سرفروشن ہُند چھُ آسان عہد و پیمانے بدل

# قیوم رازویری

قیوم رازویری (۱۹۵۸ء) چھُ رازویر ضلعکِس بھروٹ علاقس ستیتہٕ توٗلق تھوون وول اکھ جوان سال تہٕ ہوشیار ذہن شاعر ۔ پوٗرہٕ ناو چھس عبدالقیوم نیایک تہٕ عام پاکھٕ چھُ قیوم نیایک ناوٕ تھِ یوان ۔ قیوم صابس پاکھیوٚ وگرس منزٕ شعر و ادبُک ماحول ۔ شہباز رازویری صاب چھُ تسند

ژِیٹھ یوٚے تہٕ یہ اتھواس تھوٚو ہموادبس منٛزٕ تہٕ قأیم۔ تعلیمہٕ کنِہ چھِ قیوٗم ایم، اے تام پُرِتھ تہٕ از کل چھِ محکمہٕ یُوتھ سروسز منٛز ماسٹر گریڈس منٛز وۄستاد سندِ حیثیتہٕ کأم کران۔ سُہ چھُ پتہٕ لس پیٹھس منٛز ربط و ضبطکۍ قأیل تہٕ بےباکی سان چھُ کتھ کران۔ قیوٗم نیاٗیکس چھُ شعروادبکۍ وارا مطالعہ۔ سُہ چھُ امہِ پتھرِ ہند اکھ حسن آگاہ شأعر تہٕ ادبی رُوی ین ہنٛز زان چھیس مکمل۔ نعتِ شریف، غزلہٕ تہٕ نظمہٕ چھیٚہ تسندین فنی تجربن ہندوہراو ہیمت سُہ پننس اندازس منٛز اکھ نوٚو معنیت تہٕ تہہ داری دِنہٕچ کوشش چھہ کران

چمن چھُ پراران بہارِ یہ تا — سُہ یأنی یادن امارییہ نا
قیومہٕ نولِچہِ سپارِ پُرِ پُرِ — وُداسی دل چھُم قراریہ تا

•

چھیٚہ دوٚن جہانن ترٚیہ پادشاہی — عرشِ وُتھیو تہِ جلال صورت
نظرِ عنایت کرِ یہ قیومس — نصیب گژھی نس وصال صورت

•

(اکہٕ نظمہٕ ہند اکھ بند)

دوٚکھ

اکھس کیتھ ساس دوٚکھ

پرِ ہتھ قدم

راو رأو متہٕ ییمہٕ ڈٲکن

ژِھاٗنیا، انہِ گوٚٹ یہِ شام

نیرِ غم ہتھ کورکُن

قیوٗم نیا یک رُود کہنہٕ کال "کاشر مرکز بہروٹک" ھدرتہٕ تہٕ رُود سرگرمی سان کام کران۔ البتہٕ چھُ وۄنی تسندین آوریرن ہند دأیرِ ہوٗریومُت تہٕ ادبی ریاضس چھُ کمی لور۔ پتہٕ نگرانی منٛز چھُ اکھ پرائیویٹ اکاڈمی تہٕ پکناوان۔

# شبیر راتھر

شبیرٕ راتھر (۱۹۶۰ء) ووتلیوو رازٕ ویر علاقس منٛز اَکس تازٕ فکر تہٕ ذہین شاعر سندِ حیثیتہٕ۔ یِمو کم وقتس تہٕ لوکچہِ وٲنسہِ منٛز پَنُن تعارف کرنووٚ۔ سُہ چھُ رازٕ ویرٕ ہندس بیہروٹھ گامس منٛز روزان یُس اَتہٕ چین کٲشرِن ادبی سرگرمین ہندمرکز چھُ۔ بی اے پاس کرنہٕ پتہٕ سُپد شبیر محکمہٕ تعلیمس منٛز ووستاد تعینات۔ شعرو ادبکُ چھُس اکھ فِطری ذوق تہٕ کینٛہ کالا رُود ادبی سرگرمین منٛز ژُ کرِسان حصہٕ ہیوان۔ سُہ رُود "کٲشرٕ مرکز بیہروٹھ" کِ ترجمان رسالہ "رازٕ ویرُک" شُہباٚرٕ رازٕ ویری صٲبس سیتی معاون مُدیر تہٕ۔ شبیرٕ راتھر چھُ اکھ وٚوکھوٗن تہٕ حِسس آگاہ قلم کار یُسندِس باوژ بَلس اکھ پننٛی تیہہ چھیٚیہ۔ تسنٛدر باوتھ چھیٚیہ توٚپنہٕ یِس تسنٛزِن غزلن کیو نظمن منٛز تسنٛدِس سوچہِ دُبادس پننہٕ آبہٕ مَرٕ چھیٚیہ تُلان۔ شبیرس چھُ دوٗرِ وارِن ہُند احساس جِگر کوران۔ تہٕ سُہ چھُ پتہٕ کھورِ کوہستانن منٛز واوٕ ژِ قفٹن منٛز باگ رُوزِتھ یِمہٕ آیہ پننٛی خاب تَسکلاونکی سٚتنز کران۔

| | |
|---|---|
| بہٕ چھیس ژھانڈن کوہن بالن پَنُن پان | امارس ماگٕرٕ ژھیم بیقرار وُلی وُلی |
| ہیٚ ڈاوُر واوِ ژھٹہِ ییٚتہِ سونٛچ سَنیتک | ژٕ جم منٛز کھورِ تَلہٕ گے لارٕ وُلی وُلی |
| دِلس لاگنٛ دییوِ مے آمہٕ تا وا | چھَ وتھ وٕ فہیچ سیٹھا کھُرکدار وُلی وُلی |
| تہٕ گو جانٕے ژٕنے زولنٛھ دِتھ شبیرٕ و | دُچھتھ آلَس کورٕتھ اعتبار وُلی وُلی |

شبیرَس چھِ غزلو علاوٕ نظمہٕ تہِ لیکھان۔ اکِ نظمِ "شکیلہ نہٕ ناوٕ" تطمِ منٛد اکھ بندس

وو فِہلکی وِقتہن\
کھنیجہ کھنجہ چھکروو گُتام\
گرِ یکھ بُعٛ سیپس\
ٹُورٕ بُرتھ زَن۔ اوٚش ہیتھ اُچھ منٛز\
زونٕ ڈیکس چھُمنہٕ اُبیتھ جان

شبیر ہاتھرس چھُ عصری ووسہ دروسن ہندگوٗن شعوٗر۔ البتہ ہیوتُن سٕہ لوٗت لوٗت دیارن موٗت گرزٕھن تہٕ تسند شوق آو مختلف آوریرن منز باگرنہٕ یمیٚہ کنہ تسنز تخلیقی وٚیچھ ہندٕ رفتار سوتُن ہیٚوٗ ہیٚوتُن۔ شبیر چھُ از کل تعلیم بالغان کس شعبس منز سُپر وائزر تہٕ امہٕ علاوٕ چھُ پننہٕ اکھ پرائویٹ اکیڈمی تہٕ چلناوان۔

# وحید بانہالی

وحید بانہالی (۲ فروری ۱۹۶۰ء) چھُ بانہالہٕ کِس لابر گامس منز روزان۔ موٚلہٕ ناو چھُس عبدالوحید میر تہٕ مالِ سُند ناو چھُس خواجہ اسداللہ میر۔ تعلیمہٕ کنہٕ چھُ میٹرک پاس تہٕ بجلی محکمس منز چھُ مُلازم۔ وحید اوس سکولس دوران کلچرل پروگرامن منز حصہٕ نوان۔ سہ چھُ خوش آواز تہٕ گاشرِ گیوٚنک چھُس بہترین آے لوٗت لوٗت ہیٚوتن پانہٕ تہٕ قلم تُلُن۔ تہندس کلامس منز چھُ حسن وعشقُک امارت تہٕ دردٕ فراقُک رمبہٕ وُن دود یمیہ آیہ ریٚہہ ترٛٹان۔

سے مایارِ چانہٕ یاپھ کرُ ضایہ زندگانی
تم وعدٕ چانی کرمتی چھِم یاد سے پیٚونانی

چھے ناخبر چھُ کوتاہ توزکھ جگر یہ میونے
اَسہٕ وُنہٕ دمانہٕ وُچھتم کرتم سے مہربانی

یوتُن اندر چھُ بلبل غزلہٕ گیوان وحیدٕ نی
تمہِ لیہ گیوان برابر شبنم چھُ اوش ہرانی

# حیدر سترع کنڈی

پوٚرہٕ ناو چھُس غلام حیدر دانی۔ تخلص حیدر۔ حیدر چھُ گول علاقس منز دلواہ گامہٕ کِس سترع کنڈ محلس منز روزان۔ تعلیم کنہٕ چھُ بی اے بی ایڈ۔ بحیثیت ماسٹر گریڈ

ووستاد اُتھی علاقس منز تعینات۔ حیدر چھُ کأشرس منز کلام موزون کران تسُند کلام چھُ عام فہم سادٕ تہٕ رِوایتی۔ کینہہ شعر مصرع

دِلس چھُم چانہِ لولکُ غم | ترٕ ے ما بوٗزتھ ترٕ ے ما بوٗزتھ
پیٚتھے ما چھیٚس گوٗمُت برہم | ترٕ ے ما بوٗزتھ ترٕ ے ما بوٗزتھ

.

وُچھان چھُس پرٕ یتھ طرف تفریق | کران لوس وُچھم تفنیک
توٗ ے چھم چشمہٕ گامتر نم | ترٕ ے ما بوٗزتھ ترٕ ے ما بوٗزتھ

پھ حیدر پیٚتھ ولنس اندر | گوٗمُت لس حالِ دل ابتر
نہ چھُس کانہہ دوس نے ہمدم | ترٕ ے ما بوٗزتھ ترٕ ے ما بوٗزتھ

## شفیق جرال

شفیق چھُ گوٗل علاقس سیٚتی توٗلق تھوان پورٕ ناو چھُس محمد شفیع جرال۔ تعلیم چھس بی اے تہٕ بحثیت ووستاد چھُ ایجوکیشن ڈیپارٹمنٹس کأم کران۔ گوڈٕ اوس اردوٗہس منز لیکھان تہٕ ووٗنی چھُ کأشرس منز شعر گوئی ہُند شوق تھوان تیٚسُند کلام چھُ رِوایتی یتھ منز سہٕ عشق و محبتکہٕ جذبات تہٕ یَتہٕ اوٗند پوٚکھ دأ یراوان چھُ

کسُ کرٕ ہم ترٕ ے رُس وَنتمُ یأری لگے
کرٕ آنکھ تشریف ییٚہ یأری لگے

یتہٕ ترٕ وُکھ روشتھ منیٚ لنش بے عار یأکھی
گو شفیقس اوٚنتہٕ اُچھن جأری لگے

.

یاوِ کُس یِم سِتم چھُے مے چوٗنوی قسم
سروندے یوٗزتم چھے مے چوٗنوی قسم

اکھ سوالی ہ چھُس ڈیڈِ تل مُنتظر
چھُس ہ دارتھ ہلم چھُے مے چوٗنوی قسم

لولہِ چانے شفیقس دوہس راتھ گےٚ
ضایہ گے ماترِ تم چھُے مے چوٗنوی قسم

# راہی عبدالحمید

راہی (۲۳۔ اپریل ۱۹۷۸ء) چھ موضع اعظم آباد منڈی پرونژ ہس منز روزان۔ پوٚرہ ناو چھُس عبدالحمید تہٕ مالس چھُس عبدالصمد ناو۔ راہی چھ اکھ وتھوٗن شاعر۔ پونچھ کالجس منز چھُ زیرِ تعلیم کاشرِ تہٕ اردو پاٹھۍ چھُ شعر ون۔ راہی سُندِس کلامس منز چھ اکھ معصومیت تہٕ جذبن ہنز بیقراری۔ فنی لحاظہِ چھِ اکھ کلامس منز وار اڈ بچر ہے

| | |
|---|---|
| ہر اکھ چھُ کران انتظار لو لو | میانہِ یارو ولو واہ واہ لو لو |
| اکہِ ساعتے دِتم دیدار لو لو | میانہ یارو ولو واہ واہ لو لو |
| کیاہ نہِ رونکھ آرہ بلہ نخارن منز | اکھ پھرا ییرِ ہے یارن منز |
| نالی تراوِہ راہی ہار لو لو | میانہِ یارو ولو واہ واہ لولو |

# عبدالرشید رشید

رشید باہ نالی (اگست ۱۹۴۷ء) چھُ باہ نالہ ہندس بزرگ شاعر مرحوم عبدالحی خاکی سُند فرزند۔ اتھ خاندانس چھ پیٹھہ وتھ علم وادیک ذوق روزمت۔ رشید

چھ یانہالہ کوسکوٹ گامس منز روزان ۔ ڈہمہ جماژ ہند امتحان پاس کرتھ
پتہ لوگ آیورویدک ڈیپارٹمنٹس منز دواساز تہ پتہ بنیو حکیم ۔ شعرِ وادیک
شوق یاتھیوس وراتنس منز ہے تہ یانہ تہ ہیوتن گاشری یاکھٹی کلام موزوٗن کرُن
رشید چھُ یمیہ آیہ غزلس گوڈ برانٛہ کوشش کران تہ یمیہ آیہ پنتین امارن
ہندی خاب شیران ؎

وولہ پرکتاب دِلہ چھُ بری بری ورق میہ تھاوی مے
پرہتھ ورقہ پیٹھ پیٹھن میٹ دِلہ کی زخم سجاوِ م

•

گولول چون جگرس ینہ پیٹھ سنتھ رشیدس
تنہ پیٹھ میٹ دین و دُنی یہکی سارے لانیاے تراوم

# مجروحؔ شمس الدین

مجروحؔ ( ۲ جنوری ۱۹۵۸ ء ) زاو کھارِ پورِ یانہالِ حسن
وانیٔ سندِ گرِ ۔ لو کچار پیٹھے اوس ذہین مگر مالی وتھ ہے رکتی
ہیوٚک نہ ڈہمہ جماژ برونٹھہ پرٚتھ ۔
مجروحؔ رُد محکمہ پبلک ہیلتھس منز روزانہ اُجرتس پیٹھ بھرتی
۱۹۵۸ ییس منز رُد اُتھی محکمس منز مستقل تہ از کل چھُ سیروٗانزم
سندِ حیثیتہ کام کران ۔
مجروحس چھیہ شعرِ وادس یک جان صلاحیت ۔ سہ چھُ خوش لحی

تہٕ یٚمِنٛ کلام چھُ ترنّم دار لیہِ منٛز پرِتھ منٛز مہارت تھوان ۔ اگر محنت کرِ تہٕ اکھ رُت شاعر ہیکہِ بنِتھ ۔

اکِہ نعتِ شریفکۍ شعر ۔

نورٕ چونوی پیوٚو جہالس یا شفیع المذنبینؐ
ہوش ہیوٚ آو ییتھ زمالس یا شفیع المذنبینؐ

دریدرالسان اوس بیوٚن بیوٚن توٚداین کُن جکان
چشم وتھرے نورالس یا شفیع المذنبینؐ

## غلام نبی فردوسؔ

فردوسؔ چھُ اکھ گلوکار شاعر ۔ یُہُنٛد ناو چھُس غلام نبی تہٕ یاتہٕ تہٕ چھُ گیوان مجلسن منٛز شریک سپدان ۔ فردوس زاو بانہالہِ درشی پور گامس منٛز ۔ ڈُہمہ جماژ تام پرِتھ یِتہٕ سپُد فارسٹ کارپوریشنس منٛز مُلازم بھرتی ، تہٕ فارسٹ گارڈ سندِ حیثیتہٕ چھُ کام کران ۔ فردوس چھُ رِوایتی انداز غزلہٕ لیکھان تہٕ یٚمِنٛ کلام چھُ یاتہٕ گیوان اُسندِس کلامس منٛز یودوے فنی ڈیچر چھُ موجود تاہم چھُ سُہ جان کوشش کران ۔

# محمد افضل بیگ سرآج بانہالی

سرآج بانہالی (۱۰ ارجون ۱۹۴۷ء) چھُ اکھ شریف النفس ، کم گو تہٕ ذہین شاعر
آسنہٕ علاوٕ اکھ بہترین خوشنویس تہٕ ۔ پوٗر ناو چھُس محمد افضل بیگ ۔ سُہ چھُ بانہالہٕ
لامبر گامس منز اُکس اوسط حال گرس سیتی تولق تھوان ۔ ہائر سیکنڈری کور امتحان
پاس کرتھ پتہٕ رٔود گرے زمینداری وغاٸرہ کارس نگرانی کران ۔ آز کل چھُ اُکس
مقامی پرائیویٹ درس گاہس منز پرناوان ۔ سرآج چھُ اکھ رُت تہٕ زُو
زبتہٕ دار کلام ونان ۔ ہاو بھاوس چھُتہٕ جادلور تہٕ مشاعرن منز تہٕ چھُتہٕ شرکت
کران ۔ سُہ چھُ پتہٕ نہٕ غزلن منز ۔ یمہ آیہ پیٚتھ باوزیل یدٕ کڑان ؎

کرم اتھ رٔٹ برُم دامن بہٕ چھُس رنجور یا اللہ
سوائے خود مہ تھاوُم کانسہٕ ہند مشکور یا اللہ

بہٕ مفلس چانی ہیے ہراران کرم کرٕ تو گوناہگارن
زمانن اُمی ستمگارن کورُس مجبوٗر یا اللہ

عبادتھ سانی نرکاری تہٕ سرتا پار ریا کاری !
ہیے علم و عقل و عرفانک بخشتم نور یا اللہ

چھہٕ اُسی بے بال و پر ساری تہٕ یہ رُستے کس وُنو زاری
منگان چھی تریٚ سمتھ ساری مدد بھرپور یا اللہ

چھہٕ ول سانی مرد ترگاتی پھر پیمتی لرزھے مہٕ گمتی
گژھن منز ولنہٕ چھی آمتی عطا کر نوٗر یا اللہ

# بہار احمد بہار

بہار (یکم مارچ ۱۹۷۲ء) چھُ اکھ نو عمر تہٕ پُر بہار نو آموز شاعر یُس بانہالہ

ناگامہ محمد سکندر خان نہ گر زاو۔ اَتھ گرس منز چھُ اکھ رُت علمی ماحول، تسند نرِ بیٹھ بوے محمد اقبال خان یُس بحیثیت لیکچرار کام چھ کران چھُ علمی تہٕ اخلاقی مضمون لیکھان۔ بہار چھُ پانہٕ تہِ خوش آواز تہٕ چلنت موسیقی گیونک چھُس پوٗرہٕ آئے۔ ۱۹۸۶ء یس منز کوٗرُن بی ایس سی۔ از کل چھُ اُکس پرائیویٹ تعلیمی ادارس منز پرٕناوان۔ بہار چھُ اکھ نوآموز تہٕ کھسہٕ وُن شٲعر تہٕ ادبی مضمون تہِ چھُ لیکھان۔ تسند کلام چھُ اُکس حوصلہٕ افزا شٲعر سند باس دِوان یِنُن کلام چھُ ترنمس منز پران۔ کلامس منز چھُس تیاںن ہُنز معصومیت تہٕ جذبن ہندرہہٕ وُن سوز لیُس سہٕ نیمہٕ آیے موحسوس چھِ کرناوان ؎

پھولن گل گلستانُکی چھُم قسم آہستہ آہستے

دوٗیم تمُی دردِ دِل سپدان چھُ کم آہستہٕ آہستے

نظر اکھ یِیلہِ ترٕے کُن ترآوِتھ مےٚ پانس کُن کرم نظرا

مےٚ پھُٹرٲوِم گرٕ تھی کم کم صنم آہستہٕ آہستے

بہارا چاٗنی آسنن چھُس نہ کینہہ مویوس بوکوٗرمُت

مےٚ چھُم پرٕ ہتھ غم مِٹاوان، چون غم آہستہ آہستے

## محبوب غلام محمد

محبوٗب چھُ بانہالہِ ناگام روزان۔ پوٗرہٕ ناو چھُس غوٗلام محمد۔ دہمہ جماژ تام چھُنہٕ پوٗرمُت۔ محکمہ ٹوٗرازمس منز چھُ بانہالہٕ ڈاک بنگلس منز مُلازِم۔ محبوب چھُ فی البدیہہ شعر ونان تہٕ دوستِ خداین ہُند تہِ چھُ قدردان۔ اَمی سُند کلام چھُ "گولاب" رسالس منز تہِ چھپیومُت۔ سہٕ چھُ یتھ ہوی شعر ونان ؎

اکھ گولابا سُلہِ کیٛو لُکھ ترٕے خار زارن منز

مُشکنے ادِ قر چھُ شولان دورِ وارن منز

شاعر تہ پوزٕ چون ہیو گفتار کمِس اوس
چھے روانی آبشارن ہنز تہٕ ستارن منز
(نذرانہ عبدالرحیم اعمیٰ)

# فیض محمد حاؔیل

حاؔیل ییتہٕ ریوپور ناو فیض محمد چھُ، چھُ اکھ وتھوُن تہ ذہین شاعر۔ سُہ زاو غلام رسول ناوِ کِس اُکِس شریف النسانہ سندِ گرِ۔ بانہال ہائر سکینڈری منز دہمہ جماژ تام پرنہ پتہٕ لوگ فوڈ محکمس منز گھاٹ منتش۔ پتہٕ پراونی ترقی۔ حاؔیل چھ اکھ حساس تہٕ عربیندس کلامس منز زندگی ہنز تلخ توامی ہند سون تہ سہ دُن سوز چھُ۔ ووہنی چھُ کشیراتت ناگ ملکس منز لبان۔

# محمد اشرف گوہر

گوہر (۵۔اپریل ۱۹۷۰ء) چھُ اکھ کھسہ وُن شاعر تہ محنتی طالب علم۔ سُہ کھاہ پور بانہالِ غلام محمد وانی سندِ گرِ زاو۔ دہمہ جماژ تام پرنہ پتہٕ ہیوک نہ مالی وجہ کنہٕ تعلیم جاری تھوِتھ تہ لوگ اُکِس پرائیویٹ سکولس منز پرناونہٕ۔ امہٕ پتہٕ کورُن پرائیویٹ پاٹھی بی اے۔ آئی ٹی آئی کورس تہ کورُن۔ ووہنی چھُ پننہٕ کاروبار کران۔ سہ چھُ پینٹ وتھاہ کرُن تہ زانان۔ گوہر چھُ کاشری پاٹھی غزلہ لیکھان یمن منز لولہ جذباتن ہنز باوتھ کاری تہ زمانکہ ہند رہاربح تلخ نوائی چھ۔

پچھانی ہجرک اضطرابن دیت مےٚ قرار بدلے
عاشقن ہنز عاشقی منز میون اتہارے بدل

ہارِ ژٕنڈ جانانہٕ میونٕے در نقابے اُستن
وصلہٕ تمٕ سنٕدِ کٔرِ ہیٚتۍ پیہم اضطرابے اُستن
ساغرس کس ذرا ہٕر چھ گوہر یمہ زمانٕچ دلبری
کانسہٕ چشمن منٛز چھپتھ کانہہ لوٚڈھ خابے اُستن



( بقیہ ساغر صحرائی از ص ٢٥٤ )

عشقہ نارن زولتم آویُل بدن
آبسنی البسولس آویُل بدن
سر وندس یادن بہٕ ساغر یارٕ سے
لرِ بہٕ تراوس ڈیڈِ تل آویُل بون



موٚے خانہٕ عشقن چاوتم اکھ دام ستے ہو
لٹہِ ہاوتم روسے یزتو بر بام ستے ہو
وُز ناہٕ مسوٚل یار میانے عار ترِیے پھُتے نا
دوہ آم دِگرس تھرِ میٚتے چھم گرژھ شام ستے ہو



ٹھاکھٹرِ ستی توٚلق تھوَن والین دوٚیمین قلمکارن منٛز چھ نذیر احمد عتیقؔ، محمد شریف شایقؔ، مسکینؔ، محمد احسان غمگینؔ، نصیر احمد نصیرؔ۔ شفیقؔ تہٕ فاروق فِدائی بیٚتر شامِل۔

# پوگلی بولہ ہندی کینہہ شاعر

پوگلی بوٗلی ہیتھ نسبتھ گوڈے یہ ذِکر کرُن آو تہٕ یہ بوٗلی چھ کاشرِس سیٗتی توٗلق تھوان وآجنی نزدیک ترین بوٗلی یُس ڈوڈہِ ضلعس منٛز بانہالہ تہٕ رام بن تحصیلکین کینٛژن علاقن منٛز بولنہٕ چھِ یوان۔ اتھ بولہ منٛز تہٕ چھُ تخلیقی ادب موجود تہٕ کاشُر پرٛن والین ہٕنٛز دلچسپی موکھ چھُ امہِ بولہِ ہندین قلم کارن ہٕنٛز تہٕ اکھ موٗخصر زان پیش:

## اکبر جو

اکبر جو چھُ بانہالہِ ہندِس کھردِش (کھڑی) علاقس سیٗتی توٗلق تھوان ودل اکھ لُکہٕ شاعر اوسمُت۔ باسان چھُ زِ سُہ چھُ پوگلی بولہِ منٛز گوڈنیُک شاعر مگر تَسُند کلام چھُنہٕ رٹِتھ۔ تَمی چھِ پننہٕ علاقہٕکین کینٛژن سماجی بدعتن پیٹھ طنز کوٗرمُت۔ تہٕ امہِ علاوٕ چھُن کینہہ اصلاحی کلام تہٕ وۄنمُت سُہ سپُد ۱۹۸۰ءَس منٛز انتقال۔ امہِ وِزِ آس تَسنٛز وآنٛس ۷۰ وری

کتّے ہٕنہٕ وارہ اُچھے سیٗتی بالہ    یہ ماگٕ موکھالہِ یہ چھُپتھ حرام

(کنو یوز تہٕ اُچھو وُچھ یہ کورِ منٛد پولسہ (ماگ) کھیوٗن چھُوی حرام)

یوٗتھے پڑھ قورانس بالہ    یہ ماگ موکھالہ یہ چھپتھ حرام

(اگر پڑھ چھے ہٕ تہٕ قورانُک مطالعہ کرتہ وُچھ یہ کوتاہ گوناہ چھُوی)

ستھلی سورے تہ چھپتھ اولاد    یہ کُرٹ ستی مانگ کرتھ برباد

(اولاد چھ ساری برابر، کوٗرتہ تہٕ گوٗبرٕ تہٕ لہذا (ماگ) کھینُک غلط رسم کری برباد)

اتھو ملکن بتھس ڈیکہٕ زالہِ    یہ ماگ موکھالہ یہ چھپتھ حرام

(فرشتہ زالنے ڈیکس پیٹھ نار۔ ماگ کھینُک رسم کری برباد)

# پیر مشکور

پیٚرٕ چھُ یٚرِ پوگلی بولہِ منٛز کوٚر پیر مشکور صأبن باقاعدٕ پأٹھۍ شاعری ہُند دُسی لایہٕ۔ سُہ اوس یتھ علاقس منٛز پیر مُریدی سلسلس منٛز نران روزان تہٕ تس آسی یتھ علاقس منٛز وارا مُرید۔ مشکورن اوس یمن پہاڑی لوکن ہنٛزِ زندگی تہٕ اقتصأدی مُشکلاتن ہُند نزدیک روٗزتھ مطالعہ کوٚرمُت۔ چنانچہ سُہ اوس اکھ فطری شأعر تہٕ پوگلی زبان تہٕ اوس پوٗرٕ پأٹھۍ بولان۔ یٚمِہ کِنۍ تٔمۍ اکھ بولِہ منٛز شعر گوئی ہندی تجربہ کرۍ۔ یِمو بروٗنٹھہ کنۍ اتہِ کِنۍ پُری مِتھن نوجوانن اکھ تحریک دِژ۔ تسُند اکھ بأتھ چھُ یٚیتہٕ مشہور یٚمیُک مطلع چھُ؛

پاتہٕ بولُس داہ کٔستو چھُم یمہ مدتوارہ ہیٚے لب
تھون تہٕ مھون اوتھ وعدہ گوٗمت یمہ مدتوارِہ ہیٚے لب
کشیرِہ پانتھ آو پیر مشکور لُیگلہ منٛز چھُس زاگتے
بالتے پچھتھ تٟینہٕ قدمن یمہ مدتوارہ ہیٚے لب

(میانہِ یارا دوٗلہِ میٚے نزدیک بہہ پانے وُچھکھ میٚے کوتاہ دوٗد چھُ۔ ترٚے میٚے ستۍ وفادأری ہنٛد وعدٕ اوسُتھ کوٚرمُت ووٚلہِ میٚے نزدیک بہہ۔ پیر مشکوریُس کشیرِ بیٚٹھ چھُ توٚرمُت چھُ سُہ چھوی پوگلس منٛز ترٚے پراران تہٕ چأنین قدمن وچھان۔ ولہِ میٚے نزدیک بہہ)

یتھے پأٹھۍ یٚیلہِ اکہِ ڈرِی یہ سخ داوُک گوٚو۔ اتہِ کِنۍ لوکن لگ فاقہٕ لگنہِ مشکورن باوٕ یہ حالت یمہ آیہ ؎

رُچہِ پیٚوم چارے ورتہٕ کُت کھالم تہٕ گو عالم دوبایا ہو!
(صبحس چیمو چارے نگرشامس کیاہ کھیمو۔ افسوس دنیا پیٚوو داوکہِ ستۍ دزتھ)

# مرغوب بانہالی

مرغوب بانہالی صاب تہٕ رودی کیوتر کال مُلازمتس دوران پوگل پرستان علاقس منز۔ یمن تہٕ چھ پوگلی بولہِ منز زان کٲری حاصل تہٕ تموتہٕ چھِ اتہٕ کین لُکن ہنزِ زندگی ہُند اکھ عکس پوگلی بولہِ منز یمہ آیہ ڈٲیرومُت:

یارا یر جو گڑھم ادہ وارس
زن گڑھم ستٲہی دربارس
رُنڈرہ وڈلم اوب کھلا گوترین ستیٖ
چھن ونم ڈٲلی ڈٲلی سیزارس
منجہ کھالم یمہ کرناگس پاتھ
کاٹھ والم اُکس کھسی دیودارس

(ترجمہ) یارا ولہ بہکہ پیٹھ گڑھو
زنہ گڑھو شاہی دربارس
چار واین ستی یکوتہ کُنہ تراوو بالہ پیٹھ ڈُلہ
سیز مرگن منز دلتو یے پھروک پاٹھی پہاڑی باتھ
ژوٹ کھیمو ناگس پیٹھ پہتھ
زبوُن والو ہیور کھستھ دیودارس ع۱

# نشاط نیلوی

نشاط نیلوی (۱۹۴۳ء) سُند پوٚرِ ناو چھُ غلام رسول۔ یم زایے نیل بانہالہِ کِس چِدُوس گامس منز اُکس زمیندار گرس منز۔ ڈٕہمہ جمأژ تام تعلیم پرِتھ پیتہٕ سپدی محکمہ تعلیمس منز وستاد تعینات۔ امہِ پتہٕ کوٚرکھُ ایم اے بی ایڈ۔ نشاطن ہیتی گوڈٕ کٲشرِ پاٹھۍ شعر وَنُن۔ امہِ پتہٕ ہیوٚتُن پنتہٕ ماجہ زبوٚر "پوگلی" منز کلام موزون کرُن۔ تسندس اتھ کلامس منز چھُ حُسن وعشق تہٕ اخلاقی قدرن ہُند شعور موجود۔ دیتی مطالعہ تہٕ چھکھ وارا۔ از کل چھ بحیثیت زونل ایجوکیشن افسر بانہال تحصیلس منز تعینات۔ نشاط صابنہٕ کلامکۍ کینہہ انہار:

---

ع۱ کٲشرِکۍ علاقہ واد پھیر تہٕ کٲشرِ زبان۔ ڈاکٹر زینہ گیری ص ۱۰۴

(۱) چھوم دِل پریشان یار نہ آم — تہس کرِ لوگ آرام
کوس انتظار تہس از تام — تہس کرُ لوگ آرام
(۲) سہ ترھانڈ توہس جایہ جایے — رتر ھیکھ لوگ نہ متھو شلیے
اوتی دِمن شہر تہ گام — تہس کرُ لوگ آرام
(۳) چھوم رہتی دھیان تہسوی — چھوم دِلس ارمان تہسوی
رچھتمُ چھم بر بر جام — تہس کرُ لوگ آرام
(۴) تہوں چھ لاگمت سنگدل نشاط — ونہِ کم تہس مِتہ حالات
کسو مولوم چھُ تہسے نام — تہس کرُ لوگ آرام

(ترجمہ)

(۱) دل چھُم پریشان میون یار آو نہ — امالتس کتہِ لوگ آرام
بہ چھُس صبح بیٹھ شام تام تس پرارُن — امالتس کتہِ لوگ آرام
(۲) پریتھ جایہ دیو تمس وُون — مگر تسندُ لوگ نہ کانہہ ترتیب
بہ پھیورُس شہرن تہ گامن منز — امالتس کتہِ لوگ آرام
(۳) پریتھ ساتہ چھُم تسندے خیال — تہ تسندِ ملاقاتُک چھم ارمان
تس باپتھ چھم مس کھاسی برتھ تھوِ ونر — امالتس کتہِ لوگ آرام
(۴) میانی یارن چھُ نشاطا سنگدل لوگمت — تس کُس ونِہ میانی حالات
تسندُ ناو چھُتہ کانسہِ تہِ وہود — امالتس کتہِ لوگ آرام

## مشتاق پوگلی

مشتاق پوگلی (۱۹ جون ۱۹۴۲ء) چھُ پوگلی زبانی ہُند گوڈنکی صاحبِ تصنیف شاعر۔ پورُ ناو چھُکھ عبدالعزیز کوٹیچ۔ مالِس اوسکھ محمد رمضان کوٹیچ ناو یُس اکھ محنتی تہ جفاکش زمیندار اوس۔ مشتاق چھ

پوٗگل علاقہٕ کِس پیٹھ کھور پہاڑن مٔز دھاوکن دوڈرال گامس مٔز روزان۔ ڈیہمہِ جماژ ہنٛد امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ روٗد ڈلہوزی (ہماچل پردیشس) مٔز اَکِس پرائیویٹ دفترس مٔز کأم کران۔ ۱۹۶۲ ءیس مٔز سپدِ محکمہٕ ایجوکیشنس مٔز وستاد تعینات امہِ پتہٕ کوٗرُن پرائیویٹ پاٹھ ادیب کامِل۔ اُتھی دوران ہیتی یتہٕ ماجہِ زیوِ پوگلی مٔز شعر وَنی۔ یم اَتہٕ کہن لوکن پسند لگیٔ پنہٕ۔ یہمہِ کِتھ اُمس تحریک پا تھے یہٕ تہٕ حوصلہ افزائی سپنہٕ۔ ۱۹۷۰ءیس مٔز کرُن پتہٕ کلامچ "میون خیال" ناوِچ گوڈنیچ سوٗمبرن چھاپ۔ ۱۹۷۵ءیس مٔز کرُن "میون کوہستان" ناوِ دوٗیم سوٗمبرن شایع تہٕ یتی تھوٗوس اردو ترجمہٕ تہٕ۔ مرحوم عشرت کشتواریَن چھُ "دولفظ" عنوانس تحت امیکُ دیباچہ لیوکھمُت۔ ۱۹۸۵ء یس مٔز کرُ مشتاق صابن پنُن تریٛیم سوٗمبرن "ہرساو پرستان" ناوِ شایع تہٕ اتھ تہٕ تھوٗوُن اردو ترجمہٕ یتی۔ مشتاق پوگلی ین چھ یتِس کلامس مٔز مختلف مقامی تہٕ سماجی واقعات و ہٕتھ آوِ متہٕ۔ کیٛنہہ مناجات تہٕ چھکھ ڈُتی متہٕ۔ یمن تخلیقن ہنٛدی عنوان چھِ غفلت، بہار آو، چلوِ، آزگ السان داُزیکُ السان) زندگی، دغاباز، بے وُفات (ترے بے وفا)، معصوم نِکہٕ (معصوم شُر)، تیسے شان (تمثیٕز شان)، نجات، لوزمان، نار چھم اترن (اَندری چھمُ نار)، زوٗسن (زوٗن)، ڈٕخا (لوکٹ بوے)۔ یم سارِی موضوع چھِ کأشرِ زبأنی یتی ہشر تھوان تہٕ پوگلی زبأنی ہنٛد کأشرِ زبأنی ہنٛد اکھ ہرتر تہٕ نزدیک ترین لُنڈ آسنچ وضاحت کران۔ مشتاق پوگلی ہندِ کلامک کیٛنہہ شعر مصرعہ ؎

کرِ چھُس تہٕ عرض یارب کرہنا مس غرض پورِی
تِی یکھ رجوع چھسم کرِ خاکی تہٕ نار و نوری

(خدایا میأنی عرضی کر قبوٗل تہٕ میون مراد کر پوٗرٕ۔ سارِی خاکی تہٕ نوری ترے کُن نمان)

قوٗ زبان لگہ میتھ کیل یوٗ سو — نار چھُم اترن دوبا یا ہوٗ

دیوانہٕ گیم چھوس دِل ویو سو — نار چھُم اترن دویا یا ہو

(قوٗ زبان لگہٕ ہے کریپہ ہم۔ اَندری نار چھُم۔ دل چھُم فلوائے تہٕ اَندری نار چھُم)

اے خودا فریاد ہُن یاس اوٗں تہٕ وو میدوار چھُس

نام تہُن گن کہن زبان سیتہٕ اوسٕ ماگنہگار چھُس

(خودایا میون فریاد بوزہٕ چھُس وومید ہیتھ آمُت۔ یہ کمہٕ زِ بوٗ ہمہ چون ناو تکیاہٕ بہٕ چھُس گوناہ گار)

مشتاق عزیزس یار وَنِ چھس ہرطرح تیار چھس

دل تیتے پاٹھ چھُم پریشان سخ تہٕ گرفتار چھس

(مشتاق عزیزس یتھ کُنی یار وَنِ سہٕ چھُ تیار میون دل چھُ یارس پتہٕ فلوا تہٕ بہٕ چھُس پریشان حال)

## منظور پوگلی

منظور پوگلی (۵ مئی ۱۹۴۸ء) چھُ پوگلی زبانی ہُند صاحبِ تصنیف شاعر۔ یوٗہٕ ناو چھُس عبدالجبار کٹوچ۔ مالِس اوسُس عبدالصمد ناو۔ منظور چھُ پوگل علاقہٕ کِس پیٹھ کھور علاقس منز ولوگ گامس منز روزان۔ ڈیمہٕ جماژ ہُند امتحان پاس کرنہٕ پتہٕ لوٗگ محکمۂ تعلیمس منز ووستاد۔ کیٛتھ کال رُوٗد لوکری دوٗران بانہال منز مرغوب بانہالی صاببنس صحبتس منز۔ یمہٕ کنی اُمی ہندِس ادبی شوقس ووتھ بو لوٗگ۔ منظور پوگلی چھُ اکھ دین پسند، سادہٕ تہٕ بے باک شخص۔ تعلیمہ کنی چھُ بی۔ اے۔ بی۔ ایڈ۔ ۱۹۸۱ء یس منز کرٕ منظور پوگلی ین "توی چھس مہربان" ناوٕ پنٕنۍ شعر سوٗمبرن شایع۔ یتھ منز مختلف عنوانن تحت نظمہٕ شامل چھیٚہ۔ یہندی عنوانات حمد، نعت منز

پوش (کنڈِس منز پوش) میون ارمان، عقل تہ صبر، "ریاکری منز چھ جہنم" تہ "اُتھوتہ جواتا" ہوی موضوعات چھ۔ یمن منز ٹاکارٕ گاشر اظہار چھُ۔ سومبرنہِ ہندس پیشِ لفظس منز چھُ شاعرن پننہِ شعر موقفچ موختصر زان کٕری دِژ ہمز۔ ریاستی کلچرل اکادمی دِیت اَتھ سوٗمبرنہِ چھاپ سپدنہٕ باپتھ مٲلی امداد تہِ۔ منظورؔ پوگلی ستِہِ کلاکِھ کینہہ نموٗنہ:

زندگی سوٗن چھم نہ کینژ ییتبار تے
چھوس سیٹھا شرمندہٕ اوش تہ لاچار تے

(زندگی ہند چھم نہ کانہہ بھروسہ۔ بہ چھس پننہِ بے عملی پیٹھ شرمسار)

توی چھس مہربان توی دِوس دیدار خدایا
کرس اَسن توی نارہ منز گلزار خدایا

(خدایا تژی مہربان چھکھ تہ اسہِ کرِتن دیدار عنایت۔ اسہِ کر نارٕ منز گلزار)

ییہ کر اسن یس دُنی یہس حکمت تہِ تمینی یس
ظلم چھُ پالس تاں اسن رحمت تہِ تمینی یس

قوربان چھو تھ منظورؔ تہ گر بار خدایا

(چانہٕ حکمتہِ بدلہٕ آے اَسی یتھ دُنیاہس منز۔ اَسی چھ ظالم تہٕ چھکھ رحیم منظور چھُ پنُن گرِ یارہتھ تژنے پیٹھ فدا)

یہ چھم مہربنی تہ دیدار تہسوی
رہا اوش تہ دایم وفادار تہسوی

گلالیس شبالیس نہ چھو نرق کینژ زن
زبان تنہ تھ منظور گفتار تہسوی

(یہ چھم تسنزہ مہربانی زٕ تمۍ دُیت ییہ بہ روزٕ ہمیشہ تسند تابعدار۔ چانِس یاولِس تہ گولالس چھنہ کانہہ فرق۔ منظور زٕ بوٗدوے چانی چھہ مگر گفتار۔ چھُ تسندے۔)

منز دُنیس یہ سو ندر ہندوستان چھ میونوی

بلبلو بتو ونزہا سوروی جہان چھُ میونوی

( دُنیہس منز چھُ میون ہندوستان وارا۔ ماری موند۔ یہ چھُس بُلبل سندہ

پاٹھی وُچھان تہٕ یہ سورُے جہان چھُ میونوی )

## یوُسف

یوُسف (۱۹۶۴ء) زاو کھردتس بانہالہِ، عبدالعزیز ناوِکس اَکس زمیندار سندِ گرِ۔ دُہمہِ جماژ تام پرنہ پتہٕ سُپد محکمہ تعلیمس منز لیبارٹری اسسٹنٹ تعینات۔ یوُسف چھُ سیٹھا ذہین تہٕ اُمس چھِ شعرو ہنج اکھ فطری صلاحیت۔ پَننہِ ماجہ زیوِ پوگلی علاوِ چھِ کاشری پاٹھی تہٕ شعرونان۔ پوگلی بولہِ منز چھُن وارا کلام وُونمت۔ تسندِ پوگلی کلامُک نمونہ :

وا ے کم پچن تہٕ کم لوکچار او تھم آز تام

وا ے زندگی فنا یہ گئیم اِتبار او تھم آز تام

( ہا ے کُس شری پانٕ تے لوکچار اوسم از تام  فنا یہ سپزم زندٕگی اعتبار اوسم از تام )

وا ے ملک الموت یاؤ آوتاں کتن گوم شور وغوُ

توں تہٕ بارو دِو چھ یوُ اغیار آ تھم از تام

( وائے ملک الموت یا ہتھ آم کتن گوم شور وشر۔ تم تہٕ گٔرادوُد نہٕ یم اغیار آسم از تام )

دو ستے ہمسایہ سارے ترا ے یس تے منز مرار

ہا ے یُکلے چھُس پریشان یار اُم تھم از تام

( دوست تے ہمسایہ ساری گے میہ تراوِتھ اندمزار۔ وائے کُن زوُن چھُس پریشان یار اُسم از تام )

ونہٕ چھُ یوُسف تو یہ کر ہار و یہ مصنف سند جواب

اِت ہو چھس ملزم بنی منگتار او تھوس آز تام

( تو بہ کر ہا یوُسفا پوز رُو یہ چھم مصنف ونان۔ چھکھ تہٕ ملزم ہا ے منگنس وار اوسم از تام )

دِ وِس ناتہٕ پانے تظر بالہٕ یارا نیوُس تا یہ دٲغی جگر بالہٕ یارا
(دِیکھ ناتہٕ پانے تظر بالہٕ یارا نیکھ تا یہ دٲغی جگر بالہٕ یارا)
اگر یوسفن زَت یُوس چھُہ سُہ بے گر وتن منز تہٕ دیہ نیُس تظر بالہٕ یارا
(داگر یوسفن زاتھہ ییکھ چھُے سُہ بے گر وتے منز دِزِلس زاتھہ تظر بالہٕ یارا)

•

اَز دُشمن منز یکھ یہ کنھ اظہار مَسا کرُ
اقرار اگرَ نے کورُس انکار مَسا کرِ
(از دُشمن منز یہ اظہار مَسا کر اقرار اگر نے کرکھ انکار مسا کر)
یوٚن زخم جِگراوٚن تہٕ لب تتھا دلتہٕ کچھ آس
مرہم اگر کرسم تہٕ یو لوٚن وار مسا کرِ
(یم زخم جگرکی ہاوتے آمت یہ ترے تش چھُس ہے مرہم اگر کرہم تہٕ یمن وار مسا کر)
ویران دل گِتہ پوشہٕ باغس منز یوسف چھیے
بُلبل یہ دِل چھُوم زٕلی گومُت گفتار مسا کر
(ویران دل ہیتھ دراو یوسف پوشہٕ باغس کُن بُلبُل یہ دل چھُم دود مُتے گفتار مسا کر)
پرَن والی ہٕکن پانے اندازٕ کرٕتھ تہٕ یوگلی لیسَ تہٕ کتاتِرس منز کوتاہ
چھ پانہٕ واتی لِسانی ہسترِ موجوٗد۔ یوسف چھ اکھ وومیدافزائ شٲعر۔

# محمد حُسین حسیٚن

حسیٚن صاب (۲۶ جنوری ۱۹۴۴ء) چھُ تیل بانہالِکس پہاڑی علاقس منز جراڑی گامس منز روزان۔ پوٚرہٕ ناو چھُکھ محمد حسین نیائیک، والدصابس اوسکھ محمد ستی نیایک ناو۔ یم دین پسند اسی تہٕ پننس علاقس منز اَسی اکھ معتبر شخص زانتہٕ یوان۔ حسیٚن صابن کوٚر الف اے امتحان ڈگری کالج

اننت ناگ پیٹھ پاس تہ سپُد ۱۹۶۲ ءیس منز محکمہ تعلیمس منز ووستاد تعینات۔ امہِ پتہٕ کوٗرُن پرائیوٹ پاٹھۍ ایم اے (اردو) ۔ اَز کل چھہ اکھ ہائر سیکنڈری لیس منز بحیثیت پرنسپل کٲم کران۔

حسین اوس سکولس دوران ہے شعر گوئی کران۔ گوڈٕ اوس اردو پاٹھۍ لیکھان تہٕ پتہٕ ہیوتُن پننہِ ماجہ زبوٗ پوگلی کُن توجہ دیُن۔ یہ چھہ غزلہٕ، نظم تہٕ قطعات وغارٕ لیکھان۔ تہٕ سنجیدگی سان اَتھ زبانی پوچھر دِنس منز دلچسپی ہتھوان۔ ہنٛز کلام چھُن "پھلہٕ ہار" یعنے "پوشہٕ مال" عنوانہٕ چھاپنہٕ باپتھ تیار ہتھوٗمُت۔ یم چھہ اکھ حسس آگاہ شاعر تہٕ مختلف موضوع چھہ دٲیراوان۔

اُچھی کھُڑ گرتھس دم پھٹ گرتھس
دوٗہا واتہٕ ییلہٕ اچھی کھٹکھ تہٕ شہہ ژھوکے

سرہ رات رہتھی تر تہ لُٹ گرتھس
سوٗرے روزیتی تہٕ ژٕ گرتھکھ ژھوٗرے

یک لے اوہس یک لے گرتھس
کُتے اوسُکھ تہٕ کُتے گرتھکھ والپس

دوی سرنے لب کُوٗ گرتھس
تہٕ سارہٕ نے لتش گرتھکھ جُدا

## آزاد ۔ محمد اسمٰعیل اثری

آزاد صاب چھُ اثری صاب ناوٕ تہٕ زانہٕ یوان۔ یم چھہ عربی زبانی ہنٛدی اکھ عالِم تہٕ ماہر۔ درس وتدریس تہٕ وعظ وتبلیغ چھُ یہنٛد خاص مشغلہٕ آزاد صابنٛ پوٗرٕ ناو چھُ محمد اسمٰعیل اثری یم ۱۲ ارجنوری ۱۹۵۳ء منز پوگل پرستان کِس مالیگام گامس منز زایے۔ کشمیر یونیورسٹی پیٹھ چھُکھ بی اے تہٕ الجامعۃ الاثریہ اعظم گڈھ یوٗپی پیٹھ فاضل درسیہ نظامیہ کوٗرمُت۔ یمو چھُ امہِ علاوٕ کشمیر یونیورسٹی پیٹھ مولوی فاضل، جامعہ اردو علیگڈھ پیٹھ ادیب کامل تہٕ الہٰ آباد یونیورسٹی پیٹھ فاضلِ دینیات کوٗرمُت۔ اثری صاب چھُ اکھ متحرک دینی شخصیت یم چھہ مالیگام (پوگل) کِس پتھ کھورِ علاقس منز کشفیہ عربی دینی درس گاہ

پکنا وان، یمکو یم صدر مدرس تہٕ چھُ۔ "معرکہ بدر" تہٕ "تنقید کیا ہے؟"
ناوِ چھِ ہیہندی تہٕ کتہ بچہ اردو پاٹھٕ چھپے متہٕ۔ پننہِ ماجہِ زبوِ پوگلی علاوٕ
چھِ اردو پاٹھٕ تہٕ شعر گویی کران، پوگلی بزم ادبکہِ صدر تہٕ چھہ۔ آزاد صاب
چھہ اتھ زبوِ معنہ سوٕ کلام وَنان تہٕ یتی لوازماتن ہند چھُس پوٕرہ شعور۔ ے
ہنگہِ منگے تہوں رودمت چھتہ کُنتہٕ لگہِ چھِنہ اُنہ پتاہ

راوُمت چھُس راتھ دوُس اوّں بالہ کُت سا چھُم خطا
زلتہٕ چھُس اوّں ڈاس گژ چھم زندگی سِنہِ گہاگہ منز
بندہ بادریس، ہردہ سونتس ہر وقت چھُم یہی سزا
زندرِ سِنہ پاٹھہِ گولتت آزاد یارس زہٕ گی زٕ گ
واہ کہت اکھ چھُس جگرِ سے تس مِلہِ گژ ہس شاید دوا

ترجمہ:۔
کینہہ چھُم نہ ووڈنی پے لگان زِ میون یار کیا زگو ہنگہ منگہ ہیے رودتھ
بہٕ چھُس راتھ دوہ پریشان۔ تہٕ روومُت چھُس اما ہیے کیا خطا چھُ؟

بہٕ چھُس زندگی ہنزِ نارہِ گجہ منز دزان تہٕ ساری سے پالس چھُم سورگومت
وندہٕ تہٕ رہتہٕ کال، ہرد تہٕ سونتھ چھم سورے ہیوٗی

آزاد چھہ زندرکی پاٹھٕ یارس پراری پراری گولمت۔ تمُس کوتاہ دود چھ
جگرس کیتہ مہ پرزہ۔ ممکن چھُ دوہ اکہ ماسپدِس دوا

# راہی مالیگامی

راہی مالیگامی (۱۴ اپریل ۱۹۵۳ء) چھُ پوگلی زبانی ہند اکھ رت شاعر۔

پۄرناو چھُس عبدالرؤف تہٕ پوگل علاقہٕ کس مالیگام گامس منٛز چھُ روزان۔ ۱۹۸۰ء منٛز سُپُد ڈگری کالج اننت ناگ پیٹھ بی اے ڈگری کرنہٕ پتہٕ محکمہ ایجوکیشنس منٛز وستاد تعینات۔ امہِ پتہٕ کوٚرُن ایم اے اردو تہٕ بی ایڈ۔ شاعری ہُند شوق سپدُس کالجس دورانے تہٕ مرحوم شوریدہ کشمیری یس نِش اَس اصلاح حاصل کران تہٕ کالج کیس میگزینس منٛز تہٕ اوس چھپان۔ راہی چھُ غزل نظم تہٕ قطعات ونان۔ کینٛہہ نموٗنہ:-

(۱) پننس چمنس منٛز پشتم ہر دمُن رنگ ییٚ گمُت چھُ
پھولہٕ واران منٛز پشتم ہر دُن رنگ ییٚ گمُت چھُ

(۲) ہوشس اَسن سرنے گوٚ ییلہ باغس نار پشُن
جوش خوشی سن لبہ تے چھنہٕ اِت ہردٕ سن رنگ ییٚ گمُت چھُ

(۳) کر خدایس دعا راہی حال اسو بدلیے توٗ ہو
لتہ منٛجن بہار پشتم ہر دٕ سن رنگ ییٚ گمُت چھُ

(ترجمہٕ)

(۱) پننس باغس وُچھم ہردِچ زردی پرِیڈ یمژ۔ پوشہٕ ڈوٚری وُچھم زرد گامتہٕ۔

(۲) باغس منٛز نار وُچھتھ ڈوٚل اسہِ ہوشے۔ گاٗلس ولس منٛز چھنہٕ خوشی ہُند جوش ۔ دریٹھو گرٚھان ۔ ہردُک کریوٚٹھ منظر وُچھتھ۔

(۳) راہی خدایس منگ زِ ساٗتی یہِ افسردہ حالت بدلاوِ۔ بہارٕ کی پوش چھِ لتہ موٗنجہ گامتہٕ۔ یمن چھ ہردِچ زردی پرِیڈان۔

## شاکر غلام نبی

شاکر (۲۰ مارچ ۱۹۵۳ء) چھُ باتہالہٕ پیٹھ (۲۰) وہ کلومیٹر دوٗر سرائی (کھڑدِش) علاقس منٛز روزان۔ پۄرناو چھُس غلام تی تہٕ ماسِس چھُس عبدالعزیز نیا یک ناد

شاکِر چھُ تعلیمہ کِنی بی اے ۔ اتہ کس ہائی سکولس منز چھہ بحیثیت وُستاد لیکھنات
پوگلی منز چھہ شعر وَنان ۔ لول محبت تہٕ دُنیاہیچ ناپائیداری ہوی موضوعات چھہ امی
سِندین غزلن منز اظہار پراوان ؎

(ترجمہ)

دُنیا چھُہ فانی کس رِہِتھ جوانی — دنیا چھ فانی کس رُوزِ جوانی
تتہ کم تَن تہٕ مَن اوٚت ژاتہ فانی — نتہ کس اوس یِیتہ چون تہ میون ثانی
کم کم سکندر دیتووس منزاو — کم کم سکندر آے دُنیہس منز
راتہ گیہ تیوں رُگی سیرے پشیمانی — واپس گے پوز ہیتھ پشیمان
اصل دوس لسن گیوان کہ رُہتہ ان — والنسہ ہندرِ ژتی دوہ گے وہ ژی چھہٕ کرِ تام
شاکر چھُ تی شکر کرتہ سلطانی — شاکر چھُ کران وہ ژی شکرِ سلطانی

## ذوالفقار پوگلی

ذوالفقار چھُ پوگل، لیگام روزان ۔ پورہ ناو چھس عبدالرشید رُونیال
"یادداشت ذوالفقار" چھُ امی سُند لوکٹ کتابی پمفلٹ چھاپ سپدمُت ۔ یتھ
منز تسُند پوگلی کلامہ چھُ ۔ "بہار آو"، "غفلت" تہ "حلوہ" وغارہ ہتیہ نظمہ
چھیہ اتھ سومبرنہ منز شامل ۔ پوگلی منز چھُن غزلک پورہ شعور موجود ۔
جادہ پہن چھہ یمو پابند نظمن منز پننی خیالات داٚیرے منز ؎

(۱) چھس تہٕ تسے اَسس تہ تُتے چھم یتی آسن یاالٰہی
بند بستر چھس اوش گناہ مینی معاف کرنیاس یاالٰہی

(۲) دُعا چھ کر دربارسے تیس اندر یوش ذوالفقار
محشرس منز امتحانس پاس کرناس الٰہی

ترجمہ: (۱) خودایا تہٕ چھکھ تہٕ تہٕ رُوزکھ دائم ۔ چون آسُن چھُ برحق ۔ بہ چھس گوناہ
گار تہ میانین گوناہن کرِ تہٕ بخشش (۲) ذوالفقار چھُ چانس دربارس منز عرضی ہیتھ ۔ روزِ محشرس
منز کرِ زہم پاس ۔

# نادم فاروق احمد

نادم (۲۵ جون ۱۹۷۴ء) چھُ پوگلی زبانٕی ہُند اکھ نوجوان تہٕ ووتھ وُن شاعر۔ اَمی سُند لہجہ چھُ وَیہ وُن تہٕ ترنّم دار۔ یاقیوت عروتقابلہ چھ اُمس غزلکہِ فارمکُ جاو تفہیم تہٕ اَمی سُند کلام چھُ ییتہٕ کیسٹن منز موجود۔ نادم چھُ چملواس بانہالکس زانچوس ناوِکس اَکس پہاڑی گامس منز روزان۔ یوٗر ناد چھُس فاروق احمد تہٕ مأجِس اوسُس غلام قادر سوہل ناوِیُس سیٹھا خوش نویس اوس تہٕ اَکس سڑکہِ حادثس منز گُذریوو۔ امہِ ورِ اوس مأدم کالجس منز پران تہٕ تس پییہِ تعلیم اَجی وتہٕ تراوٕنی۔ نادمن چھ قریباً دوٕن ہتن غزلن تہٕ ترٕہن ہتن نُکہ بأتن ہنز سومبرن "کنٹھ منز پوش" یعنی کنڈٕ ہن منز پوش" ناوِ چھاپہٕ یمہٕ ترتیب دِتہٕ ہتہٕ۔ امہِ ناوٕ رح چھ اُمہٕ سُند کلام اکہِ صدا بند کیسٹ تہٕ ییتھ پوگلی بولن وٲلی تہٕ زانن وٲلی وارا پسند چھ کران۔ نادی مُنس اَتھ کلامس چھُ روانی تہٕ پسندیدہ لہجہ۔ ییتھ منز چھُ غم جانانس تہٕ غم دورانس وبرتھاوان چھُ۔ نادم چھُ امہِ بولہِ ہُند اکھ ووُمیدافزاء تہٕ تیز رفتار شاعر البتہٕ چھُ سہ مألی وبرتھیہ مُند تشکار س

| | |
|---|---|
| گِس ماگو دِل سکینا ہو | پیر مینا لگیس تینا ہو |
| جو گڑھم ملک حجاز ا ہو | پانژھ وقت پرہم نمازا ہو |
| کاش آسیا خاک مدینہ ہو | پیر مینا لگیس تینا ہو |
| سازکو، پوگلو زینا ہو | اُن دِلس چھُم نہ اکھ چینا ہو |
| انہر وچھ بوٗلتھ شرینا ہو | پیر مینا لگیس تینا ہو |
| گرایہ دایتہ ضایہ کوٗرتھم شوقا | تینہٕ ستم نژالی گو فاروقا |
| یار مینا کتھو زانٹھ رمینا ہو | گِس ماگو دِل سکینا ہو |

(ترجمہ)

دل ما گو بُنتھ مسکینا ہے — پیرِ میانے لگیا ناوس ژیے
وڑلہِ گرتھو ملک حجازس اُسی — پاشژ وقت پرو نماژا اُسی
کاش گار ہے خاکِ مدینہ مٹے — پیرِ میانے لگیا ناوس ژیے
ییتہ پورُم پوگلی سازینہ — تتہ کم جاہ چھم مٹے تسکین ہا
یر چھِ بوُلیا زہنہ شیرینا ہے — پیرِ میانے لگیا ناوس ژیے
گرایہ دی دی ضایہ کوژتھم شوقا — چون دُور ہر ژرالان فاروقا
یارِ میانے ییتہ کس زانی مٹے — پیرِ میانے لگیا ناوس ژیے

## بلبل عبدالطیف

بلبل (۱۷ امئی ۱۹۶۷ء) چھُ یانہالہِ ہندس نیل علاقہ کس بالوٹ گامس منز روزان۔ یورِ ناو چھُس عبدالطیف۔ تاس اوسُس عبدالعزیز نیا یک ناو بلبل چھُ اکھ نوجوان شاعر۔ ییتہ پوگلی بولہ منز چھ شعرونن۔ دہمہ جماژ تام چھُن پورمُت تہ دیہات سدھار محکمس منز چھ ملازم سُہ چھُ ییتھی ہوکی شعر ونان ـ

دِن جو رائے گے (دُنی یاہ بیُس سے ژوو)

دو بارِ ہو ہو جدا گو یار — میتس جگرس گو پار پار
دُنی یا فینی چھُو سمسار — میتس جگرس گو پار پار

دافسوس جدا سپدُم یار۔ جگرس میانس گو پار پار۔

ہرگھڑِ بیہ چھم تیتے لول — کوژم ییتنی جدائی انتزی گوم
ضایہ گرتھ اینا ری میون لوکچار — میتس جگرس گو پار پار

(دوستو ساتھ چھم یوان چونے لول۔ دوریِ ژان کوژتم اُندری ہول۔ ضایہ وۃ تی سپدم سور لوکچار)

گوس جُدا پیارٕ گیوم افسوس کیٚتاڈ ژ وق گذارِ لیوم اوٚن دوس

بُلبُل بِکیچھ کوٗر یوٗ وار مینٛس جگرس گوٚو پار پار

(دیارٕ سند دود چھُم غمُک کوٚہ۔ کیٚچھ پاٹھو گذارٕ ونہٕ دٲلسہٕ منٛدرٕ دوہ۔ بیل کُتہٕ سےٚ کتہٕ ییٚم وار)

## رفیق مالیگامی

رفیق مالیگامی (۹ مئی ۱۹۵۸ء) چھُ پوگل علاقہٕ کِس مالیگام گامس منٛز روزان۔ پوٗرٕ ناو چھُس رفیق احمد تہٕ مٲلِس اوٚسُس الف دین گنائی ناو۔ یُس امہٕ علاقُک اکھ ہردلعزیز تہٕ محنتی وٗستاد اوس۔ رفیق چھ اکھ جوان سال تہٕ ذہین شاعر۔ تعلیم کٔرِن چھُ ایم۔اے (انگریزی) تہٕ بی ایڈ۔ پننہٕ ماجہٕ زبانہِ پوگلی علاوٕ چھ اردو پاٹھو تہٕ شعر و ادبُک تہ شوق تھوان۔

## گُلباز پوگلی

گُلباز چھُ اکھ جوان سال پوگلی شاعر۔ پوٗرٕ ناو چھُس فردوس احمد تہٕ مٲلِس چھُس محمد یونس بٹ ناو تہٕ مالیگام گامس منٛز چھُ روزان تہٕ سرکٲرۍ ملازم چھُ۔ پوگلی منٛز چھ غزلہٕ ونان۔ یِمن منٛز عشق و محبتُک اِظہار چھُ۔

# منشُور باہنالی

منشور باہنالی تہٕ رُود کیٚنہہ کال اُکھڑ تال پوگلس منٛز ملازمتس دوران، ییٚتہِ لتس پوگلی زبٲنی ہنٛز ترزان کٲری حاصل سپٕز تہٕ اتھ زبٲنی منٛز کورُن کیٚنہہ کلام موزوٗن :

بالہِ منٛز سن لالہِ تیٚپنٕے حُسن کنٛزٕے بالتُنا
تیپنہ دیوِ سُن گواش تُرتٕے محفلس منٛز ژالتُنا

منٛز بیا بانُن تہٕ رِژھبتس گو ترِن لب رات دِس
سُرمہ علمے سُن کنٛزٕے اچھِن تیٚپن منٛز لاگُتنا

حال تیٚپنٕے بیلہ زُونہہ آسمال سنٕز پشتُنس
ژٕندرس تقویر بنٕ گے پان پیٚنٕے گا لُتنا

بالہِ تاٗمس موڑ دِوٗ اُوچھ کیٚبلہ منشُورن ڈیکھ
شہروالن بوش حُسنے سن تہٕ باپتھ والُتنا

(اے بالس منٛز کھِٹھ خوبصورت لالہ چون حُسن پرتو دناکٲلنی تہٕ چانہِ ژانگربک گواش کوٗرناکٲلنی تہٕ محفلِ منٛز روشن۔ تٕہ ٹھوڈ کِمھ خنگلن تہٕ بیابانن منٛز رالتس دوٗہس چار وٲے رِچھنہٕ۔ چانِہن اُچھن منٛز لوگ ناکانسے تہٕ عِلمُک سوٗرمہٕ۔ چانہٕ بےبسی ہنٛز حالت بیلہ بنہٕ چہہ زُونہٕ ڈیچھ۔ تمہٕ گول ژٕندرکی پٲٹھی بیتن پان چٲلنس عمس منٛز۔ ڈیچھ منشورن کیتھپاٲ کِٹھ دِیت تلمس بیا کھے موڑ تہٕ پوگلی زبٲنی منٛز ہیتِز چانہٕ حُسنک گوٗن گیٚوٗنی تہٕ شہر والین یمن پیٚتہ حُسنک گمانہٕ اوس بتمنٕے وولنٕ بوش)

دیارِ شٲلِس کھل یکھن اختاب پُشتم بالیے
دُسلہ بیدار آمیٹھ زنہ خواب پُشتم بالیے

پوشہِ چمنس منزِ تھ آلے وُوز ملے اِت زالٕمت
بُلبلن چشمن کھلو سہلاب پُشتم بالیے

عشقہٕ دریاوُس اندر کھُریا مہِ تراچم تھو وس رٕیہہ
قدمہٕ قدمُس پانتھ اِت گرِداب پُشتم بالیے

گُل رُوخے شاولمتُت چھتھ جلوٕ تیہ منشورہسے
دِل تھسودوی ہن تہ تنہِ بیتاب پُشتم بالیے

(ہے وُچھ دیودار کلُس تل زنتہٕ اختاب بہتھ ۔ بیداری منزے وُچھم زنتہٕ دُدٕہٕ خاب ۔ ون زملوچھ باغکی سٲری آلی زالمتی اوے کنہِ وچھُم بُلبُلن اُچھو منزٕ رتہٕ سہلاب جاری ۔ یتھے عشقہٕ کس دریاوس منز کھور وُولُم ہہ گوس رٕہتی ۔ مٔے وُچھ امہِ کس پرہتھ قدمس پیٹھ اکھ اکھ آدلُن ۔ نیہ پیٹھ تمہِ گولاب روین منشورس ہُنٕ جلوٕ ہوو ۔ تسند دل وُچھم تہنٕ پیٹھی بیہ ہن تہِ جادے بیقرار)

# کأشُر نثر

کأشرِ زبأنۍ ہندِس ادبی تواریخس پھیور رِہ تلہٕ چھُ نتان۔ ترِ کأشرِ شعرِ ادبس نِسبتھ چھُ کأشرِ زبأنۍ منز تحریری نثرٕچ وأنٛس وارٕ کم۔ کأشرِ نثرُک اولین سرمایہ چھُ دلیلن تہٕ لکہٕ کتھن ہُندِس صورتس منز یُس سینہٕ بہ سینہٕ بروٗنٛہہ چھُ پکان روٗدمُت۔ نثرِکۍ پرأنۍ نۄمٕ چھِ تِمن نثر نما مرثین منز تہٕ میلان یِم شہدائے کربلاہن ہُندِس شان و عظمتس منز وتھنہٕ تہٕ لیکھنہٕ چھِ آمتۍ۔ یِم مرثیہ چھیٚ ینٛدأہم صدی عیسوی ہندِ اندٕ پتہٕ کرِ دورٕکۍ وۄپداو ییٚلہِ شیعہ مسلک کشیرِ منز بارسس آو۔ ترکن ہُندِس دورِ حکومتس منز ییٚلہِ شیعہ مسلک عروجس پیٹھ اوس تہٕ مرثیہ گوٚیِ ترٕ چھُ عروج پرووٗمُت یِم مرثیہ چھِ کأشرِ زبأنۍ ہندۍ پرأنۍ قلمی نۄسخہ تہٕ نثرِکۍ اولین تحریری نموٗنہ قرار دِیوان دِنہٕ۔ ترکن ہُندِ زوالہٕ پتہٕ سپدۍ یِمن مثنوی ین ہندۍ بیشتر نموٗنہ ضایہ۔ وَتھنہٕ چھُ ییوان زِ یدھ مت کِس دورس منز تہٕ چھُ کینٛہہ نثری کتابہٕ لیکھنہٕ آمتۍ یِمن منز "ملند پنہہ" تہٕ "برہت کتھا" ہِشہٕ کتابہٕ شأمِل چھیٚ۔ پروفیسر حاجنی صأبُن وَنُن چھُ زِ بدھ عألم ناگسینن چھِ پننٕ کتاب "ملند پنہہ" کشتواڑی زبأنۍ منز لیچھمٕژ یُس ستہالی تہٕ پالی منز ترٕ پھیرتہٕ چھیٚ آمٕژ۔ تہنٛد وَنُن چھُ زِ ناگسین اوس کأشُر۔ ییٚلہِ زَن عشرت کشتواڑی ناگسینٕنۍ کشتواڑی آسنُک خیال چھُ کران تہٕ بہٕ دلیل چھُ پیش کران زِ کشتواڑس منز چھُ از تہٕ "ناگسون" یا ناگسین ناوٕ علاقہٕ موجوٗد۔ کُنوہِم صدی ہندِس گوڈنکس ڈلس منز آیہ عیسأیی مشنری یوٚ ہندِ ذٔریہ تہٕ کأشرس منز منظم کوٚشش درِ دٔس تہٕ۔ ١٨٩٩ ءَیس منز آیہ برٹش بائیبل سوسائٹی ہندِ طرفہٕ انجیلکۍ نیو اینڈ اولڈ (نۆو تہٕ پرأنۍ) ٹیسٹامنٹ ٹی آر وڈ نأمی پادری سُندِ نگرأنی منز کأشرس منز پھیرنہٕ۔ کأشُر مأہر اوس یار محمد خانؒ۔

---

۵۱ کاشرِ ادبٕچ تواریخ۔ ناجی منور، شفیع شوق ص ۲۱

کُنوٛہمہِ صدی منٛز ہے کورٛ رام جُو درِن دیشہٕ ناظم تعلیم اوس) جیومیٹری ہنٛز اکھ بنیادی کتاب تیار یتھ "تحریر اقلیدس بزبانِ کشمیری" ناو اوس۔ یوٗرپی ماہرو تہٕ محققو تہٕ چھِ کاشُر نثر رٛژھرنس منٛز باوٕنی لایق کام کٔرمٕژ۔ یمو چھِ محاورن ڈِکشنری تہٕ لُکہٕ کتھن منٛز سوٚمبرن کٔرمٕژ۔ سر آرل سٹاین چھ ہیٚکھن محققن منٛز سرِس گنٛزرنہٕ یوان۔ یمہ حاتم تلہٕ وٲنی ناوِکس اَکِس مشہور دلیلہٕ گرٕس لنٛتس بوٗزِتھ دلیلہٕ سوٚمبراوِ تہٕ ۱۹۲۳ءیس منٛز کرٕن "حاتم ٹیلز" ناوٕ اَکِس ضخیم کتابہِ ہنٛدِس صورتس منٛز شایع۔ کاشرِ یوٗ واعظو تہٕ کرٕ قرآن شریفچ تعلیم نثری زبٲنی منٛز عام کرنٕچ کوشش۔ ترجمہ تہٕ تفسیر علاوٕ آیہٕ رسالہ تہٕ شایع کرنہٕ۔ وُہمہِ صدی ہنٛدِس گوڈنکس ڈٲلس منٛز سپٕز کاشرِس نثرس منٛز زٕ اہم کتابہٕ شایع۔ یم کاشرٕن منٛز سیٹھا مقبول سپٕز۔ یمن منٛز چھِ اکھ "معراج صلاح منہاج فلاح" یتھ عام پاٹھی کاشر کتاب چھِ وَنان یوس ۱۸۸۸ءیس منٛز الحاج آغا سید موسوی صاٛبن شیعہ مسلک کہٕ نقطہٕ نظریہ رٕکنہٕ فِقہٕ تہٕ شرع کین مسلن وضاحت کرنہٕ کہٕ مقصدہٕ لیچھ۔ دوٚیم مشہور کتاب چھیہٕ مولوی محمد نورالدین قاری صاٛبنٕ "کاشُر ہَلہٕ کتاب (۱۹۲۹ء) یوسہٕ سُنی مسلکہٕ کہِ مُطابق اسلامی فقہچ وضاحتے چھِ کران۔ قاری مرحوم اُسی اخلاقی تعلیماتن ہندی زبردس حٲمی تہٕ تمو چھیہٕ بییہٕ تہٕ دٔریاہ دینی کتابہٕ لیچھمٕژ۔ کاشرِس نثری ادبس منٛز چھِ محی الدین بندوں سنٛزن "تفسیر پارہٕ عم"، "عقائد نامہٕ تہٕ آئینہ حقیقت"۔ شائق شاہ آبادی سُنٛز "شرح وردالمریدین" ابو حسن وفائی سنٛز "شرح محمدی"۔ مولانا انور شوپیانی سنٛز "تفسیر سورہ یوسف" تہٕ مقبول الطافی سُنٛد ترجمہٕ قرآن ہیتہٕ کتابہٕ اہم لیکھنہٕ۔ سری کنٹھ توشخانی ین لیچھ ۱۹۲۱ءیس منٛز ریاضی منٛز زان "کرنزوید"۔ یتھ منٛز تمو کاشرِ اصطلاح تہٕ اندازٕ وَرتاوِ۔ کاشرِ نثرک یہ سفر پوٚک برونٛہہ تہٕ وُہمہِ صدی ہُندِس ترٛیمہ

ڈٲلہٕ یِتہٕ ہێوٚتُن یہ بتدریج وُہراوِلیٖن ییٚمہِ کِس نتیجس منٛز بروٚنٛہہ کُن پکنچ کٲشرس منٛز صحافت نِگٲری، ڈرامہ، افسانہٕ، انشایہ تہٕ ناول بێیترِ صنفو وُسجار تہٕ جہار پرٛوٚد، تہٕ دوٚیمین ترقی یافتہٕ زبانٕن ہندس ادبس ستۍ ہمسری کرنٕچ ہێتھ۔

بالہٕ ییپٲرۍ جِہمہٕ خطس منٛز تہٕ چھِ ییٚتہٕ کِہن کٲشر بولن والین علاقن منٛز دلیلن تہٕ لُکہٕ کتھن ہُند وارہ مواد۔ یِم لُکہٕ کتھ چھیٚہ یُتھ کالہٕ پیٹھ سینہٕ بہ سینہٕ یِمن علاقن منٛز بروٚنٛہہ پکان روزمرٕہ تہٕ لُکھ چھِ یِمو لِتہٕ حض تُلان رٕود ہتہ وارٕ لُکہٕ کتھ چھیٚہ کیٚنٛتن مقامی واقاتن ستۍ تہٕ منسوٗب، یِمن منٛز دلچسپی ہُند یَسلہٕ مواد چھُ۔ بێیشتر لُکہٕ کتھ چھیٚہ یِمو کٲشرِ کشیرِ پیٹھ تارِ منٛزٕ تہٕ وارٕ چھیٚہ ییٚتہٕ تہٕ تھرٕنہٕ آمٕژ۔ رٕود سوال تحریری نٔژرُک۔ اتھ سلسلس منٛز چھِ صرف کیٚنٛہہ اۆنگجہِ ٹیٚنڈٕن پیٹھٕ یوت گنٛزراونٕ لایق کٲم سپٕزمٕژ۔ یِتھ منٛز کم کاسہ تخلیقی کامہِ علاوٕ ترجمہ، تالیف وتنقید تہٕ تفریط نِگٲری ہندۍ نموٗنہٕ شٲمِل چھِ۔ نٔثرس ہسبتھ ییٚتہٕ کِہن قلم کارن ہُندۍ نٲل آسنُک اکھ یوٚڈ وجہ چھُ سمن بل نہ آسُن تہٕ واتنا ویرکٕ ہوی مسلہ۔ چنانچہِ کشیرِ منٛز نٔثر نِگٲری وۄتھ بۄو لبہٕ پتس منٛز رٕوداتہٕ کِہن قلم کارن ذٕرۍ یِیے ابلاغُک، کشمیر یونیورسٹی ہندِ کٲشرِ شعبُک، کیٚنٛتن کالجن تہٕ فعال ادبی ادارن ہُند ڈوٚکھ میٚیسر۔ ییٚلہٕ زَن بالہٕ ییپارٕکِہن قلم کارن پتھٕ سہولیژ حاصل کرٕنس منٛز وارٕ ہتھس یواں چھِ۔ یِمو قلم کارو بالہٕ ییپارِ یِتھ خطس منٛز کٲشرس نثرس منٛز قلم تُل یِمن منٛز چھِ پروفیسر مرغوب بانہالی، بشیر بھدرواہی، منشور بانہالی، شاہباز راز ویری، فدا راز ویری، پروفیسر اسداللہ وانی تہٕ ولی محمد اسیر ہوی ناو شٲمِل۔ یِم یژٕ کالہٕ پیٹھ کوٚنٛژر نثر لیکھان چھِ۔ یِمو علاوٕ چھِ عبدالسلام اعجاز راز ویری، تنبیر راتھر، بشیر حسین بٹ پونچھی، محمد عبداللہ شیدا، احداللہ سرور

غلام حسن حسن ، غلام محمد دلفگار ، عبدالحمید مضروب تہٕ غلام نبی ظاہر ہوی ناو تہٕ شامل یمو کوشر نثر لیکھنس پیٹھ قلم تلنچ کوشش کرٕ۔

جِمہِ خطہٕ کس بانہالہِ علاقس منز چھ کاشرِ ڈرامہ سٹیج کرنچ ریوایتھ سیٹھا پرٕکالہٕ پیٹھٕ موجود۔ یمن ڈرامہن منز آسی لیلیٰ مجنون ، شیرین فرہاد بیترِ ڈرامہ سٹیج کرنہٕ یوان۔ امہِ علاوٕ آسی کینژن اردو ڈرامہن ہندی کاشرِ روپ تہٕ پیش یوان کرنہٕ۔ طاؤس بانہالی صاب اوس سکولہٕ پرنس دوران اکھ بہترین اداکار مانہٕ یوان۔ یہ ہے وجہ چھُ زِ ییلہٕ سہٕ بانہال ترٲوِتھ سرحد اپور توٗر لتن منز یہ صلاحیت ژایہ اُکس بہترین ڈرامہ نگار سندِ حیثیتہٕ تتہٕ ٹُنز۔ مرغوب بانہالی صاب تہٕ روٗد امہِ قسمہٕ کین ڈرامہ ہن ہند سنز کرناوان۔ منشور بانہالی ین کرٕ سماجی بدعاتن تہٕ تعلیمی پسماندگی دوٗر کرنس نسبتھ کیٛنہہ ڈرامہ تحریر۔ یم سٹیج سپدی۔ البتہٕ آیہٕ نہٕ کتابی صورتس منز ونیک تام چھاپنہٕ۔ یمن ڈرامہن منز چھ "ییلہٕ گاش پھوٗل" "زہر" تہٕ "لیف" ونٲنہِ ہوی ڈرامہ۔ ناول لیکھنس نسبتھ سپزٕ نہٕ ونیکھ تام کانہہ تہٕ کوشش۔ افسانہٕ لیکھن والین منز چھُ ونیکھ تام صرف شہباز راز دیری ین کیٛنہہ مختصر افسانہٕ لیکھمتی۔ یمن منز شاہباز راز دیری سندی "چاری بناوتھ" "بریف" تہٕ گانٹھ ہوی افسانہٕ شامل چھہ۔ یم عصری افسانن لرٕ لور پکان چھہ

پروفیسر مرغوب بانہالی (۱۹۳۷ء) چھُ تِمہِ خطس منز کاشرِ زبانی ہندی سار وے کھوتہٕ بوڈ ترجمان۔ یمو ترس یو نثرس منز تقریباً اکھ درجن کھوتہٕ جادٕ کتابہٕ لیچھ۔ کاشرِ شاعری ہندسے پاٹھی چھہ یمن نثر نگاری منز تہٕ اکھ باگہٕ بوٗتھ تہٕ زوردار فکری ولہٕ ہار۔ ۱۹۷۸ء یس منز ہیری مرغوب صابن فارسی زبانی منز مشہور تہٕ ضخیم دلیلہٕ کتاب "کلیلہ دمنہ" کاشرس ترس منز۔ امہٕ

ترجمہٕ زبان چھ فصیح تہٕ پریہ ڈٕنی تہٕ کاشرس نثرس منز چھُ یہ ترجمہٕ اکھ ہُریر۔ یہ ترجمہٕ کوٚر تمو ریاستی کلچرل اکاڈمی ہنٛز فرمایشہ پیٹھ۔ کاشرِ زبانِ ہندِس رسم الخطس تہسیق کوٚر یمو "مرغوب تقویری" ناو اکھ خاص لایحہ عمل وضع۔ یہ کتاب سپز ۱۹۸۲ء منز کشمیر یونیورسٹی ہند سینٹر آف ایشین اسٹڈیز ڈیپارٹمنٹ کہ وساطت انگریزی رسم الخطس منز چھاپ۔ رسم الخطس تہسیق یُس لایحہ عمل یمو پیش کوٚر تتھ منز چھ بیشتر فارسی تہٕ عربی الفاظن ہنٛز اصلی اٚنکون ڈنجہ تھولس پیٹھ زور دِتہٕ آمت۔ یمن منز خدا، قرآن، غلام عیسیٰ، موسیٰ تہٕ شعر ہوی الفاظ شامل چھ۔ یہ رسم الخط آسان تہٕ قابلِ عمل بناونہٕ خاطرٕ دِتی یمو ۲ رہنما خطوط تہٕ اکھ کلیدی چارٹ KEY BOARD تہٕ یُتھ ترن یہ خط ٹایپ رائٹرس منز تہٕ انہٕ ییتھ ہیکہٕ۔ نثری ادبس منز ریم مرغوب بانہالی سُندی دوٚیم ترجمہٕ چھ، ہمو منز چھ غالب، سروجنی نایڈو تہٕ قاضی نذرالاسلام وغارٕ شاعرن تہٕ ادبین ہندین منتخبہ شعرن ہندین نثری ترجمن ہند ترجمہٕ یُس، تمو دوٚیمو زبانو پیٹھ تمو کاشرِس منز پیٚیوٚر۔ یم ساری ترجمہٕ چھ ساہتیہ اکاڈمی دِلہٕ ہندِ طرفہٕ شایع سپدِ رہتی چھ۔ ۱۹۸۹ء یُس منز دِیت یمو "کشیر بالہٕ اپاری" عنوانہٕ اکھ معلوماتی تہٕ تحقیقی مقالہ ترتیب یتھ منز بالہٕ پیاری میس علاقس منز کاشرس کلچرس تہٕ ثقافتس وٚون ڈیکھ۔ یہ مقالہ سپُد کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشرِ شعبکہٕ طرفہٕ شایع۔ یمو دِتی جمی صوبہٕ کہن کینژن ناماوار تہٕ بزرگ شاعرن نسبت مونوگراف ترتیب تہٕ یہند اوبی دِیت تہٕ شاعرانہٕ روتبہٕ کوٚ ڈکُھ یدرِ یہمن مونوگرافن منز چھُ اعمٰا عبدالرحیم، رسا جاوِدانی تہٕ کامگار کشتواڑی ہوین بزرگ شاعرن پیٹھ مونوگراف شامل تہٕ یم ساہتیہ اکاڈمی ہندِ ڈسی چھاپ سپدِ۔

بشیر بھدرواہی (۱۹۳۵ء) چھُ مرغوب بانہالی سندین ہمکال تہٕ ماتعلم

ادیب ۔ یمی جیمی خلس منز کاشرِ زبانی ہندِ پیش کارن منز تم رول چھِ تہٕ رسا جاوِدانی مرحومس پتہٕ بھدرواہ علاقس منز کاشرِ زبانی ہنز سارِ وٕے کھوتہٕ معتبر آواز چھُ ۔

بشیر بھدرواہی سُند بیشتر وق گُذریوو پہاڑی علاقن منز شعبہ تعلیمہٕ کِس انتظامی آدٕریرن منز ۔ یمہٕ کنہِ یمن ادبی کامہِ باپتھ ترٛور وق ہیوٚک تہٕ میلتھ ۔ بشیر بھدرواہی ین دِیت ضلعہ ڈوڈہ کِس دور وار علاقن منز موجود لُکہٕ ادبس زوٗل تہٕ ١٩٧٢ء یس منز دِتکھ " ضلع ڈوڈہکی لُکہٕ باتھ " عنوانہٕ اکھ تحقیقی مقالہ ریاستی کلچرل اکاڈمی ہنزِ فرمائشہ پیٹھ ترتیب یُس اکیڈمی ہندِ دٔسی چھاپ سپُد ۔ یہ مقالہ چھُ یمہِ کتھِ رسائی ضلعہ کہ لُکہٕ ادبُک اکھ دلچسپ تہٕ معلوماتی منظر نامہ پیش کران ۔ یتھ منز کاشر ، پاڈری ، سراجی ، پوگلی کشتواڑی تہٕ بھدرواہی وغارہ بولین ہندِ لُکہٕ ادبہٕ کِس اہارن ہنز پارٕ ترٲن چھیہٕ پاتھان ۔ یہ مقالہ چھُ ییتہٕ کِس لُکہٕ ادبس تہسیتھ پتہٕ والین تحقیق کارن باپتھ وتھ سٕتراوان ۔ بشیر صابن چھِ ییہٕ تہٕ کینہہ تحقیقی توٚے ییٚکی مضموٗن تہٕ ادبی تبصرٕ تحریر کرِمتی ، یمن منز بیشتر چھپیمتی تہٕ چھِ ۔

منشور بانہالی (١٩٤٨ء) چھُ یٕتر کالہٕ پیٹھ تنقیدی تہٕ تحقیقی مقالہٕ لیکھان ۔ یمو منز بیشتر مضموٗن ادبی رسالن منز منظرِ عامس پیٹھ آمتی چھِ ۔

شاہباز راز دیری (١٩٤٠ء) چھُ راز دیر علاقکی اکھ سرکردہ تہٕ بیشرو کاشُر شاعر تہٕ ادیب ۔ یمن کاشرِ علاوٕ گوجری تہٕ پہاڑی زبانن پیٹھ تہٕ دسترس حاصل چھُ ۔ کاشرس منز چھِ یمو کینہہ مختصر افسانہ تحریر کرِمتی ۔ یمن منز عصری زندگی ہندی ویٚتھ ہلی تہٕ کرب تہٕ سماجی زندگی ہندن مسلن ہنز عکاسی موجود چھیہٕ ۔ یم افسانہ چھِ ہمکال افسانہٕ کِس ٹیکنیکس تہٕ اسلوبس لر لوٚر ۔ امہِ علاوٕ چھِ یمو وارا تحقیقی تہٕ تنقیدی مضموٗن لیکھمتی یمن منز

بیشتر مضمون نمائیندہٕ رسالن منٛز شایع تہٕ چھہِ سپدِ متہٕ۔ کاشرِس رسم الخطس نِسبتھ چھُ یمو اکھ لوکٹ اَٹھہٕ ورقی کتابچہ چھپومُت یُس اَمہِ علاقہٕ کین کاشرین طالب علمن منٛدہٕ استفادٕ خاطرٕ یِموٕ لیٛوکھمُت چھُ۔ شاہباز رازویری صاب چھُ اکھ روشن فکر تہٕ خلاق صاحب قلم۔

فدا رازویری (۱۹۴۱ء) چھُ شاہباز صابُن لوکٹ بوے۔ یِم دٕشوے ادیب بائے چھہِ اتھ علاقس منٛز کاشرِ زبانی تہٕ ادبس تحریک دِنس منٛز بٲنٛی کارن ہُنٛز حٲثیت تھوان۔ فدا چھُ کاشر مرکز بہرٹونک اکھ فعال رُکن۔ تمہٕ چھہِ اتھ علاقس منٛز کاشرِ زبانہِ واویکہِ انہار تہٕ لکھہٕ کتھ بدرِ کٔرتنس منٛز تحقیقی مضمون لیکھمِتہِ یِمن منٛز بیشتر چھپیہِ متہٕ تہٕ چھہِ۔ فدا صابس چھُ کاشرِس محاورس پیٹھ پورٕ گرفت حاصل۔ نثار راہی، عبدالسلام اعجاز تہٕ غلام قادر کامریلن تہٕ چھُ کم کاسہٕ قلم تُلمُت۔

ڈاکٹر اسداللہ وونی (۱۹۵۱ء) رُود تیٛر کال تام ریاستی کلچرل اکاڈمی منٛز کلچرل اسسٹنٹ تہٕ سب ایڈیٹر سنٛدِ حٲثیتہٕ کام کران۔ اتھ دوران کٔرہٕ اَمی شیرازہٕ رسالکی وارا تمام تالیف۔ یمو چھُ حضرت شیخ العالم سنٛدِ کلامکہِ کیٛنہہ انہار ونٛنہِ راوی متہٕ تہٕ ڈوڈہ ضلعہ کین ٹکہٕ ووٕرن نِسبتھ مضمون تحریر کٔرہِ متہٕ حضرت شیخ العالمن پیٹھ چھُ یمو تحقیقی مضمون تہٕ تحریر کٔرہِ متہٕ۔

منیرہ فاطمہ چھیہٕ ڈاکٹر مرغوب صابٕنز صاحبزادی۔ یمو چھُ پوگلی زبانہِ نِسبتھ اکھ تحقیقی مقالہ تحریر کورمُت تہٕ امہِ علاوٕ کیٛنہہ تنقیدی تہٕ تحقیقی مضمون تہٕ تحریر کٔرہِ متہٕ۔

اسیر کشتواڑی (۱۹۵۵ء) سنٛد خاص مٲدان چھُ تحقیق تہٕ تواریخ۔ کاشرِس منٛز چھکھ کیٛنہہ تنقیدی مضمون تہٕ تبصرٕ تحریر کٔرہِ متہٕ امہِ علاوٕ چھکھ وارا ریڈیائی تقریر تہٕ لیکھہِ متہٕ۔

۱۹۸۱ء پتہٕ منٛز آیہِ گوڈنِکہٕ لٹہٕ جمو خطہٕ کین کاشرین قلمکارن ہُنٛز اکھ صوبٲیی

کانفرنس ریاستی کلچرل اکاڈمی ہندِ اشتراکہٕ جمس منز منعقد کرنہٕ ۔ یتھ منز یمہٕ خطہٕ کیو دوٗر دراز علاقو پیٹھ بزرگ تہٕ نوجوان قلمکارو شرکت کٔر ۔ سومرگیہ دینا ناتھ نادم تہٕ پروفیسر مرغوب بانہالی آیہٕ کشیرِ پیٹھ خصوصی پٔرھبِ ہندِ ثمتہٕ بیتہٕ بلاونہٕ ۔ یہ کانفرنس روٗز اکھ اَیہنو تھیٹرس منز اکس دوہس ۔ شاہباز راز ویری یَن تہٕ منشور بانہالی یَن پٔرِ جمس صوبہٕ کس ادبس نسبتھ تہٕ مضمون ۔ امہٕ پتہٕ سپُد اکھ مشاعرہ ۔ کاشرِ زبان وادبس یتھ خطس منز وٗوتھ بوٗو دِنہٕ کس سلسس منز آیہٕ وارہ قرار داد پیش کرنہٕ ۔ امہٕ پتہٕ آے " کاشُر مرکزی فورم " ناوِ اکھ صوبٲئی تنظیم تشکیل دِنہٕ ۔

جمس خطس منز یُودوے کاشُر بولن والین علاقن منز وارہ ادبی تنظیمہٕ کام چھیہٕ کران تہٕ مِہ منز کاشرین لیکھارین ہنز نمائندگی تہٕ چھیہٕ ۔ مگر " کاشُر مرکز بہروٹ راجوری " تہٕ " کاشُر ادبی مرکز بانہال " چھیہٕ زٕ خالص کاشرِ تسلیم شُدہٕ ادبی تنظیمہٕ یمہٕ کاشرس سگون چھیہٕ ۔

شاہباز راز ویری چھُ " کاشُر مرکز بہروٹُک " بٲنی صدرہ ۔ " راز ویر " چھُ امہٕ تنظیمہٕ ہند ترجمان کاشُر رسالہٕ ۔

" کاشُر ادبی مرکز " بانہالُک ترجمان رسالہٕ چھُ " گوٚلاب " تہٕ منشور بانہالی چھُ امہٕ رسالُک مدیر اعلیٰ تہٕ تنظیمہٕ ہندی بٲنی کار ۔

# کاشرِ زبانۍ ہندۍ کینہہ نامور گلوکار

بالہٕ یپارِ کاشُر بولن والین علاقن منز چھہ تقریباً" پرتھ جایہِ وادی ہندۍ پٲٹھۍ گیونکۍ تہٕ وَنہٕ وُنکۍ روایات موجود تاہم کینہہ گلوکار یمو پننہِ خاص پربز نتھ حاصل کرٕ چھیہٕ تیمپاٹھۍ۔

غلام نبی ڈوڈلوال:۔ کشتوار علاقس سیتی تعلق تھَوَن وول مرحوم غلام نبی ڈوڈلوال صاب درأو بجٕتی یتہٕ اکھ شعلۂ نفس مغنّی نوَن یمیٚ کاشرِس گیونس منز "چلنت" ناوُک اکھ شیرین لہجہ بارسس اوٚن۔ یُس تتُھ خاص پربز نتھ بنیوو۔ "چلنت" موسیقی بیٹھ چھہ پہاڑی گیونٹ تۍ اثر۔ ہارمونیم، طبلہٕ، گلاس تہٕ فلیوٹ چھہِ امکی ساز۔ "چلنت" چھہ صوفیانہ موسیقی منز نرم رفتاری تہٕ کاشرِ چھکرِ ہنز تیز رفتاری منز باگ اکھ درمیانہ رفتار گیونک آہنگ، یتھ منز اکھ رمبہٕ وُن سوز چھہ۔ تہٕ یوزن دول چھہ وضاحت سیتی کلامُک حِض ہیکان تلتھو۔ "چلنتس" سپنہٕ وارا مقبولیت حاصل بلکہ چھہ اکِہ خاص طرح رٔنگی اَمیچ شوہرتھ دوہ کھوتہٕ دوہ ہُران۔ گلوکاری سیتی سیتی وو تلیوو غلام نبی ڈوڈلوال اُکس مقبول عوامی شاعر سُندِ حیثیتہٕ یتہٕ تہٕ کرنووُن "جانباز کشتواری" ناوِ پننُ تعارُف۔ سُہ چھہ ریاستُک واحد گلوکار، موسیقار تہٕ شاعر ______ یُس تقریباً" پاٹھ ترٛہن وٚرین تام ریڈیو تہٕ دوُردرشنس سیتی بجٕتی یتہٕ کیجول آرٹسٹ وابستہٕ روُد۔ کینژن نامور شاعرن ہند کلام گیونہ علاوٕ گیوونۍ تقریباً" پننۍ سورُے کلام یمو ادارو پیٹھ۔ تمۍ نیوٗ اہم میوزک کنسرٹن منز حصہ تہٕ کلچرل اکادمی ہنز فوک میوزک سب کمیٹی ہند تہٕ رۅد ممبر تسٕنز شاہ سومبران سپنز "بھولونی سنگر" ناوٕ تاریخ یتھ صادق میموریل کمیٹی

ہندِ طرفہٕ یِنامہٕ دِتہٕ آو ۔ تس آو قَتیٚ تہٕ ادبی خدمات عوض ریاستی سرکارکہِ طرفہٕ بعد از مرگ اکھ توصیفی سَنَدتہٕ سونہٕ سُند میڈل دِتہٕ

CITATION

**Late Shri Ghulam Nabi Dolwal :**

Late Shri Ghulam Nabi Dolwal, popularly known as Janbaz Kishtwari was a distinguished poet of the State. He composed verses both in Urdu and Kashmiri languages.

He was equally proficient in the field of music both vocal and instrumental. Harmonium and flute were his main instruments over which he held mastery. He was an adept folk singer with a melodious voice. He introduced a new variety of folk songs called 'Kishtwari Chalant'. He also edited Phulwari Sangam which was inaugurated by the then Frime Minister of India, Mrs. Indira Gandhi in 1983.

In recognition of his achievements in the field of poetry and music, His Excellency the Governor awards a Gold Medal to Late Shri Ghulam Nabi Dolwal posthumously on the occasion of Republic Day, 1996.

طالب بھلیسوی :۔ بھلیسہ علاقس سیتی تولق تھوَن وول مرحوم طالب بھلیسوی 39
لیند پورہٕ ناو عبداللہ خان اوس، چھُ پیٚنہٕ وقتکُ امہِ علاقُک بہترین گلوکار
رودُمت ۔ سُہ اوس شاعر تہٕ تسُند کلام چھُ موجود ۔
غلام محی الدین وفا :۔ وفا بھدرواہی چھُ اکھ صاحبِ تصنیف تہٕ مقبول شاعر
پیٚنہٕ وقتہٕ چھُ سُہ اکھ بہترین گلوکار رودُمت
قادر بیرواڑی :۔ چھُ اکھ تا خواندہ شاعر لیٚندُ کلامہٕ " تراٚنگی ریٚہہ تاوِ تایلع 5

چھُ سپدمُت ۔ سُہ چھ اکھ بہترین گلوکار تہٕ تہ پنٕنس علاقس منٛز مشہوٗر

مرحوم غلام نبی ڈولوالہ صابس سیتی تہٕ چھُ دہر یوج رُودمُت ۔

رحمت علی :۔ رحمت علی رحمت چھِ محکمہ اطلاعاتس منٛز اسسٹنٹ انفارمیشن

آفیسر ۔ سُہ چھُ اکھ صاحب طرز گلوکار تہٕ ریڈیو تہٕ ٹی وی ادارن سیتی تہٕ چھُ

وابستہ ۔ تٔمسٕند کلامکی کیسٹ چھِ عام ۔ ووٗنی چھُ پانہٕ تہٕ کلام موزوٗن کران ۔

مولوی محمد یعقوب :۔ چھُ بانہالہ کراوہ روزان ۔ سٕہٹھا لوکچہ وانٛسہ پیٹھٕ پچھ

گیوان ۔ سُہ چھ اکھ درویش منش شخص ۔ از چھُ پانٛژ ہٲٹھ ؤری وانٛسہ منٛز تہٕ

پوٗرٕ وجدان سان گیوان ۔ منٛزی منٛزی رٕوٗدی ٹی وی ییس منٛز تہٕ پروگرام دوان ۔ تٔمسٕند

دوٗیم دہر یوج عبدالرشید تہٕ چھُ گیونک شوقین تہٕ سُہ چھُ اکثی کامس منٛز روزان ۔

وزیر محمد وزیر : اوس کسکوٹ گامک روزن وول ۔ سُہ اوس محکمہ اطلاعاتس

منٛز بحیثیت میوزک کمپوزر ۔ سُہ اوس اکھ بہترین اردوٗ تہٕ کاشُر گلوکار ۔ ییٚس لگ بھگ

پُنٛژہن ۲۵ ؤری یہ محکمہ اطلاعاتس منز پنٕنی بہترین کارکردگی ہاوان رُوٗد ۔ تس اُس

موسیقی ہندِ گرامرچ پوٗرٕ زان ۔ ۱۹۹۹ء ییٚس منٛز سیدا اچانک فوت ۔

جہاں آرا جانباز :۔ چھیہٕ مرحوم غلام نبی ڈولوال جانباز کشتواڑی صٲبنی صاحبزادی

تعلیمہٕ کنی چھیہٕ بی ۔ ایس سی تہٕ پیشہٕ کنی ووستاد ۔ سو چھیہٕ ییمہٕ پچھ خطچ تو عمر آرٹسٹ

تہٕ سماجی کارکن تہٕ اکھ نمائندہ آواز ۔ ۱۹۸۷ء ییٚس منز کٔر تمہٕ انڈین فیسٹول

کِس سلسلس منٛز اکِس آرٹسٹ ہندِ حیثیتہٕ رؤسس منٛز ییمہٕ ملکچ نمائندگی

تہٕ ہاوِن بہترین کارکردگی ۔ سو چھیہٕ گوڈنیچ گلوکارہ ییمنٛز کاشرِ گیونیچ کیسٹ

ریاستی کلچرل اکاڈمی ۱۹۸۹ء ییٚس منٛز ریکارڈ کرتھ بازر ترٲو ۔ ۱۹۹۸ء

کِس ریڈیو کشیر سرینگر کس گولڈن جوبلی موقعس پیٹھ آوس BEST

COMMING SINGER ۔ ایوارڈ دینہٕ ۔ تمہٕ کٔر بین الاقوامی فلمہٕ

نہٕ ژٕن "حبہ خاتون" منٛز بحیثیت پلے بیک سنگر کام ییتھ منٛز تمہٕ اردوٗ ،

کأشُر تہٕ فارسی پأٹھی کلامہٕ گیوو۔ یمیک سازٕ ت جاپانکی مشہور آسکر ایوارڈ یافتہ سنگیت کار "ریچی سکاموتو" ہِن شُور۔ حال حالے آوس امریکن WOMAN OF THE امریکہ کہ طرفہٕ بائیوگرافیکل انسٹی چیوٹ ( ١٨ C ) YEAR "خاتونِ عصرٕ" پُرٕ وقار خطاب دِتہٕ۔ سو چھےٚ ایسوسی ایشن آف پیس ایشیاءٕ تنظیمہِ ہنٛز اکھ سرگرم رُکن تہٕ ١٩٩٩ءیس منٛز ووٚت تس "پیس میشن ایوارڈ" جہاں آرا چھےٚ اکھ سنجیدہ گلوکارہ آسنس سیتی سیتی اکھ بہترین سماجی کارکُن تہٕ جانٛنہٕ مرحومن آس تس نسبتھ برونٛہہ یہ پیشن گوئی کرٕمٕژ

جان گوو شُلہِ مُلہٕ تہٕ آیکھ جان گوو
جان گوو آکاش دُرایکھ جان گوو

میانٛی کنہ چھکھ یمہِ شہارٕژ آبرو
ناومیوتوی زِنٛدٕ تھاوکھ جان گوو

**عبدالحمید مضروب باہنالی:۔** چھُ باہنالِہ علاقس منٛزٕ تعلق تھوَن وول اکھ نوعمر تہٕ شیرین آواز گلوکار تہٕ شاعر۔ پیشہ کنہٕ چھُ محکمہٕ فوڈ اینڈ سپلائیز منٛز ملازم۔ سُہ چھُ ریڈیو کشمیر اکھ رجسٹرڈ کیجول آرٹسٹ۔ کأشُر کلاسیکل گیونہٕ علاوٕ چھُ تس "چلنت" موسیقی گیونس پیٹھ پوٗرٕ عبور حاصل۔ تسٕنٛدٕ گیون کیسٹہٕ چھےٚ عام۔

**طالب حسین بےتاب:۔** چھُ کشتواڑ روزن وول۔ بینأیی کِنہٕ چھُ کمزور "چلنت" گیونس منٛز چھُ کمال مہارت تھوان۔ پانہٕ تہٕ چھُ شعر وَنان۔

**نثار حسین ڈولوال:** چھُ مرحوم غلام نبی ڈولوال صأبنٛی بأتھر۔ پیشہ کنہٕ چھُ تعلیم بالغان محکمس منٛز ووستاد۔ تس روٗزٕ ابتدا پیٹھے ڈولوال صأبنٛی صوحبت میسر۔ یمہٕ کنہٕ تس چلنت گیونس منٛز پوٗرٕ مہارت حاصل سپٕز۔ نثار حسین چھُ اکھ پسندیدہ گلوکار۔ سُہ چھُ ریڈیو کشمیر اکھ رجسٹرڈ کیجول

آرٹسٹ۔ بیشتر کلام چھ جاتیاز صایہِ گیون۔

سلیم بھلیسوی :۔ چھُ طالب بھلیسوی مرحومن ہند سارِوے کھوتہٕ لۄکُٹ فرزند۔ پیشہ کنی چھُ محکمہ ہیلتھس منز ملازم۔ سُہ چھُ اکھ جادو بیان گلوکار تہٕ ریڈیو کشمیرس سیتی تہٕ چھُ وابستہ۔ تسنز کیسٹہٕ چھپیہٕ عام

شیخ فرید :۔ چھُ بھدرواہ علاقُک اکھ دلربا تہٕ خوش آواز گلوکار کٲشرِ علاوٕ چھُ بھدرواہی پاٹھی تہٕ گیوان۔

روی ٹھاکر : چھُ بھدرواہس سیتی تولق تھوان۔ ایکسائز محکمس منز چھُ اُکس کے۔اے۔ایس افسر سندِ حیثیتہ کام کران۔ سُہ چھُ اکھ خوش آواز تہٕ پسندیدہ گلوکار۔ ایوارڈ تہٕ چھِن حاصل کرِی متی۔ کٲشرِ علاوٕ چھُ پاڈری تہٕ بھدرواہی زبانِ منز گیوان۔

شیخ کبیر : چھُ ڈوڈہ قصبُک روزن وول معروف تہٕ مقبول گلوکار۔ محکمہ انفارمیشنس منز چھُ مُلازِم۔

دوٚیمین گلوکارن منز چھِ امین بانہالی، شادی لال پاڈری، محمد اسحٰق، حنظلہ حسین تہٕ محمد اسلم بانہالی وغارٕ وغارٕ وارا گلوکار تہٕ شامِل یِمن کٲشرِ گیونُک اکھ خاص آیہ حاصل چھُ۔

※

# کتابیات


(۱) کٲشرِ ادبُک تواریخ (ناجی منوّر، شفیع شوق)

(۲) کشیر بالہ اپارِ (پروفیسر مرغوب بانہالی)

(۳) ہندوستٲنی لسانیات (ڈاکٹر محی الدین زور)

(۴) کشمیری سرمایہ الفاظ کے چشمے (ڈاکٹر نذیر احمد ملک)

(۵) کٲشر نثرٕکی تٲمیر کار (پروفیسر مشعل سلطانپوری)

(۶) کٲشرِ زبٲنی ہنز بناوٹ (کٲشر شعبہ کشمیر یونیورسٹی)

(۷) عصری کٲشر شاعری (ڈاکٹر مجروح رشید)

(۸) ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت (اسیر کشتواڑی)

(۹) تصویر ضلع ڈوڈہ (اسیر کشتواڑی)

(۱۰) کٲشرِ یُک علاقہ واد بھیر (ٹاک زینہ گیری)

(۱۱) کشمیری زبان اور شاعری (عبدالاحد آزاد)

(۱۲) کٲشرِ نثرُک انتخاب (شعبۂ کٲشُر کشمیر یونیورسٹی)

(۱۳) THE TERRITORIES OF J&K BY FREDRIC DREW

(۱۴) LINGUIST SURVEY OF INDIA BY G. GRERSION VIII

(۱۵) تاریخ کشتواڑ (عشرت کشتواڑی)

(۱۶) پرتوستان (مرغوب بانہالی)

(۱۷) برآتی (شاہباز راز دیری)

(۱۸) ترجھنہ گامہِنز آواز (شاہباز راز دیری)

(۱۹) سراجا منیر (مشتاق فریدی)

(۲۰) کہکشاں (رند بھدرواہی)

(۲۱) موختہ ہار (نشاط کشتواڑی)

(۲۲) پھولوں سنگر (جانباز کشتواڑی)

(۲۳) عشقہ ژونگ (وفا بھدرواہی)

(۲۴) گوشن ہندی پوش (بشیر بھدرواہی)

(۲۵) ڈوڈہ ضلعکی کاشُر لکھ یاتھ (بشیر بھدرواہی)

(۲۶) اوحال نامہ (بشیر اختر / چمن لال)

(۲۷) منظر اور پس منظر (محمد اسمٰعیل عصری)

(۲۸) نیرنگ غزل (رسا جاودانی)

(۲۹) ہرساد پرستان (مشتاق پوگلی)

(۳۰) توی چھس مہربان (منظور پوگلی)

(۳۱) میٹھو میٹھو آلو۔ تسکین بڈانوی (ن)

(۳۲) انہار (کاشر شعبہ کشمیر یونیورسٹی)

(۳۳) گولاب (کاشُر ادبی مرکز بانہال)

(۳۴) رازویر (کاشُر مرکز بہروٹ)

(۳۵) شیرازہ (اللہ دید نمبر ۱۹۷۹ء)

(۳۶) ہمارا ادب (شمارہ ۵ / ۱۹۸۳ء)

(۳۷) شیرازہ (کاشُر جلد ۲۹ / شمارہ ۵)

(۳۸) شیرازہ (شمارہ ۲۵ / ۱۹۹۷ء)

(۳۹) پس افق (چلنت فورم کشتواڑ)

(۴۰) ہمارا ادب جموں و کشمیر نمبر ۱۹۸۳ء

(۴۱) HISTORY AND CULTURE OF HIMALYAN STATES
SUKHDEV SINGH CHARAK PART I

(۴۲) CULTURAL HISTORY OF DODA (M.L AASH)

(۴۳) مثنوی گلبدن (عبدالرحیم اعماؔ)

(۴۴) عبدالرحیم اعما مونوگراف (پروفیسر مرغوب بانہالی)

(۴۵) خواجہ غلام رسول گامگار (مونوگراف) (پروفیسر مرغوب بانہالی)

(۴۶) شیرازہ (اردو) رسا نمبر (کلچرل اکاڈمی)

(۴۷) گلدستہ کلام شیخ العالمؒ (قاری سیف الدین)

(۴۸) کشمیر میں اردو (پروفیسر عبدالقادر سہروردی)

(۴۹) HISTORY AND CULTURE OF KISHTVAR (DR. C-SHARMA)

(۵۰) بہارستان شاہی ترجمہ

(۵۱) تاریخ حسن (ترجمہ ڈاکٹر شمس الدین)

(۵۲) ہمارا ادب (۱۹۷۶ء) کاشر زبان تہ ادب

(۵۳) A GAZATEER OF J&K KISHTWAR BAD BHADERWAH & JAMMU C.E BATES

(۵۴) HISTORY OF JAMMU SAKHDEV SINGH

☆

# اشاریہ

## (حصہ شاعری)

## پوگلی

کاشُر زبان و ادبُک یہ تواریخ چھُ جَمہِ صوبس منز کاشرِ زبانہِ ادبُک کینہہ اتہارن گوڈنکہِ پھیرِ وضاحت ستی برکنڈ تھ پیش کرنس کران تہٕ اَمہِ اکہِ علاقس ستی متعارف کران یُس یمہِ کنہِ اہم چھُ۔ دارا لوکھ چھِ کاشُر زبانی حصار بند کرِتھ امیکہِ باڈو کشیرِ ہُنزِ وادی تام مِتھی یوت محدود زانان۔ یہ زَن صحیح چھُنہٕ پیٚہ پانژال بالہٕ پارِ جمہِ خطس منز چھُ کاشُر بولن والین ہُند اکھ بوڈ تیداد بسان یِمہ کاشرِ کرِ مختلف علاقہ چھ تہٕ یِیتہٕ کاشرِ لوکھن ہُند کلچر تہٕ ثقافت و ادب پننہٕ مخصوص آیہ زٕٹھ چھ تھوومُت۔ یتے یوت نہٕ بلکہ چھِ بیہ صوبس منز پوگلی، سِراز کر تہٕ کشتواڑی ہِشن بولین ہُند تہٕ ورتاو یمن کاشرِس ستی وارہ ہشر چھُ تہٕ یمن منز کاشرِ زبانہِ ہندین کینژن مولہ اتہارن ہُند تہٕ باسُت چھُ لگان، یُس قابلِ توجہ تہٕ دلچسپ چھُ۔ کاشُر بولن وارِ یم علاقہ چھِ دشوار پہاڑی علاقہ یِتہٕ واتناوُن کرُ تہٕ ژھین تہٕ مشکلات موجود چھِ مگر امہِ پتہٕ تہٕ چھُنہٕ کاشرِ زبان یمن علاقن منز پننہ شناختے یوت برقرار تھوو تھٕ بلکہ چھِ یورکس اکس باگہ برس تہٕ وُنہ سواد ادبی سرمایس تہٕ ڈُھکھ دِلس منز کامیاب۔ رسالی منز ناہمواری کِتھ چھِ۔ یمن علاقن ستی تعلق تھوون والی کاشر ادبکہِ وارہ ترک درو وُنیکتام پردن تُھلہ ہیر۔ منشور یا تہالی یم یتھ صوبس ستی تعلق تھوون وارِ اکھ حِس آگاہ شاعر تہٕ ادیب چھِ۔ یمو چھُ وارہ اثر کرِتھ محنتہٕ ستی یمن دورہ وار علاقن منز کاشرِ زبان و ادبس دوون تہٕ زوال دِتھ اکھ اساسی مواد فراہم کورمت یُس قابلِ ستائش چھُ۔

وُمید چھِ زِ یہ تواریخ کرِ کاشرِ پرن والین تہٕ عام قارئین ہندین معلوماتن منز ہُرر کرنہٕ علاوہ یِنہ والین تحقیق کارن خاطرہ تہٕ دُری باب وتفہیمکۍ مزید گوشہ روشن۔